# کاشِرڈِکشنری

## جِلد (۱) ۔ ا ۔ ب




### ایڈیٹوریل بورڈ

پروفیسر ایس ۔ کے ۔ توشہ خانی (چیف ایڈیٹر)

پروفیسر جے ۔ لال ۔ کول　　پروفیسر محی الدین حاجنی

پروفیسر پی ۔ این پُشپ　　اختر محی الدین

جموں اینڈ کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز

# سٹاف

عبدالخالق ٹاک زینہ گیری (ایڈیٹر) • چمن لال چمن (اسسٹنٹ ایڈیٹر)

• محمد احمد اندرابی • روشن پونپر • بدری ناتھ شاستری • بشیر اختر




•

## پبلشر

سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکاڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز

•

## نگران

محمد یوسف ٹینگ - (ڈپٹی سیکرٹری. اکاڈمی)

•

## اوفیسر انچارج پبلکیشن

معراج الدین

•

چھاپ خانہ - دِلی لائٹ پرنٹنگ پریس - دہلی
تیداد - ۲ ساس ، موول -
کِتابت - محمد یوسف مسکین - ولی محمد میر

# برٛونہہ کتھ

کاشرِس چھُ سانہِ مُلکس منٛز بیٚین کیٛنٛژن زبانن سٟتۍ اکھ خاص رُتبہٕ دِنہٕ آمُت۔ یہ چھےٚ ساٚنۍ خاہِش زِ تمام کٔشیر گژھہِ پرٛتھ رنگہٕ بیٚین ریاستن سٟتۍ برٛونہہ برٛونہہ آسُن۔ یہ مقصد پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ آیہ سیٹھا قدم تُلنہٕ تہٕ نوٚۍ نوٚۍ قدم تہٕ چھ تُلنہٕ یِوان۔ یِمو منٛز چھُ مُلکُک تمدُن تہٕ تہذیب قایم تھَونہٕ باپتھ تِتھ بڈرن دِنہٕ موکھ تہٕ ریاستچن زبانن ترقی دِنہٕ پژھ ریاستس منٛز اکاڈمی بناوُن تہٕ اکھ بوڈ قدم۔ یتھ کالہٕ چھنہٕ بیٚیمہِ ریاستچن زبانن سوٚ سرکاری سرپرستی حاصِل آسمژ یوسہٕ یمن برٛونہہ پکنہٕ باپتھ تہٕ برٛونہہ آسنہٕ خاطرٕ آسنۍ گژھہ۔ زبان چھےٚ سوٚ خُمیر یتھ منٛز کُنہِ ہندٕ تہذیب تمدُن پلان تہٕ پھولان چھُ۔ یُس یتہٕ زبانہِ سٟتۍ چھُ پرٛتھ کانٛسہِ ماجہٕ زاینکۍ پاٹھۍ پانے میلان۔ امہ کِن لفظن پزان کھوتہٕ ن گژھہِ توٚکنہٕ آچھ یہٕ کرنہٕ یتھ تہٕ پزٲنس سٟتۍ زھین گژھہِ! نوٚس نشہِ بین روزِ۔ لفظن ہندۍ مانے گژھن صاف صاف سیٚود تہٕ شوٚد پاٹھۍ دِکھناونہٕ یِنۍ۔ امہ باپتھ چھےٚ ڈِکشنری آسنۍ ضوٗروٗری۔ لفظہٕ کامن آسنہٕ کنہٕ چھےٚ کنٛھن دتہٕ، جَذ باتن گنٛڈ گوجہِ گژھان تہٕ ادبس چھُ دَب لگان۔

مےٚ چھےٚ وَدہ میدِ ز یمن پیٹھ یہٕ ڈِکشنری بناونچ ذمہٕ داری چھےٚ تمو آسہِ پنُن فرض جان پاٹھۍ انٛد واتو ورُت تہٕ یہٕ کاشرِ ڈِکشنری سپدِ کاشرِ پرَن والین سیٹھا مُفید ثابتھ۔

قاسم

(سیٚد میر قاسم)

پرٛزیڈنٹ

جموٗں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز۔

# گوڈٕ کَتھ

ڈِکشنری بناوٕنۍ چھُ سایِنس تہٕ ہُنر تہِ۔ زَبانۍ ہٕنٛدۍ بول (Vocables) یا لفظ، ملوِتھ لفظ تہٕ محاورٕ ژھارٕنۍ تہٕ ژارٕنۍ، تِہنٛز ترکیب ترتیب تلفظ، اگر سوال تہٕ بیوٚن بیوٚن سِٹھا مانے متشخص کرُن سو کھٕ چھُ سِٹھا ژھوٚنڈ تہٕ زور پیوان دِنُن۔ خابے آسہِ ترٛٹھ کانٛہہ از کالہِ کرِ حسابہٕ موجوب میارۍ ڈِکشنری ییتھ ژتجھَو یا پنٛژٕ ہَو وُرۍ یوکھو تہٕ کم کال آسہِ نو گمُت۔ تِہ کرِتھ روزہِ سَس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ پرٕ یا پیٚیس پتھ۔ تکیازِ اَکھ زِنٛدٕ زبان چھےٚ بڑو نہٕ گَن بڑان بڑان بدلان تہِ گژھان تہٕ نٔوۍ نٔوۍ لفظ تہٕ بٕنٛدۍ شہِ رٹان گژھان۔ ییٚمہِ بروٚنہہ تہٕ چھےٚ کیٚنژ پھرِ کاشرِ ڈِکشنری بناوٕنٕچ کام کانٛسہِ کانٛسہِ دَقیہِ دَفتہٕ اَتھس منٛز ہیٚژمٕژ۔ سوتہٕ پنٛڈِتن یِمَو ٹھٹھیارٕ کٕنہ سوٚنتۍ پنٛڈِتھ تہِ آسۍ دَنان بناوِیووٕ یاتَن منٛز اَکھ کاشُر نِصاب اَرداہِمہِ صَدی منٛزٕ۔ اَتھ آسۍ کاشرِ تہٕ فارسی لفظ مُقابلس منٛز دِتھ۔ یِتھا اَکھ سِتھے فرہنگ چھُ کَمہِ نام کاشرِس، فارسی عربی تہٕ سَنسکرِتس منٛز بنوومُت۔ اَمکۍ کینٛہہ وَرَق چھِ سےٚ اَتھِ لگۍ متۍ۔ اَمہِ پتہٕ ہیٚژ اَیہ بناوٕنۍ پنٛڈِتھ اِیشور کوٚلَن کاشرِس سَنسکرِتس تہٕ بیٚیہِ ہیٚنٛدۍ یس منٛز اَکھ ڈِکشنری یا کشمیرۍ سَنسکرِت کوشہ۔ مگر تِمن کرِنہٕ وانٛسہِ وفایی تہٕ یہ کام پوٗرٕ کرنہٕ برو نِٹھے دِیُت تِموٚ ۱۸۹۳ءس منٛز اَمانتھ۔ اَمہِ پتہٕ ہیوٚت یہٕ کام کرنک بار سَر جارج گِرِیرسَن مَہا مَہوپادھیائے پنٛڈِتھ مُکنٛد رام شاستری سٕنٛدِ مدتہٕ سٕتۍ پانس پیٹھ۔ یہ ڈِکشنری یوسہٕ ژوٚن جِلدَن منٛز چھےٚ سپزٕ دارٕ دارٕ اَکہِ اَکہِ جِلدِ ۱۹۳۲ءس تام شایع۔ اَتھ چھُ انگریزۍ زَبانۍ منٛز مانے دِتھ۔

کاشرِ پاٹھۍ کاشرِ ڈِکشنری بناونک سوال تُل گوڈٕ جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی ہنٛز کاشرِ مشاوَرتی سَب کمیٹی ۲۸ مئی ۱۹۵۹ءس منٛز۔ اَمہِ دَفتہٕ آسۍ مِرزا کمال اُلدین صاحب اکاڈمی ہنٛدۍ سیکریٹری۔

اَمہِ سَب کمیٹی کوٚر اَکھ ریزِلیوٗشَن پاس کٔرِتھ یہِ سفارِش زِ اکیڈمی گژھہِ کأشرِ ڈِکشنری بَناوَنُک منصوٗبہٕ بَناوُن۔ اَتھ سِلسِلس منٛز کٔر اَمہِ سَب کمیٹی بێیہِ تہِ کێنہہ مُفَصَل سفارِشہٕ لفظ سوٗمبراونہٕ باپَتھ۔ چنانچہ تِمَن طرفَن آے شُنے گٔژھ بجوٚیٹ اَمہِ کامہِ باپتھ سوزنہٕ۔ یہِ کأم آیہِ شری اخترمحی الدینس نِگرأنی اَنٛدر کرناونہٕ مگر تِم گٔیہِ بێیس جایہِ تبدیل۔ سنہ ۱۹۶۶ء کِس نومبرس منٛز آو اَکھ چیف ایڈیٹر مُقرر کرنہٕ یَس کأشرِس منٛز کأشرِ ڈِکشنری تہِ اُردو، کأشرِ ڈِکشنری بَناوَنٕچ کأم آیہِ مَنٛزِ تھوونہٕ۔ کأشرِ ڈِکشنری بَناوَنٕچ کأم آیہِ جوٗن سنہ ۱۹۶۷ء کِس منٛز شروٗع کرنہٕ تہِ گوڈنیُک جِلد گوٚو نومبر سنہ ۱۹۶۸ء منٛز تیار۔ اَتھ منٛز آسی تِم ساری لفظ آمتی یِم سرجارٕ ج گژھ یِر سینہٕ ڈِکشنری منٛز درج آسی تہِ یِم شُروعے یِروٚآسی سوٗمبرِتھ آٔسی مگر اَتھ سام ہینہٕ باپتھ آیہِ اَکھ ڈِکشنری رِوِیوِنگ کمیٹی (Dictionary Reviewing Committee) مُقرر کرنہٕ۔ اَتھ آسی یِم پانٛژھ میمبر: میرزا غلام حسن بیگ عارِف، پروفیسر جے ایل کول، پروفیسر محی الدین حاجنی، پروفیسر پی این پُشپ تہِ شری اخترمحی الدین۔ نومبر سنہ ۱۹۷۰ء کِس منٛز دیُت اَمہِ کمیٹی پَنُن رپوٹ۔ یێمہِ موجوب کێنہہ لفظ فرضی نازیبا یا شاذ آسنہٕ کِنہِ رد کرنہٕ آے تہِ ۱۰۲۶ نوٚی لفظ آے شامِل کرنہٕ باپتھ دِنہٕ۔ سنہ ۱۹۷۱ء کِس منٛز بَناو تَمہِ وقتکہِ اکاڈمی ہِندکہِ پرزیڈنٹ جناب آنجہانی غلام محمد صادق صأبَن زِ ایڈیٹوریل بورڈ۔ اَکھ کأشرِ پأٹھی کأشرِ ڈِکشنری بَناونہٕ باپتھ تہِ بیا اَکھ اُردو کشمیری ڈِکشنری بَناونہٕ باپتھ۔ گوڈنِکہِ بورڈُکین میمبرَن ہِندی ناو چھِ سرورقس پیٹھ دِتھ۔

کُنہِ زبانِ ہِنز گوڈنیُچ سوٚ ڈِکشنری بَناوٕنۍ یتھ تِہٕنزِ زبانِ منٛز وَکھنے آسہِ کٔرِمژ چھپنہٕ کێنہہ گِنتہٕ ہَنا۔ توٚہہِ یتھ زبانِ منٛز کِتابہٕ نہٕ آسَن یوٗزی چھپے لیکھنہٕ آمژ تہِ عام تہِ سرکأری لیکھہٕ پٔرتہِ آسہِ بێیہِ کُنہِ دوٚیمہِ زبانِ منٛز کرنہٕ یِوان، تِہنٛز تِہٕنزِ زبانِ منٛز وَکھنے کرٕنۍ چھے ژٕرِ پہن کٔرٕژھ۔

کأشرِ زبان چھے پرأنۍ تہِ نوٚنۍ لایق۔ دِنۍ کِن یێمہِ کِنہِ یتھ کالہِ سرپرستی نہٕ آسنہٕ کِنہِ چھے یتھ گامژ۔ اَمِکی سێٹھا پرأنۍ بیرأنۍ لفظ چھہ گٔلی مِتۍ تہِ نہٕ گلان تہِ۔ اَدٕ کِنہِ چھُ ضروٗرۍ زِ یِم دوٚنۍ لفظ یتھ کُن ہوٗز ہیمتی چھِ تِمَن پیہِ رأچھ کرنہٕ۔ تِم ساری تہِ یِم نوٚی لفظ بارسس چھِ آمتی تِہندَ اَکھ راشش بَناوُن چھُ خاص اَہمیت تھوان۔ یێمہِ ڈِکشنری ہِندِ یہِ گوڈنیُک جِلد چھُ ا نہٕ ب گوڈٕ اَچھرَن نام

محدٗود۔ یتھ جِلدس منٛز چھ تم ساری لفظ یِم سر جارج گریرسنٕنہ منٛز ڈِکشنری منٛز تہٕ یِم سروے یِرہ آسی مۄجوٗد۔ چیف ایڈیٹر سٕنٛز تقرٗری برونٛہہ سۄمبراوِتھاو نہٕ ہیتی۔ امہٕ برٛونٛہہ چھ تم ۱۰۲۶ لفظ تہٕ یِم ریوِیوِنگ کمیٹی ہیٚرِ زانٛہہ آسی دِ ہیٚمتی شری عبدالخالق طاک سندی ۱۴۶ تہٕ شری بشیر اخترن سیٹھا کتابن ژھوٗنٛڈِتھ اُزٕ ہیتی ۲۵۴ تہٕ پروفیسر جے ال کول سندی للہ واکو تہٕ نوٗر ناموٕ منٛز ژآرِتھ ہیتی ۳۴ لفظ تہٕ محاورٕ شامِل۔ ییٚمن نوٚین لفظن ہُنٛد کوٚچ مُسوٗدٕ کوٗر شری بشیر اخترن تیار تہٕ تمہٕ سارے کتابہٕ ہُنٛد مُسوٗدٕ چھےٚ شری چمن لال چمن سٕنٛز کام۔ یٚژھ کانٛہہ شیر لفظ (Head word) چھ گوڈٕ حاشیس کُن دٔچھنہِ طرفہٕ تھوٚنہٕ آمُت۔ امہٕ پتہٕ چھ تِمکی محاورٕ تہٕ ملوِتھ لفظ (compound words) دِکھنے سان تہٕ ضروٗرتس مۄجوٗب مثالو سان تہٕ دِنہٕ آمتی۔

ڈِکشنری ہنٛز اکھ گوڈِنیٚچ کام چھےٚ لفظن ترتیب دِنۍ۔ کاشرس چھ وارِیاہن ہِندُستانی زبانن ہُنٛدِ کھوتہٕ اری اچھر (vowels) کھوٚژری اچھر (consonants) ژٔری۔ لفظن ہنٛز جاے مُشخص کرنہٕ باپتھ چھ پوان اکس اکس لفظس ترٛوہ سبراوِستا پاٹھی سنتھ سنتھ پھِرِتھ دِنۍ اگر تمن گوڈنکی تہٕ دوٚیمی اچھر کُنۍ تہٕ آسن۔ تو پتہٕ تہٕ چھ کُنہٕ جایہٕ تیٚتھہ لفظا یتھ پوان نہٕ اکس یا دون صفن کتابہٕ ہُنٛدِن چھےٚ پوان کرِتھ کرادِتھ پوٚت پھیرِتھ نوٚو ترتیب دِنۍ۔ کیٚژھ پھِرِ چھ کانٛہہ اڈرا اچھر ژٔری اچھرس ستی بولنچہِ آسانی باپتھ پوان۔ اکھ چھ انگریزی پاٹھی گلایڈ (Glide) دنان۔ کانٛہہ چھ یتھس لفظس یہ گلایڈ تھوان تہٕ کانٛہہ نہٕ۔ مثلن کانٛہہ چھ کرناو تہٕ کانٛہہ کرٕناو۔ کانٛہہ ڈراو تہٕ کانٛہہ ڈٕراو دنان یا لیکھان۔ گلایڈ تھوِتھ یِم لفظ اکس جایہٕ تہٕ تمہٕ روٚس بییس جایہٕ۔ یہ سارے ترتیب دِنیٚچ کام چھےٚ شری چمن لال چمنن میانہٕ نگرانی تل پوٗرٕ کٔرمٕژ۔

لفظن ستی ستی چھ تِہُنٛدی موٗل (stem or base) تہٕ آگُر (Etymologies) دِتھ۔ کُنہِ لفظک موٗل گوٚ تمیُک سُہ روٗپ یتھ گردان پوان چھ کرنہٕ تہٕ آگُر گوٚ تمہٕ زبانی ہُنٛد لفظ ییٚمہ منٛز سُہ درامُت آسہِ۔ مثلن آسی نِموٚ اکھ لفظ "گور"۔ اکھ گور گوٚ سُہ یُس گاو گٔلن کھسان چھ۔ اکھ چھ موٗل گاو۔ یہ چھ ننان ییلہِ اکھ گردان کرِو مثلن گور، گاری، گارس، گارن، گارو بیتر۔

بیاکھ گور، چھ تنھ وَنان یتھ یَنہ کھنڈ چھ بنان۔ اَمیُک مول چھُنہٕ گاڑ۔ اَمیُک مول چھُ "گوڑ" گردان کرَنہٕ وِزِ گژھِ اَتھ گور، گورس، گوٗرک، گورَن بیترِ۔ گور لفظ چھُ بیھٕ پاٹھیٚ روزان۔ بیٚھے پاٹھیٚ ہنو "سور" اَکھ سور، گوٚپوشہٕ ڈُن، وَفادار بیترِ۔ اَمیُک مول چھُ "سارٕ" گردان کرَنہٕ سِتی چھےٚ اَتھ یہ شکل نیران مَثلَن؛ سور، سارٕ سارِس، سارٕن بیترِ۔ دوِیُم "سور" چھ اَکِس جیوانَس وَنان۔ اَتھ چھُنہٕ مول "سارٕ"۔ اَتھ چھُ مول تہٕ "سورٕ" گردان کرَنہٕ وِزِ چھُنہٕ یہ لفظ بدلان۔ مَثلَن سور، سورَس، سورَن، سورَد۔ گوڈنِکہ سور لفظُک آگُر چھُ سنسکرت "سارٕ" دوِیمِہ "سورٕ" لفظُک آگُر چھُ سنسکرت شوکر۔ پراکرت "سوٗاکوٗ" یہ کام چھےٚ بیشتر کرِتھ زٕ اَکِس اَکِس لفظس بیٚٹھ چھ گنڈٕ واد تہٕ کُتہ کُنہٕ پھِر دوٚہہ واد راوان۔ خاصکرِ تہ تِمَن لفظَن ہُنٛد آگُر ژھانڈنَس بیٚٹھ یم سنسکرتہ یا پراکرتہ مَنٛز آمتی چھ۔ تکیازِ سانہِ بدِن وُری یَن مَنٛز چھےٚ یِمَن سیٚٹھاہَن لفظَن ہِنٛز ہیَت بدلے ہٕشرتہ ڈٕجمٕشر۔ آگُر ژھینج کام چھےٚ سٮ۪ٹھ عوٚموٚمَن یانہٕ کرٕہٕشر۔ مگر یم لفظ سنسکرتہ یا پراکرِتہٕ مَنٛز کاشرِس مَنٛز آمتی چھ تِمَن ہُنٛد آگُر ژھانڈنَس تہٕ کڈنَس مَنٛز دیُت شری مدری ناتھ شاسترین (کلن) سیٚٹھاہ وٕ تُل مدد۔

لفظَن ہِنٛدی آگُر یِنہِ سیٚٹھا کتابہٕ وُچھتھ تہٕ ژھوٚنڈِتھ ڈری یا فِتھ کرِنہٕ۔ یِموٚ مَنٛز چھےٚ یِمہ کِتابہ خاص پاٹھیٚ گنٛزرِنہٕ لایق۔ آر۔ ایل۔ ٹرنر (R. L. Turner) سٕنٛز

(Comparative Dictionary of the Indo-Aryan languages)۔

پلاٹس (Platts) سٕنٛز (A Dictionary of Urdu Classical Hindi and English)۔

سر مانیر ولیمز (Sir Monier Williams) سٕنٛز سنسکرت اِنگلِش تہٕ اِنگلِش سنسکرت ڈِکشنری، یہ پنڈِتھ ہرگووِند داس سٕنٛز پراکرت ڈِکشنری تہٕ کاشی ناگری پرچارِنی سبھایہٕ ہُنٛد ہندی شبد ساگر تہٕ کلہن سٕنٛز راج ترنگنی۔

یوٚدوَے گوڈنِکی اَکھ زٕ پھِری چھ اَتھ کِتابہ مَنٛز پانہٕ دِتی متی مگر پوٗرٕ پاٹھیٚ ہوٚ جوٚد شکل دِنہٕ باپتھ

چھےٚ ایڈیٹوریل بورڈکیو سارِوے میمبرن زٕتھ زٕتھ وُچھتھ شیرِتھ مُکمل کٔرمٕژ۔
چھاپنس لایق بناونہٕ باپتھ پٔرس کاپی ہیٚتھ ریٚس گوٚڈنِکس مسودس عتھ مُقابلہٕ کرنس مُتعلق تہٕ پروٗف
زٕتھ زٕتھ وُچھنس مُتعلق چھےٚ ڈِکشنری سیکشنکیو سارِوے مُلازِموکو کھٔل تہٕ کار دِلنا وِتھ کام کٔرمٕژ۔
شری محمد احمد اندرابی آسی شیٚو نٹھ پیٚچھےٚ اَکھ کامہٕ مُتعلق اَتھہٕ روٗٹ کران مگر پیٚتہٕ ریس دِنس مُتعلق دیُت
شری رگھوناتھ پونبری، بشیر اختر تہٕ بدری ناتھ شاستری ین تہٕ سیٹھا مدد۔

یوٚتُس چھُس یہ ییٚزھان کیٚتھ کٔڈن والین یہ وَنُن زِ چھُتی تہٕ کٔرِ ہٕنی زارٕ زی چھےٚ اَکھ
سیٹھا مُفید کام بیٚیلہٕ کیٚتھ کٔڈِ ہیٚکہٕ بیتر کھوٚتہٕ آسہٕ تِمن ژرٕری یا کٲٹھی پھٔٹھ کٔڈِ ہیٚچ نیٚنھ۔ میٚے
چھےٚ وومید زِ زانن وٲلی دِنس داد تہٕ نہ زانن وٲلی تُلن بیٚیمہٕ ڈِکشنری ہُنٛد پوٗرٕ پوٗرٕ فایدٕ۔

ایس کے۔ توشہ خانی
(چیف ایڈیٹر)

# زان

کأشرِ زبأنی ہِنٛز ڈِکشنری بناوٕنٕچ کأم چھےٚ واریاہ کالہٕ پیٚٹھٕ چلان روٚزمٕژ۔ واریاہو عالِمو تہٕ وِدوانو کٔر وِزِ وِزِ کوٗشِش یہِ کأم انٛدٕ واتناوٕنٕچ۔ یہِ کیٛنژھا تمو کوٚر تہٕ چھپنہٕ سوٗرٕے موقوٗم مگر یہِ کینژھا قلمی نُسخَن مَنٛز محفوٗظ چھِ۔ تتھ وَنو لفظہٕ راش۔ یِمَن لفظہٕ راشَن مَنٛز چھُ کأشرِ پیٚٹھٕ بییہِ کُنہِ زبأنی مَنٛز ترجمہ سیٚتی تہٕ ترجمہٕ چھِ عموٗمَن سنسکرت، فارسی تہٕ انٛگریٖزی زبأنی مَنٛز۔

لفظہٕ راش بناوَن والیٚن عالِمَن مَنٛز چھِ مشہوٗر سیٚتی پنٛڈِت ایشر کول، میر سیف الدین تارہ بلی، ایلمزی بیٚتر۔ سیٚتی پنٛڈِت سُنٛد نُسخہٕ چھُ سارِوِی کھوتہٕ پرٛون یُس ۱۸۵۹ عیسوی مَنٛز تیار کرنہٕ آو۔ مگر کأشرِ ڈِکشنری بناونَس مَنٛز یُس سارِوٕے کھوتہٕ بٔڈ کأم سپٕز سو آس سَر جارج گریٚرسن سُنٛز A DICTIONARY OF THE KASHMIRI LANGUAGE۔ اَمِس پایہٕ بٔڈِس عالِمَس اوس پنٛڈِت ایشر کولُن مُسوَدٕ آیاتَن تہٕ اَمہِ علاوٕ اوسُس مہامہوپادھیاے پنٛڈِت مُکنٛد رام شاستری اِمدادِس۔ یہِ ڈِکشنری چھاپ رایَل ایشیاٹِک سوسایٹی ژوٗرن جِلدَن مَنٛز (گوڈنِچ جِلد ۱۹۱۶، دوٚیِم جِلد ۱۹۲۴، تریٚیِم جِلد ۱۹۲۹ تہٕ ژوٗرِم جِلد ۱۹۳۲) اَتھ مَنٛز چھُ کأشرِین لفظَن انٛگریٖزی پأٹھی مانے دِتھ۔

سارِنٕے زِنٛدٕ کرٲنیٚن ہِنٛدی پأٹھی چھےٚ کأشر زبان دۄہہ پتہٕ دۄہ آے لبان، پھولان تہٕ وُسعت پاوان۔ واریاہ لفظ چھِ نٔوی نٔوی یِوان تہٕ واریاہ چھِ گلٕ گلٕ گژھان۔ گریٚرسن ہِنٛز ڈِکشنری آس پرٲنی گأمٕژ تہٕ کأشرِ زبأنی ہِنٛز نٔو ڈِکشنری بناوٕنٕک سپُد شدید احساس۔

جموٗں کشمیر کلچرل اکاڈمی ہِنٛدِ کٔن لگنہٕ پتہٕ کوٗر اَمہِ چہِ کأشرِ مشاورتی کمیٹی ۲۸ مے ۱۹۵۹ء عیسوی مَنٛز اَکھ ریزولیوشن پاس یَتھ مَنٛز نو کأشرِ ڈِکشنری بناوٕنٕچ مَنٛگ آیہِ کرنہٕ۔ چنانچہ ۱۹۶۲ عیسوی مَنٛز آو کلچرل اکادمی

منز اکھ لوکٹ ڈکشنری سیکشن قایم کرنہٕ۔ اَمی سیکشنن کٔر کام شورو۔ گریرسن ہنزِ ڈکشنری منز شامل لفظن ہنٛد رسم خط آو بدلنہٕ تہٕ اَمہِ علاوہ آیہٕ لفظہٕ شردے کرنہٕ۔ مختلف علاقو پیٹھہٕ آیہٕ طالبہٕ ورٕن ہنٛدی، جنگلی کٔلین، بوٹمن ہنٛدی تہٕ علاقہٕ وار لفظ جمع کرنہٕ۔ 'الف' تہٕ 'ب' بابس تل آو لفظن ہنٛد اکھ فرستہٕ بناونہٕ تہٕ یم لفظ آے کاڈن پیٹھ اکہِ اکہِ تارنہٕ۔

اَمہِ کامہِ ہنٛدٕ تہٕ ژاوہ ہیٔنہِ ۱۹۷۰ عیسوِیس منز کأشر لفظہٕ راش ناوی کتاب تیار سپنہٕ۔ اگرچہ اتھ کتابہِ پیٹھ ڈکشنری سٹاف کیو کارکنو کأفی محنت کٔر مٕژ اَس مگر اتھ منز آسہٕ کیٛنہہ خامہٕ یہٕ۔ یم خامہٕ دور کرنہٕ کو نیتہِ آیہٕ اکھ رپوٹنگ کمیٹی بناونہٕ۔ اَمہِ کمیٹی دیُت پنٕن رپورٹ دسمبر ۱۹۷۰ عیسوی منز۔ یہٕ رپورٹ نظرِ تل تھاوِتھ آو اکھ ایڈیٹوریل بورڈ بناونہٕ۔

ایڈیٹوریل بورڈن دِژ ساری سے کامہِ دوبارٕ نظر۔ ووٚتھِ پوٚچھ خامہٕ یہٕ آیہٕ دور کرنچ کوشش کرنہٕ یہٕ کیٛنژھا گوڈٕ کارکنن ہنٛز تہٕ اکہِ بورڈچہِ ممبرن ہنٛد ماحصل چھُ، تہٕ چھُ تہٕ ہہ بٔرونٛہہ کنہٕ۔

زِنٛدٕ زبانن ہنٛز ڈکشنری چھپنہٕ زانہہ تہٕ مکمل آسان۔ یوٚدوے بناون وألی سیٹھا محنت کٔرِتھ چھکلِتھ موختہٕ مالہِ منز پرژنچ کوشش کرن مگر تاہم چھِ لفظ باقی روزان۔ کأشر زبأنی ہنٛدِ خأطرٕ چھُ یہٕ کام زیادٕ مشکل تکیازِ اتھ چھپنہٕ موختہٕ مخنس چھکرِتھ بلکہ لرٕ سِ بوزتہٕ راوٕ رٔٹھنہٕ۔ یہٕ سوٗرے لبُن تہٕ لبِتھ جمع کرُن چھُ بنا دشوار۔ بتھ قدیم زبأنی منز ہیکن وونہِ تہٕ واریاہ لفظ آستھ یم تتھین طرفاتن کُن گلی متی آسن یورنہٕ سأنی نظر پیوٚمٕژ آسہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھ نٔوی نٔوی لفظ تہٕ یوان بٕ ممکن چھُ یوٚتام اَسی یہٕ کام انٛد واتناوو توتام آسن بییہِ نمبر کأتیاہ لفظ یاتہٕ نٔوی آمتی یا نٔوی بارس آمتی۔ ورٛنکیس تہٕ چھِ واریاہ لفظ آسہٕ نشہِ موجود یمن ہنٛز (AUTHENTICITY) حاصل کرٕنی وٕنہٕ چھِ نٕگی کرٕنی ممکن آس نہٕ۔ لہٰذا پینے یم لفظ دوٚیمہِ ایڈیشنہٕ خأطرٕ پتھ کُن تھأوِنی۔

کوشش چھے آمٕژ کرنہٕ صرف تِم لفظ شامل کرٕ تہٕ یمن اَسی چلِتی وٕ نوٕ۔ ۔ ۔ یِن گوٚ ادبی ۔ ۔ ۔ ۔ سبتھرس پیٹھ استعمال سپدن وألی لفظ۔ یہٕ نظرِ تل تھأوِتھ چھُ اَمہِ گریرسن سنٛزِ ڈکشنری منز ۔ ۔ ۔ ۔ تھ ۔ ۔

لفظ ترٲوۍ منز یم کلاسکی زبانن منز موجود آسنہٕ کنہِ صرف یہ زٲنتھ شامل آسہ نہ زِ تراتھ مانگن بکار یا یم تیلہٕ
آسہن ... تِتھ ژھِنہٕ آمہٕ باوٕ جُلد و چھوک تھٕی کینہہ تم لفظ یم ہرگاہ عام ورتنس چھنہٕ
ردرِتھ چھہٕ کٲہنی کنہٕ محاورس، مثالہٕ یا أتھس سیتی یُمو منز چھ کینہہ تمی تہٕ یمو کُنن پٮ۪ٹھ اہم حفوظ چھ ترومت
تہٕ أزکل چھ کُنہِ کُنہِ جایہِ یا کُنہِ خاص مطلبہٕ خاطرٕ استعمال سپدان۔ نگر اَسہٕ چھُنہٕ یہ کُلی قٲیدٕ بناومت۔ انگریزس
منز شامل لفظ "چشمِ شہلا" یا شوہرنہٕ بٕنز لفظ "پردہ پوش سان" لیکن نہٕ یتھ ڈکشنری منز جاے۔

طایفہٕ دَرن ہندی لفظ یا بولہٕ لفظ تہٕ چھنہٕ یتھ منز شامل۔ یودوے یتھ کانٛہہ لفظ عوامی زبٲنی
پٮ۪ٹھ یا ادبس منز آمت چھُ سہ لفظ چھُ گاہے گاہے یتھ ڈکشنری منز موجود۔ اَسہِ چھنہٕ تم لفظ تہٕ محاورٕ ترٛکاٮ۪کھ
شامل کٔرۍ متۍ یم مالایانی (٧٨٩٥ ٹ) منز داخل چھ۔ یتھ گژھہ نہٕ کُلی قٲیدٕ تصور سپدُن تکیازِ واریاہ لفظ چھ یم
ساری نہٕ طبقن یا طرفو۔ بٕنز مالایانی چھنہٕ مانن یوان۔ کینہہ علاقٲیی لفظ تہٕ آسن یتھ منز آمتۍ۔ تتھ چھ وجہ یہ زِ یمو
کینژن لفظو چھ یمن یا اہمیت ہیٚتھ رٔٹ لبنہٕ۔ یمن جاین ہندی ناو تہٕ چھہٕ درج یمن کانٛہہ تواریخی اہمیت چھنے
یا ہیٚمس لوکہ ادبس سیتی وابستہ چھہٕ۔

تلفظہٕ آگرٕ (... ٹ) چھنہٕ یمن لفظن ہٕنز دِنہٕ آمٕژ۔ یمن ہٕندہٕ کنہٕ طریقہٕ تُوقت موٗلیس سپدُ۔
خیالی یا گرٛۍ متۍ آگرۍ چھنہٕ اَسہِ قبوٗل کٔرۍ متۍ۔

مثالہٕ چھنے چھِرہ یمن لفظن ہٕنز وضاحت کرنہٕ خاطرٕ دِنہٕ آمٕژٕ یم یودوے مقبول کانٹیکسس منز
موجود چھ مگر عام ورتنس منز زیادٕ ترٕ چھنہٕ۔ پرٛژھن جاین چھ اَسہٕ نظمہٕ ہٕنز، کتابہٕ ہٕنز (یتھ منز یہ لفظ
شامل آسہ) یا محض ادیبہٕ سٕنز (ییٚمی یہ استعمال کوٚرمت آسہ) حوالہٕ دیتمت۔

اَسہِ چھ عوامن لفظن سٕنی سیتی (ییٚنہ ضروری اوس) تلفظچ تفاوت تہٕ دِژمٕژ مگر تتھ تہٕ چھہٕ حد
لفظن ہٕنز علاقٲیی تلفظ چھنہٕ اَسہِ شامل کوٚرمت۔ یتھ جایہِ شولوک سپدی پادٕ تتھ جایہِ چھ اَسہِ سٹینڈرڈ تلفظ
ہرنگرتھ بۆلی مانٛز مٕژ۔ کینہہ لفظ یمن سیتی تقدس وابستہ چھ چھہٕ آمتۍ تموے اچھرو درج کرنہٕ یم اچھر بیتھ تم دوٚیمیو
تمام موٗنتھ کانٛسہِ منز آے۔ یمن منز چھہٕ اسماے حُسنیٰ تہٕ اسماے محمدیؐ شامل مگر باقی لفظ، بامے رتم

دۆہموٗزبانۍ پٮ۪ٹھ آمتۍ چھےٚ، چھےٚ آمتۍ نموٗ اَچھرو شامِل کرنہٕ یِم کاشرٮ۪ن ہٕنٛزِ بانۍ پٮ۪ٹھ کھسنہٕ نموٗ بٕراوی۔

●

رَسمِ خط چھُ سُہ اِستیمال آمُت کرنہٕ یُس حکوٗمتِ جۆاں کشیرِ ہِنٛد قبوٗل کوٚرمُت چھُ۔ مگر اَمہِ علاوٕ اَس کیٚنٛژَن لفظَن ہُنٛد اَچھر وۆتر سَنبالنٕچ ضوٗروٗرتھ۔ یہِ کام انجام دِنہٕ خٲطرٕ آیہِ اکاڈمی ہٕنٛزِ ڈکشنری پٕروجیکٹ کِہن دۆشوٗنی (کاشرٕ کاشُرتہٕ اُرۄُد کاشُر) ایڈیٹوریَل بورڈن ہٕنٛز یِکجا میٖٹِنٛگ طلب کرنہٕ۔ یِمن میٖٹِنگَن مَنٛز سپدی یِتہِ فیصلہٕ رٕٹِی ساٖنۍ وَتہٕ ہاوکھ (فیصلَن ہِنٛدِ تفصیلہٕ خٲطرٕ وُچھِو صفحہ [illegible])

●

لفظَن ہٕنٛزِ ترتیب تہٕ اِندراج چھُ خاص طرٖیقہٕ کرنہٕ آمُت۔ اَمہِ خٲطرٕ چھُ وضاحتی نوٹ شامِل وُچھِو صفحہ [illegible]۔ کانٛہہ لفظ یَتہ مُختلِف مانے چھےٚ چھُ مُختلِف نمبرَن تَل درج آمُت کرنہٕ۔ یُتھ پٕرتھ مانے خٲطرٕ یہِ بیۆن لفظ گَنٛزرَنہٕ یِیہِ۔ بیٚیہِ کُنہِ اَکِسی لفظَس مانیَن مُختلِف زٕھا بیٚہچھےٚ تتہِ چھےٚ تِم مانے اُتھی لفظَس تَل مُختلِف نمبرَن تَل دِنہٕ آمتۍ۔

●

ضوٗروٗرَتھ ہیۆو زھوٚٹا چھر (ABBREVIATION) اِستیمال کرنٕک۔ اَمہِ خٲطرٕ یِم اَچھر اِستیمال سپدیمٕتۍ ہٕنٛز تفصیل چھےٚ [illegible] صفحس پٮ۪ٹھ دِنہٕ آمٕژ۔

ایڈیٹوریَل بورڈ

کاشُر۔ کاشُر ڈکشنری

●

# رٕسمِ خط

...یتھ ڈِکشنری ہند رٕسم خط چھُ سُے یُس جموٗں کشمیر ریاستہٕ منظوٗر چھ کوٗرمُت تہٕ گرٕسہ وٕرتاونس اندر آسی نہٕ لیکھن وٲلۍ کٕنہ گنڈٕنہ طرٕیقس اندر لیکھان۔ پٔرنہٕ کاتہٕ اوس یہ رٕسمِ خط پننہٕ پننہٕ مرضی موٗجوٗب استعمال کران۔ امہٕ باپتھ بُلاو چیف ایڈیٹرن گوڈٕ اکھ ادیبن ہٕنز میٹنگ ۱۹۶۷ءس اندر۔ تۄہہٕ پتہٕ آیہٕ بیاکھ میٹنگ ڈِکشنری ہٕندین دون ایڈوٲیزری بورڈن ہٕنز ۲۷، نومبر تہٕ ۲، دسمبر ۱۹۷۱ءس منز چیف ایڈیٹرٕ سٕندِس دَفترس بیٹھ بُلاونہٕ۔ یمہ اندر رٕسمہٕ کیٚنہہ کیٚتھے ضمن ہٕنز ذِکر یوان کرنہٕ چھے:

۱۔ اسماءِ حُسنیٰ تہٕ صِفاتِ محمدیؐ اندریم نمہٕ نمتہ تہٕ نمہٕ نمتہ لفظیوان چھہ تم ییٚن تیتھے پاٹھۍ ہوبہو نستاعلیقس اندر عربی موٗجوٗب لیکھنہٕ۔

۲۔ ث، ص، ح، خ، ذ، ض، ط، ظ، غ، ف، ق، ییٚن تمن سارنٕے لفظن اندر لیکھنہٕ یِم عربی یا فارسی پیٹھٕ آمتۍ آسن۔ مثلن، ثواب، صاف، حد، خط، ذلیل، نظر، غرض، قلم بیترِ ییٚن نہٕ لیکھنس اندر بدلاونہٕ صِرف ییٚتھ تلفُظِ تلہٕ آسہِ کاتہٕ اوٚر اچھر (VOWEL) بدلان، تتہٕ پیہِ تیتھے پاٹھۍ تبدیلی کرنہٕ۔

(۳) "ع" اچھر پیہِ اَرِ اچھرہٕ ادلا بدلی سان لفظس گوڈٕ تہٕ پتہٕ لیکھنہٕ۔ مثلن، عمل، عقل، علم، عاشق، عارف، عالم، طالع، شمع، جمع، نفع بیترِ۔ مگر ییٚتہٕ اَخرس اندر امہٕ برونٹھہٕ زیوٚٹھ اوٚر اچھر (VOWEL) پیہِ تتہٕ پیہِ تراونہٕ مثلن۔ شوٗروٗع، بدل، شوٗروٗ تہٕ الوداع، بدل، الودا، بیترِ۔

(۴) یُس "ع" فارسی یا عربی لفظس منزس پیہِ تمہٕ بدل پیہِ سہ اوٚر اچھر (VOWEL) لیکھنہٕ یتھ منز تمہٕ آواز کاسُترس منز بدلیمژ آسہِ۔ مثلن، تاشوق، ماشوق، جافر، تاجُب، تاریف، تالیم، شائیر، توقُ، موٗلی، شولہٕ، جماتھ بیترِ۔

۵۔ عَربی تنوٖین ( ـً ـٍ ـٌ ) بَدل پیٚیہِ ، اَن ، سٕھوٗن۔ مثلَن ۔ فورَن ، جَبرَن ، آنَن فانَن۔

۶۔ دَست ، وَقت ، سخت ، بیٚترِ ہی لَفظ ہیکو زِ لیکھِتھ یِتھی مہٕ ت ، وَرأسے تہٕ ۔ مثلَن ، دَس ، وَق سَخ ، بیٚترِ۔

۷۔ یِمَن لفظَن عَربیس اَندر "اَل" یوان چھُ ۔ مثلَن "ابنُ الوَقت" ، بالکُل ، بیٚترِ ، تِم ہیٚکَن یِتھہ پٲٹھی لیکھنہٕ: اِبنُل وَقت ، بِل کُل ۔

۸۔ یِمَن فارسی یا عَربی لفظَن گوڈٕ "اح" یوان آسہ تہٕ یِمَن کأشُر آواز "ییٚیح" ، تھوٗتھ نیٚسہٕ ، تِم ہیٚن "ایٖیح" سیٖتی شوٗرُ کرنہٕ ۔ مثلَن ، احسان تہٕ احترام ہیٚن لیکھنہٕ "ایٖحسان" تہٕ "ایٖحتِرام" ، مگر اَحَد ، احمَد تہٕ احمَق ہی لفظِن ہیٚکہٕ نَہٕ لیکھنہٕ تہٕ کیاز یِمَن مَنز چھُنہٕ "اح" "ییٚیح" آواز دِوان۔

۹۔ نام پٲٹھی گژھِہ ییٚاد تھوٗن زِ کأشرِ لفظِن کأشرِ آوازِ موٗجوٗب لیکھنہٕ مثلَن ، پیدا ، میدان ، شاعر ، خواہش جُرأت بیٚترِ بدل گژھِہ لیکھُن پأدٕ ، مٲدان ، شأیر ، خأہش ، جُرتھ ۔

۱۰۔ ییٚتہِ کانہہ عَربی لفظ "اع" سان شوٗرُ آسہِ تِمدان تہٕ ییٚیہِ "اع" اَکھ دُکھانٹ (DIGRAPH) شرُوٗنٹ اَچھُر مأنِتھ ۔ "اع" سیٖتی شوٗرُ کرنہٕ مثلَن ، اعتبار ، اعتراض ہیٚن تِتھے پٲٹھی لیکھنہٕ یِتھہٕ پٲٹھی عَربیس اَندر چھِہ۔

۱۱۔ کھیٚے ، ژیٚے ، میٚے ، ہی لفظِن یِتھے پٲٹھی لیکھنہٕ۔



# عَلاماژ تہٕ ژھوٚٹرٕنہٕ

| | |
|---|---|
| ـــــــ ہ بڑوٚشہٕ لوٚگ | د ـــــــ پوٚت لوٚگ |
| م ۔ اَمہِ پَتہٕ مَشکوٗک | ؟ ۔ اَمہِ برٛوٚنٛہہ مَشکوٗک |
| > ۔ آگُر ۔ ژھنہِ لَفظہٕ مَنٛز درامُت | < ۔ اگُر ۔ کھودرِ لَفظہٕ مَنٛز درامُت |
| انگ ۔ اَنگریزی | س ۔ سَنسکرت |
| ع ۔ عَربی | ف ۔ فارسی |
| ہ ۔ ہِندی | ا ۔ اُردوٗ |
| ل.م ۔ لَفظی مانے | م ۔ مِثال |
| مُ ۔ مُقابلہٕ چھُس | م ۔ مادہٕ ، ن ۔ نر |

[ اَمہِ عٔلاوٕ چھ بێیہِ تہِ کێنٛژن زَبانَن ہِنٛدی لَفظہٕ ہِنٛدی ناو پوٗرٕ چھہِ دِنہٕ آمٕتی ]

## تَشریح

کانٛہہ عَلامَت چھےٚ لَفظُک آگُر ہاوان یوٚدوَے یہِ کوٚد واہراوِتھ آسہِ تَتھ چھُ تمہِ لَفظُک آگُر دِتھ یُس کانٛہہ کوٚنٛس نِشہِ لیکھتھ آسہِ۔ مَثلَن [ اُچھ < س : اَکشہِ > پراکرِت : اَچ چھ آگوٚرِ کانٛشر لَفظ 'اَچھ' چھُ سَنسکرت 'اَکشہِ' لَفظہِ پیٚٹھہٕ آمُت۔ اَمی پیٚٹھہٕ چھ پراکرِت 'اَچ چھ' آمُت یُس کانٛشرِس لَفظس سیٚتی میلان چھُ۔ سَوالیہ نِشان چھُ ہاوان مَشکوٗکیتھ۔ یہِ چھُ مَشکوٗک کتھِ گژھ ڈیوان بیتھ پاٹھی : مِثال '؟' اَنتہٕ کال چھ درامُت اِنتقال لَفظہٕ مَنٛزٕ۔ اِنتِقال ' لَفظ مَنٛز چھ اَنتہٕ کال درامُت۔

# اَچھرَن تہٕ لَفظَن ہٕنز ترتیب

یہ ترتیب چھےٚ ڈِکشنری اینسیس مینٹ کمیٹی (DICTIONARY ASSESSMENT COMMITTEE) ہٕنٛدِ رپورٹ نظرِ تَل تھٲوِتھ یُس تمہِ جوٗن ۲۱، ۱۹۶۵ عیسوی آنٛدرٕ دِیُت تہٕ ایڈیٹوریل کمیٹی ہٕنٛدِ فٲصلہٕ موجوب دِنہٕ آمٕژ۔ اَچھرَن ہٕنز ترتیب چھےٚ یِتھہٕ پٲٹھۍ۔

## اَری اَچھر

اَ ٲ اِ ایٖ اُ اوٗ اٚ اٛ اے اۍ اوٗ
اۆ او اۄ اے اےٚ اٮ۪ اٮ۪ ۍ اغ

## زَری اَچھر

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ

د ڈ ذ ر ڑ ز ژ ژھ س ش ص ض ط ظ

ع غ ف ق ک کھ گ ل م ن و ہ ے

یمو منٛز چھُ 'اع' اَکہ دُکھانٛٹ کٕنۍ اَچھر (DIGRAPH) ماننہٕ یوان۔ یہ چھُ ایڈیٹوریل کمیٹیٖ ہٕنز سفارشہٕ موجوب تِتھہٕ جایہِ اِستیمال آمُت کرنہٕ یتہِ کانٛہہ لفظ عربی پیٹھہٕ آمُت آسہِ۔ اَتھ چھُ ضٔرورتہٕ موجوب نَو آوازٕ نیران۔ مثلن 'اعتِبار'، 'اعتراض' لفظ یِہَن نَتہٕ آوازِ موجوب 'ییتِبار'، تہٕ 'ییتراض' لیکھنہٕ۔ یِتھہٕ کہ آواز چھُس نیران یِہِلہٕ اعراب ہیوٚد لفظ آسہِ۔ یہ اَچھر چھُ نۆو تہٕ تۆہۍ کٕنۍ چھُ سارِنۍ اَرِتھ اَچھرَن پتہٕ دِنہٕ آمُت۔

عام پٲٹھۍ چھےٚ فارسی تہٕ اُردوٗ ڈِکشنرِیَن ہٕنز ترتیب اعراب زیر زَبر پیش تراوِتھ

حۆرۄفِ تہجیُک مۆجوٗب دِنہٕ یِوان لگریٖو سیہٕ اَسہِ پیٚٹھ کنہِ اَچھرَن ہُنٛز ترتیب وِژتمہِ مۆجوٗب پَچھنے لفظن ہُنٛز ترتیٖب تہٕ بدلان ۔ مثلن فارسی یا اُردو ڈِکشنری منٛز ییہٕ 'باد' لفظ گوڈٕ تہٕ 'بَد' لفظ پَتہٕ ۔ مگر کأشُر ڈِکشنری اَنٛدر ییہٕ 'بَد' لفظ گوڈٕ تہٕ 'باد' لفظ پَتہٕ تِکیازِ 'بَد' لفظس چھُ 'ب' نہٕ 'زبر' (ـَـ) تہٕ 'باد' لفظس چھُ 'ب' نہٕ 'ا' ۔ ایسیسمینٹ کمیٹی ASSESSMENT (COMMITTEE) ہٕنٛزِ سفارشہِ مۆجوٗب ییہٕ زبر (ـَـ) گوڈٕ تہٕ 'ا' پَتہٕ ۔ یِتھے پأٹھی 'کرم' گوڈٕ تہٕ 'کَرَم' (دالکھ) یتھ 'ک' پَتہٕ 'ر' چھُ ییہٕ سارِوے 'ک' تہٕ تتھ پتہٕ آرۄ اَچھرو پتہٕ ۔

کینٛژن لفظن چھُ ایڈیٹوریل کمیٹی ہٕنٛزِ سفارشہِ مۆجوٗب 'ہ' لگان ۔
ہم لفظ چھُ 'ب' لفظس آخرس پیٹھ دِنہٕ آمتیٖ ۔

# لفظہ ہاوک

# ا

"ا" تہٕ اعراب یکہٕ ذٕنہٕ تھٲوِتھ چھ اُری اَچھرٕ لوان لیکھنہٕ ییلہٕ تم کُنہٕ بنیس اَچھرس سٟتۍ آسَن نہٕ میلتھ۔ ہم۔ اَ آ اٗ آٗ بیتر۔ لَنہٕ زُری اَچھرس ییلہٕ یہ ییتہٕ ہیرِ اَتھ چھُے زیٹھ آواز ییران تہٕ یہ چھُ دِوان آ، اَچھرٕچ کٲم۔ ہِم تکا، با، تا، زا، بیترِ۔

**اب**:۔ (اَلِف بے)۔ اَچھرٕ زان۔

**اب نہٕ زانُن**۔ نہ پَرٕ آسُن۔ وۆدٕ آسُن مُلے زان نہٕ آسٕنۍ۔

**اَ** زَبرٕ سان گوڈنیک اَچھُر۔ ۲۔ نکارُک برٕ ونہٕ لوٗگ ہم ۱۔ نور، اَزٕدو، اَچھوٗ بیترِ۔ ۳۔ ٹھاکھ کرنٕچ آواز

**اَبَدٕ** [موٗل: اَبد۔ س، اَربُد] داہ کروڑ، (۱۰۰۰۰۰۰۰۰)۔ وَرگہٕ گُزٕر اَندرٕ سٹھا۔ اَبدس برابر، نہٕ گوٗ سٹھا غنیمتھ۔ ہم تہٕنزٕ رٔوپیٹھ گیہ اَبَد

**اَبَدٕ** [ن۔ موٗل: اَبد۔ ع۔ اَبد]۔ دٔہۍ۔ یتہٕ وتھ۔ ہر ہمیشہٕ۔ اَنہٕ گوڈٕ یا اَنتہٕ روٗس وَق۔ اَژھین کال۔ اَبد لفظ چھُ اَزَل لفظس مُقابلہٕ۔

**اَبَدی**۔ پوشہٕ وُن۔ ہر ہمیشہٕ روزٕ وُن۔ اَندٕ وَنہٕ آسوُن۔

**اَبکھ**۔ یہ چھُنہٕ الگ پران وَننہٕ یا لیکھنہٕ۔ کینژن بِلہٕ مِش لفظن سٟتھ لگِتھ چھُ اَمیُک مانے: ہیچھِنے، اَنادٕری اَڈٕ ہیچھِل، اَزٲنۍ۔ نہ تگن وول، ناپہ کار ہیترٕ بنان۔

**اَبکھ چھان**:۔ نہ زانَن وول چھان۔ ناہَل چھان، ناقابِل چھان۔ کیہٕ چھان۔ نہ تگن وول چھان۔

**اَبکھ چھانس سبق روو**۔ اَنہٕ ہیچھرس چھُ دِتھ یِزی سبق مشان۔

**اَبکھ وارٕنۍ** ناپہٕ کار وارٕنۍ یا بینہٕ نادِ، واَنۍ، ناڈٕری وارٕنۍ۔ بنے باٹش وارٕنۍ۔ سہ وارٕنۍ یوٚسہ پرٕسن واجنہٕ کھوتہٕ ژدِے گرِہ۔

**اَبَل** ۱۔ [ن۔ موٗل : اَبَل۔ < س : اَ + بَلہٕ ]
یُس نہٕ بَل آسہِ۔ یُس نہٕ طاقتھ آسہِ۔ ہیکہٕ ژ رودُس۔
کمزور۔ نہٕ واتن وول۔ وَرگہٕ ناچیز۔
م : متہ اَبَل کاٗسی تن بو ورزہ۔ (لَلہ واکھ)۔

**اَبَل وُن**۔ [ن۔ موٗل : اَبَل وُن < س : اَ + بَلہٕ یا
س : اَ + بھلَہ م : بھلا نہ چنگا ول ہونا]
۱ کھیسہ وُن دود : شِکہ بیتر یوسہ نہٕ وُنہٕ پوٗرٕ زودُس
پیٹھ آسہِ تہٕ پتھ ہنکہ گرٕ چھتھ۔ (ورگہٕ پاٹھی) کینہٕ
یا کانہہ کتھ یوسہ پوچھنہٕ آسہِ گاٗمژ، یتھ وُنہٕ علاج
آسہِ۔ م : وُنہٕ چھ مامِلہ اَبَل وُنہٕ دِیو بَنبس کینہٕ۔
۲ کوٗٹ یُس واتنس تیار آسہِ، یُس وُنہٕ آسہِ نہٕ
پوٗرٕ بالیغ گومُت۔ ۳ بیمارٕ دِزاو۔ پوٗرٕ بلہٕ نے۔

**اَبازَن** ۱۔ [ن موٗل : ابازَن < س : اَ + بھاجنَہ ]
بےبوش۔ یُس نہٕ کُنہٕ لگہِ۔ بےربط (بےربط)۔
بھیوٗر چھر۔ ناپہ کار۔ یُس نہٕ بانہٕ آسہِ۔

**اَباسہٕ وُن** ۱۔ [ن موٗل : اَباسہٕ وَن < س : اَ + بھاس]
یہ نہٕ لبنہٕ یہِ۔ یہ نہٕ لبنہٕ یہِ۔ یہ درٕ پیٹھی یہِ
نہٕ۔ یہ باسنس تَل یہِ نہٕ۔ یہ کینژھا اَنٛدٕرِ یلہ
نیٚبرٕ باسہِ نہٕ۔

**اَباوٕ** ۲ [ن موٗل : اَباو < س : اَ + بھاو ]۔
نہٕ آسُن۔ وژھے۔ کانہہ چیز بیتر نہٕ میلُن۔
نہٕ بوٗن۔ کُنہٕ چیزک کال۔

**اَباوٕ** ۳ [ن موٗل : اَباو < س : اَ + بھاو ]۔
باوٕ نہٕ کرُن۔ مان نہٕ کرُن۔ یہ کانسہِ پیٹھ یا شوٗبہ تہٕ
نہٕ کرُن۔ ہُنرٕ وُژنہٕ۔ بے قدری۔

**اَباوُز** [ن موٗل : اَباوز < س : اَ + بھاجہ / بھا]
یہ نہٕ باوزٕ۔ یہ نہٕ روژ۔ یہ نہٕ پُرٕ یہِ۔ پُتھ
تیٖشتھ کھیٚن۔

**اَبُدوٗر** ۱۔ نہٕ بُد روومُت۔ نہٕ بُد راوُمُت ژوٗٹ یا
وٗر بیتر۔ یہ نہٕ پاکرٕ ہتھ تارس یا نیوہ نگلن
پیٹھ آسہِ تھووُمت۔

**اَبُنزوٗر** [ن موٗل : اَبُنزر < س : اَ + بنج ]
یہ نہٕ بُنزرمُت آسہِ۔ یہ باگر وومُت آسہِ نہٕ۔
یتھ نہٕ بلگے آسہِ گاٗمژ۔ ژوٗد۔

**اَباٗسی** ۱۔ ۱ اکرٕ پوشہٕ کُلیٖگ ناو ۲ گوٗٹ دوزٕل۔
اُلِچہٕ رنگس ستی میلہ وُن۔

**اَباٗسی پوش** ۱۔ اَباٗسی کُلیگ پوش۔

**اَباٗسی رنگ** ۱۔ گوٗٹ ووزُل رنگ۔ اُلِچہٕ رنگس
ستی میلہ وُن رنگ۔

**اَباگوٗر** ۱ [ن موٗل : اَباگر < س : اَ + بھاگیہ ]۔
یہ نہٕ باگرا دنہٕ آسہِ آمُت۔ باگرٕ نے۔
باگے کرٕنے۔ ژوٗد۔

اَبہ زَہتھ ہن مؤل : اَبہ زہت (س: اَبھ + جت]

۱. گرٕ بیٚہِن ہُنٛد اَکھ لوگ۔ ۲. مَنٛدِنہٕ پَتہٕ اَکھ گرٕ یہٕ مَنٛدِنہٕ برٛونٛہہ اَکھ گرٕ۔ ۳. دِہان چھ اَبہ زہتھ گو سہٕ ساتھ ییٚمہ پھِرِ یہٕ کانٛہہ وَنہٕ تہٕ بَنہِ۔ م: ساعتِ حسَن۔

اَبمان ا ہن مؤل: اَبِمان۔ (س: اَبھِ + مان گمنڈ۔ اہنکار۔ زھوکھ۔ اَیِز تیٚہ۔ اَچھن کھسُن۔

اَبہ ڈِس [ ن۔ مؤل: اَبہ ڈِس ]۔

۱. کاسَس نہٕ بَرزَس بَنا دِتھ پَھٹیچ، یہٕ چھِنے منز وَنہٕ اَمہٕ خاطرٕ پوان تھَونہٕ زِ یُس تَہٕ تس پیسہٕ شنگرٕ کرِنہٕ۔ ۲. سہٕ چیز یُس تلہٕ کَنہٕ ژھوٚنٛژ آسہٕ تہٕ تہٕ آسہٕ نہٕ یہٕ بوز نہٕ ییہٕ۔ ٹھباہ۔

۳. ٹھباہ شرٕ۔ تَسَ زِنانہٕ ہِنٛدِس پیٹھ وَنان یُس پرٛسنیچ مٕلی ہوگ آسہٕ مگر بڑ بسہٕ نہٕ۔ زِنانہٕ اَکھ اُکُس پامہٕ پاٹھٕ وَنان۔

اَبہ ڈِسَس لَبہٕ وُنی۔ تِتھ ہیٚنٛڈ دِیار گالٕنی یتھ نہٕ پتہٕ کینٛہہ حاصِل یِیہِ۔ کُنہٕ تِتھِس چیزَس بیتِر یتھ زُو جان ژٕٹُن یہٕ پوٚتُس ٹھباہ نیرِ۔

فرٕ مؤل چیزَس پیٹھ دیار ضایہٕ کرٕنی۔

م: کِرُ مارِتھ اَکھن پھکھ۔

اَبسی اَبسی ا [ مؤل: اَبسی اَبسی (پرٛاکرِت: اَب بِھس (س: ابھیاس ]۔

۱. اَبُن گو وُٹھِن نہٕ اَبسی اَبسی گو وُٹھ وُٹھ تِمہٕ پُرتھ دِنی توٚ کُنی گو نیوٚ ٹھس پیٹھ لاین۔

۲. وَزِوی وَزِوی (دِنی)۔ مارِس پیٹھ مار۔ لاین نہٕ لاین۔

اَبہ موٗنٛڈ ۔ ن۔ مؤل: اَبہ موٗنٛڈ (م: اُڑیہ: مُنٛڈا]۔

اَکھ قیٚسمُک توٚلہٕ آٹیک ژوچہٕ وُڑ۔

اَبنی دِژہے بٕبنی دِژہے ا۔ نٕحقے قَسمِہ قسَم۔ چلہٕ بانہٕ نہٕ گوزِ یژھ اَنادِنہٕ با پتھ ہہ کیا یہٕ کیا وُنِتھ ٹال مٹول کرُن۔

اَبُز ۔ ن۔ مؤل، اَبُز۔ (س: اَ + بُدھ]۔

یہٕ نہٕ بُزمُت آسہٕ۔ بُزنے۔ بُزنہٕ وَر آسے۔ توٚنے۔ بیوٚلے۔ نارس ہاونے (مگرٕ چیٛز بیترِ)

اَبوٗ بکر رض۔ ن۔ مؤل: اَبوٗ بکر (ع: اَبوٗ بکر]۔

پیغمبرِ اسلامؐ سنٛدِ ژورو یارو منٛز گوڈنیک یار۔ یارِ غار۔ اسلامی تواریخک گوڈنیک خلیفہ۔

اَبوٗد ۔ ن۔ مؤل: اَبود (س: اَ + بُددھ]۔

یُس نہٕ بود (عقل) آسہٕ۔ بیعقل۔ بوز روٚس۔

اَبوٗڈ ۔ یہٕ نہٕ ہیٛوٚ آسہٕ۔ یہٕ لوکٕٹی بڑٕ آسہٕ۔ یتھ یُس چیزَس بیتر سیٛتی کانٛہہ سَمبر آسہٕ نہٕ۔ بنے سوم۔

اَبوس ا۔ ۱. اَڈہ چیٛرنگس سیتی میلہٕ وُن اَکھ رنٛگ۔

۲. اَکہٕ پوشاکہٕ نادُیس اَمی رنٛگہٕ آسان چھُکھ.

**اَبوسے** ۔ پیٹھ بیٹر ہیوٚر کُن لاینہٕ وزِ چھِ شُرِس وَنان
یا شُرۍ وَنان ' اَبو سے ' ۔ کیٛنہٕ چیٖزَس اَبوسے
کرُن گو ہیوٚر کُن بُرتھ دیُن ۔ یہِ چھُ شُرۍ لفظ۔

**اَبین** ۔ ن ۔ مۄل : اَبِین (س : اَبھِنّہٕ ۔ ] ۔
یتھ نہٕ بین (فرق، جُدٲے) آسہِ ۔

**اَبتر** ۔ مۄل : اَبتر (ع : اَبتر (بَتَر ۔ ] ۔
وارٕے خراب ، بیٚنیہِ ہُن یتھ گوٚمُت ۔ بیمارِ
منز یا کُنہٕ مُصیبتَس منز یتھ گژھنہٕ کنیٖ نوٗزُک
حالتھ پیٹھ ووتمُت ۔

**اَبتری** ۔ وارٕے خرابی ۔ وارٕے تباہی ۔ اُدرِ کھل ۔
بیمارِ یا مُصیبتَس منز یتھ گژھنہٕ کنیٖ نوٗزُک حالتھ ۔

**اَب تہٕ ٹوٗٹھ بَب تہٕ ٹوٗٹھ** ۔ یہِ چھُ تمہٕ وزِ وَننہٕ یوان
ییلہِ دۄن یُو مُتضاد کامیو منز یا چیٖزو منز اکھ تہٕ
بیٚتھرِ نہٕ اِنسان تراوُن یا دۄیو زنیو منز یمن
نہٕ اکھ اَکِس بیتیٚ ہشر آسہِ اَکس تہٕ بیٚتھرِ نہٕ
ناراضہٕ کرُن ۔ ہُتھ چیٖزَس تہٕ تِھیچھ نہٕ یِتھ تہٕ ۔ دۄیو
منز نہٕ اکھ چیٖز تہٕ تراوُن ، ہُنہِ گوٚز تِھم یہِ تہٕ گوٚز تھم ۔

**اَبجد** ۔ ن ۔ مۄل : اَبجد (ع : اَبجد ۔ ]
(۱) عربی اَچھر (۲) عربی اَچھرَن ہُنز گژنہٕ مول ۔

**اَبجد خان** : اَلِف ۔ بے پرَن ۔ ییٚس تالیم پرَن
باپتھ دُنہ گو دِنہٕ اَچھر پرَن نہٕ ہیٚچھن تہٕ آسہِ ۔

(دوٚر گہِ پاٹھۍ) یٚیمہِ دُنہٕ کُنہٕ کامہِ منز تہار تہٕ آسہِ
نہٕ پرٲو مژ ۔

**اَبدال** ۔ ن ۔ مۄل : اَبدال (ع : اَبدال ] ۔
(۱) خُدا دوس ۔ وَلی اللہ ۔
(۲) تصوُف کِس عالمَس منز اکھ مَنصَب دار ۔

**اَبدُل آباد** ۔ ہرٛ ہمیشہ روزِ وُن ۔ پرٛتھ سات پوشہِ وُن ۔
اَنٛد وَنٛد پوشہِ وُن ۔

**اَبرق** ۔ ن ۔ مۄل : اَبرق (ع : اَبرق ] ۔
اڈبر ۔ اَکِ قسمُچ وسمتھ یوس کامہِ منز نیران چھے
تہٕ یتمہِ چُن دَن یا تختہٕ پٹن شیشہِ لاٹھ ہۍو
دَرق چھِ ووتھان ۔

**اَبرار** ۔ ن ۔ مۄل : اَبرار (ع : اَبرار ] ۔
(۱) پرہیزگار ، پزٕ لُکھ ، عبادتھ گُزار ۔
(۲) تصوُفکِس عالمَس منز اکھ منصب دار ۔

**اَبری** ۔ مۄل : اَبری (ف : اَبری (اَبر ۔ ] ۔
اَکِ قسمُک رنگہِن کاکذ یُس کتابن بیٚترِ کل
دُترِس یا پیٹھ لاگنس لگان چھُ ۔

**اَبریشم محکمہ** ۔ محکمۂ اَبریشم ۔

**اَبساوُن** ۔ ن ۔ مۄل : اَبساد برکت ۔ اَب بکس ۔
(س : اَبھِس ۔ ] ۔
اَبُن ۔ پنٛنِس یارِ بیٚترِ وَریا دُٹھنہٕ دِنی ۔

**اَپجوٗر**:۔ پنجرٕ نے ۔ یہ ہٕ پنجرادنہٕ آسہ آمُت ۔ یُتھ ہٕ اَنٛد وٗنِتھ پُنچ ٹیب آسہ دِرٛژھ۔

**اَپاَرِیُم**:۔ ن ۔ مؤل : اَپار——]
ہُمہِ پاسک ۔ ہُمہِ اَنٛدک ۔ تَمہِ طرفک یُس ہٕ دَرٛیشٹھان آسہ ۔ تَمہِ اَنٛدک یُس پانس بُتھ آسہ

**اَپتٔرٛوٗک**:۔ ن ۔ مؤل : اَپہٕ ترٔک (س: اَپہٕ+تارکہٕ]
اَنٛگ پانٛگ ۔ بٕنے ہُنی یاد ۔ دُہیات ۔ بکواس ۔ اورٕک بور۔

**اَپتٔرٛوٗک مَپتٔرٛوٗک**:۔ آنٛگ پانٛگ ۔ یتھنہٕ موٗٹ بالوٗٹ آسہ ۔ بٕنے ہُنی یاد ۔ بکواس بیتر۔

**اَپراد**:۔ ن ۔ مؤل : اَپراد (س: اَپہٕ رادھ ]۔
پاپھ ، دوٗش ، گوناہ ۔ اَتُر ۔ قوصوٗر ۔ جُرم۔

**اَپزیارَز**:۔ م ۔ مؤل : اَپہٕ زیارز ۔ (س: آ+اُپہٕ بَد ]
اَپزیارٕگی ۔ پَزَر نہٕ آسُن ۔ بدنیتی ۔ پَزِس پیٹھ نہٕ آسُن ۔

**اَپہٕ شَبد**:۔ ن ۔ مؤل : اَپہٕ شَبد (س: اَپہٕ+شَبد]
کوٗ واکھ ۔ کوٗ کتھ ، لکھ ، وٕڈہو ، شاپھ ۔ اَڈٕ زاڈ بیتر ، ناکارٕ شَبد یا لفظ۔

**اَپہٕ کار**:۔ ن ۔ مؤل : اَپہٕ کار (س: اَپہٕ کار ]۔
یوٗر آسہ زٕنت کوٗرمُت تورٕ کرٕت کرُن ۔ یتھی جائی آسہ کرٕ ہرُس سیتی بدی ورتاونی ۔ زکھ

واتناوُن ۔ دوٗکھ دِیُن ۔ پنٛڈی لٔڈُن ۔ ٹوپھ دِنی۔

**اَپہٕ کاری**:۔ مؤل : اَپہٕ کاری (س: اَپہٕ کاری ]
خامخاہ زکھ واتناوُن وول۔

**اَپہٕ مان**:۔ ن ۔ مؤل : اَپہٕ مان (س: اَپہٕ+مانہٕ]
مان نہٕ کرُن ۔ بٕنے عزتی کرٕنی (خاصکر یتھ نَس یس عزتھ برٕ کرُن) تمِتھٕ ورتاو کرُن یُتھ ہٕ شوٗبہٕ وُکرٕ وانہی ۔ بٕنے مؤدی ۔ بٕنہٕ دِرٕتہٕ۔

**اَپہٕ مرِتُی**:۔ مؤل : اَپہٕ مرِتیُت (س: اَپہٕ مرِتیُٔ ]
سُہ یُس کُنہٕ حادثہٕ بیتر کنی یا وقتس پیٹھ عَلاج نہٕ واتنہٕ کنی بے وقت مرِ۔

**اَپہٕ نایتھ**، (اَپہٕ نایتھ) م ۔ مؤل : اَپہٕ نایت (ہ: اَپنایت (س: آتمی یتا ]
پانہٕ نیار ۔ پَنُن زانُن ۔ پَنُن زانِتھ ورتاو کرُن ۔ پانہٕ نیار بوزُن۔

**اَپہٕ ہوٗس**:۔ ن ۔ مؤل : اَپہٕ ہاس (س: اَپہٕ ہاسہٕ ]
ٹسنہٕ ، ٹسولہٕ گرٕٹھن ۔ اَسہٕ نَس لایق گرٕٹھن ۔ ٹلی کینہٕ شاوے پیٹھ یوسہ نہٕ یتہٕ پزٕ بیتر ۔ مثلن کانٛسہٕ زنانہٕ ہٕندِس پرٕسنَس وسنَس بیتر پیٹھ۔

**اَپُتی**:۔ ن ۔ مؤل : اَپُتی (س: آ+پوتہٕ ]
ژھیٹی ۔ ناپاکھ ۔ گنٛد ۔ مٕکری ۔ اَپوِتر۔
م : کینہٕ چھہٕ سنان (سٔران) کرِتھ پتہ ولہٕ دالہٕ

**اَپنز** :۔ [ن ۔ مؤل : اَپنز < س : اَ + اُپہ پدر م : اُپہ پدتے]
وُچھو ، ' اپوز ' ۔

**اَپورو** :۔ [ن ۔ مؤل : اَپورو < س : اَپوروٗ] ۔
یہ نہ پتھ کالہ آسہٕ ۔ یہ نہ برونٛہہ زانہہ آسہ اوسمُت ۔ نوٛوُے ۔ بینیچ نہ مثال آسہ ۔

**اَپوٗر** :۔ [ن ۔ مؤل : اَپر ۔ < س : اَ + پٹھنہ]
(۱) بینیمِ نہ پوٗرمُت آسہ ۔ یُس اَنپرے آسہ ۔
(۲) یہ پرنے آسہ ۔ م : اَپٕری اَچھر ——

**اَپٕری اَچھر** :۔ تم اَچھریم نہ پٕری ہتی آسن ۔ ورگرِ پرنے ہیچھن ۔ پرنے گرنے علم حاصل سپدِ ون

**اپوٗز = اَپُز** :۔ [ن ۔ مؤل : اَپز ۔ < س : اَ + اُپد ،
م : اُپہ پدتے]
یہ نہ پوز آسہ ۔ یتھ منز کینہہ ستھ آسہ نہ ۔ اَستھ ۔ غلط ۔ بٔنے ہُنٛ یاد ۔ یہ نہ شوٗبہ ۔ یہ نہ ٹھیکھ آسہ ۔

**اَپوزاَمپوزا** :۔ پوٗز اَپز ملِوتھ ۔ یتھ منز وارِیاہ پوز نہٕ آسہ تہٕ کینٛژھا اَپوز تہٕ آسہ ، سوٗرُے آسہ نہ پوز ۔ اَپہٕ ترٕوک مہپہ ترٕوک ——

**اَپوٗز باپار** :۔ سُہ باپار یُس نہ پٕزِس پیٹھ آسہ ۔ یتھ اَندر کھوٗٹھ کھٔٹے آسہ ۔ بد دِیانتی ہُنٛد باپار ۔ تیٛتھ کانٛہہ کاریتھ اَندر نہ پٔزر آسہ ۔

**اَپوٗز پوٗز** :۔ کینٛژھا پوٗز تہٕ کینٛژھا اَپوز ۔ اڈٕا ، پٔزر تہٕ اڈٕانہ ۔ اَوٕرک یوٕرک ملِوتھ راد ۔ ترٕٹھ ۔

**اَپوٗز مپوٗز** :۔ سو کانٛہہ کتھ یا کام کاریتھ منز نہ گٔلینہہ پٔزر آسہ ۔ اَپزٕے ، اپوٗز باپار ، ورتاو یا کار بیتر ——

**اَپوٗز وَنَن وول** ۔ یُس نہ پوٗز آسہ وَنان یُس اَپوٗز وَنہ ۔ اَپزیوٗر ۔

**اَپوٗز وَنُن** :۔ اَپوٗز دُپُن ۔ پوٗز نہ وَنُن ۔ یہ غلط آسہ تی وَنُن ۔

**اَپزِس گوٗڈ کٔتہٕ** :۔ اَپزِس چھنہٕ گوٗڈ یا آنٛد آسان ۔ اَپزِس چھُ نہ ہنٛز لوٗٹ آسان ۔

**اَپوٗک** :۔ ن ۔ مؤل : اَپک < س : اَ + پکو ۔
یہ نہ پوٗک آسہ ، یہ نہ ٹھیکہ پأٹھی رٔدمُت آسہ ۔ یتھ نہ پوٗر پاکھ آسہ لوٗگمُت ۔ یہ نہ شرٔدِمُت آسہ —— (گزیرس ) ۔

**اَپور** :۔ [ن ۔ مؤل : اَپار < س : اَپرِ پارٕ ——]
ہورکُن ۔ کولِ یا باگک ہورِ کنیک پاس ۔ بتھ کَنیک کٔٹھ یا اَرِ بیتر ۔

**اَپارِ** :۔ یتھ طرفس مُقابلہ اَپاری مہ طرفہ ۔ اَپاری مہ اَنٛد ۔ اَپاری مس طرفس پیٹھ ۔

**اَپارِ کنہٕ = اَپارِ** :- اَپارِ نکھہٕ تلہٕ۔

**اَپارِ کَنِشِک** :- یتھ اَپاری مِس طرفس سیتی واٹھ آسہِ۔ اَپارٕ ژیُم۔ دوٚیمہِ طرفُک۔ دوٚیمہِ پاسُک۔

**اَپارِ مُن دانہٕ تہٕ یپارِ گئے اَتھن ہٹھ۔**

یہ چھ تس وَنان یُس ہمدٕ نیبرٕ تہٕ نوٚزک لاگہٕ۔

**اَپارِ یپارِ** :- ١) ہمہٕ پاسہٕ تہٕ ینیمہٕ پاسہٕ، ہمہٕ اَنٛدٕ تہٕ ینیمہٕ اَنٛدٕ۔ دوٚنوٚشوٚے پاسو۔

م: اَپارِ یپارِ وُژھ ہوٗلی باگے۔

٢) ہیتہٕ تہٕ تہٕ جیتہٕ تہٕ۔ سأری سے۔

م: اَپارِ یپارِ گژھہٕ لوٗتہ تھوٗن۔

**اَپارِ یپارِ کُنی وَنن گژھنہٕ۔** سارنے یکہٕ وٹہٕ ہشی تباہی گژھنہٕ۔ کُنی وَدل گژھنی۔ کُنی باش گژھنی۔

**اَپارِ یپور** :- ہمہٕ طرفہٕ پیٹھ یتھ طرفس کُن یا تام، اَپاری مہٕ اَنٛدٕ یا ہتھہٕ پیٹھ یپاری مس اَنٛدس یا ہتھس تام۔ اَنٛدٕ وَنٛد۔

م: اَپارِ یپور خاعر۔

**اَپأری** :- ١) اَمہٕ طرفہٕ، اَمہٕ اَنٛدٕ، اُتھ طرفس۔

م: ١) لیٚنجہٕ کرہ اَپأری کونٛڈ ٢) اَپأری ہیوٚتُن نارے

٢) تتھ جایہ یوٗسہ نہٕ نظرٕ تل آسہِ تہٕ یپأری کانٛہہ آمُت آسہِ۔ م: اَپأری (تہندی کِنہٕ) چھا نکن اَب ٣) اَپأری (سأنی کِنی) چھے حالس ژھوپہٕ۔

**اَپأری کِنہٕ = اَپأری** -

اَمہٕ طرفہٕ، ہُمہٕ اَنٛدٕ۔

**اَپأری یپأری**۔ ہُمہٕ طرفہٕ تہٕ ینیمہٕ طرفہٕ۔ ہُمہٕ اَنٛدٕ تہٕ ینیمہٕ اَنٛدٕ۔ سارِوے طرفو۔ پرتھ اَنٛدٕ۔ ژوٚواپأری۔

**اَپأری یپأری کِنی**۔ ١) ہپأری ہپأری تہٕ یپأری یپأری۔ ہُمہٕ پاسہٕ تہٕ ینیمہٕ پاسہٕ۔ ٢) اَنٛدی پکھی۔

م: اَپأری یپأری کِنی گژھہٕ نظرا نظرا دِنی۔

**اَپورِ تٕرُن** :- تار دیُن۔ کولہٕ بالس یا دوٚہسہِ دوٚہسہِ بیٚنیس طرفس گژھُن۔ بیٚنیس کُھٹس یا بَرٕ ترُن۔

**اَپورِ یپور**۔ ہُمہٕ طرف تہٕ یہٕ طرف۔ ہُمہٕ پاس تہٕ یہٕ پاس۔ اَپارِیُم بوٚنٛٹھ تہٕ یپأرِیُم بوٚنٛٹھ۔

**اَپوک** : ن۔ مذ، اَپاک ‹ س: اَ + پکو ‹ اَ + پچ ]- نینش پوک۔ اَڈٕ پوک۔ پوٗرہٕ پاکہٕ آمُت۔ یہ نہٕ پاکو مُت آسہِ۔ ٹھیٚکھ پاٹھی نہٕ روٚنمُت، بیوٗل۔ کوٚچ۔ م: اَپوٗک ہاکھ۔

**اَپہیر** :- ن۔ مذ ؛ اَپہیر دک : اَپ + ہیر ‹ س : اَلپہٕ ]

کم بانہٕ آسُن یا کم بانہٕ آسنچ حالتھ۔ اَڈٕپ آسُن۔ اَڈٕپ آسنچ حالتھ۔ وہیٚن بانہٕ نہٕ آسنچ حالتھ۔ اَڈٕگی۔

**اَپہر گُرُن** :- ٹلی تھبکہٕ ناوُن ۔ پرٕ نہٕ بیٹھو واسرٕ نگ ، تماشہٕ گرُز ۔ ٹلی ژٕ بگُن ۔

**اَپٕرسَن** :- [م/ن مٔول : اَپٕرسَن < س : اَپٕرسنّہٕ]
(۱) ناخوش ۔ پرٕسَن نہٕ آسُن ۔ خوش پاٹھو نہٕ آسُن ۔
(۲) تسلا نہٕ یُن یا تسلا نہٕ سپدُن ، بیسر نہٕ گژھُن ۔ ترٕپتھ نہٕ گژھُن ۔

**اَپٕرژے** :- [م ۔ مٔول : اَپٕرژے ۔ < س : اَ + پرٕیہٕ ۔]
پرٕژے نہٕ آسنی ۔ ماے موحبتھ نہٕ آسُن ۔ کھرا آسنی ۔

**اَپٕر پرٕژھ** :- [ن ۔ مٔول : اَپٕرژھ < س : اَ + پرٕچھ]
پرٕژھنے کرنے ۔ اورٕ گرُن یا وَنُن ۔ پاٗژ پانٕے ڈٕڈٕ ۔ بتہٕ ساٗل ۔

**اَپٕرٕ وکھُٹ** :- [ن ۔ مٔول : اَپٕرکھٹ < س : اَپٕرکٹ]
یُس نہٕ پرٕ وکھٹ آسہ ۔ یہ یا یُس نہٕ نون آسہ ۔ یُسنٕد بجر گُپتھ آسہ ۔

**اَپریل** :- [ن ۔ مٔول : اپریل < انگ : اَپرِل (APRIL)]
عیسوی وُری یک ژورِم رِیتھ ۔ گاشرِ پاٹھو اوٚڈا ژھرک تہٕ اوٚڈا وہُن رِیتھ ۔

**اَپریشَن** :- [ن ۔ مٔول : اَپریشَن < انگ ۔ اوپریشَن ۔ (OPERATION)]
کاٹھ ، بیمارِ ژلراونہٕ خاطرٕ ڈاکٹر سٕنٕد زری یہِ اِنسانی جسمٕچ ژٹہِ واتھ ۔

**اَپٕر یوٗر** :- [ن ۔ مٔول : اَپرٕیار < س : اَ + اُپر پٕد + پوٚنٕ لوگ اَر / آرا]
یُس نہٕ پُرِ ۔ پور آسہ ۔ یُس اَپوٚز وَنہٕ ۔ اَپُز وَنَن وول ۔ یُس اَپُز وَنٕنچ ہال آسہ ۔

**اَپسَرا** :- [م ۔ مٔول : اَپسرا < س : اَپسَرَس]
حوٗر ، اَژھ رُژھ ۔

**اَپھَر وُٹھ وَنٕنی** :- (ل ۔ م) اَپھَر وُٹھ چھ اَکہ بالگ ناد ، اَپھر وُٹھ وَنٕنی گو بٔڈِس کوٚہن تہٕ جاین ہُنٕد ناد ہیُون تہٕ دُپتھ گو بٔڈِ بٔڈِ کھرلایہ ۔ راد وَنٕنی ۔

**اَپھَل** :- [م/ن ۔ مٔول : اَپھَل ۔ < س : اَ + پھَل]
ہاشہٕ گاٹرٕ مَنگاے بیتر ۔

**اَپھُر** :- سیتھ ، ژھرژٕ ۔ کُنہِ چیزس بیتر سیتی تتھ کنی گینٕد گینٕد کرُن ۔ بیٚمہ سیتی تتھ نوقصان سپدِ ۔

**اَپھرلد** :- سپٕرلد ۔ یُس چیزَن بیتر سیتی سیتھ دِنہٕ نِک عادتھ آسہ ۔ اَپہر لد ، کوہ بجہ لد ۔

**اَپھوٗل۱** :- [ن ۔ مٔول : پھوٗل ۔ < س : اَ + پھُلّہٕ]
سُ کُل یتھ نہٕ پوش آسن دراہتی ۔ وُٹھ پوشہٕ ٹوٗر ۔ وَرگہٕ سہٕ اِنسان یس نہٕ بہار آسہ وُ جمت ۔ یُس نہٕ پھولِتھ آسہ ۔

**اَپھوٗل۲** :- [ن ۔ مٔول : اَپھَل ۔ < س : اَ + پھَلہٕ]

پھلنے (پلو بیتر)، نالی زھننہٕ ستی نہ
زمیٖنہٕ مُت۔ چھاوِتھ اوزرے رؤدمُت (پلو بیتر)۔

**اُپھرارِ تپھرارِ** :- [م/ن - مٔول: اُپھرار تپھرار -
< ع: اِفراط + تفریط] -
چھلہٕ چھانگرِ۔ ژھکرِتھ۔ ہورپور لابنہٕ آمُت۔

**اُپھرانہٕ تپھرانہٕ، اُپھرایہٕ تپھرایہٕ** :-
[مٔول: اُپھرانہٕ تپھرانہٕ < ع: اِفراط تفریط]
کنہٕ وَتہٕ یا مطلبس نہٕ لوگمُت۔ فضول خرچ۔

**اُپھرِ تپھرِ، اُپھرِ تھپھرِ** :-
[< اُردو: اُفراتفری < ع: اِفراط + تفریط]
آمہر بامبہر، بامبرٕ منٛز۔ چھارٕ آیتھ، وارٕ باٹھی نہٕ۔

**اَتالیق** :- [مٔول: اَتالیق < ف/ترکی: اَتالیق]
کانٛسہٕ ہیچھناونہٕ باپتھ خاص باٹھی لاگنہٕ آمُت ووستاد۔
ہزرِ باٹھی چھہٕ وَنان تَس یُس کانٛسہٕ ستی یِرہِ۔
م: اَتالیق لاگُن۔ اَتالیق بیہُن۔

**اَتہٕ** :- [مٔول: اَتہٕ < پراکرت: اَتہٕ < س: اَتر]
اَتھ جایہِ۔ اُتھنہٕ۔ یتھ جایہِ یوسہ وَنہٕ آمِژ۔

**اَتہٕ برابر** :- اَتہٕ نس۔ اَتی نس۔ نگ بگ اُتھی جایہِ۔

**اَتھی، اَتتھ** :- اَتہٕ نس، اَتی نس۔ تتھ کُھہ
تہٕ جایہِ یوسہ ہاوِتھ آسہ۔

**اَترچ** - اَمہ جایہٕ منٛز۔ اَمہ طرفہٕ چ۔ اَمہ اَندرچ۔

وُچھو ' اَتینگ ' تہٕ -

**اَتہٕ کنہٕ**۔ اَمہ طرفہٕ۔ اَمہ اَنٛد۔ اَپارِ۔

**اَتہٕ کنی**۔ اَمی جایہٕ ہُنٛد۔ اَمی طرفُک۔

**اَتہٕ نُک**۔ اَتینگ۔ اَمہ جایہٕ ہُنٛد۔ اَتہٕ نُک۔

**اَتے**۔ اَمی جایہٕ پٹھٕ۔ اَتھی جایہِ (یوس جاے
وَنہٕ آسہ)۔ م: اَتہٕ کنہٕ، اَتہٕ یوت۔

**اَتینگ**۔ اَمہ جایہٕ ہُنٛد۔ اَمہ طرفُک۔ اَمہ اَندُک۔

**اَتل کولوان (اَٹل کولوان)**۔
کولہٕ پاز نیچ بیگارِ۔

**اَتے، اُتے**: [< س: اَترٕ + ایوَ]
(۱) اَمے وزِ، اَمے موقہٕ۔ م: اَمہ اوس
بتہٕ کھینے زٕ اَتے ہیو پوژھہ وأتھ۔
(۲) اَمے موکھہٕ۔ اَتھی پٹھ۔ اَمے سببہٕ۔
م: گامُن تزاوِی تو یڈ بُرتھ گاہہ، اَتے
دِن ژوٗر ژوٗر دوہ۔

**اَتیتھ** :- [م/ن - مٔول: اَتیت۔ < س: اَتیتہٕ]
لاچار نہٕ نادار۔ چنٛدہٕ چھوٗن۔ یُس نہٕ کہنی آسہ۔
یُس نہٕ کانٛہہ دِس گاہ آسہ۔ گومُت گذریومُت۔
ہیٖہن ہیٖتھ پیٖومُت فقیر وَقیر۔

**اَتہٕ دُنٛد (ہَتہٕ دوٗنٛد)** :- [مٔول: اَتہٕ دُنٛد < ؟ ک: ہَتہٕ + دوٗنٛد
< س: شتہٕ + دنٛت] -

اَکھ زَنٛدُل کِچھ یُس جاد تیٖل زٕمٛنس مَنٛز چھہٕ آسان۔

**اَتہٕ گَتھ**[1]: [ن۔ مؤل: اَتہٕ گَت۔
(س: اِ+ک تہٕ + س: گَتہَ (گم)]
یُن گَژھُن۔ زہنہٕ مَرُن تہٕ مَرِتھ زیوٗن۔ ہور تہٕ
یور دَوٕ دَو بیتر۔ ہنہٕ گَژھہ۔

**اَتہٕ گَتھ**[2]: [ن۔ مؤل: اَتہٕ گَت۔
(س: اِ+ک تہٕ + س: گَتہَ (گم)]
دٲرِ وگَژھہِ دَز، یہ چھہٕ کورِ دِوان نَقد تہٕ تہٕ جِنس
تہٕ، جِنسَس مَنٛز چھہٕ آسان نوٗن تہٕ ژٕھ چیٚر۔
اَکِہ قسمُک سَفرُک توشہٕ۔

**اَتُر**: راہ، دوٗش، وَشِف، غَلطی۔
**اَتُر کَرُن** ۔ یہ نہٕ پَزہٕ تہٕ کَرُن۔ غَلطی کَرٕنۍ۔
**اَتُر گَژھُن** ۔ وَشِف گَژھُن۔ غَلطی گَژھٕنۍ۔

**اَتوٗل**: [ن۔ مؤل: اَتوٗل (س: اَ + توٗل (س: تُل]
نہٕ توٗلمُت۔ تولنےٚ۔ تولنےٚ تھوٗ وِمُت۔
تولنہٕ ورٲے۔ وَزٕن نہٕ کوٚرمُت۔ یَتھ نہٕ وَزٕن
ہیٚکِہ سپدِتھ۔ یہ نہٕ تولنہٕ یِیہ۔

**اَتوٗل بِہتوٗل** ۔ تیٚشتھ یُتھ نہٕ تولنَس اَنٛدر یِیہ۔
یہ نہٕ سیٚدِ سیٚدِ توٗلِتھ ہیٚکِہ زٕ ۔ سیٚٹھا ۔ بےٚ حِساب۔
گَتُل۔ یکافی۔

**اَتیٖن، اَتہٕ نَس** ۔ [مؤل: اَتہٕ (براکرت: اَتہٕ (س: اَترٕ)]

اَتیٖتھ۔ اَتہٕ نَتھ۔ اَتِہ نَن۔ اَتھ جایہِ۔ تَتھ جایہِ یِیہ وَنہٕ آمہٕ

**اَتِہ نَن** ۔ اَتیٖن۔ اَتیٖتھ۔ اَتہٕ نَتھ۔ اَتھ جایہِ۔
تَتھ جایہِ یوٗس ویٚنہٕ آیہٕ۔

**اَتہٕ نَک**: اَمہِ جایہِ ہُنٛد۔ اَتہٕ نُک۔
اَتہٕ نِکےٚ، اَتہٕ نٕکیٚو۔ اَمی یوٗت جایہِ ہُنٛد۔

**اَتراف**: [ن۔ مؤل: اَتراف (ع: ؟ اِسراف]
فضوٗل خَرچ۔ یَتھ بَرٕ ذٕ نہٕ وُچھنےٚ خَرچُن دِل
(یُس اَتھس زوٗد آسہ) یُس بوٗزِتھ شوٗژِتھ
آسہٕ نہٕ خَرچ جاوان۔

**اَتھ**: [س: اَترٕسَتھ ا]۔
تَتھ یہ وَنہٕ آسہ۔ تَتھ یہ دَرٕ بیٚنٛژھان آسہٕ۔
یُس یہ چیز چھُہ تَتھ۔

**اَتھ اَتھ تَتھَس سَتھ چَرب۔**
بیٚنس یَژ مہٕ خَصلتھ آسہٕ تَمِس تیٚتھُے بیٚش یوان۔
یہ چھہٕ تیٚلِہ کاٲنٛسہٕ وَنان ییٚلِہ تَس شَکمَس لایِق
شوٗنٛد آسہ یا بٕنٛنی غَلطی کہٕنہٕ کانٛہہ بلاے
زٕنگَن یِیہ وَلنہٕ۔

**اَتھ یُرٕ نہٕ یِمےٚ ژٕر نہٕ** ۔ ییٚلِہ یُتھ ماحول آسہٕ
تَتہٕ چھُہ تیٚتھے اَثر آسان۔

**اَتھ ژٕھن بَلانے یَتھ ژٕھن چوٗنچہ۔**
(ل.م) بیٚتےٚ ہِنٛدِس بانَس مَنٛز تراوِتہٕ۔

ترادتہٕ ہسنہٕ چونچا ۔ ورگہٕ پاٹھی ! پنٕنہٕ نے پان سوٗرُن تہٕ بیٚنیے سُندٕ نہٕ خیال تھوٗن ۔ یہ محاورٕ چھہٕ سالہٕ پیٹھ دٕرامُت ، بیٚتہٕ برٕتہ کانٛہہ پوٗژھہ پانیوٗ پانیوٗ آسہٕ کران ۔ یہ چھہٕ وَنان تیٚلہٕ ییٚلہٕ کانٛسہٕ پانہٕ سے کُن یوت آسہٕ پوٗ تہٕ بیٚنیے سُندکرٕ نہٕ رٕژھہ تہٕ خیال ۔

**اَتھہ شوٗبہٕ زُو کوتا لوٗبہٕ ۔** یہ چھہٕ ہزلہٕ پاٹھی وَنان تَس یَس نہٕ کانٛہہ شوٗب آسہٕ ۔ ورگہٕ اموب بُڈ شوٗب چھُس ۔

**اَتھروید** ۔[ن ۔ مۅل : اَتھروید < س : اَتھروویدہٕ] ژورٕو ویدو مَنٛزٕ اَکھ ۔

**اَتھاہ** : [مۅل : اَتھا < س : اَستھاگہہ ] سبٹھا سوٚن ۔ یَتھ نہٕ اوٚنٛتھ وونٛتھے آسہٕ ۔

**اَتھہٕ** : [ن ۔ مۅل : اَتھہٕ < پراکرت ، ہتھہٕ < س : ہستہٕ]

۱ ۔ پانٛژھہ اوٚنگجہٕ کرٕتھ زٕہند بَرٕ وٕنیٚمُٹھ اَنگ بیٚمہٕ سیتی کام کار بِنٛہر کرٕنہٕ چھہٕ یِوان ۔ اِنسان سُنٛد بَنٛجہٕ اوٚنگجوسان ماوٕ یٚمہٕ سیتی کینٛہہ رَٹنہٕ چھُہ یِوان تہٕ کام کوٚٹ کران چھہٕ ۔

(۲) دَخل ۔ م : یَتھ اَندر چھہٕ بُلسنک تہٕ اَتھہٕ ۔

(۳) طرف ۔ اَند ۔ م : دٕچھنہٕ اَتھہٕ ، کھوورٕ اَتھہٕ ۔

(۴) کبب ، ہیوٚنر ۔ م : کاشرِن چکن دوٗزَن چھہٕ جان اَتھہٕ ۔ سوٗنہٕ وازَس چھُہ جان اَتھہٕ ۔

(۵) خطا ۔ م : سارِنے کارِیَن چھُنہٕ جان اَتھہٕ ۔

(۶) ہیتی تاپسہٕ پیٹھی ہیتی اَکس گنٛڈن باجِس اَتھس مَنٛز آسن ۔ (۷) اَکِہ اَتھک اَتھہٕ بَنٛجہٕ ۔

**اَتھس** : کیٚنت ، کیتھ ، پیٹھ ، مَنٛزٕ بیتر ماونہٕ باپتھ اَکھ لفظک پرٕچھ ۔ م : اَتھس کینٛت ٹھلاہہٕ اَتھس کیتھ کِتاب ۔ اَتھس پیٹھ بیتہٕ پھوٚل ، بیتر ۔

**اَتھس اَندرٕ اَنُن** ۔ پنٕنِس قبضس مَنٛز اَنُن ۔ پانس تَل اَنُن ۔ دٕتھ اَنُن ۔ موچہٕ مَنٛز اَنُن ۔ قوبو کرُن ۔ وَش کرُن ۔

**اَتھس اَندرٕ تھوٗن** ۔ قبضس تَل تھوٗن پنٕنِس یَختیارس تَل تھوٗن ۔ پنٕنِس قبضس یا یَختیارس اَندرٕ اَنُن ۔ موچہٕ مَنٛز تھوٗن ۔

**اَتھس پیٹھ** : (۱) اَتھہٕ چھہٕ جاپہٕ ۔ م : اَتھس پیٹھ ڈنکہٕ بجُن ، م : اَتھس پیٹھ تھوٗس روپیے کام نیری (۲) اَتھس تام ، مُتھ اَتھہٕ آسہٕ ۔ م : اَتھس پیٹھ چھُہ اُمیٚک دارٕ مدار ۔ (۳) ژوٚتر ژوٚتر ڈلی ڈلی ۔ چَل چَل ۔ اَتھہٕ پیٚنٛٹھی ۔ م : اُتھہٕ سرداپزٕ کرُن اَتھس پیٹھ پرٕارُن گژھتہٕ ۔

**اَتھس پیٹھ اَتھہٕ دِیُن** ۔ آ نکار کرُن ، مانُن ۔ کانٛہہ کام پوٗرٕ کرٕنہٕ باپتھ قسم کرُن ، وادٕ دِیُن ۔

**اَتھس (گوٚد) زۄد آسُن** :- فۆضوٗل خرچ آسُن۔ پأنٛسہٕ ٹوٗنٛک نہٕ بچاوِتھ تھوُن۔ پأنٛسہٕ ٹوٗنٛک نہٕ مۆجوٗد روزُن۔ دیارَن ڈٕہہ ڈاس گژھُن۔

**اَتھس سیتیٖ اَتھ** ۔ (اَکہ اَتھس سیتیٖ) اَتھہٕ ملوٕتھ، سیتیٖ سیتیٖ۔

**اَتھس کِنیٖتھ** ۔ (۱) اَتھس مَنٛز۔ اَتھس اَنٛدَر۔ (۲) تیار : م : اَتھس کِنیٖتھ جواب آسُن۔

**اَتھس کِنیٖتھ تھوُن** ۔ اَتھس مَنٛز تھوُن۔ اَتھس مَنٛز رٹُن۔ اَتھس اَنٛدر رٹُن۔ اَتھس کِنیٖتھ تھوُن کانٛہہ ناشایان چیز، تہٕ گوٗرِیکہٕ تھوُن۔

**اَتھس مَنٛز** ۔ اَتھس اَنٛدَر۔ دَرگہٕ موچھہ مَنٛز۔

**اَتھس مَنٛز آسُن** ۔ قبضس اَنٛدر آسُن، یختیارس مَنٛز آسُن۔ پانَس تام آسُن۔

**اَتھس مَنٛز اوٚنٛگجہٕ پانٛژھہ تِمہٕ نہٕ ہِشیٖ** ۔ ساری چھِنہٕ ہِوی۔ پرٛتھ کانٛہہ اِنسان چھُنہٕ ہیٚہِے۔ دۆن چھِنہٕ ہِہی عادت آسان۔

**اَتھس مَنٛز نار ہیوٚن** ۔ سَخ مُشکل برداش کرُن۔ تِژھ کانٛہہ سَختی ژالِنی یُس برداشتہٕ نہٕ آسہٕ۔ م : ژالُن چھےٚ کوٗہس کرُنہٕ نےٚ ژالُن چھےٚ مَنٛز اَتھس ہیوٚن نار

**اَتھَن پیٚٹھ تُلُن** ۔ سیٚٹھا جوشہٕ سان برٛونٛہہ یُن۔ سیٚٹھا تیز تھہ کرُن۔ تھکَن پیٚٹھ تُلُن، لَلُن۔ لول بَرُن۔ (شُرس بیترِ) لٲلہٕ مَتہٕ لاے کرُن۔

**اَتھَن پھَکہ لارُن** :- (ناکھلکھہ اولادس پیٚٹھ) میٚنتھنتھ ضایہ گژھنی تہٕ حاصل نہٕ کیٚنٛہہ یُن۔ ناحقس اَتھہ کرہِنی گژھنی۔ کرِتھ کراوِتھ کیٚنٛہہ نہٕ حاصل یُن۔ کرِتھ کراوِتھ کیٚنٛہہ گژھُن۔

**اَتھَن پھوکھ دِوان بچُن** ۔ کہیٚنہٕ کہیٚن کرِتھ بچُن، بلایہ تَپہٕ موکلُن۔

**اَتھو** :- (۱) دۆہہ اَتھہ، اَکی اَتھہ نہٕ۔ دۆہہ شوٚے اَتھہ لاگِتھ۔ سیٚٹھا اَتھہ لاگِتھ۔ (۲) مۆجوٗدگی اَنٛدر۔ م : مالی ہِندیو اَتھو گوٗژھہ کوٗر نیٚتھر کَرُن۔ (۳) کانٛسہٕ ہِندی کِنی۔ م : ہیٚاہنو اَتھو بڑ ٹوکھ۔

**اَتھو پیٚٹھ تُلِتھ نیُن** ۔ سیٚٹھا محبت کرُن۔ لٲلہٕ مَتہٕ لاے کرُن (کرنی)۔

**اَتھہٕ** ۔ نش۔ حوالہٕ، م : کِتاب چھےٚ مےٚ اَتھہٕ۔ کانٛسہٕ ہِندی کِنی۔ م : یہ کام کرنا آدمی سے اَتھہٕ۔

**اَتھِ اَنُن** (۱) حاصل کرُن۔ لَبُن۔ قبضس تَل اَنُن۔ پَنٛنِس اَتھس مَنٛز اَنُن۔ زورِ گہِرِ رٹُن۔ تَل تھوُن۔ م : نوش بیٚیایہٕ اَتھِ آیہٕ۔ (۲) حسابس اَنٛدر کانٛہہ گۄنٛد برٛونٛہہ کُن نیُن۔

حاصِل یُن ۔ م : ۹ تہٕ ۵ ژھوداہ، ژھوداہِ
تہٕ ژورسے اَتھ آو اَکھ ۔

**اَتھِ آمٕت** ۔ (۱) اَتھَس مَنٛز آمٕت ۔ لوٚبمُت ۔
ووٚڈمُت ۔ حاصِل کوٚرمُت ۔
(۲) آرٕنی وارٕنی آمُت ، رٔتھ کھوٚتمُت ۔

**اَتھ آیِتَن** ۔ پانَس ڈَکھ ، تہٕ گوٚ پانَس تام ،
بێیِس ہیٚتھ نہٕ ۔ آزاد پاٹھی ۔ کانٛسہِ ہنٛدِ مرتہٕ
یا دَباوٕ بغیر وَراۓ کانٛہہ کَتھ اَنٛز راوٕنی ۔

**اَتھ آلوٚت** : اَتھَس تَل ۔ اِختیارَس اَنٛدر ۔ پانَس تام ۔

**اَتھ پاوُن** ، حاصِل اَنُن ۔ وَٹنہٕ اَنُن ۔

**اَتھ تَسبیح بێیہِ بھاسہِ** ۔ زَبانٕ زَبانٕ بلایہِ
لَگَن تہٕ اَنٛدری اَنٛدری کھیہ نَس آسُن ۔ اَنٛدرٕ
اَکھ تہٕ نیٚبرٕ بیاکھ ۔ دِلہٕ اَکھ تہٕ وُٹھ بیاکھ ۔ یہِ
چھ تَمہِ ساتہٕ وَنان یێلہِ کانٛہہ نێبری کِنی رِیوٚش یا
دَرویش لاگِتھ کانٛسہِ کھیہ نَس یا ژَکھ واتناوُنَس
ییٚتھ آسہِ ۔ م : گَبہٕ بُتھ رامہٕ ہوٗن ۔

**اَتھ پھوٚل** ۔ (۱) اَرگہٕ آہوتی ۔ گَبو کرٕ دِتھ آناجہِ
دوشہ یوسہ ہُمنہٕ پھٹے ژوان ۔ خاصکرتھ یَتیم
آہوتھ ۔ (۲) (وَرگہٕ پاٹھی) کینٛہہ رٔت کرِتھ مُتہٕ زوٗری
یہِ چھ ہَرلہِ پاٹھی بوان وَنہٕ ۔ م : ییٚتس کالَس
رِدچھُم تہٕ وونی دیٖنٛم یہِ اَتھ پھوٚل زِگری مَنٛزے

ژھَننَس گَنڈتھ ۔

**اَتھِ تھوٚوُن** ۔ (۱) حوالہِ کَرُن ۔ کانٛسہِ کینٛہہ پانَس نِشہِ
تھوَنہٕ باپتھ دِیُن ۔ (۲) پننِس اَتھَس تَل رَٹُن ۔
پانَس تَل رَٹُن ۔

**اَتھِ دِیُن** ۔ (۱) اَتھَس کینٛہہ دِیُن ۔ کانٛسہِ نِشہِ تھوٚوُن ،
حوالہِ کَرُن ۔ م : رٕدہ پێیہِ دِرمَس کولیہِ اَتھ ۔
(۲) کانٛسہِ ہنٛدِ زُری یہِ سوزُن ۔ م : بایس اَتھ
دِرمَس چھٹھی ، بایس اَتھ دِتی مَس بَلوَدلوٚ ۔

**اَتھ رَٹُن** ۔ وَگِہٕ رَٹُن ۔ پننِس اَتھَس تَل تھوَن ،
پننِس قَبضَس مَنٛز تھوَن ۔ یێلہِ نہٕ تراوُن ۔ پننہِ
وَتہٕ کِنہٕ تھوَن ۔

**اَتھ روزُن** ۔ اَتھَس تَل روزُن ۔ اَتھَس مَنٛز
روزُن ۔ یێلہِ نہٕ گژھُن ۔

**اَتھ ژوٚٹ لگنی** ۔ زٕہنتھ ہێکُن ۔ زی بَنٛن ۔
بَتہٕ زینہِ نَس لایَق گژھُن (کار کسبہٕ سیتی) ۔

**اَتھ سارٕ** ۔ (ہتی یا ژوٗر) بێیے سُندجا داد
وارِ وارِ پننِس اَتھَس مَنٛز اَنُن ۔ وارِ وارِ
کانٛہہ بَنہٕ جادادِ نِشہِ لوٚژ راوُن ۔ کانٛسہِ
ہنٛدِس جادادَس اَتھ مارُن ۔

**اَتھ سوزُن** ۔ بێیِس دِنہٕ موکھ کینٛہہ کانٛسہِ اَکہِ
جایہِ ہیٚتھ بێیِس جایہِ نِنہٕ باپتھ دِیُن ۔ کانٛسہِ

پنڈرزری یہ واتناوُن۔

**اَتھ کھیٚون** ۔ اَتھ سٟتۍ کھیٚون۔

**اَتھ لَگُن** ۔ (۱) رووُمت چیز لبُن۔ اَتھس منز یُن۔ وُشنہٕ یُن۔ وُٹُن۔

(۲) کانٛسہِ نِش ہینہٕ یُن، کانٛسہِ تَل لَگُن۔

م: تَس چھُ بویا اَتھ لوگمُت تہٕ دوٚہس راتس چھُس منز ہنزی کار کرناوان۔

**اَتھ لارُن** ۔ (۱) کُنہِ راوِمتہِ چیزک کانٛہہ جاے لبُن۔ (یتھ پیٹھ گذارہٕ ییہ کَرنہٕ) (۲) حاصل سپدُن، کُرتھ کرٛاوِتھ تِتھ کُن موژُن۔

**اَتھ لور بٹیہِ کھوٚس** ۔ ترٛہ حالتہٕ گژھنۍ یُتھ لور ڈکھرِتھ تہٕ ہانہٕ ژوٗرِ تھوٚوتھ ہیچھُن ہٹیہِ۔ تیٚتھ ہُمر ہیوٚن یُتھنہٕ بُتھ ہاوُن لایق روٗزی زٕ۔ یہ چھُ دوٚہو پانٛٹھی ونان۔

**اَتھ لور گرٛنۍ** ۔ ژٕنجہٕ دی دی ہُلی گرٛنۍ۔ اَتھ سٟتۍ جوٚب دی دی اُڈی جِہ ہُٹراوُنہٕ۔

م: ژوٗرس کرٕ ہلسَن اَتھ لور۔

**اَتھ نِہار اَندکار** ۔ اَکھ وٕنہوٗ دتمہٕ ساتہٕ بٕوان وٕنہٕ ییلہِ کانٛسہ بَد پرٛھنہٕ ورِ یہ وُنُن آسہِ ز گژھہٕ پٕرٕ دوٚہے چنٛدِ چھوٚن یہ نیتھ نوٚن روزُن) چھینہٕ ییہ ہیٹہ کاڈِن کھسن۔ ٹلی نخوتہ آسن۔

**اَتھ نٟژُن** ۔ سٟتۍ نٟژُن۔ سٟتۍ ٹلُن (وَتہٕ باپتھ)۔

**اَتھ ہیوٚن** ۔ کُنہِ نبرٕ وِزِ کینہہ سٟتۍ ٹلُن (وَتہٕ لگنہٕ باپتھ پانٛسہ ٹوٚنگ) چنٛدَس اَندر نٟژُن۔

**اَتھ یُن** ۔ (۱) اَتھس منز یُن۔ رووُمت چیز لبُن، کانٛسہِ ہنٛدِس قبضَس تَل یُن۔ زینُن۔

(۲) حسابَس اَندر کانٛہہ گرٛنٛد برٛونٛہہ کُن پکناوُنۍ۔

م: ستھ ژاکہ اَٹھ وُہ، اَٹھ وُہ ہیہ ترٛٲٹھ اَتھ آیہ یُنہٕ۔

**اَتھ اَندر** ۔ اَتھ منز۔

**اَتھ اَندر ہیوٚن** ۔ (۱) اَتھ منز وُسی ہیوٚن۔

(۲) اَتھ منز ژلُن۔ قبضہٕ تلہٕ نیرُن۔

**اَتھ اَندر ترٛاوُن** ۔ اَتھ منزٕ ییلہِ ژھنُن گژھنہٕ دیُن۔ وَرِ گہٕ ییلہِ ترٛاوُن۔ بنٛدٕ نہٕ تھوُن۔ آزاد کرُن

**اَتھ اَندر ژلُن** ۔ اَتھ منز غایب گژھُن۔ اَتھ منز نیبر تہٕ گژھُن۔ باز اَتھ گژھُن۔ اَستھ گژھن نہٕ آسُن۔ قبضہٕ نہٕ روزُن۔ پننِس اَتھس تَل نہٕ روزُن۔

**اَتھ اَندر نیرُن** ۔ تیز کام پیٹھ کانٛہہ اَتھہٕ سٟتۍ ہیکِ کرِتھ۔ اَتھ سٟتۍ کرُتھ ہیکُن۔

**اَتھ اوٗنگجہٕ** ۔ اَتھچہ اوٗنگجہ۔ کھوٚر چھہٕ نہٕ۔ ینمہٕ اوٗنگجہ یمہٕ اَتھن آسان چھیٚے۔

(ٹھُول اَتِھ بیتر) اوڈُے آمُت۔

اَڈِ بُز۔ اوڈُے بُزمُت۔ پُوٗرِ پاٹھی نہٕ تیاز مُت۔

اَڈِ بژوٗک۔ ۱ پُوٗرِ نہٕ بژوکمُت۔ اوڈُے ژوپمُت۔
۲ اَڈِ ژلیٹ۔

اَڈِ بژوٗک ٹُرِ بژوٗک۔ وارِ پاٹھی نہٕ بژوٗکمُت۔
وارِ پاٹھی نہٕ ژوپمُت۔

اَڈِ پٕچوٗر۔ اوڈُے پٕچھر ووُمُت۔ وارِ پٕچھراونے۔
تژوٗپ دِتھ پُوٗرِ پاٹھی اندرکِنی بھسٕراوِتھ نہٕ
تھوٗومُت۔

اَڈِ پوٗپھ پُوٗرِ نہٕ پھیٖوُمُت۔ اوڈا پوٗپ، تہٕ
اوڈا نیٚوٗل۔

اَڈِ پوٗک۔ وارِ نہٕ روٗمُت۔ پُوٗرِ نہٕ پاکوٗمُت۔

اَڈِ پرٛوٗن۔ کُنہِ پرٛنہِ نِشہِ پرسان۔ پُوٗرِ نہٕ پرٛوٗن۔
پُوٗرِ نہٕ صاف۔

اَڈِ پرٛوٗن۔ کم زیادٕ پرٛوٗن۔ نہ زیادٕ نۄو
تہٕ نہ زیادٕ پرٛون۔

اَڈِ کھلِ گاشہٕ (ووٗتھُن) نِکہٕ نِکہٕ گاشہٕ۔
سنگر مالہٕ پھیوٗن۔

اَڈِ چھوٗٹ۔ ۱ اوڈُے کھوٗتمُت۔ وارِ نہٕ
دزامُت (میٚتر مٔنٛزِ میٚوٗل بیتر) اَڈِ زوو۔
۲ اوڈُے دزامُت۔ پُوٗرِ نہٕ دزامُت۔

واتِتھ نہٕ دزامُت (رَنٛنہٕ تٔلہٕ) ۳، اوڈُے
بوڈیوٗمُت۔ پُوٗرِ نہٕ بوڈیوٗمُت۔ بلکُل تٔل
نہٕ گومُت (آکُس بیتر) ۴، واتُس
واتِنے۔ وآتُسہٕ پھینے۔

اَڈِ پھوٗل ۱۔ ۱ پُوٗرِ نہٕ پھوٗلمُت (پوش بیتر)۔
ٹُرِ مٔنٛزِ نہٕ وارِ دزامُت۔ ۲ پُوٗرِ پاٹھی
نہٕ نۄن وزامُت (گاش)۔ نیٚک نیٚک گاش۔

اَڈِ پھوٗل ۲۔ ۱ پُوٗرِ نہٕ پھالوٗمُت۔ کم زیادٕ
پھالوٗمُت (پلو بیترِ نالہِ پھنہٕ پھنی ہ)
۲ نہٕ نۄو تہٕ نہ پرٛانیوٗمُت (پلو بیتر) اَڈِ پھوو۔

اَڈِ پھیوٗر۔ وارِ پھیارنے۔ اوڈُے پھیوٗرُمُت
(وۄد وۄد) سوٗرُے اَڈِمہٕ نہٕ کوٹھومُت۔
یتھ پھیارِتھ اوڈرس یا ٹُری اَندرے
آسہٕ روٗزمُت (شیر بیتر)۔

اَڈِ تُوٗو۔ یتھ پُوٗرِ تاو آسہٕ نہٕ آمُت۔ یتھ
نہٕ وارِ تاو آسہٕ لوٗگمُت۔ یہ نہٕ وارِ تتیوٗمُت
آسہٕ۔

اَڈِ تژوٗش۔ یہ نہٕ پُوٗرِ تژوٗش آسہٕ ۲، پُوٗرِ
نہٕ تژکنس لایق۔ رژھا ہو یا تژکرٕ پُوٗرِ نہٕ
ہوٗکھو ہوٗکھو اوڈُے تژکریوٗمُت۔

اَڈِ تھوٗل۔ پُوٗرِ نہٕ تھوٗلمُت۔ اوڈُے

تھولنت۔ ییتھ نہ بؤرِ باچھ آسن کرِ مڑ۔
ییتھ اجے لنبجہ آسن ہینہ آمڑ۔

**اَڈِچور۔** ۱) وارِ نہ چورمُت (اڈور پلو بیترِ)
(پؤرِ سٹریہہ نہ کوڈُمت۔ ۲) اوڈُے رَس
کوڈمُت ۳) پؤرِ نہ چیرنہ آمُت (لیترِ
سیتی کوٹ بیترِ) اُڈی سپے لیتر وائے مڑ)۔

**اَڈِچھوت۔** ۱) پؤرِ نہ چھیتیومُت (مَس بیترِ)۔
۲) اوڈ سفید تہ اوڈُ نہ۔ ہور، م: ہورکاو
یا ہارگاو۔

**اَڈِچھون۔** ۱) وارِ پاٹھی نہ چھونمُت۔ اوڈُے
چھونمُت۔ پؤرِ نہ پُری نہ کوڈُمُت۔
۲) مہ کُل ییتھ نہ سوڑے میوٚ آسہ وولمُت۔
(دِیُن دِتھ یا لاٹھر بیترِ سیتی)۔

**اَڈِچھوو۱۔** ییتھ پوٚرِ چھاو آسِ نہ آمُت۔
ییتھ وارِ دَم آسہ نہ دیُتمُت۔ اَڈِ لوک۔

**اَڈِچھوو۲۔** اوڈُے پھالومُت۔ ناڈِ ژھنی
ژھنی نہ پؤرِ رنیومُت یا ژھیونمُت (بلو بیترِ)۔

**اَڈِخام۔** اَڈِ پوٚپ۔ وارِ نہ پھیومُت۔ اَڈِ
ہوک۔ رژھا کوچ۔

**اَڈِدوٚد۔** اوڈُے دوٚدمُت۔ پؤرِ دزنے۔
پؤرِ نہ سوٚری گومُت۔ یہ چُھ دوٚدیوٚ۔ م: گرِ اَڈِ دوٚد۔

**اَڈِ دوٚگ۔** وارِ نہ دوٚگمُت۔ پؤرِ پاٹھی نہ
دوٚگمُت۔ اَڈِ ژیوٚٹ۔ اَڈِ پھُٹ۔

**اَڈِ دوٚل۔** ۱) اَڈِ کاچھر۔ اوڈُے مُنمُت۔
ییتھ نہ پؤرِ دل آسن پییمُت۔ ۲) اوڈُے
ژوٚٹمُت۔ اوڈُے سوٚتُر کوڑمُت (کوٹ
تختہ بیترِ تورِ وورِ سیتی۔)

**اَڈِ دوٚدُر۔** کم زیادٕ دوٚدریومُت۔ پؤرِ نہ
دوٚدریومُت۔

**اَڈِ ڈوٚکھ۔** اَڈِ ڈوٚنگ۔ پؤرِ نہ وارِ ڈوٚکھ۔
ییتھ پؤرِ ڈکہ آسہ نہ۔

**اَڈِ ڈوٚنگ۔** بٔے سوٚم ہُنھر ییتھ بیٹھ نہ کانہہ
چیز وارِ پاٹھی ڈرِتھ ہیکہِ۔

**اَڈِ ڈیوٚنگ۔** اَڈِ ڈنجہ۔ بٔے سوٚم نہ ییتھ بیٹھ نہ
چیز وارِ پاٹھی ڈرِ۔ ییتھ بیٹھ نہ چیز اکی ڈنجہ
روٚزِتھ ہیکہِ۔ ییتھ بیٹھ چیزِس پینک یا پھیرُک
خوف آسہ۔

**اَڈِ ڈیوٚنگ۔** اَڈِ ڈانگس بیٹھ۔ ییتھ تلہ سوٚتھر
جاے آسہ نہ۔ یہ نہ ڈنجہ آسہ۔

**اَڈِ زمُت، اَڈِ زموٚت۔** ۱) ڈٹھا زرِ ریومُت
ہوکھتھ پیومُت (کُل کوٹ، پن بیترِ)۔
۲) ژوکھ نہ پؤرِ ٹھیکھ ۳) اَڈِ سور (تیرِ سیتی)

ار پیٹھہٕ سیتی بیتر) (۲) وارِ نہٕ پاکہٕ آمُت۔ (سپٔن بیتر)۔ م: اولُوچھ اَڈِ زٕہتی رٔودی ہتھ۔ (۵) پرٕ نیوٗمُت (پکلو بیتر)۔ [گرٛیرسن]۔

اَڈِزوم۔ (۱) وارِ نہٕ زٔودرٕ نہٕ آمُت۔ وُزوو (ٕو بیتر)۔ (۲) سہ شُر بیترٕ یُس اَنگ ڈیلٕ ہوی آسن۔

اَڈِزوو۔ (۱) پوٗرٕ نہٕ زامُت۔ اوڈُے زامُت۔ وُزوو (دٕنہٕ بیترِ)۔ (۲) وارِ نہٕ کھوٚتمُت، (ووٚومُت بیوٗل بیترِ) اَڈِ پھوٚٹ۔ (۳) وارِ نہٕ زٕہتہٕ گومُت یا ژٕہن نہٕ وارِ ہیوٚتمُت۔

اَڈِ ژوٚٹ۔ (۱) پوٗرٕ نہٕ ژوٚٹمُت (۲) جانہٕ مَرگ، وانٕس گٔڈنے موٗمُت، لوکٕٹے ہوٗمُت۔ آبہٕ مرتی گومُت۔ (۳) اَڈِ ژوٚٹ چھُ ووٚہوتر۔ م: اَڈِ ژوٚٹ گژھی تَن۔

اَڈِ ژوٚم۔ کمُ پہَن ژَمیوٗمُت، ژَمٹیوٗمُت۔ پوٗرٕ نہٕ ژَمیوٗمُت۔

اَڈِ ژوٚپ۔ اَڈِ بژوٚک۔ وارِ نہٕ ژوپمُت۔ اوڈُے ژوپمُت۔ رٕژھا ژٕ ہتہٕ ترٛوومُت۔

اَڈِ ژور۔ وارِ نہٕ ژوومُت۔ ٹھیکہٕ پٲٹھی ژارنے (ترٛول بیترِ)۔

اَڈِ ژوٚش (۱) ژوٚکی پٕہسان۔ رٕژھا ژوٚک (۲) کھارٕ (آب بیترِ)۔

اُڈِ ژیوٗٹ۔ اَڈِ دوٚگ۔ اوڈُے ژیوٗٹمُت۔ پوٗرٕ نہٕ ژیوٗٹمُت۔ وارِ ژٕبٹنے۔ وارِ نہٕ دوٚگمُت۔

اُڈِ سیٚو۔ (۱) پوٗرٕ نہٕ سوٕنہٕ آمُت۔ وارِ نہٕ سیٚومُت۔ کانٛہہ پیٚنر بانٛس منٛز اوڈُے گرٕکہٕ نوومُت۔ (۲) ٹھیکہ پٲٹھی سوی نہٕ گومُت (جانور بیتر)۔ وارِ نہٕ ہلرومُت۔ وارِ نہٕ وَتہٕ اوٚنمُت۔

اڈِ سیوٚن۔ اوڈُے سیٚنیوٗمُت۔ وارِ نہٕ گوٚلمُت (سیٚن بیتر) (۲) ییتھ اوڈُے نوٗن آسہٕ ترٛوومُت۔ ییتھ نہٕ پوٗرٕ نوٗن آسہٕ پوٗرٕ نوٗنہٕ داد بٔنے مَزٕ گومُت (سیٚن بیترِ)۔

اڈِ سیوٚن مُڈِ سیوٚن۔ یتھ تیٚتھ روٚنمُت۔ وارِ نہٕ روٚنمُت۔ بٔنے مَزٕ۔

اُڈِ شُہُل۔ (۱) اوڈُے شیہلیوٗمُت۔ ییتھ نہٕ تَزٕر پوٗرٕ آسہٕ ڈٲمُت۔ سوٕکھ وُشُن۔ (۲) وَرگہٕ: سہ پوٗش (کٔٹھ بیترِ) یُس نہٕ مٲرتھ وُنہٕ پوٗرٕ زوٕ آسہٕ ڈٲمُت۔ وُچھو ' اَڈِ شُہُل تہٕ'

اَڈِ کاچھُر۔ اَڈِ نوٚل۔ دوٕگہٕ لوٚچھ۔ اُڈِ دوٚگ۔ وارِ نہٕ مُنٛمُت، پوٗرٕ نہٕ دوٕ گومُت۔ ییتھ دوٕگہٕ گنڈٕ آسہٕ آتی رٔوزٕ مٕژ۔

اَڈِ کایُر۔ نہٕ ہکُن وول۔ بسہٕ آلٕژی۔ یُس کایان کٔنشان کام کرِ یا ووٕتھ بیٚہہ۔

اَڈکول ۔ یُس کنہٕ کٕنۍ آسہِ ۔ یُس کنہٕ کھُرۍ آسہِ ۔
یُس نہٕ کنہٕ صاف آسہِ گژھان ۔

اَڈکور ۔ ن ۔ مؤل : اَڈکار < پراکرت : اَڈڈہ + کڈ ڈہ < س : اردھ + کرشٹ ۔
وارِ نہٕ کورمُت ۔ اڈُے گژکرِ نووُمت ۔

اَڈکوس ۔ بہ ۔ را ۔ وارِ نہٕ کوسمُت ۔ اڈُے کوسمُت ۔
اَکی طرفہٕ کوسمُت تہٕ اَکہِ طرفہٕ نہٕ (مَس) ۔
، اڈُے کھور ڈولمُت ۔

اَڈگور ۔ < س: اَردھ + گھنڈ ـــــ ]
پوٗرِ نہٕ گورمُت ۔ اڈُے بنوومُت ۔ اڈُے گورمُت ۔ اَڈلیوٗکُے بنوومُت ۔ (گہنہٕ، ہچہِ سامانہٕ یا بانہٕ بیترِ) پوٗرِ نہٕ تکلہِ منٛز اونٛمُت ۔

اَڈگور، مڈ گور ۔ ہوٗل کول ۔ اڈگر تھوگر ۔ بہ نہٕ جان پاٹھی گرتھ آسہِ ۔

اَڈگوس ۔ [ < پراکرت : اَڈڈھ گھسہٕ نہٕ ۔ ]
اَڈگہہ ۔ مسکلہِ سیتی وارِ نہٕ منٛزن پشلوومُت یا چکوومُت ۔

اَڈلابُر ۔ اڈلابُر ہیوٗہ زٕہن ۔ سہ زٕہن یوسہ نہٕ بوٗرِ شستر آسہِ ۔

اَڈلیوٗک ۔ را ۔ اڈُے ۔ پوٗرِ نہٕ کورمُت ۔ اَندوانتاوِ ۔ نامکمل ۲ ۔ نہٕ ہکن وول ۔ کمزور ۳ ۔ ناٹھ پیاو ۔
وَقتس آسنہِ پزُسن ۔

اَڈلیوٗک گژھُن ۔ را ۔ اَڈکبو گژھُن ، کھوٹہ نَدر گژھُن ۔ کامہِ کارس لایق نہٕ روزُن ۔
۲ ناٹھ پیاو گژھُن ۔ وَقتس آسنہِ برونٛٹھے پزُسن ۔ چھوٹہ گژھُن ۔ ڈمب اَتھہ گژھُن ۔

اَڈموٗنڈر ۔ توٗن وگرِ ۔ مایہ ۔

اَڈموٗنڈ بتہٕ ۔ پنہٕ بتہٕ ۔ نرم بتہٕ ۔

اَڈموٗنڈر ۲ ۔ وارِ نہٕ موٗنڈمُت ۔ یُتھ نہٕ دوٚکھلس یا کَنٛزس بیترِ منٛز چھلنہٕ ورِ وارِ پاٹھی لگتھ آسہِ دژمژ (دپٹی پلوس بیترِ) ۔

اَڈمور ۔ یُس لاینہٕ سیتی مرتھ آسہِ ہیوٗمُت ۔ یُس لاے لاے مُوٗمُت ہیوٗہ آسہِ گومُت ۔

اَڈنیٛنڈر ، اَڈنیٛنڈر ۔ تمہ ساتہ ییلہِ نہٕ پوٗرِ نیٛنڈر آسہِ کرمژ ۔

اَڈووٗن ۔ پوٗرِ نہٕ ووٗنمُت ۔ اَڈلیوٗک ووٗنمُت ۔

اَڈووٗتھ ۔ پوٗرِ نہٕ ووٗتھ ۔ اڈُے مُژرتھ ۔
اڈڈا دِتھ (بند) تہٕ اڈڈا یکہِ ۔

اَڈوژھون ۔ را ۔ پوٗرِ نہٕ وژھنوومُت ۔ اڈُے وژھنمُت (پھمب بیترِ) ۲ پوٗرِ پاٹھی نہٕ سمجھوومُت ۔ پوٗرِ وکھنہٕ روس ۔

اَڈہوکھ ۔ را ۔ وارِ نہٕ ہوکھمُت ۔ اڈُے

ہۄکھمُت (ڈٔری یاد، نالِہ بیتر) ۲۔ ہُنہٕ نہٕ سوٗرُسے رُس ہۄکھمُت آسہٕ (میوٗس بیتر)۔
۳۔ اَڈٕ زمُت (کٔل، لَنٛڈ بیتر)۔

**اَڈٕہِن حِساب ہیوٗن** ۔ پینٛشٕہن حِساب ہیوٗن۔

**اَڈٕہِن عَش تہٕ اَڈٕہِن کھش** ۔ ہیُوٗے نہٕ پگٕن تہٕ اَڈٕہِن سٕتنٛز سٟتۍ بے اِنصافی کرٕنۍ۔

**اَڈ اَڈ** ۱۔ اَڈۍ۔ بَرابَر بَرابَر۔ زٕ بٲگ ۲۔ حِصہٕ بٲگے ۳۔ چھلہٕ ٹُکرٕ (کرٕنۍ)۔ یہِ چھُ وۄڈ ہیو۔
م: زٕ نٟد ترٛاوٕس نہٕ اَڈٕ اَڈ کرٕس۔ ۴۔ اَڈٕ اَڈٕ اوٗڈٕ نہٕ اوٗڈٕ کرِتھ۔ م: اَڈٕ اَڈٕ پاوا دِتو کہ حالس۔

**اَڈ دِگر** ۔ پۄت شینہٕلن۔ مَنٛدیٛن ڈٕلتہٕ۔

**اَڈ دٔونٛزھر** ۔ اَڈ لیوٗکۍ دٔونمُت۔ پۄرٕ پٲٹھۍ نہٕ دٔونمُت۔ وٕوسر گۄسرٕ۔ اَڈا دٔونٛزھ دِتھ۔
رٕژھا چھلہٕ چھانٛگرِ کۄرمُت۔ وارٕ نہٕ بیوٗن بیوٗن کۄڈمُت۔

**اَڈراتس** ۔ اَجہِ راتٕژ کیٛنٛت۔ اَڈ راتھ گُژھنہٕ وِزِ۔

**اَڈراتس بٲگ، (بٲگن)** اَجہِ راتٕژ ہیوٗہ۔ لگ بگ اَجہِ راتٕژ۔

**اَڈراتَن** ۔ اَجہِ راتٕژ کیٛنٛت۔ اَڈ راتھ گُژھنہٕ وِزِ۔

**اَڈراتَن بٲگ (بٲگن)** اَجہِ راتٕژ ہیوٗہ۔ لگ بگ اَجہِ راتٕژ۔

**اَڈراتھ** ۔ نِصف راتھ۔

**اَڈ ژار** ۔ اَڈٕ پوک۔ یِہ پۄرٕ پٲٹھۍ زٕنٛنہٕ آسہٕ نہٕ آمُت۔ پۄرٕ پاکٕ سٕنۍ ژارِ پیٹھ وولمُت۔

**اَڈسارِ مُڈسارِ** ۔ ہُتہٕ تھٕپھ دِتھ یِتہٕ تھٕپھ دِتھ۔ نکہِ بٔڈرٕ۔ م: اَڈسارِ مُڈسارِ اوٗن گاڈٕ سیرا۔

**اَڈسور** ۔ اوٗڈٕے سورمُت۔ لاکہٕ نہٕ پۄرٕ اوٗزمُت۔

**اَڈ شہُل** ۔ ۱۔ (گرٕیشمس منٛز) پۄت مَنٛدِ نیٛک کمٕ کالہٕ شینٛہجار۔ ۲۔ اوٗڈٕے شینہٕلیوٗمُت۔

**اَڈ شینٛہٕلَن** ۔ پۄت مَنٛدِلن بٕسٕنٛد یا ہَن بٕرٛوٗنٛہہ۔ دِگرس بٲگ۔

**اَڈ شینٛہٕلَن بٲگ (بٲگن)** پۄت مَنٛدٕ نِن ہیوٗہ۔ سٕنٛد یا ہَن بٕرٛوٗنٛہہ بٕہَن۔

**اَڈ کوج** ۔ گاش پھولنس تہٕ کاجِس دَرمیان۔

**اَڈ کھشہِ** ۱۔ یُس پۄرٕ گٔنٛژھ آسہٕ نہٕ وۄتھمُت یا کۄرمُت۔ ۲۔ سُہ مُجرِم یتھ پیٹھ ہیٛنٛدٕ اٟتہٕ مَرٕ مَرٕ آسہٕ لۄگمُت یا اَڈٕ مور آسہٕ گومُت (گرٕیئرَن)۔

**اَڈ کھوٗر** ۔ کھوٗر ژومُت ہیوٗہ۔ کھوٗژمُت ہیوٗہ۔

**اَڈ کھوٗر** ۱۔ اَجہِ کھارٕ ہیٛنٛدِ وَزنہٕ۔ آڈکھارٕژ۔ اَڈٕ کھُژ ترٕوک۔

**اَڈ کھوٗر** ۲۔ اَڈٕ لیوٗک۔ کمزور۔ اوٗک کانہٕل۔

**اَڈ کھیو** ۔ کھیٛپتی کھیوٗمُت۔ گوٗلہٕ مُت کھوٗ ٹھزد

گوٗمت۔ اَنٛگہٕ ہیوٗن گوٗمت۔

**اَڈگَرٕ مانِنۍ ڈوٕ ڈگرٕ پوٚژ۔** (۱) پَنٕنہٕ قَدٕ یا مقدوٗرٕ کھوتہٕ زیادٕ درٛسہٕ دِنہٕ دول۔ (۲) لوٗکہ اُستہٕ بچہٕ بچہٕ کَتہٕ کرٕ تمن۔

**اَڈلابُر۔** پوٚرٕ نہٕ سوٚتُر۔ یتھ کم زیادٕ کھسہٕ وس آسہ۔ (زٕہن بیترٕ)۔

**اَڈمولہٕ۔** نِصف قیمتس۔

**اَڈموٚنٛجہٕ۔** کم مولہٕ۔ کمٕ قیمتہٕ۔ شٕرو گرٕ۔

**اَڈنَبُر۔** (۱) نَب، زٕژن یا تارُکھ بیترٕ اَڈٕ ڈُے نٔرن آسُن۔ سوٗرے نہٕ اَڈبُرس وٕڈبُرس تَل آسُن۔ کَتھ نہٕ لوٗکَن پیٹھ پوٚرٕ بیٛہِتھ آسنہِ۔ کتھ نہٕ پوٚرٕ واشگاف آسُن گوٗمت۔ اَڈے گَتھ نُنۍ نیرٕنۍ۔

**اَڈوٗرٕ۔** [< س: اَردھ + وِرِدھ۔] یُس حوٗنی گامٕتر آسہ۔ وانٛسہِ کِنۍ ژٕ تیٚہُن تہٕ پَنٕنٕ اَمن مُنٛزٕ بانٛگ ہیٛوٗہ۔

**اَڈوانہٕ۔** (۱) اَڈٕ ڈَنٛجہٕ۔ تتھ جایہ بیٚنہٕ ہُنس وسی پینٛگ خوف آسہ۔ پوٚرٕ باٹھی نہٕ ڈُکھرتھ۔ (۲) ناٹھ پیاو، اَڈبیٚوٗ۔

**اَڈووٗن۔** سیٚنہ ڈے کِسہٕ وُن نرم پیٚن بوٗٹھ۔

**اَڈمٔنۍ۔** ترٕنے ہاو (بِرون اَکھ وٕزن)۔

**اَڈہار۔** ہارٕ ہُنٛد نِصف۔ یہ گِنٛزرھا اَڑہارلو۔

**اَجہٕ اَچھ گاش آسُن۔** کُنیٛ ییچھو آسُن۔

**اَجہٕ راٛژ۔** اَڈراتن۔ نِصف راٛژ باگ۔

**اَجہٕ راٛژ باگ۔** اَڈ راتن ہیٛوٗہ۔ بہوٗے نِصف راتھ گُزھنہٕ وِزِ۔

**اَجہٕ میٚنٛگہٕ وستار۔** اوٗک طرف وستار۔ ورگہٕ؛ اوٗرٕ ژھوکھس سِتیٛ آسُن۔ ناحقک وٕزٕ بُزٕ۔

**اَجہٕ وٕتہٕ پیٹھ۔** اَڈِ سے مُنٛزلس وا تھ مُنٛزلس واتنۍ۔

**اَجہٕ ہارٕ ہُنٛد۔** یُس نہٕ کُنہٕ لگہٕ۔ یَس نہٕ کیٚنٛہ صفتھ آسہ۔ کُنہٕ لایق نہٕ۔ ڈوڈ باہ گنہِ ہُنٛد۔

**اَڈم زَڈ۔** [ن۔ موٗل: اَڈم زَڈ < س: اَردھم + ک: زٕ + س: اَردھ] سیٚٹھا کم موٚژن۔ تمہٕ وِز وَنِنہٕ لوان ییٚلہٕ سیٚٹھا سوٗمبراوتھ کھوٚرتہٕ مُنٛزٕ کیٚہ اُتھی لگہٕ نہٕ بانٛہِ حِصہ یا نہٕ خراب گرٕزھ یا کُنہٕ یا کانٛسہٕ ہُنٛد مُزُ شیٚد۔

**اَڈاو عٕ ۱۔** [ن۔ موٗل: اَڈاو + < ف: عدو < ع: عداوت] اَداو۔ عداوتھ۔ ضِد۔ حَسد۔

**اَڈاو عٕ ۲۔** [ن۔ موٗل: اَڈاو < م: کنڈ: اَڈڈ۔ م: ۵: اَڑنا۔

اَرگش کاٹ۔ سہٕ ژوک تہٕ تَرچہ ٹھمی جرژمُن مَنز
کوٹ بیترِ بَنٛد تھوٗنہٕ چھیران چھ۔

**اَڈِ ء¹**۔ [م۔ مؤل: اَڈ < س: ہَٹہٕ۔] اُڈی جہ (خاصکر یتھ
ژرین ہِنٛز تہٕ نلہٕ چھ) بَجہ بَجہ اُڈی جہ۔

**اَڈِ پَپیر** (۱) اُڈی جہ تہٕ ماز وَتَن۔ (۲) اَنگ اُشناو
اُشناو رُتش ناو۔

**اَڈِ ترٛ کُر**۔ سُہ یُس اُڈی جہ دَرِ آسَن (خاصکر یتھ
ژرین زُنگن ہِنٛز)

**اَڈِ سوٗر**۔ اُڈی جہ ژرن۔ اُڈی جن چوٚرِ گومُت۔
(لابِنہ ستی یا سخ ٹھکہٕ ستی)۔

**اَڈِ ء²**۔ [ن۔ مؤل: اَڈ < س: اَٹہٕ]۔
(۱) سَمنیج جاے۔ (۲) سہ جاے یتِتھ ٹانگہ،
لاری بہٕ تہٕ موٹر بیترِ سوارین ہِنٛدِ بایتھ آسان
آسَن۔ (۳) بیکارَن ہِنٛز ہیٹھ لاگنچ جاے۔ بیکار
مونٛڈ جہِ ہِنٛز جاے۔ (۴) ڈُکہ۔ (۵) بِٹھاکی،
بیٹھک۔ ماٹھ شاے، سہ جاے بیترِ نس
لوکن ہِنٛز ہیٹھ آسہٕ لگان۔ (۶) چہٕ کاٹھ یا خریم
بیترِ ژٹِنہٕ بایتھ بَناونہٕ آمُت لُکرِ ہُنٛد سامانہٕ۔

**اَڈِ ژانُن**۔ ڈُکہ تھاوُن۔

**اَڈِ ء³**۔ چھانہٕ سُنٛد وانہٕ مونٛڈ یتھ پیٹھ سُہ لُکر
چھ دَلان۔

**اَڈِ کوٹ**۔ اَڈاو۔ کاژ۔ ڈٕہلی۔

**اَڈُن ء¹**۔ [ن۔ مؤل: اَڈُن < س: اَرْدھ + ک: اُن]
ہوکھن تہٕ لیوٗز سپدُن (دادِ دَگِہ یا بجرِ بیترِ کِنی)

**اَڈُن ء²**۔ [ن۔ مؤل: اَڈُن < مٔ: کَنَڑ: اَڈڈٕ اُم: ہ: اَڑنا]
(۱) کُنہِ جایہِ ٹھپکُن۔ قَدَم تھاوُن۔ وتہٕ پِنٛز رُوزتھ
پزارُن۔ (۲) ہَڈ کرُن۔ ڈٹھ روزُن۔ کُنہِ کامہِ پیٹھ روزُن۔

**اَڈیُل**۔ [ن۔ مؤل: اَڈیل < س: ہَٹہٕ + ک، پُرٛت تُگ:
یُل] ہَڈ۔ ہَڈ تہٕ وِیٹھ اُوج۔ اُڈی جہ گوگُل۔

**اَڈوانس**۔ [مؤل: اَڈوانس < انگ: ایڈوانس ADVANCE]
(۱) سَے، پیشگی (۲) کُنہِ کامہِ کارس یا فائنس
بیترِ مَنز اُکس بینیس برونٹھ۔

**آذان**۔ [م۔ مؤل: آذان < ع: اَذان]
بانگ (نماز پرنہٕ بایتھ)۔

**اَذکار**۔ [ < ع: اِذکار ] "ذِکر" لفظُک جمع۔
بیان۔ کُنہِ چیزٕچ یا کانٛسہِ اِنسانہٕ سنٛز کتھ۔

**اَر ء¹**۔ [مؤل: اَر < پراکرت: اَرِی < س: اَرَتہٕ]
بَتنگ۔ عاجِز۔

**اَرِ اَنُن**۔ بَتنگ اَنُن۔ تنگ اَنُن، عاجز اَنُن۔

**اَرِ یُن**۔ تنگ یُن۔ بےسپر یُن۔

**اَرِ دِچھِ (والنہٕ)**۔ ترٛٹھ کَڈنہٕ۔ پننہٕ غرضہٕ کانٛسہ بیتہٕ
لگُن۔ مطلب کَڈنہٕ خاطرٕ کانٛسہ اُدر ژٹ ہیٚکہ

اَگادِ گژھن۔

اَرٕ¹ [ن۔ مؤل: اَر < س، اَر ؟] دٔزِ سہ،
لَمہٕ (کینہہ مٔولے گُڈھ اَنہٕ باپتھ)۔

اَرٕ² [ن۔ مؤل، اَر < ف: اَرہ] بُڈ ہیتر۔

اَرکَش، اَرٕی کَش ۔[ < ف: اَرہ کَش]
ہیتر وایِن وول۔ ہٹ چیرِن وول۔

اَرٕ³۔ اَکھ پرٛت لوگ بینہِ سیتی کٔنہہ کانٛہہ حالتھ ہادنہٕ
چھنٕے یوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھُ "اَر" "آر" تہٕ بنان۔
مثلن ا ووہ زُل = ووہ زجار، گژھن = گژھنہار۔
ٹ ٹینک = ٹیچر، بوڈ = بوڈ یا بوجر۔

اَرب ۔[ن ۔ مؤل، اَرب < س: اَربُد] ہتھ کروڑ۔

اَرسطو ۔[یونٲنی: ارسطوٹیلیس]
اَکھ مشہور یونٲنی فلاسفر۔ ورگہٕ پأٹھی سیٹھا
بوڈ عالم۔ ہزرِ سان تَس تہٕ وَنان ییس
بوٚڈ عالِم آسنک دَم دِوان آسہ۔

اَرم ۔ [م۔ مؤل: اَرم] بِزکنک تہٕ ثٲپنک وَنہ۔

اَرمہٕ چھَل ۔ اَرمہٕ ہنٛز گھنٛڈ۔

اَرمہٕ مؤل ۔ اَرمہٕ ہُنٛد سہ حصہ یُس مازہ بیرِ اَنٛدر
چھُ آسان۔

اَرمہٕ ثٲپنہٕ ۔ دَنٛد چارٕنی۔ ورگہٕ: لکابہ ہُنٛد
سٕنٛز کرِن۔

اَرم تائج ۔ بجر ۔ تھزر ۔ زچھر (رُتبہ کِنی یا دیارو
سٔبلہ) (گژیرِ سٔن)۔

اَرٕنی ۔ [ن ۔ مؤل، اَرنی < س: اَرٕنیہ] وَن جنٛگل۔

اَرٕنی روٗدتھ [ن ۔ مؤل ۔ اَرنی روٗدت ۔ < س ۔
اَرنیہ وژتہ ۔] بٔڈ ہُنٛد اَکھ رَہم، یو ہٕ
زِھنتھ شُر گۄرِس نِش وَن سوزنک رَہم۔
اصلی لفظ چھُ "اَرنی وژتھ"۔

اَرٕنی کاٹھ ۔[ن ۔ مؤل ۔ اَرنہٕ کاٹھ < س ۔ اَرنیہ
کاشٹھا] تیٛہ ترٛشہ یمن اَکھ اَکِس سیتی گَگھر
دِتھ اَسی بوٚنہ باپتھ وَنس منٛز نار بناوان۔

اَرابہ ۔[ن ۔ مؤل، اَراب < ف: عرابہ]
ا کول گَنڈنہٕ باپتھ کٔنہ ڈیر لَدن ۲ کٔنہ ووٚت
یا گولہٕ ووٚت۔

اَرابہٕ ملناوُن ۔ سیٹھا مار دِیُن ۔ ستیجہ اَنُن۔

اَرٲضی ۔[۔ مؤل: اَرٲضی < ع: اَراضی] (بوٚنہ ہٕستی لفظ)
۱ زمین ۲ زمینک روقبہ۔

اَرِش ۔ [م ۔ مؤل، اَرِش < س: اَرشہ]، اَکھ دوٚد
بواسیر (گژیرِ سٔن)۔

اَرٕنی ۔ کھار ہنٛز ییرن۔

اَرٕژٔر ۔[ن ۔ مؤل: اَرٕی ژٔر < ک: اَر + ژٔر،
اَرٕ ژٔر، اَوٕژٔر ۔ دال ڈٔرِ لو منٛز کھچہ کڑُن۔

گوڈ نیچ نیشد۔

اَیرٕ۱۔ [ن۔ مٲل: اَر (ف: اَرہ، س: اَر) یا آرٕ] لٔتر واہنی۔ لٔتر ہند وایُن۔

اَیر اڈاو۔ اَرکُش کاڑ۔

اَیر چھیر۔ لٔتر واہنی۔ لٔتر ہیؤر تہٕ بون واہنی (کنہٕ)۔

اَیر کوٗش۔ اُکھ لٔتر واہنہٕ سیتی یُس کوٗش نیران چھُ۔

اَیر لٔتر۔ اُری کَش لٔتر یا زیٹھ لٔتر۔ (ییمہٕ سیتی بُڑی موٗنڈی چیران چھ)۔

اَیر واہنی۔ لٔتر سیتی کوٗلِس بچہٕ کرنہٕ یا ٹکر کرنی۔

اَیرٕ۲۔ (۱) کانٛہہ گوٗب تہٕ بوٗڈ چیز پَننہٕ جایہ ڈالنہٕ باپتھ ہلہٕ م: پٔلِس اَیر کٔرُن۔ (۲) اَیر کرنٛک اوزار، سَنبل بیتر ہیوٗہ۔ کانٛہہ گوٗب چیز ڈلناونہٕ باپتھ لٔٹھ۔ (۳) اکہٕ تھمک پیوٗنڈ یُس کُلِس ترٛاونہٕ چھُ یوان۔

اَیرٕ۳۔ [م۔ مٲل: اَر ـــ (س: اَلکَ)]۔
(۱) ڈیکس پیٹھ کنیٛک مَس۔ بڑوٗنہہ کنیٛک مَس۔
(۲) نَرٕ کاسنہٕ یُس مَس پیہ۔

اَیر کاسنہٕ۔ (۱) (گوڈ نیچہٕ لٔٹہ) برُوٗنہہ کنیٛک مَس ہٹُن۔ (۲) زرد یٔنہٕ یُس مَس پیہ سہ کاسُن۔

اَیر داہ۔ [مٲل: اَر داہ (س: اَشٹادشہٕ)] ارٛٹھ پیٹھ داہ۔ دوہ یہ کم وُہہ۔

اَیر ڈٔہی۔ اَرداہہ کھر۔ ضرب دِنہٕ یا گونہٕ ورٕ وٕنان۔ م: زٕ اَرڈٔہی شبیہ ترٛہ۔

اَیر داہیٛم۔ [مٲل: اَرداہم (س: اَشٹادشہٕ تمہٕ)] بیٛنیچ وٲری اَرداہس پیٹھ یہ۔ اَرٛٹھ پینٛٹھو ڈٕہیٛم۔ سُداہہ پتےٚ آسہ وُن۔

اَیر داہیٛم لگُن۔ پَرٕنہٕ بیٛنٛٹھی وٲنس زیٹھنی۔

اَرتاجھہ۔ [مٲل: اَرتاجھہ (س: اَشٹہ چتوارِم شَت)]۔ اَرٛٹھ پیٛنٹھو ژتجہہ۔ ژور ڈٔہی تہٕ اَرٛٹھ۔ ژتجہہ تہٕ اَرٛٹھ۔ دوہ یہ کم پَنٛژاہ۔

اَرتاجھیُم۔ مٲل: اَرتاجھم (س: اَشٹاچتوارِم شَتہ تمہٕ) بیٛنیچ وٲری اَرتاجھس پیٹھ یہ۔ اَرٛٹھ پیٛنٹھو ژتجہیُم۔ سَتہٕ تاجھہ پتےٚ آسہ وُن۔

اَرترِہ۔ [مٲل: اَرترِہ (س: اَشٹاترِم شَت)] اَرٛٹھ پیٛنٹھو ترِہ۔ ترٛےٚ ڈٔہی تہٕ اَرٛٹھ۔ دوہ یہ کم ژتجہہ۔

اَرترِہیُم۔ [مٲل: اَرترِہم (س: اَشٹاترِم شَت تمہٕ)] بیٛنیچ وٲری اَرترِہس پیٹھ یہ۔ اَرٛٹھ پیٛنٹھو ترِہیُم۔ سَتہٕ ترِہہ پتےٚ آسہ وُن۔

اَرَستھ۔ مٲل: اَرَستھ (س: اَشٹاسپتتہٕ)۔ اَرٛٹھ پیٛنٹھو سَتتھ۔ ستھ ڈٔہی تہٕ اَرٛٹھ۔ سَتتھ تہٕ اَرٛٹھ۔ دوہ یہ کم شیتھ۔

**اَرِستیٖم** ۔ [مؤل : اَرِستیٖم < س : اَشٹاسپتہٕ تمہٕ] ہیٖمچ وٲرۍ اَرِ یتہٕ ژَس پیٹھ آسہٕ ۔ اَڑہٕ پیٹھ ستہٕ ژھک ۔ ستہٕ ستہتس پتے آسہٕ وُن ۔

**اَرِسَر** ۔ [ن ۔ مؤل : اَرِسَر] کونٛجہِ ۔ ژھرٕ ڑھ ۔ کامہٕ سپدنہٕ نہٕ دِل لگُن تہٕ فوضول حرکژ کرنہٕ ۔ نہٕ ترُن فِکرِ زِکرِ کیاہ تہٕ ٲلی کینہٕ نتہٕ کینہٕ کرُن ۔

**اَرِسَر دِنٛنی** ۔ **اَرِسَر کَرٕنی** ۔ ژھرٕ ڑھ دِنٛنی، کونٛجہِ کرنہٕ ۔

**اَرِسیتھ** ۔ [م ۔ مؤل : اَرِسیتھ] ۔ تھوس ۔ ٲلی زوٗرٕژُ ۔ تی کرُن یتھ نہٕ کینہٕ نیرِ ۔

**اَرِسیتھ لَد** ۔ یُس اَرِسیتھ آسہٕ ، یُس ٲلی آسہٕ ناممکن کامہٕ مٕنٛزٕ ہیوان ، ٲلی پانَس تھوس اَنَن وول ۔

**اَرِشیٖتھ** [مؤل : اَرِشیٖت < س : اَشٹاشیٖتہِ ۔] اَڑہٕ پیٹھ شیٖتھ ۔ عدٕ ڈیٖہی تہٕ اَڑہٕ ۔ شیٖتھ تہٕ اَڑہٕ ۔ دوہ کم ٹمتھ ۔

**اَرِشیٖتیٖم** [مؤل : اَرِشیٖتیٖم < س، اَشٹاشیٖتہٕ تمہٕ] ہیٖمچ وٲرۍ اَرِشیٖتس پیٹھ یِیہِ ۔ اَڑہٕ پیٹھ شیٖتنک ۔ ستہٕ شیٖتہِ پتے آسہٕ وُن ۔

**اَرِگ** ۔ [ن ۔ مؤل : اَرِگ < س : اَرگھہٕ] پوزاہ کیُت توٗمُل تہٕ وُشکہٕ بیتر ۔ اَہوتھ دِنہٕ باپتھ یا ہوٗنَس تژاوُنک توٗمُل تہٕ وُشکہٕ بیتر ۔ توٗمُل تہٕ وُشکہٕ بیتر یژھ کرنہٕ باپتھ اَرپن کرُن ۔

**اَرِگ پوش** ۔ اَرِگ تہٕ پوش بیتر ۔ تہٕ دٔیتھ گۄ پوزاہ لاگنک سامانہٕ ۔

**اَرِگ توٗلُن** ۔ (تیز پانٹھی) موزوٗرۍ دِنۍ ۔

**اَرِگ لدُن** ۔ ٲلی دِنہٕ یا قربان کرنہٕ خاطرٕ تیار کرُن ۔ ورگہٕ: یٔمی کینہٕ مو کلیتھ مُت زانُن ۔
م : تَس چھُ گرِکیوٗ اَرِگ تھوٗومُت لدِتھ ۔

**اَرِگ لدِتھ تھوُن** ۔ زانُن زن تہٕ موٗدمُت چھُ ۔ یٔمی کینہٕ موٗمُت زانُن ۔ خیالہٕ کینہٕ مارِتھ تھوُن ۔

**اَرگہٕ پھوٗل** ۔ ، اَرگہٕ موٗٹھ ۔ اَتھہٕ پھوٗل ۔
ہ ل سہ سورے اَرِگ یُس ہوٗنَس یا پوزاہ کیُت آسہٕ تھوٗومُت ۔

**اَرگہٕ ژال** ۔ اَتھہٕ پھوٗل ۔ اَتھَس کینہٕ اَرگہٕ موٗٹھ (دٔگنَس تژاونہٕ باپتھ) ۔

**اَرِلائز** ۔ ن ۔ مؤل : اَرِلائز < س : ہلَدٕ + [illegible]
الہٕ بانہٕ ہُندلائز ۔ الہٕ بانہٕ ہُنز [illegible] ۔
اَرِ بانہٕ اَدٕ بابتھ جواب تک نوٗمرتھ [illegible]

زلِیُٹھ ڈٕنٛڈٕ۔

اَرِنَمتھ ۔[ مۄل : اَرِنَمتھ < س : اَشٹانَوَتِ ] اُٹھ ہیٹھو نَمتھ ۔ نَوٕ ڈٕہ تہٕ اُٹھ ۔ نمتھ تہٕ اُٹھ ۔ دوٕ ہیہ کم ہتھ ۔

اَرِنمتیٖم ۔[ن ۔ مۄل : اَرِنمیتم < س : اَشٹانَوَتِ تَمَہ ] ییٖنہ وٲرۍ اَرِنمتس ہیٹھ آسہِ ۔ اُٹھ ہیٹھو نمتک ستنمتھ پَتےٚ آسہٕ وُن ۔

اَرِناوکرِناو ۔[ن ۔ مۄل ؛ اَرِناوکرِناو < اَرِناو (کرِناوک پۄت صدا) + کرناو < کرناہ جایہِ ہُنٛد ناو] ییلہِ تتہٕ ۔ پرٕتھ جایہ ۔ پرٕتھ شایہ ۔ (کرناو" چھےٚ کتھ اَکِر اَنٛد اَکھ جاے تہٕ "ارناو" (رِنٛتہٕ) چھ بیٚیہِ اَنٛد) مُ ؛ کھہٕ جلہٕ کھاوِ دیار

اَرِوَر ۔[ مۄل ، اَرِوَر < س : اَوار + پار ] اَنٛد وَنٛد ، پرٕتھ طرفہٕ ۔ پرٕتھ اَنٛدِ ۔ اَکہِ اَنٛد ہیٹھ بیٚیس اَنٛدس تام ۔

اَرِوٕنٛزاہ ۔[مۄل : اَرِوٕنٛزاہ < س : اَشٹاپنچاشت] اُٹھ ہیٹھو پَنٛزاہ ۔ پانٛژہ ڈٕہ تہٕ اُٹھ ۔ پَنٛزاہ تہٕ اُٹھ ۔ دوٕ ہیہ کم شیٹھ ۔

اَرِوٕنٛزاہیٖم ۔[ مۄل : اَرِوٕنٛزاہم < س : اَشٹاپنچاشت تَمَہ ] ییٖنہ وٲرۍ اَرِوٕنٛزاہس ہیٹھ ہیہ ۔ اُٹھ ہیٹھو پَنٛزہک ستہٕ وٕنٛزاہس پَتےٚ آسہٕ وُن ۔

اَرِوٕنٛزہَن نہٕ خبر روزٕنی ۔ کاتہٕ ۔ اَتھ تتھ کٕنہ کرُن زکاتس لگہ نہٕ پےٚ ۔

اَرِہٹھ ۔[ن ۔ مۄل : اَرِہٹ < س : اَر + گھٹ ] کٕزہ منٛزٕ ہۆنٛی کھارنک ہتھر ، اَتھ چھ واریاہ ژٕڈی گنڈِتھ آسان ۔ یمو کٕنی اَکی لٹہِ واریاہ پونی کھارنہٕ چھ یوان ۔

اَرِہاکھ ۔ اَرِہکھ ۔[ ن ۔ مۄل ، اَرِہک ] ہکھ ۔ (اَڈٕ ہکھ) ؟ ۔ تم ہیچھ پیٚٹھ جنگلہ ہیٹھ ییہ آسن وُتھمتی ۔

اَرِہٲٹھ ۔[ مۄل : اَرِہٲٹھ < س : اَشٹاشَشٹِہ ] اُٹھ ہیٹھو شیٹھ ۔ شیٚٹھ ڈٕہ تہٕ اُٹھ ۔ شیٹھ تہٕ اُٹھ ۔ دوٕ ہیہ کم ستتھ ۔

اَرِہٲٹھیٖم ۔[مۄل ؛ اَرِہٲٹھم < س : اَشٹا شَشٹِہ تَمَہ ] ییٖنہ وٲرۍ ییٚتہِ اَرِہٲٹھس ہیٹھ ہیہ ۔ اُٹھ ہیٹھو شیٹھک ستہٕ اُٹھ پَتےٚ آسہٕ وُن ۔

اَرُن ڈٕتی ۔[ آم ۔ مۄل : اَرُن ڈٕتی < س : اَرُن دھتی ]
(۱) اَکہِ بہارگک ناو ۔ گاتہٕ تارک ۔
(۲) وَسِشٹھہٕ سنٛزِ زنانہٕ ہُند ناو ۔

اَرہ ہر ۔[ن ۔ مۄل : اَ ۔ ہر دک : اڈر < پراکرت :

**اَرُبُر** اَرِیَہ <س: اَ + رُجہ] (۱) تُوبُوتھ آسُن۔ سِرُ وُنٛٹھ آسُن۔ پھُٹھ پھرُاٹھ نہٕ آسُن۔
(۲) وارِ آسُن۔ زُو اَوَر آسُن۔ بیمار نہٕ آسُن۔ صحتَس مَنٛز آسُن۔

**اَرپر دَرپر**۔ وارِ کارِ آسُن۔ زور دار آسُن۔ دادِ وادِ روٚوِتھ۔ تہٕ طاقتَس مَنٛز آسُن۔

**اَرپر کاسُن**۔ شیر نہٕ بدلہٕ کھوٗٹھ کَرُن۔ شیران خراب کَرُن۔

**اَرباب**۔ [ن۔ مؤل: اَرباب < ع: اَرباب < رَبّ] زِٹھ۔ سَردار۔ مالِکھ۔ زِٹھن واوٕل۔ بٔڑ۔ تھدِ پایکہٕ۔

**اَربُتھ**۔ [ن۔ مؤل: اَربُتھ] ـــ بومہٕ لَد بُتھ۔ دِیہ وُن بُتھ۔

**اَربُتھ آسُن**۔ بوم آسُن۔ بُتھ لَدِتھ آسُن۔ ہُوپ تہٕ دُوپ آسُن۔ بُتھس ذرٕ آسُن۔

**اَربُد**۔ [ن۔ مؤل: اَربُد < س: اَرْبُدَ] اَکھ دود یَتھ مَنٛز لَنٛگَن ٹُجہ ہِشہِ نیٖران چھےٚ۔ زَہان چھ یہ دود چھ نہٕ بلان۔

**اَرپَن**۔ [مؤل: اَرپَن < س: اَرپَنَ]۔ آیِتَن۔ کانٛسہِ ہِندِ ناوِ کینٛہہ تھَوُن۔ کانٛسہِ یزتھ کَرنہٕ باپتھ کینٛہہ دِیُن۔ نَذر۔ نیاز۔

**اَرپاوُن**۔ [مؤل: اَرپاد < س: ہَر + پاتنم]

(۱) پَتھر تراوُن۔ لوٗن داریتھ دِیُن۔ ہلپاوُن۔
(۲) پَتھر پیوٚن (دادِ وادِ سیتی)۔

**اَرتَل**۔ [م۔ مؤل: اَرتَل] سونہٕ وَرَق، رُوپہٕ وَرَق یا کلایہٕ وَرق بیترِ۔

**اَرتھ**۔ [ن۔ مؤل: اَرتھ < س: اَرتھ] (۱) مانے۔ مطلب (۲) مُلہٕ (۳) دَنہٕ دیار۔

**اَرتھاتھ**۔ [ن۔ مؤل: اَرتھات < س: اَرتھات] یانے کِہ، تہٕ دٕپِتھ گو، اَمیُک مانے چھُ [illegible]

**اَرتھی**۔ [م۔ مؤل: اَرتھی < س: اَرتھِکا] جِنازٕ، پَٹ، توبُوٗدِ (کٔڈِن یا نیٖرُن)۔

**اَرجنٹ**۔ [مؤل: اَرجنٹ < انگ: اَرجنٹ URGENT] سخ ضروٗری۔ تاکیدی۔ فوری۔ یَتھ سخ چار آسہِ۔

**اَرچِکھ**۔ [ن۔ مؤل: اَرچِک]۔ قیدِن ہِنٛز ہٹہٕ ہانکل۔ سو ہانکل یوس قیدِس گرٕ دَنہٕ چھےٚ پوان تراونہٕ۔

**اَرچوب**۔ [ن۔ مؤل: اَرچاب]۔ اَکھ قسمُک کٔہُر یینہِ سیتی کھٹان چھ۔

**اَرچوک**۔ [ن۔ مؤل: اَرچک] اَرنٛبی۔ وُتھبہ مُجہ ووٚنٛٹھ۔

**اَردَل**۔ [م۔ مؤل: اَردَل < انگ: آرڈرلی]

(مۆہنوٕ شُنٛد) آغَس گرِس برٛۆنٛہہ برٛۆنٛہہ دورُن ۔

اَردابہٕ ۔[ن ۔مؤل : اَرداب < ف : آرد + آبَہ ] (گرُس گہُنس کرِ) دُکھا نٹھ مکاے ۔

اَرڈلی ۔[ن ۔مؤل : اَرڈلی < انگ: آرڈرلی ORDERLY] سُہ پیادٕ یا چپراسی ییتہٕ رُس پنٕنس ماٲلکس یا اَفسرَس سٟتی سٟتی روزِ یا برٛۆنٛہہ برٛۆنٛہہ نیران آسہِ ۔

اَردِ شُرٛہر ۔[ن ۔مؤل : اَردِ شُرٛہر < س : اَردھ + شرٛیر] اَڈٕ شرٛیر ۔ شرٛیرُک اَڈٕ باگ ۔ یِہ صِف پان تہٕ گوبٕنٕ بانٛز ۔ رُوٗن یا کھوکے ۔

اَردِ ناریشور ۔[ن ۔مؤل : اَردِ ناریشور < س : اَردھ ناریشوَر] دَیہ شُنٛد سُہ رۆپ ییتھ مَنٛز سُہ پانے نَرتہٕ چھ یِہ ناری تہٕ چھ ، مَرد تہٕ چھُ تہٕ زنانہٕ تہٕ چھُ ۔

اَر دہ پچھ ۔[ن ۔مؤل ۔اَردہ پچھ < اَر + دہ پچھ ، پیٛنچ آواز] پینہٕ سٟتی دہ پچھ گرٛٔھن ۔ گوہ پیٚنٛزکہ بتھر پیٛنچ آواز

اَرزَتھ ۔[م ۔مؤل ۔ اَرزَتھ < س : اَرجتہ یا < س : اَرج + تو] کمٲے ۔ یہ اَتھہٕ آمُت ۔ وٹھتھ ۔ زٕے ۔

اَرزان ۔[ مؤل : اَرزان < ف : اَرزان] سَروگ ۔ کَم موٗلہٕ ۔

اَرزانٕی بَلتھ ۔[مؤل : اَرزانٕی بَلتھ < ف : اَرزان + ع : علّت] کُنہِ لایق نہٕ ۔ کمٕنہٕ نہٕ لگہٕ ہار ۔ کُنہِ کارُک نہٕ ۔

اَرزُن١ ۔[ن ۔مؤل : اَرزُن < س : اَرجنَہ] (١) زیٛنُن ۔ کماوُن (٢) ہٕراوُن ۔ لبُن ۔

اَرزُن٢ ۔[ن ۔مؤل : اَرزُن < س : اَرجُنہ] اَکھ ناو ۔ اَکھ پانٛڈوٕ شُنٛد ناو ۔

اَرژُن ۔[م ۔مؤل : اَرژُن < س : اَرچنا] پوٗزا ۔ گوٗن گیوٗن ۔ آرادٕ نا ۔

اَرژِ کال ۔ اَرس کال ۔[ن ۔مؤل ، اَرژِ کال ، اَرس کال < انگ : ایکس کال] انگریزی لفظ ایکس کال (EXCALL) یہ اوس آسان سرکارکہ طرفہٕ گلگتَس مَنٛز اَکھ خاص اَفسر ، اَمی سٕنٛز کام آس گلگتَس تہٕ سَرحدِ نیبر نِگرانی تھٲونی ۔

اَرژُن ۔[ن ۔مؤل ، اَرژ < س : اَرچنا] پوٗزا کرٕنی ۔ آرادٕ نا کرٕنی ۔ مۆے گارُن ۔ دَیہ سٕنٛدی گوٗن گیوٗنی ۔

اَرساتھ١ ۔ داو ۔ مُفلسی ۔ (دگوہ برسن) ۔

اَرساتھ٢ (عَرصات) ۔[ن ۔مؤل : اَرسات < ع : عرصات] بہِیر ۔ جمِیر ۔

اَرسٔریٖٹھ ۔[ن ۔ مؤل ؛ اَرسٔریٖٹھ <ک ؛ آر + سٔریٖٹھ ۔
<ع: آل + س: شرٖیشٹھ ۔] بوٚز روٚس
وہیٹھ ۔ چرٕ بہٕ دانٛد۔ تہٕ ڈیٖٹھ گو سَخ
دیٖٹھ ۔ اٲلہٕ ہاٲل ۔

اَرسٔریٖٹھ ہیوٚہ ۔ اٲلہٕ ہاٲل ہیوٚہ ۔ چرٕ بہٕ دانٛد ہیوٚہ ۔

اَرغوان ۔ اَکھ کُل یتھ وۄزٕلی پوٚشہٕ چھ نیران
(وَرگٕہ) وۄزُل رنٛگ ۔

اَرغوٲنی ۔ وۄزُل رنٛگ ۔

اَرکھر ۔ شاردا اَچھرَن ہنٛز ... علامتھ ۔

اَرکھور ۔[ن ۔ مؤل ، اَرکھور] کھوکھُس، سیتھ ، اَبھرٕ ۔

اَرکھور آسُن ۔ کھوکھُس آسُن ۔ سیتھ
آسُن ۔ ژھَرٕٹھ آسُن ۔ اَبھرٕ آسُن ۔

اَرکھورلد ۔ کھوکھسی لد ۔ سیتھ لد ۔ اَبھرٕ لد ۔

اَرکھول ۔ اَرکھوٚر ۔ اَرکھور ۔ اَکھ گُلیٖنگ ناو ، یُس چھ باٰئن
پیٹھ کھسان تہٕ اَتھ لاگَنہٕ ... 
بتہٕ کھسان ۔

اَرکھوٚرِس سنٛگ دیُن ۔ تتھِس کُلس سنٛگ
دیُن ہیمہٕ سیتھ نہٕ کھیہ واتہٕ ۔ وَرگٕہ ، کانٛہہ
یِتھ اِنسان رَٹھِن یُس بۄنِس اورے بِچھہ ۔
مُ ، سرپِس دوٗد دیُن ۔

اَرگج ۔[ن ۔ مؤل : اَرگج <ف ، اَرگج] اَکھ
خوشبو بہٕ ہنٛد ناو ۔ یہ چھ ژٔٹن ، کوفُر ،
کونٛگ ، وُدٕ تہٕ ... یکوٹہ ... سیتھ بناوان ۔

اَرگہٕ اَشُر ۔ سیٹھاہ مۄلُل ، نایاب ، سیٹھا کَم ۔

اَرگون ۔[مؤل ، اَرگن <س: آرذہ + گُنہٕ] شہٕ اَبنٛد
مول کاٗشرٕ تہٕ موج پارِم آسہٕ ۔ دوگلہٕ ۔

اَرمان ۔[ن ۔ مؤل : اَرمان <ف : اَرمان] شَرکھژود ،
تمنا ، کانٛہہ مقصد پوٗرٕ کرنہٕ سۭتۍ کھیہ کوٚیشن ۔

اَرمان تھاوُن ۔ شرتھاوُن ۔ تمنا پوٗرٕ نہٕ سپدنہٕ دیُن ۔

اَرمان روزُن ۔ کانٛہہ شوق پوٗرٕ نہٕ گژھنہٕ کِنۍ تمٛنگ شر
روزُن ۔ ییٚتھ چھُ اَکھ وۄتھو ۔ یہ چھ تمہٕ ساتہٕ وَنان ییلہٕ
کانٛسہٕ بڈ آسہٕ یژھُن تہٕ وَتھ آسہٕ نہٕ گژھہ ترٛے
اَرمان روزُن ۔ اَرمان نیرُن ۔ طماہ نیرُن ۔ یوٚژمت
کوشِش بیتھی بائل یُن ۔ شرنیرُن ۔ تمنا پوٗرٕ گژھُن ۔

اَرمانٲ ۔ شاردا اَچھرَن منٛز ... ، اَچھرِس وَنان ۔

اَرملے وَرملے ۔[مؤل : اَرملے وَرملے <ک ۔ اَرملے
+ س دَھرمایہ ۔] اَرملے چھُ وَنٛزنہٕ یاپِتھ
... ناوا (دان ۔ ختارانھ) یہ چھ ہرنہٕ
پاٹھی وَنان تمہٕ ساتہٕ تُس یُس تَل کینہٕ لگہٕ تہٕ
پتہٕ تُسی ترٛاوِہ زِ یا کانٛسہٕ دِزِ کینہٕ
یہ نہٕ تُس کھیہ ۔

اَرمشھٔر ۔ شاردا اَچھرَن منٛز "ی" اَچھر ۔

اَرنہٕ کال ۔[ن ۔ مؤل : اَرنہٕ کال <س ، اَرنہٕ + کالہٕ]
گُڑی دوٚہ ، وۄہ کھوٚہ ۔ آبتھ کال ۔

اَرنہٕ ۲ ۔[ن ۔ مؤل : اَرن <س: آرنیک | اَرنیہ
- م: ا: اَرنا ۔] اَرچوک ۔

وُنہٕٹھ ۔ بُلی بُجن کاہِن مَنٛز دزٕس دِنہٕ وول ۔
جنگلی ہٕسٕر ٹَنٛٹ۔

**اَروَر** ۔[ مؤل : اَروَر < س : اَوار + پار ]
(۱) یُمہِ تہٕ یَیمہِ اَنٛد ۔ یُمہِ یَیمہِ طرفہٕ ۔ ہور یور ۔
اَپارِ یَپارِ (۲) لَگ بَگ رۄ قبہٕ ۔

**اَرہر** ۔[ ن ۔ مؤل : اَرہر < س : آڈھکی ] اَکھ
قسمٕچ دال ۔ اَتھ چھ ہَرہَر تہٕ ونان ۔

**اَز** ۔[ مؤل : اَز < پراکرت ، اَجّ < س : اَدیہ ]
(۱) یہ دۄہ ، یتھ دۄہس (۲) یتھ وقتس پیٹھ۔
م : اَز چھنہٕ پرٛاڈ کتھ (۳) ووٚنی ۔
م : تَنہٕ پَرٛزٕنٕم تہٕ اَز آیَم ژٕ خبر کُس ۔

**اَز بَجر** ۔ نازٕ امیری ۔ نوٚمہ نے دۄہن ہُنٛد بَجر ۔
(پَتہٕ وَتہٕ پیٹھ نہٕ) ۔

**اَز بوٚڈ** ۔ نازٕ بوٚڈ ۔ نازٕ دولتھ ۔ یُس
دوٚنی آسہِ بوٚڈ بَنیوٚمُت ، سُہ بوٚڈ موٚہنیوٗ
یُس نہٕ کانٛہی آسہِ ۔

**اَز ووت ، اَز وود** ۔ یُس اَزی آمُت آسہِ
(۱) یَیمہِ اَزی پوٗرٕ گاٹہٕ یا زان بیتر آسہِ
پرٛاو مُت ۔ (۲) یتھ اَزی واری یا وَق آسہِ
دوتمُت ۔ م : ڈہر ووت یا ڈہر وود ۔
(۳) یُس نہٕ بسکین آسہِ ۔ یُس نوٚوے آسہِ
روز نہٕ آمُت ۔ یُس نہٕ پئینٛڈ پُرٛن آسہِ ۔

**اَز اَز** ۔ پَمَن دۄہَن ۔ اَزکَل ۔

**اَز پیٹھٕ ، اَز پیٹھٕ** ۔ یَیمہِ دۄہہ پیٹھٕ ۔ یَیمہِ
دۄہہ بٕرۄٚنٛٹھہ کُن ۔ یَیتہِ یور ۔ اَزی کہٕ پیٹھٕ ۔

**اَزتام ، اَزتامَت ، اَزتانٕتھ** ۔ یتھ
دۄہَستام ۔ وُنہٕ ، وُنیکھ تام ۔ وُنِستام ۔
نومَن دۄہَن تام ۔

**اَز تہٕ پگاہ کَرُن** ۔ ٹالُن ۔ وادٕ نہٕ پوٗرٕ کَرُن ۔

**اَز راتَس** ۔ (۱) یوٚس راتھ گیہٕ ، گاٹٕرٕ
راتٕژ ۔ (۲) یوٚس راتھ یِیہ ۔ یوٚونہٕ ماژٕ ۔
صُبحَس چھُ اَتھ مانے "یوٚس راتھ گیہٕ" ، تہٕ
شامَن دۄیُم ملنے "یوٚسہٕ راتھ یِیہ"

**اَز شامَس** ۔ یَیمی دۄہہ شامَس تاگی ۔ اَز
شام ویلَس ۔

**اَز صُبحَن** ۔ یَیمی دۄہہ صُبحَس تاگی ۔ اَز
صُبحکہٕ ویلہٕ ۔

**اَزکَل** ۔ پَمَن دۄہَن ۔ اَزی کین دۄہَن ۔
اَز اَز ۔

**اَزکَنہٕ ، اَزکَنہٕن** ۔ لَگ بَگ یَیمی دۄہہ
یہوے اَز ہیوٚہ ۔

**اَزکال** ۔ لِوٚم دۄہ ، یِم دۄہ ۔ یہ زمانہٕ ۔

اَزکالہِ۔ اُزی کِس زمانس منٛز۔ اُزی کِس موٗسمس اَندر۔ اَز کل۔

اَزگوٗ بگاہ وۄنی وۄلہِ پگاہ۔ یہ چھُ یوان تَمہِ وِزِ وَننہٕ ییلہِ کانٛہہ اَز تہٕ پگاہ کرِتھ روزگٔژی آسہِ کران۔

اَزمووٗمت گوٗ (پٔتھرَ) پوومُت، زوٗمُت گوٗ زیوٗمُت۔ (یہ کَہاوَتھ چھےٚ پہلواَنٛن دَبہٕ ہٕنٛز) کانٛسہِ ہٕنٛز کمزوٗری ہُنٛد پَے لَگِتھ تَمیُک ناجایِز فایدٕ تُلُن۔

اَزنتہٕ اَدکرَ۔ تہٕ گوٗ زیوٗمے چھُ وَق یتہٕ بوٗزی زہَس۔

اُزی۔ بیٚنٛتھی دۄہَس پیٚٹھ۔ نوٚمے دۄہہ۔

اُزی اُزی۔ کُہے کالہِ پیٚٹھ۔ حال حالے۔ کیٚنٛژن وَقتہٕ پیٚٹھ۔ یمنے دۄہَن ہیوٗ۔

اُزی پیٚٹھ۔ نوٚمے دۄہہ پیٚٹھ۔ اُزی کی دۄہہ بڑوٗنہہ کُن۔ وُزکی پیٚٹھ۔

اُزی تام، اُزی تامتھ۔ اُزی تانی۔ اُزی تانتھ۔
۱۔ بیٚنٛتھی دۄہَس تام، م: اُزی تام چھُس گزھنَس وار۔ ۲۔ یتھ دۄہَس تام تہٕ۔

اُزی کالہِ۔ اُزی کالی۔ نوٚمے دۄہَن۔ یمنے دۄہَن منٛز۔ بیٚنٛتھی وَقتس منٛز۔

اُزی کہِ پیٚٹھہٕ۔ اَز پیٚٹھہٕ۔ اَز بڑوٗنہہ کُن۔ نوٚمہ دۄہہ بڑوٗنہہ کُن۔

اُزٕنٛیُک۔ بیٚنٛتِہ دۄہُک۔ نوٚمہ دُہُک۔ وُنی کینہِ دُہُک۔

اَزٕ عنٛد نِشہٕ۔ پیٚٹھہٕ، (فارسی پاٹھی)۔

اَزپا۔ اَگہ منتر کہ زہریس اَندری چھُ یوان کرنہٕ۔ اَگہ تیٖمچ ذِکر یوسہ اَندری چھےٚ یوان کرنہٕ۔ تیٚمہٕ زِنٛن یتھ نہٕ کیٚنٛہہ زہر نے آسہِ۔

اَزَر۔ [ن۔مٔل: اَزَر (س: اَ + جرا]
زانٛہہ نہٕ ہٕڈرُن۔ زانٛہہ نہٕ سورُن، شو سُند اکھ ناو۔

اَزروٗن۔ [ن۔مٔل: اَزروَن] ۱۔ اَچھیٖٹھ۔ یُس نہٕ بیٚیہِ سُند زَروِ یُس نہٕ بیٚیہِ سُند خوش ییہِ، م: سُہ چھُ اَزروٗن۔
۲۔ دۄہہ سُند نہٕ زرِتھ ہیکُن۔ بیٚیہِ سُند نہٕ خوش یُن۔ م: تَس چھُ اَزروٗن۔

اَزروٗنیر۔ اَزروٗن آسُن۔ اَزروٗن آسنٛچ حالتھ۔ اَچھیٖٹھ آسنٛچ حالتھ۔ بیٚیہِ سُند رُت نہٕ زٕرِتھ ہیکُن۔

اَزَل۱۔ [ن۔مٔل: اَزَل (ع: اَزَل]
دۄہے۔ ہرہمیشہٕ۔

اَزَلے۔ گوڈٕ پیٚٹھے۔

اَزلی ۔ ۱ گوڈٕ پیٹھک ۔ اَولہ پیٹھٕ ۔ آدنیٖ ۔
۲ بذاتی ۔ اصلی ۔ مۄلہٕ تلٕ ۔ یتھ نہٕ
ابتدا آسہِ ۔ ییٚمیک نہٕ گوڈٕ اَنٛد مولوم آسہِ ۔

اَزَل ۲ ۔ [ن ۔ مۄل ، ازل < ع : اَزل ] ۔ لون ،
نصیب ۔ قسمت ۔

اَزَل پیٚتھ ۔ یُس گوڈٕ پیٚٹھے ہتراوُن پیٚیہِ ۔
یُس بٔڈین بوڈ آسہِ ۔ نابرکار ۔

اَزلہٕ لون ۔ قسمت ۔ ڈیکہٕ لون ۔ تقدیر ۔

اَزار ۔ [ن ۔ مۄل ؛ اَزار < ف : اَزار ] ۱ دود .
دَگ ۔ تکلیف ۔ اِذا ۲ پرٛسَنگ
دود یُس زنانہٕ شُرِ نہٕ پیٚنہٕ برٛونٛہہ کران چھُ ۔

اَزانی ۔ [مۄل : اَزانی < س : اَ+ جیٚنانی ] یُس
نہٕ زانی کار آسہِ ۔ غار زانی ۔ بے زانی ووپر ۔
وُچھو ' اَزون ' تہٕ ۔

اَزان پاٹھی ۔ بے خبر پاٹھی زن نہٕ خبر پے آسہِ ۔

اَزِ بُبن ترٛاگ ۔ [ن ۔ مۄل ؛ اَزِ بُبن ترٛاگ
< ک : اَزِ بَب + س : تَڈاگہ ] ۔
سری نگرس منٛز مہاراج گنٛجک برٛونٛہہ کنٛیم
ناو ۔ اَتھ لفظس چھُ مانے اَزِ بُبنی پوکھر
یا اَزِ بُبن ناگ ۔

اَزوگے ۔ [ن ۔ مۄل ۔ اَزوگے < س : اَ+ جاگرِ ]
زاگنہٕ روٚستٕ ۔ جس تھوٚنہٕ روٚستہٕ ۔
دیان دِ نے ۔

اَزوو ۔ [ن ۔ مۄل ، اَزاو < س : اَ+ جاو < جَن ]
یہ نہٕ وُینہٕ زامُت آسہِ ۔ زیٚٹھور اوسنے
(دود بیستر) ۔

اَزخَد ۔ [ مۄل : اَزخَد < ف : از + ع ، حَد ]
گَنٛڈٕ روٚس ، بے گنٛڈٕ ، حدٕ روٚستے ،
یتھ نہٕ حَد ے آسہِ ۔ واریاہ ۔ سیٹھا ۔

اَز کار گژھُن ۔ کھوٚٹھ زد گژھُن ۔ کامہٕ کارس لایق نہٕ
روزُن ۔ نہٕ ڈیٚتھ گو ٹانٛگ لیوٚژ یا اَتھ
کون گژھُن ۔

اَزماوُن ۔ [ ن ۔ مۄل ، اَزماو < ف : آزما < آزمودن ]
پرکھاوُن ۔ اَزمایش کرٕنی ۔ سَر کرُن ۔
وُچھُن کیٚتھ نیٚر ۔

اَزموومُت ۔ ۱ پرکھوومُت ۔ سَر کورمُت ۔
وُچھمُت زِ کیٚتھ نیٚر ۔ ۲ شہ یُس واریاہ
آسہِ لوٚدمُت ۔ یُس گرٛ آسہِ کرٕمُت ۔

اَزمایش ۔ [م ۔ اَزمایش < ف ، آزمایش ] پرکھاہ ۔
پرکھاو ۔ سَرگی ۔

اَژر ۔ [ن ۔ مۄل ، اَژر < س : اَ+ جَر ] نہٕ ڈلون
دِڑ ۔ بے زو ۔

**ژرا اَڑر** ۔ [ن مٔوٗل : ژرا اَڑر < س : چرا چر ]
نٔعلاتہٕ بٔنے زُو (ساری)۔ دُنی یا۔ سوٗرے زٔگتھ۔

**اَڑُن** ۔ [ موٗل ، اَڑن < س : اَج ] اَندر یُن ۔
اَندر گژھُن ۔

**اَڑِنیر** ۔ پٔتہٕ گژھُن ۔ اَڑُن تہٕ نیرُن ۔
م : بجارِس لوٗگُس اَڑِ نیر ۔

**اَڑوپ** ۔ [ن ۔ مٔوٗل ، اَڑاپ < اَ + پراکرت : چوٗاو < س :
چَرو + آپہ پیٖنی ] یَتھ نہٕ ژاپھ آسہِ وٕڑھتھ
یہ نہٕ ژوپھُت آسہِ ۔ ژاپھے ۔ ژاپنہٕ وَرأے ۔
بَرکہٕ نے ۔ دَند دٕنے ۔

**اَڑہتَن** [ مٔوٗل ، اَڑہتَن < س : اَچیتَن ] ۔ یَتھ
نہٕ ژہتَن (زُوجان) آسہِ ۔ تہٕ گوٗبے جان ۔
یہ نہٕ جاندار آسہِ ، (لَل دید) ۔

**اَڑیوٗت** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَڑیت < س ، اَ + چیت ]
۱۔ مٔٹہٕ ۔ بوٗز روٗس ۔ ۲۔ بوٗزنہٕ نیٚبرٕ ، بوٗز نٔشوٗد یا دٕ ۔

**اَڑھر** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَڑھر < ک : اوٗڑہ < س : اَج چھر ]
۱۔ اوٗدی جار ، زأدی جار ۔ اوٗڑہ آسُن (بٔلوٗ بیٚترٕ) ،
تِنبر ۲۔ لیٚوژ آسُن ، زُوکِنی کمزور آسُن ۔

**اَڑھہٕ رَژھہٕ** ۔ [م ۔ مٔوٗل : اَڑھہٕ رَژہ < س : اَپسَرسا ]
سہ رگہٕ ژٕری یہ ۔ اَپھسرا یہ ۔ م : ــــــ

سہ رگُس چھ وُسرتھ دارٕ تہٕ بَر
اَڑھہٕ رَژھہٕ ژُوپہٕ نوٗ شُتھی اَندر (دیپ آنند)

**اَڑُھن** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَڑھن < ک ، اوٗڑہ < س :
اَج چھر ] ۱۔ اوٗڑہ گژھُن ۔ یتُن ۔ کمزور
گژھُن (بٔلوٗ بیٚترٕ) ۲۔ لیٚوژ گژھُن ۔ زُو
کِنی ڈٕلُن ۔

**اَڑھوٗل** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَڑھل < س : اَ + چھلَ ]
ڈٕھلو وَرأے ۔ ڈٕھلو روٗستے ۔ سیوٗد ۔ شوٗد ۔

**اَڑھینٛہ دار** ۔ [م ۔ مٔوٗل : اَڑھینٛہ دار < س : اَ + چھِنٛنہ
+ دھارا ] سہ دِگنی یَتھ نہٕ ژھینے آسہِ
روٗدِ چ یا آوٗچ سہ دار یوٗسہ لگاتار چلہٕ وِنی روز ۔

**اَڑھیوٗن** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَڑھیوٗن < س : اَ + چھِنٛنہ ]
۱۔ اوٗر ۔ یہ نہٕ ژھیوٗ نمُت آسہِ ۔ یہ ژھینہٕ
نے آسہِ ۔ یَتھ نہٕ تُر آسہِ وُڑھ ہیُش ۔ ۲۔ ژھینہٕ
روٗس ۔ ٹھکہٕ گژھینہٕ روٗس ۔ م : اَڑھیوٗن روٗد ۔

**اَڑھہٕ کھچہٕ مٔنزٕ رس** ۔ نہ ساتہٕ کانسہِ وَنان یلہٕ سہ ہیٚیہ
کانسہِ ہنٛدین معاملن منزٕ دخل دِیہ ۔

**اَس[۱]** ۔ اَکہ پوٗت لوٗگ ، پیٚینٛمینگ مانے چھ "مےٚ"
یا "ہ" ، م : مارِ کرِ لوٗنس ۔

**اَس[۲]** ۔ اَکہ پوٗت لوٗگ ، پیٚینٛمینگ مانے چھ ۔
"تس" ، م ، کرِس : کرِ تس یا ہرِ کرِ تس ۔

اَس۳ -[ن - مۆل : اَس <س : ہَس ] ژۆ اَس ۔
خوش آسنچہ آواز کڈٕ ۔

اَستھ -[ن - مۆل : اَست <س : اَست ] اَپُز ۔
یہ نہ پۆز آسہٕ ۔ یتھ منٛز نہٕ کینٛہ پَزر آسہٕ ۔ یہ نہٕ
آسہٕ ، یہ نہ چھُ ۔

(ASSEMBLY)
اَسمبلی -م - مۆل : اَسمبلی <انگ : اسمبلی - ]
جمہوٗری طرزِ حکومتس منٛز اکھ اہم اِدارٕ ۔ نمایندن
ہنٛز سہ مجلس یتھ منٛز قونوٗن بناونہٕ ین ۔ یژھہ
مجلسہِ منٛز چھُ ملکی نہٕ حکوٗمتی مالاتن ہیٚنٛد غور فکر
کرِتھ تجویز پوان پاس کرنہٕ تہٕ سرکارِ کرِ خاطر
بجٹ منظوٗر پوان کرنہٕ ۔

اَسار -[ن - مۆل : اَسار <س : اَ + سار ] ۱۔ نہٕ
پوشہِ وُن ، نہٕ روزُن ۔ ۲۔ یہ نہٕ تلہِ کُنہِ کینٛہ
آسہٕ ، یُس نہٕ دۆر آسہٕ ۔ یتھ منٛز نہٕ گۆجی آسہٕ ۔
سبٕ ماپہٕ ۔

اَسادوِٹیٖر -[م - مۆل : اَسادِ وبت <س : اَ + سادھیہ + یٹ ] گرٕ ہیٚنٛز زنانہٕ ۔ ہُرزر ۔ گو بہ کھوہ ۔

اَساوِدان -[ن - مۆل : اَساوِدان <س : اَ + سادھانہٕ ] دیانہٕ روٚس ۔ ییٚمی نہٕ ہوس آسہٕ تھوٚ ومت ۔
بےٚ پرٕوا ۔

اَساوری ۔ (آساوٗری) [م - مۆل : اَساوری <ہ : آساوری ]

اَکہ رگ ۔ ہُنٛدناو ۔ گیوٚنس منٛز ہُنٛکھ اکھ مقام ۔

اَسامی ۱ -[م - مۆل : اَسام <ع : اَسامی <اسما ]
۱۔ یُس ناوِ زٕلہِن آسہٕ ۔ ۲۔ یُس سیٚتی کینٛہ
کام آسہٕ ، یُس سیٚتی ہیٚون دیُن آسہٕ ۔

اَسامی ۲ ۔ چھوٚ مین موٚنڈس برٛونٛٹھہ کنہِ چھوٚ مِتھ
سیٚتو مُت دانہِ وانہِ ___ (گرٛیرِسن)

اَسُر -[ن - مۆل : اَسُر <س : اَ + سُر ] ۔ دیو ۔
جِن ۔ ورگہ پاٹھی ۔ کۆ ذاتھ ، ہار ، ہتی یور ۔

اَسُن -[ن - مۆل : اَسُن <س : ہَسنہٕ ]
۱۔ اَمس منٛزٕ رتھ خُشی ہنٛز آواز کڈنہٕ ۔ کھکھ
مارنہٕ ۔ ۲۔ ڈُکھ کُملاوُن ۔ ۳۔ ہیڑن ۔ ہیڑنہٕ گیلنہٕ
کُنہِ اَسُن تراوُن ۔ ٹھٹھی کرُن ۔

اَسَن تراے ۔ اسنُک انٛداز ۔ اسنُک طریقہ ۔
اَسہٕ وُن بُنھ ۔

اَسَن کھنٛڈ گالہِ ۔ بڈٕ بڈٕ اسُن ۔ ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اسُن ۔
زابہٕ چالہِ اسُن ، ہرلہِ پاٹھی اسُن ۔

اَسَن وِلہِ اسون لِلہِ ۔ اسُن تہٕ اسُن ین ۔ اسنس
کنہِ یوت گرٕ ژھُن ۔ بےٚ ہوا لان آسُن ، ٹاکہ پیٚنہِ ۔

اَسان اَسان ۔ اسَن وزنہٕ ۔ ۲۔ خوشحال پاٹھی ۔
گنٛدان گنٛدان ۔ مزس منٛز ۔
ورگہ : جل جل ، ڈُلی ڈُلی ۔

اَسہ نے لَسہ کیتھ۔ زِندہ روز نہٕ باپتھ چھُ فِکرِ مَنتر تہٕ پیوان خوش روزُن۔

**اَسہ ناوُن۔** (۱) یُس اَسناوِ، مَخولی۔ (۲) یُس پیٹھ اَسُن ییہِ۔

**اَسہ ناوُن۔** (۱) تیتھہٕ کیتہٕ کرُن یا وَنُن یُتھ بناکھ اَسہ (۲) بیٚیِس اَسُن اَنُن۔

**اَسہ وِنہٕ ہوشِجہ۔** اَسان اَسان۔ اَسہ وِنہٕ بُتھہٕ۔ دژِ کھار نہٕ روٚستے۔

**اَسہ وُن۔** یُس اَسان آسہِ۔ سوہ سوہ کھوٗ۔ پھوپلہِ وُن۔ خوش طَبعی یَتھ۔ یُس نہٕ دٕرہِ وُن آسہِ۔ یَس نہٕ بُتھس پیٹھ دژِ آسہِ۔

**اَسُن گیلُن پانَس میلُن۔** بیٚیِس ہیڈُنہٕ چھُ پانَس تہٕ بُنتھ پِوان۔ یہ چھُ مِثالہ پاٹھی وَننہِ پِوان۔

**اَسہ اَسی** ۔ (۱) سیٹھا اُستھ۔ اُستھ تہٕ اُستھ۔ م: اَسہ اَسی دوٗلکھ کُٹھ۔ (۲) اَسان اَسان۔ خوشحال پاٹھی۔ اَسان تہٕ گِنداں۔ وَرگہٕ: جُل جُل، ڈُلہِ ڈُلی۔

**اوٚسُم۔** مٮ۪ے اوٚس۔ مٮ۪ے تژ ووٚ اَسُن۔ مٮ۪ے کوٗر اَسنا۔

**اوٚسُن۔** تمہٕ اوٚس۔ تمہٕ تژ ووٚ اَسُن۔ تمہٕ کوٗر اَسنا۔

اَسہٕ بنا۔ اَسُن پھوٚٹتا۔ اَسُن رَژھا۔

**اَسہٕ ہنا کرُنی۔** (۱) رَژ کھَنٛڈِ اَسُن۔ (۲) یِروائے نہٕ کرُن، کھچہ کھچہ نہٕ گژھُن۔

**اَسوٚم بٕتِلے سوٚم** ۔ [ن۔ مؤل: اَسَم بے سَم > س: اَ + سَمہ + ف بے + س اسَمہ > س: وِشمَہ] نابرابر۔ ناہموار۔ یتھ کھسہ وٚس آسہِ۔

**اَسور** ۔ [ن۔ مؤل: اَسار > س: اَ + سارَ] یہ یا یُس نہٕ سورِ۔ پوشہ وُن۔ وَرگہٕ: ووفادار۔

**اَسورٕ وُن۔** [ن۔ مؤل: اَسوروُن > س: اَ + سار + وان۔] نہٕ سورٕ وُن۔ یہ نہٕ سورِ۔ یہ نہٕ موکلِ۔ اَنٛتہِ روٚس۔ یتھ نہٕ اَنٛدِ آسہِ۔

**اَسور گژھُن** ۔ نہٕ سارُن۔ یہ نہٕ سارِ۔ یہ نہٕ لگہِ۔ کھپتھ نہٕ لگُن۔

**اَسوسیشَن** [م۔ مؤل: اَسوسیشَن > انگ: اَسوسی ایشَن (ASSOCIATION)] اَنجُمَن۔

**اَسوہنی** ۔ [م۔ مؤل: اَسُرہنی > س: اَسُر + اِن] راکھیٖنی۔ دیوٗنی۔

**اَسوٗندَر** ۔ [مؤل: اَسوٗندر > س: اَ + سُندَر] نہٕ سوٗندر۔ کوکُر۔ بے شوٗب۔ کو بُتھ۔ بَدصورتھ۔ اونٛٹہِ کھونٛٹُر۔

**اَسپد** ۔ [مؤل: اَسپد > س: اَ + سپدَھ]

(۱) یہ پَنہٕ سیٚد آسہٕ ، یہ پَنہٕ ثابِتھ آسہٕ۔
(۲) یَتھ پَنہٕ مِیٚدی آسہٕ گاگُرٕ۔ یہ پَنہٕ پوٗرٕ آسہٕ گومُت۔
یہ پَنہٕ بائِل آسہٕ آمُت۔ ناکام (۳) یہ پَنہٕ
سیٚد یُومُت آسہٕ۔ یہ پَنہٕ اَنھَس مَنٛز آمُت
آسہٕ۔

اَسبَرگ۔ [ن۔ مۄل ، اَبرگ۔] اَکھ پوشہٕ ذات۔

اَسباب ، اَسبابہٕ۔ [ن۔ مۄل ، اَسباب (ع ، اَسباب]
(۱) سامانہٕ۔ ڈیرٕ ڈَگرٕ (۲) ہَتھی بار تہٕ اَوزار بیترِ۔

اَسبہٕ۔ سفید رَنگہٕ ٹٕلہٕ۔

اَستَر[۱] [ن۔ مۄل ، اَستَر (ف ، اَستر ، آستَر]
پَلوٗس اَنٛدرِ یا ٹلی کِنہٕ لوگمُت کَپُر۔ اَستَر۔
اَستَر تہٕ لَیُن۔ (لوٗن) کانٛسہٕ مُقابلہٕ کَم
پایہٕ آسُن ، وۄستہ موٗلہٕ آسُن۔

اَستَر[۲]۔ [ن۔ مۄل : اَستَر (ف : اَستَر (س : اَشوَتَر]
کاٹُر۔ خَچُر۔

اَستان۔ [ن۔ مۄل : اَستان (ف ، آستان ، آ +
پہلوی : ستان ، س : ستھانہٕ۔]
زِیارَتھ۔ کانٛسہٕ پٕرانِس بُزرگہٕ سنٛز جاے۔

اَستانَن دَشہٕ گَنٛڈٕنہٕ۔ اَستانَن گَژِھتھ
مُراد مَنگُن۔ کانٛہہ خاہِش پوٗرٕ کَرنہٕ موکھ
جَتَنہٕ کَرُن۔

اَستانَن دَشہٕ مُژراونے آسنہٕ۔ یہ
چھہٕ تیٚلہٕ وَنان یٚیلہٕ یوٗژھمُت کوٗشِشمُت
کَمہٕ اَنہٕ خلافِ توَقُع گژھہٕ۔

اَستانَن دَشہٕ مُژراونہٕ۔ مُراد پوٗرٕ گَژِھتھ نَذر
نیاز کَرُن۔

اَستان لَدُن۔ زِیارَتس نَذر پیش کَرُن۔
ہَرزٕ ہاٹھی گۆ کَنٛہہ مَجبوٗری آسنہٕ۔ م : ہ
کیاژِ دِمَس آستان چھُہ لَدُن۔

اَستہٕ[۱]۔ [ن۔ مۄل ، اَست (س ہَستہٕ / وِستہٕ]
زَمین مینَنگ اَکھ پرٛؤن میٖچَر۔

اَستہٕ[۲]۔ [(ف ، آہستہٕ] لوتہٕ۔ لوتہٕ پاٹھی یا
اَستہٕ اَستہٕ۔ وارٕ وارٕ۔ لوٗت لوٗت ، لوتہٕ
لوتہٕ۔ ہَنہٕ ہَنہٕ۔

اَستہٕ وِہستھ۔ [(س : اَستہٕ دہستہٕ]
چھکرِتھ آسُن۔ بےٚ ترتیب آسُن۔ چھلہٕ
چھانگرِ آسُن۔

اَستوتھ۔ [ن۔ مۄل : اَستوت (س ، اَستُتہٕ]
شُکُر۔ حَمد۔

اَستوتھ کَرُن۔ حَمد پَرُن۔ شُکُر کَرُن
(دیہ شُندا، م ، تمہٕ کوٗر اَستوتھ زِ
کہِتام کہِتام بچوو۔

**اَستھ**۔ [ن۔ مۆل، اَست <س، اَستہٕ] (۱) لوٗسُن (زوٗن، آفتاب، تارکہ بیترِ) (۲) کُنہٕ تارُگ بیا کہ تارُکہ بَتھہ آسنہٕ یا اَکھ سِیہِ راتش یا بُرجس منٛز آسنہٕ کِنہِ نظرِ تلہٕ غاٲب گٔمُت آسُن۔ (۳) گرٛبہٕ ہِندِ بِن ہِندِ اَستَس گژھنُک کال یا لوسُنُک کال، اَتھ اَندر کانٛہہ نو کام کرٕنی چھِنہٕ بھرزِ بوان مانِنہٕ۔

م: اَز کل چھُ بوم اَستَس گومُت تِکِنہِ بَنہٕ نہٕ کھاندر کرُن۔

**اَستھ کرُن**۔ (۱) لوسُن (زوٗن آفتابہٕ یا تارکہ بیترِ) (۲) دوٚن تارکن ہُندٕ اَکہٕ سِیہِ بُرجس منٛز آسنہٕ کِنہِ اَکِس نظرِ تلہٕ غاٲب گژھُن۔ (۳) تَل گژھُن۔ تَل یُن (کمزورِ سُند طاقتہٕ وٲلِس تَل)۔ پِتہِ گژھُن۔

**اَستَس کرُن**۔ تَل کرُن۔ پَتھ کرُن۔ ہارناوُن (واد وادَس یا ہُر اَندَر)۔

**اَستَس گژھُن**۔ (۱) تَل یُن۔ ہارُن۔ ہار سپدٕنی۔ (۲) کُنہٕ نہٕ کرُن ہیکُن۔ (۳) شِکَس یُن۔ داو پیوٚن۔

**اَستھاپَن**۔ [ن۔ مۆل: اَستھاپَن <س، اِستھاپَنہٕ] دیوی دار۔ دیوالےٚ۔ سۄ جاے یۄسہٕ دیوی دیوتاہن ہِندِ ناوی آسہِ۔

**اَسرِ وہسَر**۔ [م۔ مۆل: اَسرِ وہسَر <س: اَ + ہسَر + وِہسَر]۔ نیتہٕ مومتید۔ کرِ زنگرِ لوسنہٕ۔ جِسس ہوش نہٕ روزنی۔ ؤسی ؤسی پیوٚن۔

**اَسلاف**۔ [مۆل: اَسلاف <ع: اَسلاف] پرٲنی بُزرگ۔ پرٲنی زِٹھو۔

**اَسلام عَلیکُم**۔ [ن۔ مۆل: اسلام عَلیکُم <ع: اَلسَلامُ عَلیکُم] مُسلمانَن ہِنٛز سَلام۔ توہہ پیٹھ آسِن سَلامتی۔ توٚہی اَسو ٹھیکہ پاٹھی۔ واپہ اَسو۔ وارِ روٗزِو۔

**اَسمان**۔ [ن۔ مۆل، اَسمان <ف: آسمان] نَب۔ آکاش۔

**اَسمانَس سیتی بُزی بُزی گاڈِ کھینہٕ۔** تھدِ بِن گرٕ بن کھسُن۔ زوٗن کھینہٕ تُسُن۔ کانٛہہ یا کیٚنہہ نہٕ فِکرِ کھسُن۔ اَسمانی وُچھُن۔ پَنَن پان کیٛتام زانُن۔ آچھَن کھسُن۔

**اَسمانَن کھالُن (کھارُن)** (۱) سیٹھا زیادِ تأریف کرٕنی۔ (۲) ستھُر کھارٕنی۔ (۳) عالَم تُلُن۔

**اَسمانہٕ پیوٚن**۔ (۱) اَسمانہٕ پیٹھہ لوٗن لابنہٕ یِن۔ ہیٚرِ پیٹھہ بُتھرِس پیٹھ وُسِتھ پیوٚن۔ (۲) سیٹھا یا پُرجا آسنہٕ پَتہٕ بُتھرِس لارِتھ

گٔژھن ۔ ۲۔ حمارٕنۍ گٔژھن ۔ آشَرٕ گٔژھن ۔
م : یہٕ لوٗ زنتھ ہیوٗس یہٕ اَسمانہٕ ۔ ۲۔ کُنہٕ
سٕنِتہٕ وراٗے وانُن ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ وانِتھ
ہیوٗن ۔ م : یہٕ مال چھا اَسمانہٕ پیوٗمُت ۔

اَسمانہٕ وُسِتھ بُتراٗژ دٕب ۔ اَکھ بلا یہٕ ییلہٕ
مو کلِتھ ہیٚیس تل لگُن ۔

اَسمان زٔمین فرق ۔ پھیرے پھیر ۔ وارِیاہ
فرق ۔ گتہٕ کور فرق ۔

اَسمان نکھس ٹلُن ۔ گرزکہٕ ناد لاگُن ۔ سخ شور
لاگُن ۔ دمالہٕ کرنہٕ ۔

اَسمانٕی ۔ ۱۔ اَسمانک ۔ ۲۔ ہیٚری ہیٚری ۔ ہیٚتھٕ کنہٕ ۔
۳۔ یُتھ اَسمانک ہیوٗہ رنگ آسہٕ ۔

اَسمانٕی اَنٛز ۔ ۱۔ اَکھ وُڈوُن جانا وار ۔ ۲۔ ورگہٕ ؛
اورٕ کیٚنہہ وانُن ۔ مُفتُک کینہہ بنُن ۔

اَسمانٕی بلاے ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ آفتھ ۔ الغائبی
ترٛٹھ ۔ غیبی بلاے ۔

اَسمانٕی بوٗٹی ۔ اَکہ رٔٹھ ہُنٛد ناو ۔ اَسمان بیل ۔

اَسمانٕی جہاز ۔ ہوآیی جہاز ۔

اَسمانٕی رَنگ ۔ ہیرُوزی رَنگ ۔ تیٚتھ رَنگ
یُتھ اَسمانس آسان چھُہ ۔

اَسمانٕی رَنگہٕ ۔ ہیرُوزی رَنگہٕ ۔ اَسمانکہٕ رنگہٕ ۔ اَسمانٕی
رنگَس پیٹھ ۔ تیتھی رنگہٕ یُتھ اَسمانس آسان چھُہ ۔

اَسمانٕی گولہٕ ۔ ۱۔ اَکہ آتش بازِ ہُنٛد ناو ۔
۲۔ ورگہٕ پاٹھۍ ترٛ ۔ راد ۔ اَپُز ۔

اَسوَد ۔ [ مۄل : اَسود < ع : اَسود ]
کرٛہُن ۔ سیاہ ۔ کوٗل ۔

اَسیوٗ¹ ۔ [ن ۔ مۄل : اَسو < س : اَ + سود ]
سونٕے ۔ سیومُت نہٕ آسُن ۔ سونٕے
تھوومُت ۔ آلس منز گرٕ کہناوٕنۍ ۔

اَسیوٗ² ۔ [ن ۔ مۄل : اَسو < س : اَ + سیو ]
سوی نہٕ کوٗرمُت ۔ سوی نہٕ گومُت ۔ نہٕ
ہلم دومُت ۔

اَسیوٗن ۔ [ن ۔ مۄل : اَسین < س : اَ + سوِنہٕ ]
یہٕ زٕنتھ دوٗرِ آسہٕ رٔدمُت ۔ یتھ نہٕ
لوٗرٕ پاکھ آسہٕ لوٗگمُت ۔ یہٕ نہٕ سیٚنوومُت آسہٕ ۔

اَشِم ۔ [م ۔ مۄل : اَشم < س : اَشمن ]
پتہٕ کنٛج ۔ اَرم ۔

اَشُد ۔ [ن ۔ مۄل : اَشد < س : اوشدھ ]
۱۔ دوا ۔ اچھ داریگ اَکھ دوا ۔ تاچھ ( یہٕ
چھےٚ پھکھ آسان ) ۲۔ سو جنٛگلی گاسہٕ ذاتھ
ییٚمہٕ سیتی نشہٕ کھان تہٕ بےہوش
گژھان چھُہ ۔

**اَشَدبٹ** ۔ دَوائبٹ ۔ لَتہٕ (دَوٕ ہیچہٕ ژَنڈٕہیچہٕ بیتر) ۔

**اَشَد تج** ۔ **اَشَدتُل** ۔ اَشَد لاگنچ تیج ۔ اُچھن دَوا لاگنک تُل ۔ تاچھ لاگنچ تیج ۔

**اَشَد گرٕی وان** ۔ (۱) اَشُد کٔنَن واجِ اُسُند وان ۔ (۲) ورگہٕ پاٹھی سوٕ جلے یِتھٕ نُس شُرو آسہٕ وَدَن وان لوگمُت ۔ یہ چھ اَکھ کٔنی وَنان تہٕ کیاز اَشَدگرٕی سُندگر آسی اُچھ داُدی لَد شُرِ تُتُر وِدتھِنہٕ کِنی وُدی وُدی پتلان ۔

**اَشَدگور** ۔ اُچھہٕ دَوا بَناوَن وول ۔ اُچھ دَوا دِنہٕ وول ۔

**اَشَد کولکھ** ۔ اُچھن لاگنک اَشدی پھول ۔

**اَشَد وان** ۔ دَوا وان ۔ بُہرٕ وان (یِتھ اَشُد کِنہٕ آسہٕ یِوان) ۔ اَشدگرٕی سُند وان ۔

**اَشُد کھیوٚن** ۔ اَفسوس کَرُن ۔ ہَمہٕ سوس آسُن ۔ پھکھ کھیٚنی ۔ وبٕہہ کھیوٚن ۔

**اَشُد لگُن** ۔ (۱) اَشدُک اثر گژھن ژنگس مَنز پھیرنہٕ کِنی کینژَو جنگلی بوٹو سیتی نَشہٕ لگُن ۔ بٔنے ہوش گژھن یا گبرِی تہٕ گژھنہٕ ہنے ۔ (۲) اَشُد لوگ گژھن ، بَراہ یُن ۔

**اَشُد لاگُن** ۔ اُچھ داُدی لَدِس اُچھن نیبرٕ کِنی اَشُد مَتھُن ۔

**اَشوٗژھ** ۔ [ن ۔ مؤل : اَشوٗژ (س : اَ + شوچہ] ۔ ہونژھ (ہونژھ گوٚ کانٛسہٕ ہِندِ مرنہٕ یا زِ ہنہٕ پتہٕ کانہہ دوٚہن تتھ گَرَس مَنز ژھیٚچرِ نہٕ یُن پنہٕ یُتھ کینٛہہ سَپدمُت آسہٕ ۔ یہ چھ اَکھ قسمک کوارنٹین ناگرِ نشہٕ بچنہٕ باپتھ) ۔

**اَشوک** ۔ [ن ۔ مؤل : اَشوک (س : اَشوکہٕ] ۔ ہِندُستانک اَکھ مشہور بادشاہ ییٚسُند وقتہٕ کشیر اَندر بودمت پھٲلیو ، دِپان چھہ سری نگر بسوو گوڈنیتھ تمی ۔ ہِندُستانک قومی نشانہٕ چھ تہٕندی کالچرٕ سٔنگترٲشی ہِندِ کِہ نومونک یادگار ۔

**اَشوک چکرٕ** ۔ [ن ۔ مؤل : اَشوک چکر (س : اَشوکہٕ + چکرٕ] (۱) مہاراجہ اَشوک سُند اَکھ خاص نشانہٕ ییٚتھ منٛز اَکھ ژٕکھرٕ تہٕ تژٕ بہہ کلہٕ چھ بَناوتھ ۔ (۲) ہِندُستانک قومی نشانہٕ ۔ (۳) ہِندُستانس منٛز کانٛہہ بڈ یا تھپکو وِنی کام کَرِتھ وٲلین دِنہٕ ینہٕ وول اَکھ قومی اعزاز ۔

**اَشوب** ۔ (ن ۔ مؤل : اَشوب (س : اَ + شُبھ] شوب نہٕ آسُن ۔ آپدا ۔ مصیبتھ ۔ بَناوتھ ۔ خار نہٕ آسُن ۔ پزر نہٕ آسُن ۔

**اَشود** ۔ [ن ۔ مؤل : اَشود (س : اَ + شُدھ]

(۱) یہ چھُ شوٗد آسُن۔ یہ چھُ صحی آسُن۔ یہ غلط آسُن (خاص کٔرتھ غلط لیوٗکھمُت) (۲) تیشتھ لیوٗکھمُت یُس نہٕ ووتھ۔ (۳) ناصاف۔ ژھیوٗٹ۔ (۴) ناشائستہ کلام۔

اَشوٗدی۔ (۱) غلطی بیتر (لیکھنس کرنس منز)۔ (۲) ژھینچر۔

اَشوٗدی کڈٕنۍ۔ غلطی ہاوِتھ دِنۍ۔ غلطی دوٗر کرٕنۍ۔

اَشوٗزر۔ (۱) شوٗد نہٕ آسُن۔ شوٗد نہٕ آسنچ حالتھ۔ مکر۔ (۲) مزاز کنی یا شرٕ کنی اوٗری نہٕ پوٗری آسُن۔ (۳) کھوٗٹھ کھٹٲیی۔ منگ کھوچر۔

اَشون۔ [م۔ مؤل: اَشون (س: اَشونی] ستوٗ ہو نیچھتر و منز گوڈنیک نیچھتر۔ اکھ خاص نیچھتر۔ اکھ ساتھ۔

اَشو وار، اَشودار۔ [ن۔ مؤل: اَشو وار (س: اَشوٗ + وارٕ] گُرِ سوار۔ چوٗبک سوار۔ گُرِس خطِ گٔڈن وول۔

اَشٹمی۔ [م۔ مؤل: اَشٹمی (س: اَشٹمی] اٹھم۔ پچھک اٹھم دوہ۔

اَشٹاوکر۔ [ن۔ مؤل: اَشٹاوکر (س: اَشٹاوکرٕ] اکس رِشی سُند ناو یُس اٹھوے اَنگ ہُکی آسی۔ وٕرگہٕ: ووکُر اِنسان۔ (۲) کھٹیس ہیوٗ اِنسان، کوٗکوٗرُ تہٕ بنگوٗرُ اِنسان، یُس نہٕ کانٛہہ اَنگ سیوٗد آسہ۔

اَشٹاوٕکٕر۔ کوٗکٲر تہٕ بنگٲر زنانہٕ۔ (۲) اٹھس ہِش زنانہٕ۔

اَشٹہٕ۔ [اَشٹہٕ = اَٹھ، اکھ برٛونٛہہ لوٗگ] اَٹھ۔ اکھ گوٗڈ لوٗگ یُس یمن سیتی تہٕ لگان چھُ۔ م: (۱) اَشٹہٕ ڈُلہٕ ہرٛدٕے (اَٹھ ڈُتھر ہمکوٗش ہیوٗ دِل) (۲) اَشٹہٕ موٗرتی (سُہ یُس اَٹھ رِیہ پھرِ، تہٕ دٔیتھ گو شِو]۔

اَشٹہٕ دَشہٕ۔ [مؤل: اَشٹہٕ دَش (س: اَشٹادشہٕ] ارژاہ۔ اَٹھ پیٹھی گاہ۔ دہ پہ کم ڈٕہہ (ژھوپرٕ ئے)

اَشرفُل مخلوٗقات۔ زُو دٲرٕو اَندرٕ تھوٗد۔ بوٗڈ تہٕ شرفِ وول۔ یہ چھُ بنی آدم سُند اکھ صفت۔

اَشراف۔ شریف موہنیوٗ۔ شریف موہنوی۔ بوٗڈ موہنیوٗ۔ بٔڈی موہنوی۔ رٔئیس۔

اَشرٲفی۔ شرافتھ۔ شریف آسُن۔

اَشرفی۔ [م۔ مؤل: اَشرفی (ف، اَشرفی (ع): اشرف] سونہٕ سُنٛز موہر۔

اَشکہٕ۔ [م۔ مؤل: اَشک] (۱) اَچھِ جِن ہنٛدی گنڈ، جوٗر۔ (۲) نار۔ رگہٕ۔

اَشکہٕ ژٕٹنہٕ۔ رگہٕ تہٕ نار ژٕٹنی۔ تہٕ دٔیتھ گو لایُن۔

مارٕ دِیُن۔

**اَشکہٕ ۲**۔ گِپُنَن ہٕنٛزِ پرٛاژَن اَنٛدرِ مازٕ وِ کٔنٛڈ ہوِ۔

**اَشکہٕ پینہِ**۔ اَشکہٕ پھولہِ ، اہٕنہٕ نہٕ۔ اَشکن دود کرُن۔ (اَتھ دأدِس مَنٛز چھُنہٕ چار وأنِس گاسہ، دانہٕ بیترِ کھیوٗن بَنان)۔

**اَشکھاش**۔ [ن ۔ سوٗل : اَشکھاش < ع : اَشخاص] یُہُ لَفظ چھُ 'غدرِ اَشخاص' سَم سوٗتُر۔ لوٗرِ پار۔ ڈُبہ ڈاس۔ ڈاکھ ۔ سَتیاناس۔ ناش۔ یِہ چھُ اَکھ وڈ ہو۔ م : تِمَن گژھن اَشکھاش یِمَن سوت تبٕدوٗل چھُ۔

**اَشکھاش گژھُن**۔ سَم سوٗتُر گژھُن۔ ڈُبہ ڈاس بیترِ گژھُن۔

**اَشوَل، اَشوٗل**۔ [م ۔ سوٗل : اَشوٗل] سہٕ یوٗسہ نہٕ ٹُنی پأٹھی یا نھیٖنی یا گأنی آسہ مگر یارٕ مَتر آسہ ۔ یوٗسہ ژوٗرِ ژوٗرِ بدکأری آسہ کران ۔ عأیشہ مَتٕر۔

**اَصل**۔ [ن ۔ مزال : اَصل < ع : اَصل] (۱) پوٗزٕ۔ یِہ یا یِس نہٕ کینٛہہ آسہ۔ (۲) مکوٗلہٕ تلک۔ اَہَم۔ (۳) یتھ کانٛہہ وُجوٗد آسہ ۔ (۴) جان نَسلُک ۔ شوٗرِ ذاتٕ ہُنٛد ۔ (۵) شوٗد ۔ یتھ نہٕ ملہٕ مشہ آسہ۔

**اَصلَسے خٔلاف یُن**۔ لاب نہٕ گژھُن تہٕ مولہٕ سے چھُنُن فأیدٕ چ نہٕ کینٛہہ دِ یِتھ پَٹنہٕ سے گاٹہٕ۔

**اَصالتھ**۔ [م ۔ موٗل : اَصالت < ع : اَصالت] شَرافَتھ۔ ذأتی اَسُن۔

**اَصالتَن**۔ پأنٕ پانے ۔ پَنٕنہِ مرضیہِ ۔ ڈٔکیل یا موختاریہ ورأے۔

**اَصل اَصل موٗدی باقے پھَژال روٗدی**۔ یِہ چھُ لوان تیٚلہِ ہرزٕ یأنی وَنٕنہٕ یِیلہِ کانٛہہ کم ذاتھ یا کمینہٕ بارسس یِیہ تہٕ یِمَن نیٚشہ رُتبہٕ یَزِ یے نَم گژھن یتھ یا پھکہٕ۔

**اَصل گو اَصلے تہٕ نقل گو نقلے، اَصل گو اَصلے تہٕ فَرَہ گو فَرَہ سے**۔ تِمہٕ ساتہٕ وَنان یِیلہِ اَصل چیزٕ کِی تأریف آسُن کرٕنی یا نقلی (فَرَہ) چیزٕچ خرأبی نَنی آسہ کرٕنی۔

**اَصحاب**۔ [ن ۔ موٗل : اَصحاب < ع : اَصحاب] 'صاحب' لفظُک جمع۔ ژنی ۔ دوٚکھ۔ حضرتِ محمد صٕ سٕنٛدی یار۔ صحأبی۔

**اَصحابِ کہفَن ہُنٛد ہوٗن**۔ سہٕ ہوٗن یُس تِمَن سَتَن دینٛدارَن گوٚبہ نیٚبر گژھِتھ ترَن ہَتَن تہٕ نوَن وَرِیَن روٗدیم بادشاہ دَقیانوٗسہٕ سٕنٛدِ خوفہٕ ژوٗرِ روٗدی۔ قِطمیر۔

اَصلا ۔[ مۆل : اَصلا < ع : اَصلا ] ہرگز۔
کُلیٚہ، پٔزی کنہٕ۔

اَصلیَت، اَصلییَتھ [م ۔ مۆل : اَصلیت < ع : اَصلیۃ]
پٔزر ۔ حقیقتھ۔

اَصلی ۔[مۆل : اَصلی < ع : اَصلی ] ـــ مولہٕ تلہٕ۔
پٔز، ہکہٕ ہٕ ۔ نقل نہٕ۔

اَطراف ۔[ن ۔ مۆل : اَطراف < ع : اَطراف < طرف]
مختلِف طرف ۔ اَند ۔ اَند پٔکھ ۔ دوٗر دوٗر چہ
جایہٕ ۔ م : سُہ چھُ اَطرافن پھیرتھ آمُت۔

اَطوار ۔ [ن ۔ مۆل ، اَطوار < ع : اَطوار < طور]
طور طرز ۔ کرتوتھ ۔ کِردار ۔ پھیٚچہ ۔ کوٗڈر
یہ لفظ چھ زیٛادٕ پٲٹھۍ کانٛسہ ہُنٛز بدی ہاوِنہٕ
روزِ وَننہٕ یوان ۔ م : تِسندی اَطوار وُچھتھ
چھُہ اِنسان تٔژہران۔

اَغاٛفل ۔ اَصل لفظ چھُ غافِل تہٕ اَغاٛفل چھُ غلط لفظ۔
موصم ۔ بیٚ خبر ۔

اَغراض ۔[مۆل : اَغراض < ع : اغراض ۔ غرض لفظک
جمع ۔] مُدا ، مطلب ۔

اَغلب ۔[ن ۔ مۆل : اَغلب < ع ، اغلب ]
سیٹھا ممکن۔

اَغوا ۔[ مۆل : اَغوا < ع : اغوا ] (کانٛہہ اِنسان)
وَرِ غلاوِتھ یا جبرٕ ن نیٚن ۔

اَغیار ۔ [ مۆل : اَغیار ۔ غیر لفظک جمع ۔]
غار ۔ پَردی ۔ وودپر ۔ پرٕژنی ۔

اَفاٛئی ۔[مۆل : اَفاٛئے ۔< ع : اَفواہی < افواہ]
شاوٕ یا شوُوہ پٲٹھۍ ۔ لُکن منٛش بوزنہٕ
پٲٹھۍ (بگر سٔر کرِنے ] ۔

اَفراتفری ۔ [ م ۔ مۆل : اَفراتفری < ع : اِفراط و تفریط]
شور شر ۔ کھلبلی ۔ گڑبڑ ۔ بدامنی۔

اَفراسیاب ۔[ن ۔ مۆل : اَفراسیاب < ف : اَفراسیاب]
(۱) ایرانک اکھ مشہوٗر بادشاہ یُس وُری یہ
بَدِین جنگ رُودکران تہٕ یُسنٛد تذکرہ
کاشرِن مثنوِیَن منٛز چھُ ۔ (۲) ہزلہٕ پاٹھۍ
سیٹھا گاٹُل، کاگ ۔ (۳) یُس بوہتان
آسہِ وَنان ، بوٚہدری آسہِ تھکبکان ۔

اَفراسیابی ۔ تھکتُن ۔ پَننی بوہدری تھپکنی ۔
بوہتان وَننی ۔ گاٹہٕ جار تھپکنُن ۔

اَفسر ۔[ن ۔ مۆل : اَفسر < انگ : اوفسر (OFFICER)]
دفترُک زیٹھُ ۔ سُہ یُس تُل کانٛہہ
آسہِ کام کران ۔

اَفسری ۔[م ۔ مۆل : اَفسری < انگ : اوفسر]
(۱) حاکمی ۔ اَفسر سُندھ عُہدٕ ۔ (۲) وَرگہ پٲٹھۍ :

پیٹھوولی ۔ م : اَفسٕری چھُپھم ہاوان۔

اَفسانہٕ ۔[ن ۔ مؤل ۔ اَفسان <ف : اُفسانہ، ژَنْد : اپہ + سانہٕ <اشاہس : اُبھشا ] بناوٕنۍ ہنٛز کتھ ۔ دِل لگہٕ نچ تہٕ دِل پھٹہٕ نچ کتھ ۔ داستان۔

اَفسوٗس ۔[ن ۔ مؤل ، اَفسوٗس <ف : اَفسوٗس ] (۱) دوکھ ۔ غم ۔ فِکِر ۔ ماتَم (۲) ہے ہے ، ہاے ، ہے کیا گوس ۔ م : اَفسوٗس بہ اوٗسس نہٕ تتہِ ۔

اَفسوٗس کھیوٗن ۔ (کَنہٕ بابتھ) بھیرُن ، پَشتاوُن ۔

اَفسوٗس گَژھُن ۔ تَباہی گَژھنۍ ۔ وَدُن لایق گَژھُن ، (وُنۍ ہیوٗ پاٹھۍ وَننہٕ یوان م۔

اَفسوٗس لاگُن ۔ کوٗرمَت کوٗلہِ گَژھُن ۔ کَرِتھ راوُن ۔ وُنۍ تہٕ نہٕ کھسُن ۔ کینہہٕ نہٕ اَتھہِ یُن ۔ کٔتۍ کیٛتۍ اَکُس گَژھُن ۔

اَفسوٗس ناک ۔ پَشتاونس لایق ، اَفسوٗسس لایق ۔

اَفشان ۔[ن ۔ مؤل : اَفشان <ف : اَفشان ۔ ژَنْد : اپہ + شہٕ ] ٹکۍ وشو ۔ سونہٕ وُتھرک ژٔرن ۔

اَفضَل ۔ [ مؤل ، اَفضل <ع : اَفضَل ] یَس فضیلتھ آسہِ ۔ سارِوۍ کھوتہٕ جان، کھسِتھ ، تھدِ پایک ۔

اَفضَلَن چھِیہٕ بَنٛگہٕ تہٕ چاپیہِ کھَرشِ کاف ( یا کانٛگرٕ کھَرشِ کاف )۔ کمۍ نام کوٗرٕ اَثر تہٕ کُستام لوٗگ بَلی ۔ کمِس نام راہ تہٕ کُستام لٲجکھ ہانٛژھہ ۔ م : اُتَنہِ بَلا یہٕ تَمت ۔

اَفغان ۔ [ن ۔ مؤل : اَفغان <ف : اَفغان ] اَفغانِستانک روزَن وول ۔ پٹھان ۔

اَفغانِستان ۔ [ن ۔ مؤل : اَفغانِستان <ف ، اَفغانِستان ] اَفغانَن ہُنٛد مُلک ۔

اَفغٲنۍ ۔[ن ۔ مؤل : اَفغٲنۍ <ف : افغانی ] (۱) اَفغانِستانک ۔ پٹھان ۔ (۲) اَفغانَن ہُنٛز زبان ۔

اَفلاطوٗن ۔[ن ۔ مؤل : اَفلاطوٗن <ع : افلاطون <یوٗنانی : پلیٹو نِکاس ] اَکھ مشہوٗر یوٗنانی فلسفی سُننادو ۔ ہَرنہٕ پاٹھۍ تَس وَنان یُس گاٹہٕ جارُس دٲرِسہِ دِیہِ ۔

اَفواہ ۔[م ۔ مؤل : اَفواہ ۔ <ع : افواہ < فوہ ] شاوے ۔ شوٗوے ۔ ہوگ ۔

اَفواہ باز ۔ گُڈگوٗر ۔ شود یہٕ تژاوُن وول ۔ اور یور اپز کتھ بہالاوُن وول ۔

**اَفواہ بازی۔** ٹُڈِ ترٛاوُنگ شوٗغُل۔ ٹُڈِ گرٛیٚی۔ شوٗوِ یہِ ترٛاوُنگ کار۔

**اَقصا، (اَقصیٰ)** [ع: اقصیٰ] فلسطینَس مَنٛز اَکھ مشہوٗر مسجد یٚمیٚک تذکرٕ قرآنَس مَنٛز تہٕ چھُ۔

**اَقلیَتھ۔** [م۔ مؤل: اَقلیتھ < ع: اَقل] گٔنٛزرنَس مَنٛز لوٚکٕٹ جماتھ۔ مُ: اَکثریَتھ)

**اَک:۔** [مؤل: اَک < س: ایکہٕ، ف: یک] یہ چھُ کیٚنٛژن مُرکب لفظَن سٟتی گنہٕ ڈٕیوان اَکھ یا کُن ہاوَنہٕ باپتھ۔ م: اَکہِ وُہرٕ، اَکہِ نشہُن۔

**اَکہِ بالہِ کھالُن بیٚیہِ بالہِ والُن۔** (۱) کانٛسہِ کینٛہہ وُذٕ وُذٕ سبٕٹھا وَلگنَن دِنی۔ (۲) بتولہِ وٕنٛنی۔ شَبرَنگ وٕنٛنی۔

**اَکہِ رَنٛگہٕ بیٚیاکھ رَنٛگ (گژھُن)** (۱) شرمٕنٛد (گژھُن)۔ خجل (گژھُن)۔ اَکلہِ بٔکل (گژھُن) (۲) (کھوژنہٕ کِنی) بُتھِس زردی پھیرٕنی۔

**اَکہِ کنہٕ بوزان تہٕ بیٚیہِ کنہٕ ترٛاوُن۔** کتھ بوٗزِتھ تٔتھ پیٹھ عمل کرٕنی۔ مساوی زانِتھ ترٛاوُن۔ توجہ نہٕ دِیُن۔

**اَکِنانٕی۔** دک اَکھ/ اَک < س: ایکہٕ + نا پھِنالہ (= ک۔ نان) — سہ زَنانہٕ یُس اَکھ اَکِس پُترٕ کورِ یا نیٚچوی نیٚچوٗزِ نِن۔

**اَکہِ نالہِ پھیٚبرِن گٔژھُن۔** اَکھ اَکِس لأرِتھ آسُن جانٛی یار آسُن۔ پانہٕ وٕنی گنی آسُن۔ بیٚن نہٕ آسُن۔

**اَکہِ وانہٕ نۆوان تیٚل۔** اَکے وُبپلہٕ آسُن۔ اَکِسی نِش پٔرِتھ حاجتہٕ نگُن۔

**اَکی زِیوٕ وَنُن۔** (۱) کُنی کتھِ پیٹھ روزُن۔ لفظ نہٕ بدلُن۔ قیمتھ نہٕ بدلاوُن۔ (۲) ساری سٕنٛد شیمتھ اَکاے کتھ وٕنٛنی۔ کُنی زیوٕ وَنُن۔ (۳) تُوانٛتی لٔبکھ وَنُن۔ دَاکہِ تنٛدل کرٕنی۔ تھکھ گَڈنہٕ روٗس وَنان گژھُن۔

**اَکہِ بی۔** اَکھ دُہ ترٛاوِتھ بیٚیہِ دُہہٕ۔

**اَکہِ بی دُبی۔** کُنہ کُنہ دُہہ۔ مُنٛزِ مُنٛزِ۔

**اَکہِ تاجہہ۔** [مؤل: اَکہِ تاجہ < س، ایکہٕ چتوارِ ...] اَکہِ پیٹھ ژٕ تجہہ۔ ژورٕ دُہی تہٕ اَکھ۔ ژٕ تجہہ تہٕ اَکھ۔

**اَکہِ تاجہیٚم۔** یتھیٚم وارِی بارٕ بیتر اَکہِ تاجہس پیٹھ پیہ۔ اَکہِ پیٹھ ژٕ تجہیٚم۔ ژورٕ دُہی تہٕ اَکیٚم۔ ژٕ تجہہ پتے آسہٕ وُن۔

اَنٛدرنٕبر۔ (۱) مَنٛزَس تہٕ اَنٛدَس۔ (۲) جایہٕ
ہِنٛدِس کُنہِ حِصَس مَنٛزنہٕ تَمہٕ اَنٛدرٕ پکھہٕ۔
(۳) پیٚٹھہٕ تہٕ تلہٕ دوشوِے طَرفَو۔

اَنٛدرٕنٛ۔ اَنٛدر اَژُن۔ (نیٚبرٕ پیٚٹھہٕ) کُنہِ
مَنٛز اَژُن۔ داخل سَپدُن۔

اَنٛدری۔ (۱) اَنٛدرٕ پیٚٹھہٕ۔ م: اَنٛدری گیہِ گژھہٕ۔
(۲) اَنٛدرکُن۔ م: اَنٛدرٕ دِنٛنَو۔ (۳) مَنٛس
مَنٛز، مَنہٕ پیٚٹھہٕ۔ نٔنہٕ پاٹھۍ نہٕ۔ نیٚبرکنہِ نہٕ۔

اَنٛدری اَنٛدری۔ (۱) مَنٛزی مَنٛزی۔ م: تور
چھےٚ اَنٛدری اَنٛدری وَتھ۔ (۲) لوٚکَن خبر
گژھنہٕ ورأے۔ م: (۱) اَنٛدری اَنٛدری سیٚٹھہٕ
گژھنۍ، (۲) اَنٛدری اَنٛدری ژٕنٛدرٕ گوم
واتُن۔ (۳) مَنہٕ کنۍ، دِلہٕ مَنٛزی۔ م: اَنٛدری
اَنٛدری اوس سُہ لیکہٕ ژاران۔

اَنٛدری اَنٛدری ژٕنٛدرٕ گوم واتُن۔ (۱) اَنٛدری
اَنٛدری بےٚ شوٗنکی پاٹھۍ بیٚش آسُن آمُت۔
(۲) کانٛسہِ خبر تھونٕے کَم کَم کیہ کار آسنۍ
کٔری ہنٛتی۔ (۳) تۄتام نہٕ پَیی رۄزُن یۄتام
اَنٛدری زۄرٕ زۄر آسہِ ژامُت۔ تۄتام شوٗنگی
تھےٚ آسُن یۄتام اَنٛدری اَنٛدری پانٛتہٕ پنٛتہٕ
فان آسہِ گومُت۔

اَنٛدری تَم۔ ترٛٹہٕ شانٛتش لوٗسہٕ نہٕ لوٗزنہٕ پیٚہو۔
تیٚشہٕ گیٚوٕر تہٕ اَنہِ گوٚٹہٕ بیٚنٛچ نہٕ تُبر گژھہٕ۔

اَنٛدری دَم۔ (۱) شانٛتش۔ شاہ بنٛد گژھُن۔
شاہ نہٕ پھورُن۔ سینہٕ وَلنہٕ ہیٚنہٕ کنۍ شاہ
ٹھیکہ پاٹھۍ نہٕ کھسُن وَسُن۔ (۲) ژھۄ پیٚو
گژھنۍ۔ کیٚنٛہہ نہٕ پھورُن (زنٛہ لوٗسنہٕ کنۍ)۔

اَنٛدری ژٕنٛدر۔ (۱) سُہ ژٕنٛدرٕ یُس نہٕ لوٗزنہٕ پیٚہو —
وَرگہٕ پاٹھۍ سُہ دود یُس اَنٛدری پھٔرِ تہٕ
خبرِ رۄزِ نہٕ۔ بےٚ پَرژہ دود۔ (۲) کانٛسہِ
ہیٚتھرٕ ویرِ کرٕ لیٚشُن۔

اَنٛدری کنۍ۔ (۱) اَنٛدرٕ۔ اَنٛدرِمہٕ طرفہٕ۔
نیٚبری نہٕ۔ نٔنہٕ پاٹھۍ نہٕ۔ (۲) مَنٛس مَنٛز۔
دِلہٕ مَنٛزی۔

اَنٛدری وَر۔ اَنٛدری کپہٕ۔ اَنٛدری اَنٛدری
کانٛسہِ ہنٛزٕ یا کُنٛہِ پھوشان آسنۍ۔

اَنٛدری ہٹھ۔ کھوٗرَس پانٛتبٔل۔

اَنٛدری گٔلی گٔلی گژھُن۔ مَنٛدچھُن۔ الحہ
تہٕ غم ہیٚوٗن۔ شرمہٕ یا غمہٕ سیٚتی نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ
وَنٛتھ ہیٚکُن تہٕ اَنٛدری ہیٚوٗن۔

اَنٛدری ہیٚنہٕ گژھُن۔ ژھۄپہٕ دَم کرٕتھ
پھرٕزٕ تہٕ تٔری گژھُن۔ غمہٕ نہٕ تفرقہٕ سیٚتی

أنٛدری دَزُن تہٕ ہوکھُن۔

**أنٛدری ہیوٗن**۔ کانٛہہ غم دِلس پیٹھ ہیوٗن۔ غمو تہٕ تفریقو سیتۍ شٕہرس سیٖخ اَثرُوانٛن۔ فِکرِ یا غم بیترِ أنٛدری شرو پراوُن تہٕ کأنٛسہِ تہٕ کینٛہہ وَنُن۔

**أنٛدرِ** ۔ (۱) أنٛدرِ کنہٕ۔ أنٛدرِ طَرفہٕ۔ م: أنٛدرِ آیہٕ آواز۔ (۲) (کیٚنٛژرو) مَنٛزٕ۔ م: ییٚتیو أنٛدرِ چھُہ یہ وے ٹھپکہ۔ (۳) مَنہٕ کنہٕ۔ لیاقژ کنہٕ۔ م: أنٛدرِ چھُ سُہ ژھوٗٹرے۔

**أنٛدرِ دَزُن پانہٕ تہٕ نیٚبرٕ زالُن گَژھہِ**۔ یہ چھُ تَتھ موقس پیٹھ وَنان ییٚلہٕ کأنٛسہِ خاص صوٗرتہٕ آسہِ، اَمانٛز دُنیا دأری ہٮ۪کناوِ۔ پانہٕ کوٚتام دوتُمُت تہٕ لُکَن ہُلہِ اَزرُون۔

**أنٛدرِ ژھنہٕ ہَس تھَوکھ نیٚبرٕ وِڈُن گمہٕ آم**۔ م: مَنٛزِ چھُنَس تیٚنہٕ کُنہٕ۔ تِمرِ سا تہٕ وَنان ییٚلہٕ کأنٛسہِ کُنہِ جایہِ بیوٚأری پیٚٹھٕ تہٕ لُکَن نِش تھوِ ہُلہِ تِھزٕ۔

**أنٛدرِ ژھوٗژکون نیٚبرٕ مُنٛدِ بون**۔ یہ چھُ تَس وَنان یُس أنٛدری بھاتیوٗ مُت آسہِ یا چھوٗنُے آسہِ مگر نیٚبری کنہٕ آسہِ سبتھا ہاوِ باوِ۔

**أنٛدرِ نیٚبرٕ** (۱) مَنٛزَس تہٕ نیٚبری کنہٕ پرٕتھ طَرفہٕ۔ م: أنٛدرِ نیٚبرٕ پانہٕ مانٛجنی۔ (۲) مَنٛزَس کِہو نیٚبری کنہٕ۔ م: شأمی یانہٕ اوس أنٛدرِ نیٚبرٕ لُکو سیتۍ ژٕسہِ آمُت۔ (۳) أنٛدرِ مہٕ طَرفہٕ تہٕ پیٚنٛٹھمہِ طَرفہٕ۔ م: کوٚٹھس دِنہٕ أنٛدرِ نیٚبرٕ بُرُش۔ (۴) (وَرگہٕ پاٹھی) پَنٛنہِ جایہِ تہٕ نہٕ لُکَن ہِنٛزِ تہٕ۔ م: سُہ چھُ أنٛدرِ نیٚبرٕ ہیٚوٗے۔

**أنٛدرِ نیٚبرٕ ہیٚوٗے**۔ (ل۔م) یَتھ نہٕ أنٛدرِ نیٚبرٕ کانٛہہ فرقٕ آسہِ۔ (وَرگہٕ) شُہ دِلُک یَس دِل تہٕ زبان کُنۍ آسہِ۔

**أنٛدرِ ہَمَل**۔ ذَم بوبُس۔ سوٗس مار سُہ یُس پٮ۪نہٕ کنہٕ أنٛدرے تھَوِ تہٕ نیٚبرٕ باوِ نہٕ۔ یُس نہٕ کُنہِ ٹاس گَڈِ۔

**أنٛدرُٹھ**۔ (۱) أنٛدرِ نہٕ پاکہٕ ییٚن۔ وَرگہٕ، کھبن شرٛیہٕ نے روزُن۔ بد ہٮ۪ظمی (گژھ ہرٛسن)۔ (۲) أنٛدری دَم ہیٚوٗرہ گژھن تہٕ کُنہٕ نیٚبرٕ باوِتھ ہکُن۔ مَنَس چھُٹھ آسنہٕ، مَنٛج اِچھٹھ۔ مَنَس أنٛدری گَنٛڈ۔

**أنٛدرِ ژٕم**۔ (۱) أنٛدرِ کَنٛژِگ۔ مَنٛزٕ باگُک۔ (۲) دِلُک۔ دِلی۔ م: أنٛدرِ ژٕم پرکاش

نٮ۪بٕر ژھوٚٹُم۔ گَژھِ روٗٹُم نٕہ کرُمس ٹھیٚپھ۔

(لل دیدٕ)

**اَنٛدرِیُم حَب۔** دِریٖج ماے۔ دِلُک ہوٚ جلَتھ۔ دِلی ہوٚ جلَتھ۔

**اَنٛدرِیُم سٕر بٮ۪ہر۔** پٔز ماے۔ سۆ ماے یوٚس دِلہٕ پیٚٹھٕ و ونِلان آسہِ۔

**اَنٛدرِیُم شاہ اَنٛدر تہٕ نٮ۪بٕرِیُم شاہ نٮ۪بٕر گژھُن۔** پھرٕنہٕ بیتَرِ سیٖتی شاہ کھسُن وَس زَن تہٕ بَند گژھُن۔ یِچھ خَبَر بوزِتھ یا ژٕنٛڈ چار ہیٚنہٕ سیٖتی دَم پھٹی ہِیوٚ گژھُن تہٕ کینہہ نہٕ وَنِتھ ہیکُن۔

**اَنٛدرِیُم نٮ۪بٕر کرُن۔** ییٚر کھٹِتھ آسہِ تہٕ نوٚن کڈُن۔ اَتھٕ وانٛٹھ کڈِتھ مارِتھ ژھٕنُن۔ ہیٚن تیرا کرُن۔

**اَنٛداز۔** [ن۔ موٚل: اَنٛداز > ف: اَنداز] طرٕز، طریقہٕ۔ آے۔ چال۔

**اَنٛدازٕ۔** [ن۔ موٚل: اَنٛداز > ف: اَنداز، اندازہ] اَنٛکہٕ وَن۔ اَٹھ سَتھ پاٹھی لوزُن۔ اَٹھکل۔

**اَنٛدازَن۔** اَنٛکہٕ ڈٔنی۔ اَنٛدازٕ موٚجوب، اَٹھ سَتھ پاٹھی۔ اَٹھکلہٕ حسابہٕ۔

**اَن دِشہٕ۔** اَنٛہِ کنہٕ۔ اَلگ پاٹھی۔ نوٚب پاٹھی۔ م: شُر چھُ ازکل اَن دِشہٕ روٗزِتھ۔

**اَنٛدھٕ کار۔** [ن۔ موٚل: اَنٛدھٕ کار > س: اَندھکار] (۱) اَنہِ گٔٹہٕ۔ اَدٕ گوٚٹہٕ۔ گٔٹہٕ۔ گاش نہٕ آسُن۔ (۲) موٚہ۔ ژھوٚکُک اَنیُو۔ م: اَتھ ہِزٕ لار اَنٛدھٕ کار (۳) اَنیاے۔ ظُلم۔ ناپُرسان۔ نااِنصٲفی۔

**اَنٛدُن۔** [موٚل: اَنٛد > س: اَنتہ + ک، سانُ] موکلُن۔ پوٗرٕ گژھُن۔ م: گوڈٕ گژھِ یا کینہہ اَنٛدُن نہٕ کیہہ نہٕ۔ فٲصلس واتُن۔ فٲصلہٕ سپدُن۔ نٔتیجَس واتُن۔ م: تسٕنٛد نیاے تہٕ ہیٚوتُن اَنٛدُن ووٚنی۔

**اَنٛدیشہٕ۔** [ن۔ موٚل: اَنٛدیشہٕ > ف: اَندیشہ] برٛونٛہہ کُنہِ کَنہِ وٕہمہٕ، خوف یا فکرِ بیترِ۔

**اَنٛدی ہیری۔ اَنٛدہٮ۪ری۔** [م۔ موٚل۔ اَندی ہیرِ > پراکرِت: اندھیار > س: اَندھکار]۔ (۱) دوٚہلہِ یوٚسہٕ اَنہِ گٔٹہٕ ہش اَڈبرٕ کینہہ یا گرٕدِ طوفانہٕ سیٖتی گژھان چھےٚ۔ (۲) گٔٹہٕ زوٗل۔ تُرٛٹہٕ بُزُن (درگٕہ) بےٚ بوٗج۔ ناپُرسان۔ یَتھ نہٕ برٕژھ گار آسہِ۔

**اَنٛدیُت۔** [ن۔ موٚل: اَنٛدیُت > ک: اَنُن + دیُن] (ل۔م): اَنُن تہٕ دیُن تہٕ ڈیٚھ گوٗرٕ بدلہٕ کوٗرٕ نیتھرِ دِنی۔

**اَنٛڈَرویٖر** ۔ [م ۔ مۄل : اَنٛڈَرویر ۔ < انگ : اَنڈَرویَر (UNDER WEAR) ] پاٛنٛژھی ٹنٛخ یان یوٚسہٕ پلوَن تَلہٕ چھٕنۍ لاگنہٕ یوان۔

**اَنٛڈٕ** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنٛڈ < س ، اَنٛڈہ ] (۱) طۄل (۲) (ہٕزلہٕ پاٹھۍ) صِفر۔

**اَنٛزَل**[۱] ۔ [م ۔ مۄل : اَنٛزَل < س : اَنٛجلہٕ ] ۔ دوٚژھ پلوٗتھ۔ اَتھ نٕ داٛرِتھ آسُن (زیٚچھ کُنٛز کیٚنٛہہ مَنٛگنہٕ وِزِ روزان چھہِ ] ۔

**اَنٛزَل**[۲] ۔ [ن ۔ مۄل : اَنٛزَل < س : اَنٛہ + جَلہٕ ] اَن تہٕ زَل ، آب دانہٕ (دورگہٕ پاٹھۍ) قِسمتہٕ ہِژالَب ۔

**اَنٛزَن ۔ اَنٛزٕون ۔ اَنٛزُن** ۔ [< س : آنٛجَنہٕ ] اَکھ نۆیلہٕ ذاتھ یوٚسہٕ رَنٛنہٕ تَلہٕ نَرم تہٕ مُشک دار چھٕنۍ آسان ۔

**اَنٛزان** ۔ [مۄل : اَنٛزان < س : اَن + جِنٛیان ] (۱) بےٚ زانٛی۔ ووٚپَر ۔ یَس سِتۍ تہٕ زان آسہٕ۔ (۲) یُس نہٕ زانان آسہِ یَس نہٕ تُکان آسہٕ۔ اَناڑی۔

**اَنٛزُل** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنٛزَل < س : اَنٛچَلہٕ ] (۱) کَنٲری بَنادنہٕ باپتھ کیپَرس اَکہِ طَرفہٕ کَڈمُت تار۔ (۲) مَنٛزلِس پیٚٹھہٕ کَنہٕ جاے۔

**اَنٛزُل کَڈُن** ۔ کَنٲری بَناونہٕ باپتھ کیپَرس اَکہِ طَرفہٕ تار کَڈِتھ نَنی۔

**اَنٛز مَنٛز** ۔ [< س : اَنٛتَہٕ + مَدھیہٕ > پراکرت : مَجھ ] (ل ۔ م) اَنٛدَس تہٕ مَنٛزَس ۔ تہٕ ڈریٚتھ گو پَرَتھ کاٛنٛسہِ تہٕ پَرَتھ کُنہِ سِتۍ ۔ میلتھ گیلتھ ۔

**اَنٛزَس مَنٛزَس گژھُن** ۔ [س : اَنٛتَہٕ + مَدھیہٕ + گچھ ] واقِف گژھُن میلتھ گیلتھ روزُن ۔

**اَنٛزَس نہٕ مَنٛزَس** ۔ کُنہِ حِسابَس نہٕ ۔ نہٕ ہور تہٕ نہٕ یور ۔ کُنہِ ڈَنٛجہِ نہٕ ۔ نہٕ ڈبنٛجہِ تَلۍ تہٕ نہٕ ڈیٚنٛجہِ پیٚٹھۍ ۔

**اَنٛزِ مَنٛزِ** ۔ اَکِس بیٚیِس تہٕ اَدِتھ ۔ سارِنٕے مَنٛزِ ژاٛرِتھ ۔ م : سارِنٕے کَرُکھ تہٕ اَنٛزِ مَنٛزِ روٗٹھتھ پیٚیہِ ۔ ہِہ چھُ یوان تَمہ ساتہٕ وَننہٕ یِیلہٕ مَنٛزباگ کاٛنٛسہِ اَکِس اَنٛزہ پیٚیہِ لاگنہٕ ۔

**اَنٛز مَنٛز اَژُن** ۔ (۱) یِیتہِ یَس آسُن گژھِ نہٕ تَس تہٕ زورِ یا چالاکی سان اَژُن ۔ کُنہِ کامہِ کارَس بیٚتِر مَنٛز کاٛنٛسہِ ہُنٛد زورِ دَخل دِیُن ۔ (۲) واقِف گژھُن ۔

**اَنٛزٕ مَنٛزی گژھُن** ۔ واقِف گژھُن ۔

اُنزژ بیٹھر۔ [م۔ ئؤل : اَن ژرژ بیٹھ < س : اَنتیشٹِا] موٗر دس داہ دِنہٕ برٛژ ٹھہٕ آکھ رِیم۔

اَنگُتھ۔ [< س : اَنگُشٹھا] کَنتھ کَنتھ۔ گَرِ گَرِ۔ وِزِ وِزِ۔

اُنگُر۔ [ن۔ ئؤل : اُنگرُ < س : اُنگرُ] بامُن۔ کوٹ۔

اَنگ ۱۔ [ن۔ ئؤل ، اَنگ < س : اَنگ] بَنْد۔ حِصہٕ۔ جُز۔ ۲) باندو۔ یُس یس سیٹھی رنگ رِشتہٕ آسہٕ۔

اَنگ اَشناو۔ بَنْد باندو۔ اَشناو رؤشناو۔ رِشتہٕ دار تہٕ زانٛی کار۔ پَنُنہٕ کژانکی لُکھ۔ پَنُنی، پَنُنہٕ رِشتکی۔

اَنگہٕ دوٗش۔ [ئؤل ، اَنگہٕ دوٗش < س : اَنگہٕ + دوشہٕ] اَنگہٕ ہینر۔ کُنہٕ بَنْدُک نُقص۔ لوٗنگ ، لیوٗز ، کون بیترِ آسُن۔

اَنگہٕ دوٗر۔ [ئؤل ، اَنگہٕ در < س : اَنگہٕ + درِڈھہ] یُس ڈری اَنگ آسُن۔ یُس جِسمکی بَنْد ڈری آسُن۔ اوٗر تہٕ دوٗر۔

اَنگہٕ ڈَلُنہٕ۔ اَسرِ وہلسر گژھنی، جِس نہٕ ہوش راوُن۔

اَنگہٕ وول۔ [ئؤل : اَنگہٕ وال < س : اَنگہٕ + ولیہٕ] کَنگ سہٕ دامہ یمہٕ بیٹھ کَنگر دوٗیمہٕ وَسس اَلاندی چھہٕ تراونہٕ یِوان۔ تنژہ۔

اَنگہٕ ہیٹوٗن۔ [ئؤل ، اَنگہٕ ہین < س : اَنگہٕ + ہینہٕ] سُہ یُس جِسمکی سارٕی اَنگ برابر آسن نہٕ۔ یُس جِسمکس کُنہٕ حِصس کانٛہہ کَسر آسہٕ۔ زُورکنہ کَسرِ لَد۔ اوٗن ، کون ، لوٗنگ۔ لیوٗز ، ژورنگ بیترِ۔

اَنگ ۲۔ [ئؤل : اَنگ < س : اَنگہٕ] زَخم تہٕ چھوکھ بیترِ بُلنج حالتھ۔ زَخمس کرؤر بیٹھنج حالتھ۔

اَنگ دِیُن۔ [ئؤل ، اَنگ دِ < س ، اَنگہٕ + دا] کانٛہہ نوٗو پلو تہٕ وَس بیترِ گوڈنچہ لَٹہٕ ساتہٕ نالی تراوُن۔

اَنگ کھُسُن۔ [ئؤل ، اَنگ کھَسن] چھوکھ بیترِ بُلُن ہیوٗن۔

اَنگ ہیٹوٗن۔ [ئؤل : اَنگ ہے < س : اَنگہٕ + ہرنہٕ] کانٛسہٕ ہُنْد نوٗو پلو یا وَس بیترِ ساتہٕ گوڈنچہ لَٹہٕ پانُس نالی تراوُن تہٕ تمِیُک نوٗر چھاوُن (یُتھ زِ اَمہٕ چیزکس کُنہٕ نظرِ کس لگِ نہٕ اَچھ)۔

اَنگ یُن ۔ [ مؤل ، اَنگ یِر (س : اَنگہ + اِ ]
پھپھُر یا چھوکہ بیترِ کٔلُن ۔ زخمس کۄر
بہُن ۔ زخم ٹلُن ۔

اَنگٕ ۳ ۔ (۱) ناٹکُک اَکھ ایکٹ ۔ (۲) گرٛنٛڑ ۔ نِشانہٕ
ہۄس رُیس پلوس یا [illegible] یا کوٹس
بیترِ پیٹھ پرزناوِنہٕ باپتھ ترٛاوان چھِہ ۔

اَسِنگے تہٕ ژنگہِ وَسنہٕ (پیٚشپِنہٕ) ۔ (ل ۔ م) ،
بانسے کَل ہینہٕ پیٚشپُن ۔ ہیٚچھے کانسہِ
ہُنر ناوانہِ بلیتھ فِکرِ تٔرُن ۔ بُتھہٕ ہیچھے ننُن ۔
بُتھہٕ تَلے شوٗب نیٚنُن ۔

اَنگوچھ ۔ [ ن ۔ مؤل : اَنگوچھ (س : اَنگونچھَ ] تولیا ۔
پان ووتھراونک پلو ۔

اَنگریز ۔ [ ن ۔ مؤل : اَنگریز (انگ : انگلی ۔ لاطینی :
اَنگلُس ] (۱) اِنگلِستانُک روزن وول ۔
اِنگلِستانی (۲) فرنٛگی ۔

اَنگریزی ۔ [ ن ۔ مؤل : اَنگریزی (انگ : اَنگل ]
اَنگریزن ہنٛز بولی ۔ اَنگریزی زبو ، اَنگریزی
زبان ۔

اَنمان ۔ [ م ۔ مؤل : اَنمان (س : اَنُہ مانہَ ]

(۱) اَتھ وُتھ ۔ (۲) لوٗنہٕ شوٗنہٕ ۔

اَنوار ۔ [ م ۔ مؤل : اَنوار (س : اَنہ + وارہ ]
واٗری ۔ پَننی واٗری ۔

اَنوار پَنوار ۔ سہ واٗری بیترِ یوسہ گنٛڈتھ
وَقتہٕ روٗس تہٕ مَنٛزرٕ رِیہِ ۔ م : اَنوار
پَنوار سے آسہِ تہٕ رِیہِ ہے (یہ بینٹھ وانٛی خرچ نیرِ ہے) ۔

اَنوار وَنوار ۔ اَنوار بیترِ ، واٗری بیترِ ۔ واٗری شاری ۔

اَن ہار ۔ [ ن ۔ مؤل : اَن ہار (س : اَنہ ہار ] شکل ،
نِشانہٕ ، تراے گراے ۔ ژھانپھ ۔

اَن ہار ڈلُن ۔ (۱) رنگ ڈلُن ۔ شکل بگرٕنی ۔
(۲) نِشانہٕ ڈلُن ۔

اَن ہٕہر ۔ [ (س ، اَن + ہرشہ ] سُہ یُس نیٚتھر
کرنہٕ آسہِ ۔ سُہ یُس نیٚتھر روٚستے آسہِ ۔
م : اَن ہٕہرِش ۔

اَن ہٕہرہ ر ۔ اَن ہٕہر آسنٕچ حالتھ ۔ نیٚتھرٕ
روٚس آسُن ۔

اَن ہٕہرس ارمان ہٕہری متی پشیمان ۔
(ل ۔ م) ، یُس نہٕ نیٚتھر سہ گرٛیشان نہٕ یُس چھُ
سُہ بارادِوان ۔ (ورگہ پاٹھی) یتھ نا کانہہ
کانٛہہ چیز آسہِ تو تمام گرٛیشن تہٕ یَیلہِ
بنہٕ تیلہِ بیزار گژھُن ۔

اَن ہیُوت ۔ یُس نہٕ ہیُوٗت آسہِ ۔

اَنیاے ۔ [ن ۔ مؤل : اَنیاے < س : اَ + نیایہٕ] بےٚ اِنصاٖفی ۔ اَنٛدرِکار ۔ ناپُرسان ۔ ظُلم ۔ بےٚ بوج ۔

اَنیشٹ ۔ [ن ۔ مؤل : اَنِٹ < س : اَنہٕ + ویشٹ] اَکِٹ ۔ اَکھ کنترِیُو بانہٕ ۔ کنترِیُو ڈکنہٕ ۔ ٹھان دِنیچ تَلیچ ۔ لوکُٹ اَنیشُٹ ۔

اَنِٹی پھرِنۍ ۔ ٹُلی دَخل دیُن ۔

اَنِٹی تَلنۍ ۔ ہنگامہٕ لاگُن ۔ بانہٕ ٹھاسنۍ گرٛٹٕ تُلُن ۔

اَنِٹی چھاوِنۍ ۔ ژُوِنۍ ۔ لڑاے جَگرٕ کرُن ۔ سَخ ہرٕ ہرٕ کرٕنۍ ۔ بانہٕ ٹھاسنۍ ۔

اَنِٹی وُنۍ ۔ آن ماسنۍ ۔ ہار ماسنۍ ، تہٕ ڈیتھ گوٚماجرِ ہُند دۄد تام دُنُن ۔ مٲفی ہیٚنۍ ۔

(بےٚ نابِس) اَنۍ ٹِس کیھتہٕ ۔ (ل ۔ م) ٹھانس مُنٛزٕ یا ٹھانس کیٚتہٕ ۔ پوٗرٕ پاٹھی چھہِ وَنان ”بےٚ نابِس اَنۍ ٹِس کیٚتہٕ ” یٖمیٖک مانے چھُہ زِ بےٚ ناب چھُنہٕ پٔراران گرٛان ، تَس یِلہِ اَتھہِ ییہِ تۍ چھُہ غنیمتھ زانان ۔ (وٕرگہٕ) یُس نہٕ بَرٛتھ پیارُن آسہِ سُہ چھُہ نُقصانس مُنٛزٕ روزان ۔ وُچھِو ”بےٚ ناب ” تہٕ

اَنٛژُو ۔ [ن ۔ مؤل : اَنٛژُو < س : اَنٛدَھ] ۱ ۔ اَنہٕ اوٚن آسُن ۔ اَچھَن گاش نہٕ آسُن ۲ ۔ اَنیاے نااِنصاٖفی ۔ ظُلم ۔

اَنٛژۍ لَد ۔ [< س : اَنٛدَھ + لَبدھ ۔ م : پرٛاکرِت : لَدوھ] یُس اَنٛژُو آسہِ ۔ یُس اَچھَن گاش آسہِ نہٕ ۔ یُس اوٚن آسہِ ۔ یُس نہٕ بوزنہٕ ییہِ ۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) : یُس نہٕ چھیٚنۍ نہٕ کرٕہنۍ ژارٕنۍ تَگَن ۔ یُس نہٕ بَرٕ اَپرٕ ٹیک تمیز آسہِ ۔ بےٚ اِنصاف ۔

اَنیوٗر [۱] ۔ [م ۔ مؤل : اَنہرٕ < س : اَنٛدھ + ک : اپرٕ] اَکھٕ قسمیچ لوکُٹ گاڈ یُس کرٕہنۍ تہٕ کلہٕ وُیٹھ چھےٚ آسان ۔

اَنیوٗر [۲] ۔ [ن ۔ مؤل : اَنہرٕ < س : اَنٛدھ + ک : اپرٕ] ۱ ۔ یُس چھیٚہ اَچھ آسَن ۔ گاش اَستہٕ اوٚن ہیُوٗہ ۔ (وٕرگہٕ پاٹھی) : یُس گاش اَستہٕ تہٕ لَبنہٕ ییہِ نہٕ ۔ یُس نہٕ پَتھ بَرٛونٛہہٕ وُچھان آسہِ ۔ یُس نہٕ حِس تھٲوِ ۔

اَوَد ۔ [م ۔ مؤل : اَوَد < س : اَوَدھِ] کانٛہہ کٲم کرنٕٹ اَتھ واتناونہٕ باپتھ مُقرر کوٚرمُت وَقت ، عرصہٕ ، کال ، عہد بیٚتر ۔

اَوَستھا ۔ [م ۔ مؤل : اَوَستھ < س : اَوَستھا]

۱ حالتھ ۔ وأنسہِ ہٕنز حالتھ ۔ م : بالکھ اَوسٕتھایہِ لگیو پأری ۔ ۲ مِنیج حالتھ ۔ م : وُزِ آسُن ، خابَس مَنز آسُن ، بےٚ خبر نیندرِ آسُن نہٕ یِمَن ترٕن کھوتہٕ تیر نٕھُنز حالتھ ۔ ۳ وأنس ۔ م : سُہ چھُ اَوسٕتھایہِ تھٕودُس ۔

**اَوَش** ۔ [ مُوٗل : اَوَش < س : اَوَشیہٕ ] ۱ ضروٗروٗر ۔ لأزِم ۔ بے شَکھ ۔

**اَوَش پأٹھی** ۔ ضروٗروٗری پأٹھی ۔ چارٕناچار پأٹھی ۔ لأزِم پأٹھی ۔

**اَوَل** ۔ [ مُوٗل : اَوَل < ع : اَوَّل ] ۱ گوڈٕ ، گوڈنیُک ۔ ساری نِشہِ برٕوٚنٹھیُم ۔ ۲ تھٕدِ تھٕود ۔ بڈٕ بوڈ ۔ ساری نِشہِ کھٕسِتھ ۔

**اَوِزأری** ۔ [ ن ۔ مُوٗل : اَوِزار < س : اَ + وِچار (وِچارِن) ] ۱ یُس نہٕ وِژار آسہِ ۔ یُس نہٕ سوچ سَمجھ آسہِ ۲ بےٚ اِنصاف ، بےٚ پَروٲے ۔ م : بگوان چھُ اَوِزأری ۔

**اَوِناشی** ۔ [ مُوٗل : اَوِناشی < س : اَوِناشی ] ۱ یُس نہٕ ناش گژھِہ ۔ یُس نہٕ مرِہ ۔ پوشہِ وُن ۔ روزن وُن ۲ دیرٕ شُند اَکھ ناو ۔

**اَوِ** ۱ [ مُوٗل : اَوِ < ویدِک : اَوَ ] ۔ آمہِ (کِنی) ۔ آمہِ (موکھہٕ) ۔

**اَوِ** ۲ ۔ [ مُوٗل : اَوِ < س : اَوَ ] آنی ۔ آنکارُک لَفِظ ۔ اَچھا ۔

**اَوِسَر** ۔ [ ن ۔ مُوٗل : اَوِسَر < س : اَوِسَر ] موقعہٕ ۔ وِز ۔ ساتھ ۔

**اَوِشکھ ، آوِشکھ** ۔ [ مُوٗل : اَوِشکھ < س : آوشیک ] ضروٗروٗری ۔ لأزِم ۔ یَتھ نہٕ چارٕ آسہِ ۔

**اَوِگوٗن ، اَوگوٗن** ۔ [ ن ۔ مُوٗل : اَوِگوٗن < س : اَوَ + گُنَہ ] نُقص ۔ خراب صِفتھ ۔ کُو صِفتھ ۔ دوٗش ۔

**اَوِمان** ۔ [ ن ۔ مُوٗل : اَوِمان < س : اَوَ + مانَہ ] بےٚ قدری ۔ بیزتی ۔ اَنادر ۔

**اَوُل سَوُل** ۔ اَڈِ سیٚوٚن مَڈِ سیٚوٚن ۔ یُتھ تیُتھ ، یَتھ نہٕ خاص کانٛہہ مزا آسہِ ۔

**اَوُل سَوُل کھیٚوٚن ، اَولہِ سَولہِ کھیٚوٚن** ۔ سیٚوٚن کیٚوٚن کھیٚوٚن ۔

**اَوِدیا** ۔ [ م ۔ مُوٗل : اَوِدیا < س : اَ + وِدیا ] وِدیا نہٕ آسنی ۔ عِلم نہٕ آسُن ۔ جہالتھ ۔ موٗہ ۔

**آویزان** ۔ [ مُوٗل : آویزان < ف : آویزان ] ۱ اَلونٛد اَلہِ ووٚنٛد ۔ ٹنٛگِتھ ۲ دَرگہٕ پأٹھی (کانٛہہ مالہِ) اَنٛدرُے ۔ یِتھے پأٹھی ، پیٚتھ ۔

**اَوِپد** ۔ [ م ۔ مُوٗل : اَوِپد < س : اَوِپدہ ]

وِیُز رٕوٗس ۔ بےٚ طریقہٕ ۔ بےٚ حساب ۔
قاٗیدٕس، قونوٗنَس خِلاف پکُن یا کَرُن ۔
غلط طریقہٕ کیٚنہٕ کَرُن ۔

**اَوِیُزکِنی** ۔ غلط طریقہٕ ۔ تِمہٕ طریقہٕ نہٕ یُس پَزِ ہے ۔

**اَوِچار، اَوِزار** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَوِچار < س : اَ + وِچار] وِچار نہٕ کَرُن ۔ سوچ نہٕ کَرُن ۔ لاپرواہی ۔

**اَوِیکتھ** ۔ [ن ۔ مٔوٗل، اَوِیکت < س: اَ + وِیکتَ] (۱) ییٚہ نہٕ نوٗن آسہِ ۔ ییٚہ نہٕ پرٛکھٹ آسہِ ۔ پرٛکھشاوِ ئے ۔ ظاہِر کرٕنۍ (۲) سانکھیو تہٕ شیو دَرشنُک اکھ اِصطِلاح ۔

**اَوتار** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَوتار < س : اَوتارہ ] نُوِ زاتِ ہٕنٛزِ گِنہٕ شکلہِ مَنٛز دیہہ سٕندٕ ظُہوٗر ۔ اِنسان زٕمَس مَنٛز کانٛہہ دِوتا آمُت

**اَوتار دارُن** ۔ دِوتا سٕندِ اِنسان رِیِس مَنٛز یُن ۔

**اَوتار ہیوٗن** ۔ اَوتار دارُن ۔

**اَوتاری** ۔ اَوتار دارِتھ ۔ اَوتار شکلہِ ۔ اَوتار رٕیِس مَنٛز ۔

**اَوتاری یُن** ۔ (۱) شرٕ دارِتھ یُن ۔ جِسمَس مَنٛز یُن ۔ (۲) (کانٛسہِ ہٕنٛدِ بابتھ) اَوتار دارِتھ یُن ۔ فِرِشتہٕ بَنِتھ یُن ۔

**اَوذات، اَوذاتھ** ۔ [مٔوٗل ، اَودوات < س : اَوَ + جاتہٕ] ؤسِتھ زاتھ ہٕنٛد ۔ نیوٗز ۔ کَم پایہِ ۔ م : یُس دیوٗل اَودوتے
نہٕ کھیٚیِس گرٛگٕن نہٕ گاو
سُہ پیٚیِلہِ شاہَس شیروتے
اَودوتے دَم شٕنٛکِس آو
(دُنٛنکہٕ ریوش)

**اَوراد** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَوراد < ع : اَوراد ۔ 'وِرد' لَفظُک جمع ] وُظیفہٕ، وِرد ۔ اَورادِ فتحیہ ترٛچھہ کیٚنہہ لُکہ زھوٗرِ پانٛگ "اَوراد" وَنان ۔

**اَورادِ فتح** ۔ کینٛشن وُظیفن ہٕنٛد مجموعہٕ یُس حضرتِ امیرِ کبیر سید علی ہمدانی ینٛ ترتیب دِیُتمُت چھُ ۔ اتھ چھ "اَورادِ فتحیہ" تہٕ وَنان ۔

**اَوزار** ۔ [ن ۔ اَوزار ۔ مٔوٗل : اَوزار < ع : اَوزار < وِزر ] ہتھیار ۔ آلہٕ ۔

**اَوزان** ۔ [ن ۔ مٔوٗل : اَوزان < ع : اَوزان ۔ وَزن لفظُک جمع ] میٖنٕنکو تولنکو وَزن ۔ پرمانہٕ، وٕٹہٕ بیتر ۔

اَوسَط۔ [ن۔ مؤل، اَوسَط < ع: اوسَط] یہ
کینژھا (کُنہِ مَنٛز) بَرٛتھ اَکس بچالہٕ وٕتھ
داتہٕ۔ اوٚسَر۔ مَنٛزِم (کَلہٕ تھ) بلگےٚ۔
رَسے۔ بچالہٕ وٕٹھ (پھلاوٕٹھ)۔

اَوسطَن۔ اوٚسَر کَرِتھ۔ اَوسَط مٲطَ تقریبَن۔
گَک بَگ۔

اَوشکتا۔ [م۔ مؤل: اَوشکتا < س: آوشیکتا]
ضروٗرژھ۔ حاجَتھ۔

اَوقات۔ [ن۔ مؤل: اَوقات < ع: اَوقات۔
'وَقت' لَفظُک جمع۔] اعتبار۔ قَدر۔
حٲثیتھ۔ شوٗب۔

اَوقات راوٕ راوُن۔ (پننیٚ) اعتبار
راوٕ راوُن، حٲثیتھ خراب کرٕنۍ۔ قدٕر
راوٕ راوٕنۍ۔

اَوقات نہٕ روزُن۔ کانٛہہ اعتبار نہٕ روزُن،
قدٕر نہٕ روزٕنۍ۔ قدٕر راوُن یا راوٕنۍ۔
کانٛہہ حَسرٕ نہٕ روزُن (کانٛسہِ)۔

اَوقاف۔ [ن۔ مؤل، اَوقاف < ع: اَوقاف۔
'وَقف' لَفظُک جمع۔] خودایہٕ سٕنٛدِ
ناوٕ یا کُنہِ اُستادٕ بیترِ کہِ ناوٕ تھوٚدمُت
(جاداد)۔ یہ کینژھا ثوابہٕ پٔرٛژھ لوٗکَن
ہنٛدِ خاطرٕ تھوٚومُت آسہِ۔

اَولاد۔ [ن۔ مؤل: اَولاد < ع: اَولاد < ولد]
شُرکوٚٹ۔ سنتان۔

اَولیا۔ [ن۔ مؤل، اَولیا < ع: اَولیا < ولی]
'وَلی' لَفظُک جمع۔ تِم اِنسان یِم داناوٕ مٕتۍ
آسَن۔ ریشی مُنی۔

اَومان۔ [ن۔ مؤل: اَومان < س: اَومان]
بےٚ عزتی۔ بےٚ قدری۔ وُچھو "اومان" تہٕ۔

اَویوٚد۔ [ن۔ مؤل: اَوید < س: اَ+وِد] یہ یا
یُس نہٕ ویوٚد آسہِ۔ یہ یا یُس نہٕ واقف
آسہِ۔ یتیم سفٕر نہٕ زان آسہِ۔

اَہرَمَن۔ [ن۔ مؤل: اَہرَمَن < ف: اَہرَمَن]
شیطان۔ (آتش پرستَن ہنٛدِ کِنۍ)
شَر بچالاوَن وول۔

اَہک۔ [ن۔ مؤل: اَہک < ف: آہک] چوٗنہٕ
زین۔ چوٗنہٕ گگار۔

اَہٕل۔ [< ع: اَہٕل]
قابِل، لایق۔ واقف۔

اَہٕل گرٕدھن۔ کُنہِ کامہِ واقف گرٕدھن۔
ہیچھُن، قابِل بَنُن۔

اَہٕل گومُت۔ (کُنہِ) لایق بَنیومُت۔

(کُنہٕ) قٲبِلِ بُنیُوٗت یا سپُد مُت۔

اَہل ع۲۔ [ مؤل : اَہل < ع : اَہل ] ۱۔ لوٗکھ۔ زوٗن ۔ فرٕد۔

اَہلِ بیت ، اَہلِ بٲت ۔ (ل.م) گرِکی بٲژ۔ اَہلِ بٲتھ ۔ پیغمبرِ اِسلام ہِنٛدی آل اولاد۔

اَہلِ تشیُّع ۔ [ < ع : اَہلِ تشیع ] شیٖعہ فِرقُک لوٗکھ ۔ حضرتِ علیؑ یَس اِمام مانَن وٲلۍ۔

اَہلِ دِل۔ ۱۔ دِلہٕ بٔڈی ۔ جِگرٕ وٲلۍ ۔ جُرتھ وٲلۍ ۔ فیاض ۲۔ خوٗدادوست ، وَدنہٕ شوٗدی۔

اَہلِ زبان۔ (تِم لوٗکھ) یِمَن (پَننہٕ مادری) زبانۍ پیٚٹھ پوٗرٕ عبوٗر آسہِ۔

اَہلِ قلم ۔ یِہُنٛد پیشہٕ لیکھُن یُن آسہِ۔ لِکھٲرۍ ۔ اَدیب ، شاعِر بیترِ ۔ قلم زَن۔

اَہلِ کار۔ [ ن ۔ مؤل ، اَہلِ کار < ع : اَہل + ف : کار = س : کار ] دفترُک مُنشی ، کلرک ۔

اَہلِ کِتاب۔ تِم یِہُنٛد دیٖن کُنہٕ اِلہٰامی کِتابہِ پیٚٹھ آسہِ ۔ مثلَن یہوٗدی ، عیسأے تہٕ زرتُشتی۔

اَہلِ مَد۔ ۱۔ عدالتُک کلرک یَس مِثلہٕ آسان چھیٚنہٕ ۔ ۲۔ محکمہٕ مالُک مُحاسِب۔ ۳۔ ناظِر۔

اَہلِ نظر۔ زانَن وٲلۍ ۔ کاشِنٛدار ــ (تصوُّفس منٛز) بصیرتھ وٲلۍ (تہٕ شاعِرَن منٛز) وِجدانہٕ وٲلۍ۔

اَہلُ اللہ۔ خوٗدا دوس اِنسان۔

اَہل و عیال۔ گرِکی بٲژ ۔ شُرۍ باژ ۔ کوٚمبہٕ پرِوار۔

اَہَم ع۱۔ [ مؤل ، اَہَم < ع : اَہَم ] سیٹھا ضروٗری ۔ یِہ کرُن یا اَنزراوُن یُس نہٕ جارہٕ آسہِ ۔ یِتھیٚنٛک سخ حاجتھ آسہِ ۔ یِتھ نہٕ گوٚش ہیکو دِتھ۔

اَہَم ع۲۔ [ ن ۔ مؤل : اَہَم < س : اَہَم ] اَنا ۔ "بہٕ" آسنُک گُمان ۔ (اَہل دیکھہِ)

اَہنکار۔ [ ن ۔ مؤل : اَہنکار < س : اَہنکار ] ۱۔ اَہَم باو ۔ پَننہٕ پان گنٛزرُن ۔ پانیٚو بانیو ۔ بُتا ۔ ۲۔ میٚنگہٕ دوٗد آسُن ۔ کبر ژھوکھ ۔ مد۔

اَہنکٲری۔ [ < س : اَہنکاری ] ۱۔ اَہَم باوِ وول ۔ یُس پَننہٕ نۍ یوت پان گنٛزراوان آسہِ ۔ ۲۔ میٚنگہٕ دوٗد ۔ ژھوکی۔

یُس زٕہو کھ آسہِ۔ یُس مدٕ آسہِ۔

**اَہا۔** [ن ۔ <س : اَہٕہ ] اَلاسے۔ کُنہِ چیزٕس پیٹھ خوش گژھنہٕ وِزِ وَنان۔

**اَہ کَج، اَہ۔** [م ۔ مؤل : اَہ کَج <ک : اَہ + س ؛ کپلہ ] سہ ہیچھو کَج یُس اَہ لٲژن منٛز تراونہٕ خاطرٕ آسان چھےٚ ۔ یِہ چھےٚ شیٚیہ سَتھ آنٛچہِ زِ ہیٚٹھ آسان اَمہِ سیٚتی چھِ لٲژ ہیٚچھہِ منٛز بَند روزان۔

**اَہ لٲژ۔** لٲژکِ بَرٕ نٔٹھیشِم حِصہٕ۔ یتھ اَہ تھاونہٕ خاطرٕ زٕدی چھِ آسان۔

**اَہلُن ۔** [ مؤل : اَہل <ع : اَہل ] مانُن۔ مانہٕ نَس پیٹھ واتُن ۔ کُنہِ کتھِ پیٹھ موٚٹُن۔

**اَہلو۔** اَکِہ قِسمُک بیل یا ٹھر یُس سہِ ڈوٗنی کُلس یا زٔوٗنٹھ کُلس وَلنہٕ چھےٚ یِوان۔

**اَہمیت ۔ اَہمیتھ۔** [ م ۔ مؤل : اَہمیَت <ع : اہمیَت ] اَہَم آسُن ۔ ! ضوٗرٕری آسُن ۔ بجر ۔ گوٗہر ۔

**اَہیوٗت۔** [ن ۔ مؤل : اَہیت <س : اَ + ہِتہ ] یُس نہٕ ہیوٗت آسہِ۔ یُس نہٕ فٲیدٕ آسہِ۔ نامِہرٕبان ۔ لاخٲر۔

**اَیَن۔** [ ن ۔ مؤل : اَیَن <س : اَیَنہ ]

۱) یِیلہِ راتھ تہٕ دۄہ برابر گژھن تِمہِ دۄہہ پیٚٹھہِ بیٚیہِ تۄتہ نام یِیلہِ دۄہ تہٕ راتھ بیٚیہِ برابر گژھن۔ وٕرِ یُس منٛز چھِ ہیچھ زٕ ۲ اَیَن یِوان۔ وہ تہٕ اَیَن تہٕ دکھنایَن۔ ۲) دور، وَق، کال۔

**اَیاز ۔** سُلطان محموٗد غزنوی سُند لوٚٹھ تُرکی غلام۔

**اَیوٗب۔** [ن ۔ مؤل : اَیوٗب <ع : اَیوٗب ] اَکِس پیغمبرٕ سُند ناو، یِیمی دۄکھن تہٕ دۄلاین منٛز سیٚٹھا ترٛید کرٕ، صبرٕس کٲم ہیٚژ۔ حضرتِ اَیوٗبٕ سُند صبر چھُ مِثٲلی مانِنہٕ یِوان۔

**اَیوٗدیا۔** [م ۔ مؤل : اَیوٗدیا <س : اَیودھیا ] شری رامہٕ زٕندہٕ پرٛنہٕ زہنہٕ جاے تہٕ راجدٲنی۔

**اَیوگیہ۔** [ <س : اَیوگیہ ] ٹھیک نہٕ آسُن ۔ نالایق۔ ناقٲبِل۔

**اَیوان۔** [ن ۔ مؤل : ایوان <ف : ایوان ] ۱) رُوَق ۔ دیوان خانہٕ ۲) سۄ جاے ییٚتہِ سَبا لگِہ تہٕ قانوٗن بَناونہٕ یِن۔ ۳) سۄ مجلس یُس قانوٗن بَناوِ ۔ ۳) کھُہ اَڈنگ رٕہرو۔

**آ** ۔ (۱) زیوٗٹھ 'ا' (۲) شُرٛو زیوٗ اَنٛدر گوٗ آ، کانٛہہ گَنٛدِ چیزٕ ۔ (۳) اوٚ لَفظک ژھوٚٹ آنٛکارٕ باپتھ یوان وَننہٕ ۔ م : آنہٕ چھ پوٚزٕ ۔ (۴) (موٗسیقی مَنٛز) اَلاپ ۔ گیوٚن والین ہُنٛد دٲکھ / اَلاپ ۔ گیونہٕ برٛونٛہہ سُر مِلناونہٕ خاطرٕ آواز کھارٕنۍ ۔

**آب** ۔ [ن ۔ مؤنث ، آب (ف : آب ۔ پہلوی ، آپ ۔ س : اَپ ، آپَہ ] (۱) پوٚنۍ ۔ سہ اوٚدُر مادٕ یُس کوٚلَن ، سرَن تہٕ سمنٛدرَن بیترِ مَنٛز آسان چھُ ، یُس ترٛیشہِ چھُ لگان ۔ م ؛ آب گژھِ پھیاگرٕ ہنہٕ چوٚن ۔ (۲) چمکھ ۔ م : نیلَمس چھُ اَلماسہٕ کھوتہٕ زیادٕ آب (۳) لحاظِ ۔ حیا ۔ م ؛ اَچھن مَنٛز آب آسُن ۔

**آبس مَنٛز گژھُن ۔** گُذارٕ یکہٕ ووٚن آسُن ۔ ہاٗنسہِ ٹوٗنٛگ بَنان آسُن ۔ آمدنی ہُنٛز وومید آسٕنۍ ۔

**آبس مُشتہٕ دِنہٕ ۔** تیُتھ کار کَرُن یمہ تَلہٕ نہٕ کیٚنٛہہ نیرِ ۔ تیٚمس سیٚتۍ اتہٕ کَرُن یُس نہٕ پوٚشہِ زٕ ۔ بےٚ کار حملہٕ کَرُن ۔

**آبِ آتش ۔** ترٛوش ، مزاج ، ودل ۔

**آبِ باران ۔** سَنٛج روٗد ۔

**آبِ حیات ۔** (۱) اَمرِتھ ۔ لَسن وونۍ ۔ (۲) (وَرگہٕ) سیٹھا جان ۔ پھیکہٕ پھیکہٕ دَوا ۔

**آبِ رَوان ۔** یکہٕ ووٚن آب ، وسہٕ ووٚن آب ۔

**آبِ زَمزَم ۔** "زَم زَم" کٔرِ بٕریٖک آب ، یُس خانے کعبس نکھہٕ چھُ ۔ اَمیُک آب چھُ سیٹھا مُتبرَک مانہٕ یوان تہٕ تَتہٕ پیٚیتھ چھِ تہٕ برٛکہٕ پاٹھۍ حاجۍ بیترِ بنٛدٕ بَن مَنٛز پَنُن پَنُن وَطَن اَنان ۔

**آبِ زُلال ۔** صاف تہٕ شوٗد آب ۔ صاف تہٕ شَفاف آب ۔ میوٗٹھ آب ۔

**آبِ کوٗثَر ۔** جَنتچہِ اَکہِ مَشہوٗر کوٚلہِ ہُنٛد آب ۔

**آبہٕ اَنٛدِرِس مَنٛز چَلُن ۔** بیٚترٕ بہٕ چھُن گوٗژھہ ٹٕٹی پھُٹن ۔ م ؛ ہیہ چھِ کوٚلہِ پھٹُن ۔ لَمتہٕ تلاو گژھُن ۔

**آبہٕ بلگے ۔** سوٗ جاے یتیتھ آب آسہِ دٔرن مَنٛز باگراونہٕ یوان ۔ یلیٚتھ آب آسہِ اَکہِ اَنٛدِ ژٕٹھ ہیٚیس اَنٛدَس کُن ترٛاونہٕ یوان ۔

**آبہٕ بُزی گژھُن ۔** کانٛہہ یا کیٚنٛہہ بہر گژھُن ۔ پھٹُن ۔ کوٚلہِ گژھن (وَرگہٕ) ضایہ گژھُن

**آبہٕ پیٹھ پکُن**۔ سیٹھا اِحتیاط کرُن ۔ جِسہٕ سان پکُن۔

**آبہٕ ٹلۄ شرٛاکھ**۔ بتے خبر پاٹھی کانہہ بلاے۔ بٔٹے شونٛگ خطرٕ۔ م: کیٔسر ٹلۄ پونٛ۔

**آبہٕ ٹھومب**۔ تیُوٗتے آب یوٗت اَتھس منٛز واتہٕ۔

**آبہٕ چھوٗل**۔ سۄ آبہٕ دِگنہٕ یُس نٔدرہٕ ہیٹھ یا چھمبہٕ ہیٹھہٕ لبوٗن آسہِ یِوان۔

**آبہٕ دَرٕ دِیُن**۔ ہۄکھراونہٕ باپتھ دان زٔمینس آب کڈُن۔

**آبہٕ دژنٛ**۔ سۄ آبہٕ کھوڈُیس پرنہٕ نکھہٕ آسان چھُ تہٕ یَتھ منٛز کھار تٔتی چیزٕ شیٛہلاونہٕ باپتھ تراوان چھہٕ۔

**آبہٕ ڈَل**۔ آبہٕ زاڈ۔ آبہٕ آب۔ تیمۄ مُت سیٹھا آب۔

**آبہٕ ڈَل گرٛھنہٕ**۔ آبہٕ زاڈ گرٛھنہٕ۔ کُنہٕ جایہِ سیٹھا آب یِیُن۔ آبہٕ آب گرٛھن۔ زاڈ دی ناوِ گرٛھنہٕ۔

**آبہٕ ڈاشپہٕ**۔ کولہِ بلتہٕ منٛز شرٛنی جاے ییٚتہٕ آ دُلن آسہِ۔ آبہٕ گرٛی۔

**آبہٕ ڈٕل**۔ خانٛدرک اکھ رَسِم یتھ منٛز کانٛہہ

نٲوِد نارِ سیٛتی ڈُلِس منٛز چھُ آب تراوان۔

**آبہٕ سوچھ**۔ سیٹھا آب آسُن۔ آب دوٗر آسُن۔ آبہِچ کمی یہٕ آسٕنہٕ۔

**آبہٕ شُرٕنٛ**۔ کمے آب۔ پٔشپن دونٛ یوتا۔

**آبہٕ کامَن**۔ آب یہٕ آسُن۔ پان کال۔ آبہٕ قحط۔ آبہِچ کمی۔ آبہٕ وٕنٛژھے۔

**آبہٕ کھوڈ**۔ پان دوب۔ پانہٕ سیٛتی برِتھ دوب۔

**آبہٕ گرٛی**۔ وُچھِو آبہٕ ڈاشپہٕ!

**آبہٕ تار**۔ ۱ آبہٕ برِتھ تار ۲ ہی دار (نے لاگِتھ) ترٛیش چنٛگ اکھ بانہٕ۔

**آبہٕ ہوا**۔ (ل.م) : آب تہٕ ہوا، آب تہٕ واو۔ موسم۔ کُنہٕ مُلکہٕ ہوا ہُنٛد، گرمی سردی ہشنٛرہٕ تہٕ سٔرتہٕ بیٛہچ کیفیت۔

**آبے آب**۔ سیٹھا آب۔ واریاہ آب۔

## آبگ آلُس دوہ دُک دنہ دس۔

(۱) (دِگرٕ) ۔ حلانگ چھُ وَتہٕ لگان تہٕ حرامک چھُ ضایہِ گژھان ۔ (۲) چھوٗت تہٕ گرٛھن بیٛون بیٛون کرُن۔ پوٗز اپُز الگ الگ ہاوِتھ دِیُن۔

**آب اڑُن**۔ (۱) آب سیدُن (۲) نوقص نٕنُن۔ نوقص نیرُن۔ (۳) نوقص گژھن ۔

**آب پاشی** ۔ سَگ دِیُن ۔ سَگہٕ وُن زمینَس
زرانَس آب واتناوُن، سَگ واتناوُن۔
**آب پھرُن** ۔ (۱) رکُنہٕ کُن ، کُنہٕ منٛز) آب ترٛاوُن۔
(۲) آبَس رونٛغ بدلاوُن ۔ (۳) بنٛد کوٚرِتھ
آب یلہٕ ترٛاوُن۔ آبَس وَتھ دِنۍ (کُنہٕ
طرفَس کُن)۔
**آب ترُن** ۔ (۱) اَثر گژھُن ۔ آٹہٕ واتنہٕ یُن۔
(۲) پلزُن ۔
**آب تاب** ۔ [ن ۔ مٔؤل : آب تاب (ف : آب+
تاپ ۔ پہلوی : آپ تاپ ۔ س : آپہٕ تاپہٕ]
حِبسٕ ہوش ۔ قرار ۔ ڈَنٛجہٕ رونہٕ نیچ
حالَتھ ۔ پَتھ برٛونٛہہٕ بوزنہٕ یُن۔
**آب تاب نہٕ روزُن** ۔ پانَس تام نہٕ روزُن ۔
پَتھ برٛونٛہہٕ نہٕ بوزنہٕ یُن ۔ (اثر کھوٚتہٕ خوب
یا محبتہٕ سیٖتی)۔
**آب تہٕ کول گژھُن** ۔ نی مُنٛز بیرِ نہٕ بَنہٕ وُن
آسُن ۔ مُ ، کُرُہُن شیٖن پیوُن ۔
**آب خور** ۔ گلہٕ کھوٚل اکھ ترٛیشہٕ باناہٕ۔
**آب دَس کرُن** ۔ طہارَتھ کرُن ۔ ٹَھنٛجہٕ نیبرِ تھ
صَفائی کرٕنۍ ۔ اَتھ پُھٹھرٕنۍ ۔ چھل چھوکھ
شروٚژ۔

**آب دانہٕ** ۔ اَن زَل ۔ بہٕ نصیبَس منٛز آسُن۔
رِزق ۔ پژالَب۔
**آبدوز** ۔ [م ۔ مٔؤل : آب دوز (ف : آب+ دوز]
آبہٕ تلۍ پَکَن وول اکھ سَمنٛدری جنٛگی جہاز۔
ڈُنٛگل جَہہٕ از۔
**آب دِیُن** ۔ (۱) سَگ دِیُن ۔ (۲) حوصلہٕ برٛاوُن
ہِمَتھ دِنۍ ۔ (وَرگہٕ) آباد کرُن ، سَجا کرُن۔
پا پَر جا کرُن (۳) دسپاکھ دِیُن ۔ اَتھ
پُھٹھرادنہٕ باپتھ آب برٛونٛہہٕ کُن اَنُن۔
**آبریز** ۔ زَل ۔ مِتھر ۔ پیشاب۔
**آب ژھٕنُن** ۔ کھاہَس یا زمینَس بیٚترِ یکہٕ وُن
آب بنٛد کرُن ۔ اوزنہٕ ژھٕنُن۔
**آب ژاٹُن** ۔ (۱) آب سیٚتھ راوُن (۲) اَتھ
ژھٹُن ۔ دَخل دِیُن ۔ (۳) نوقص پاد کرُن۔
**آب شار** ۔ (۱) باں ژادَر (۲) اکہٕ قسمُک نقشہٕ
یُس پاں ژادَر ہیُوہ آسان چھُ۔
**آب شیرٕن ، آب لڈُن** ۔ (زنانہٕ کتھ)
گاسَس آب ترٛاوُن ۔ گلہٕ چھلُن۔
**آب کاری** ۔ شرٛابُس تُس نشہٕ آور چیزن
(شرٛابَس بیترِ) ہنٛز پیدوار چھ۔
**آب گینہٕ** ۔ بوتَل ۔ شیٖشہٕ۔

**آب گوش۔** ۱۔ ژھٹہِ رس ۲۔ امبس دوہ دس پیٹھ روٗزُت ماز۔ دوہِ رس۔

**آب مَنٛدُن۔** کنٛھن فۆضوٗل دَل دِیُن۔ ٹلی کنٛھن گس دِیُن۔

**آب نہٕ ترُن۔** تِتھہِ حالتس مَنٛز روزُن یتھ مَنٛز آسہ۔

**آب نہٕ وَتُن۔** (بیمار کِنی) کانٛہہ ترِچھیز نہٕ وَتُن۔ وار نہٕ یُن۔

**آب یُن۔** ۱۔ (کُنہِ) آب پادٕ گژھن۔ کُنہِ جایہِ آب نیرُن۔ ۲۔ کانٛہہ چیز پَلٹُن۔ کانٛہہ خۆشک چیز سیرٕ ہُل گژھن ۳۔ (کُنہِ جایہِ نام) آب واتُن۔ آبُک جاری سپدُن (نَلہِ وَلہِ مَنٛزٕ) ۴۔ (کانٛہہ کھینہٕ ہاو دِ چھتھ یا تَمہِ کرِ مُشکہٕ سیتی) اَسلس آب یُن — پان گلُو ینہٕ۔

**آباد۔** [ن۔ مۆل : آباد <ف : آباد] ۱۔ بجا، پاپرجا۔ ۲۔ سۄ جاے یتھ لۆکھ لسان بَسان آسن۔

**آبادٕ آسُن۔** بَجا آسُن۔ لُسِتھ بُسِتھ آسُن۔ پاپرجا آسُن۔

**آباد روزُن۔** بَجا روزُن۔ پاپرجا روزُن۔

**آبادٕ کرُن۔** بَساوُن۔ (کانٛہہ یا کانٛسہٕ ہُندگرٕ) کھارُن۔

**آبادٕ گژھُن۔** ۱۔ بجا گژھن۔ پاپرجا گژھُن۔ لَسُن بَسُن۔ ۲۔ بیوٗٹھ زہِن لاگنہٕ یُن۔ ۳۔ لۆکَن ہُند بَسُن (کُنہِ جایہِ) لۆکن ہُند بَسُن ہیوٗن۔

**آباو اَجداد۔** [ن۔ مۆل : آباو اَجداد < ع : آبا + ف : و + ع : اَجداد] بُب بُڈی بَب۔ زِٹھی۔ پٔرانی۔ اَسلاف۔ جَد اَجداد۔ پٔرانہٕ پیٖر۔ پٔرانی زِٹھی۔

**آبادی۔** [م۔ مۆل : آبادی <ف : آبادی] ۱۔ بَجایی۔ پاپرجایی۔ لَسُن بَسُن۔ ۲۔ (لۆکھ) کُنہِ جایہِ ہِندی۔ لۆکہٕ گرٕ ژر۔ ۳۔ سۄ جاے یتھ فصل آسہِ وۄدنہٕ یوان۔ ۴۔ سۄ جاے یتھ لۆکھ بَسان آسن۔

**آبایی۔** [ن۔ مۆل : آبایی <ع : آبا] پَتہٕ وٕنٛگ۔ جَدَن اَجدادَن ہُنٛد۔ پَتہٕ وَتہِ آمُت۔ زِٹھین ہِندِ پیٹھہٕ آمُت۔ مورٗثی۔

**آب نوٗس۔** اَکھ سَخ تہٕ کرٕہنی کَٹہٕ کال ہِش ہٕٹے۔

**آپتھ۔** [م۔ مۆل : آپت <س : آپتِ] آفتھ۔ مُصیبتھ۔ آپدا۔

**آپتھ کال۔** [ن۔ مؤل: آپتھ کال (س: آپد+کالہ] مُصیبتُک دۄہ۔ دۄکھکو دۄہ۔ اَربہٕ کال۔ وُلٹہٕ دۄہ۔ کو دۄہ۔ سُہ وَقت ییٚلہِ وِز ظُلم یا وبا آسہِ۔

**آپر کوٹ۔** سُہ چیز ییٚمہِ شرٕس ٹراپ ٹرامٕژ آسہِ۔

**آپر کوٹ گژھُن۔** کھبہ تہٕ کھیتے لگُن۔

**آپہٕ کال۔** [ن۔ مؤل: آپے کال (س، ح آپنہٕ + کالہ / آپت کالہ۔] ژٕری یک۔ سُہ وَقت ییٚلہِ ہیتیٖم پھل پھوٚل مو کلان چھُ تہٕ نوٚو فصل لونہٕ نس کیُت تیار آسان چھُ۔ بُروٚنٹھہٕ ہُرد۔ ہُرِدِ نٕ گوڈنکو دۄہ۔

**آپے مان۔** اَکِہ تھزِ زآژٕ ہِنز دِچھ۔

**آپہٕ۔** [م۔ مؤل: آپہٕ (ہ: آپا] (۱) ماج (۲) پرانہِ پوٚژرِ ہِنز زنانہٕ۔

**آپہٕ گوٚبُر۔** (۱) یُس نہٕ گرِ نبرٕ نبران آسہِ۔ یُس کُنٹِس نہٕ نیٖبرِ دوٚہتھن بُہن آسہِ۔ (۲) یُس زیری (دکانٕسہِ ہِنزِ) شکا یتھ گرِ گژھنہٕ کران آسہِ۔ (۳) کھوژہٕ بُڈ۔ بُزدِل۔

**آپنی کنگنی کرٕنی۔** ٹِلی ٹینٹھ ہاوٕنی۔ چھنپو اَکھو بجر ہاوُن۔

**آپہٕ دا۔** [م۔ مؤل: آپدا (س: آپدا]۔ مُصیبتھ۔ آفتھ۔ بلاے۔ تباہی۔

**آپُرن** ۔[ (س: آپرناتہٕ (رگ وید)]
(۱) پکنہِ اتھہ سیتی بیاکھ کھیاوُن۔ بیٚیِس سندِس یا پانس نہٕ پانہٕ تنگِ کھیٚون لُسندِس ٹیٚسس اَندر میٚوٚنٹھ دیُن۔ (۲) زورِ کانٕسہِ کیٚنہٕ پُشراوُن۔

**آپرن۔** [م۔ مؤل: آپرن] (۱) آپراوُن۔ میٚنڈی ٹیٚسس مَنز بَرٕنی۔ (۲) کانٕسہِ کانٹھہ کانٛم زبَردٔستی پُشراوٕنی۔

**آپراوُن** ۔(۱) آپرُن۔ کانٛسہِ بیٚیِس میٚوٚنٹھ ٹیٚسس مَنز تھوُن۔ (۲) کانٕسہِ کیٚنہٕ زورِ پُشراوُن۔

**آپرِ تھاپرِ۔** با نبرِ با نبرِ۔ جَل جَل۔ جَلدی مَنز۔ یہ چھِ جَل جَل کھینس یا کھیاونس وَنان۔

**آپیا۔** [ن۔ مؤل: آپیا (س: آپیا..... اَکِہ مَنتٕرک گوڈنیک لفظ] موٚرد س ترٛیش یا کھن بیترِ دیُن۔

**آتش۔** [ن۔ مؤل (ف: آتِش] (۱) نار۔ (۲) دوٚرگہٕ یا ہٕٹی سیٹھا زٕدک۔ م: یہ آنچار

چھُ آتَش گومُت۔

**آتَش بازی۔** [م۔ مؤل: آتَش بازی <ف: آتش + بازی] ۔ ۱ دِل بُہلاوَنہ باپتھ ژَمَن چیزَن گَنڈُن یِمَن تیمبر تہ ٹاسر ازِے نیرِ۔ مَثلَن۔ بوبُسی، سَتہ ٹاس، بَنگہ گولہ بیتر۔ ۲ ژھوٹہ کُن آسُن۔ گُنہ کارُک تہ آسُن۔ لگھار نہ آسُن۔

**آتَش پَرَست۔** (ل۔م): نارَس پوزُن دول۔ پارسی۔ اَکھ فِرقہ یِم نارَس پوزا کران چھِ۔ زَرتُشتَس مانَن والی۔

**آتَش پَرَستی۔** نار پوزُن "زَرتُشت" سُند مَذہب۔

**آتَش گیر۔** ژُمٹہ۔ (ٹبہ) ہنٹڑش۔

**آتَش گیر مادٕ۔** سُہ چیز یَتھ کَم حَرارتَس پیٹھ تہ نار ہیٚیہ یا نار لَگِہ خاصکَر تہ شور بیتر۔

**آتشی شیشہ۔** اَکھ خاص قسمُک شیشہ یُس آفتابَس کُن ہاوِتھ کاکَدَس، ہیتھرَس بیتر رُیس اَکھ سیتی ژھونہ یِیہ) چھِنے زِیِنہ ہیوان۔

**آتہ تَلُے ۔ آتہ توے۔** [مؤل، آتہ تلے <س: آتہ تاپی] ۔ گرما پاپی۔ ٹڈی ٹڈی اَتری کرُن

وول۔ بَد ذاتھ۔ نُحتہ یور۔

**آتپہ تالپے۔** [< آتپے <س: ہم تھے و، تلپے ..... وزنہ باپتھ] ۱ باپی پانُے۔ ننگہ یا پُرسہنہ ورگے (کیہنہ ننُن بیتر) یو گُنہ وَجہ رودُ سُنے۔ ۲ ہنگہ منگہ۔

**آتِشک۔** [ن۔ مؤل: آتشک <ف: آتشک] چھیر۔ اَکہ بیمارِ ہند ناد۔ یہ دود چھُ ژری پاٹھی شرمہ ہنز جایی کران۔

**آتِشین۔** [<ف: آتشین] ۱ تُند مزاج، نار باد ۲ بُجرتھ سیٹھ۔

**آتمہ۔ آتما۔** [ن۔ مؤل: آتم یا آتما <س: آتما] رُوح۔ پان۔

**آتمس پارُوی کرُنی۔** پننس پانس وانُن۔ یہ چھُ پوان ہزلہ پاٹھو تہ وَنُنہ۔

**آتمہ بوُد۔** پننی زان۔ پننُ پان زانُن۔

**آتمہ ہتیا۔** خود کُشی۔ پانہ مور۔

**آتھر۔** [م۔ مؤل: آتھر] ۔ اَکہ قسمُک بانہ یتھ کیتھ کڑال بانہ چھِ ہیو کھنا وان۔

**آتھوار۔** [م ۔ مؤل، آتھوار <س: آدِتیہ وارہ] ہفتُکہ گوڈنکہ دُہک ناو۔ بٹہ وارِ پتہ تہ ژندر وارِ برونٹھ یُم دوہ۔

**آٹاس تہٕ پاٹاس ٹلُن** ۔ [ <س: اَٹّہ ہاس، پاٹاس گَو دَزنہٕ باپتھ ] ووسہٕ یُن ۔ کرٕ کہٕ ناد، چکہٕ چکہ ۔ ہُرٕدُس تہٕ بُردُس ۔

**آٹنہٕ واٹنہٕ** ۔ ہتھ تہٕ ہتھ ماہٕ نس پیٹھ واتُن ۔ ہتھ تہٕ کنہٕ کنتھ ہیترٕ پیٹھ تیار گژھُن ۔

**آٹنہٕ واٹنہٕ اَنُن** ۔ ہتھ تہٕ ہتھ ماہٕ راوُن ۔ ہتھ تہٕ تیار کرُن ۔

**آٹکھ واٹکھ** ۔ (آٹکھ پاٹکھ) ۔ اوٗل سوٗل ۔ اَڈِسیلوٗن نٔڈ سیلوٗن ۔ یتھ نہٕ خاص کانہہ مزا آسہٕ ۔

**آٹُو** ۔ [ن ۔ مؤل: آرُو < پراکرت: اَٹّہ < س: آردرٗہ < ف: آرد ] ۱۔ اٹس بنومُت ۔ آٹیک ۔ ۲۔ بیرہ نہٕ دوٗر آسہٕ ۔ یتھ نہٕ وَرہہ آسہٕ ۔ بیرہ زیرہ ستی پھُٹہٕ

**آثار** ۔ [ ن ۔ مؤل: آثار < ع: آثار ۔ اَثَر لفظُک جمع ] ۔ ۱۔ نشانہٕ ۔ علامژ ۔ ۲۔ کھنڈراتھ ۔ پرانین جاین ہندی نشانہٕ ۔ ۳۔ طور، طریقہٕ ۔ تراے گرٕلے ۔ ۴۔ کیرن لکھن ۔

**آثار شریف** ۔ ۱۔ وٗلیہ ین ہندی نشانہٕ ۔ حضرت بلج زیارتھ یتیتھ آنحضرتؐ ہند موئے شریف چھُ ۔

**آثارِ قیامتھ** ۔ ۱۔ قیامتکہ نشانہٕ ۔ تباہیکہ کیرن ۔ ۲۔ آخرٕ زمانکہ نشانہٕ ۔ علاماتھ ۔ بلاین، مصیبتن ہندی نشانہٕ ۔

**آثارِ قدیمہ** ۔ ۱۔ پرانین نامہ وارن ہندی تامیر، مکانہٕ بیترٕ یم بطورِ یادگار محفوظ آسن ۔ ۲۔ کھنڈراتھ ۔ پرانین جاین ہندی نشانہٕ بیترٕ ۔

**آثار لبنہٕ ینہٕ** ۔ آثار نُنہٕ نیرٕنہٕ یا بوزنہٕ ینہٕ ۔ نشانہٕ یا علامژ بوزنہٕ ینہٕ ۔ کیرن آسنہٕ ۔ لکھن آسنہٕ ۔

**آچھر** ۔ [ن ۔ مؤل: آچھر < س: آشچریہ ] عجیب کتھ یا چیز بیترٕ ۔ م:

آچھرٕ ستہٕ تا چھرٕ وٗنتھ نہٕ ہیکا ہ
ژیتہٕ وسہ مرٕشہٕ دیتہٕ ماہ نگواتو
(دیرمانند)

**آچھرٕ = آچھرٕ ۱** ۔ [ م ۔ مؤل: آچھر ] ۱۔ اچھر ۔ ییرٕ ڈینجہٕ ہنز لوکٹ اٹے ۔ کتہٕ نے ییرٕ کون ۔

**آچھہٕ** ۔ [ <س: آش یا آشرتہٕ ] ۱۔ اندی ۔ بیرہ نہٕ آیہ آسہٕ ۔ نشانہٕ ڈلتھ ۔ ۲۔ نار ۔ بجہ رنہٕ ۔ روٹہٕ ۔

آچھ گرٛزھن ۔ (۱) تارٕ گرٛزھن ۔ روٹھ گرٛزھن ۔ چھُورنہٕ گرٛزھن ۔ (۲) (موٗزوٗر ۔ ڈسل بیتر) کامہِ نہٕ لگُن ۔ (۳) اُنٛدری گرٛزھن ۔ آیہِ نہٕ ہیُون ۔

آچھر[۲] ۔ [م ۔ مٕوٗل : آچھر (س : اَشکشت ]۔ خطِ کڈٕنے ۔ اَب کھتٕنکھ ۔ گرٛنٛڈِ نے ۔

آچھُر، آچھوٗر ۔ خطِ کڈٕنے ۔ وانہٕ کڈٕنے ہکھر ۔ ہیٚچھناونے شُر بیتر ۔

آخ ۔ (گبگہِ پیٹھ) تھوکھ کھارنچ آواز ۔

آخ تھوٗ ۔ (۱) تھوکہ گبگہِ پیٹھ کھارنُس سیٚتی تھوکھ ترٛاونچ آواز ۔ ہیرِ چھُو کانٛسہِ نفرتھ باونہٕ با لانتھ مَلامتھ کرنہٕ ونِہ ونان ۔

آختہٕ ۔ [ن ۔ مٕوٗل : آخت (ف : آختہ ۔ س : آکرشتہٕ ]۔ خصی ۔ شوٗنٛٹرٕ رووٗمُت ۔

آدر ۔ [ ن ۔ مٕوٗل : آدر (س : آدَر ]۔ یِزتھ ۔ مان ۔

آدرباو ۔ شہ یِزتھ تہٕ مان یُس کانٛسہ یا کانٛہہ وُسی پابیر زِٹھس کرِ ۔

آدرسٔتکار ۔ [ (س : آدر + سٔتکار ] یِزتھ ۔ مان ۔

آدرش ۔ [ن ۔ مٕوٗل : آدرش (س : آدرش ]

(۱) اوٗصوٗل ۔ نصبُل عَین ۔ (۲) سو پوٚتھ ۔ یتھ وُچھ وُچھ کانٛہہ بیٚنٛڈرِن ہُنٛد رسم پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ پران چھُ ۔

آدم ۔ [ن ۔ مٕوٗل : آدم (ع : آدم ۔ عبرانی : آدام ]۔ (۱) حضرتِ آدمؑ ، گوڈٕنیُک اِنسان ۔ اِنسان ۔ موٚنُش ۔ (۲) بنی آدم ۔ اِنسانی صفتھ تھاوَن وول ۔

آدم خور، آدم کھاو ۔ اِنسانَس کھیٚنہٕ وول ۔ (ورگہِ پاٹھی) ظالِم ، سِتمگر ۔

آدم زاد ۔ اِنسانہٕ سٕنٛد نسل ۔ اِنسانُس زامُت ۔ اِنسان ۔ زَن ۔ زانہٕ پُت ۔ اِنسانٕ شکلِ ۔

آدم نہٕ آدم زاد ۔ (ل ۔م) نہٕ اِنسان نہٕ اِنسان بچہ ۔ زَن نہٕ زانہٕ پُن ۔ اِنسان سِہٕنٛز نُری باتھ نہِ ۔

آدٕمی لوٗے ۔ اِنسان مُشکھ ۔ مانٛزٕ لوٗے ۔

آدٕمی لوٗے نہٕ آسِن ۔ اِنسانیتھ نہٕ آسِن ۔

آدٕمی قحط ۔ رِتی یا کامہِ کارَس لایق اِنسان نہٕ بنِنی ۔

آدٕمی قحط آسُن ۔ کانٛہہ قابلِ اِنسان نہٕ مولیسر آسُن ۔ کُنہِ کامہِ خاطرٕ تھ لایق اِنسان نہٕ آسُن ۔

اِنسان کا مُن آہسی۔

**آدمی قہر۔** اُچھ لگنی۔ آدمی نظر، کانٹسہ ہُنْد وُلٹھ باوو کھو نظر۔ نظر بد۔

**آدن۔** [ن۔ مُول: آدن < س: آدم ]۔ گوڈ۔ آغاز۔ کانْہہ خاص گنڈتھ وَق۔ موقہ۔ لوکچار۔

**آدن آسُن۔** موقہ آسُن، (کینْہہ کرُنس) وَقت آسُن۔ (کینْہہ کرُنس) وار: "وپستار آسُن" وَقت نہ پیرتھ گومُت آسُن۔

**آدن بوچ۔** لوکچار پیٹھک یار۔ یُس لوکچار پیٹھے سیتی سیتی آسہ رُودمُت۔ بالہ یار۔

**آدن یار۔** آدن بوچ۔ لوکہ پانہ پیٹھک یار۔ بالہ یار۔

**آدِنگ۔** ۱۔ لوگنگ۔ گوڈنکہ پیٹھک۔ ۲۔ لوکچارُک۔ لوکچارہ پیٹھک۔

**آدَوا۔** شاردا نہ ناگری اَچھرن منز "ا" حرفک ناو۔

**آداب۔** [ن۔ مُول: آداب < ع: آداب ]۔ ۱۔ زِچھرک پاس۔ یزتھ۔ لحاظ۔ ۲۔ اَدب، تہذیب۔ ۳۔ سلام۔ بندگی۔

**آدابِ عرض۔** سلام۔ نمسکار۔ بندگی۔

**آدار۔** [ن۔ مُول: آدار < س: آدھار ]۔ بنیہ۔ تلہ ڈکھ۔ ٹیک۔ بُنیاد۔ کُن۔

**آدائی نہ روزُن۔** وفادار نہ کرُن۔ بے وفائی گژھن۔ اچھ بدلنہ۔ تمہ اچھ نہ روزنہ۔ کانسہ ہُنْد کورمُت کانْہہ اِحسان نہ یاد روزُن۔

**آدِ دَرشُن۔ آدِ دَرشُن۔** [ن۔ مُول: آدِ دَرشُن / آدِ دَرشُن < س: آدیہ + دَرشنہ ]۔ کانٹہ گُوس منز بُتھ وُچھنک اَکھ ہینْدی رَسم۔

**آدِ دیو۔** [ س: آدِ دیو ]۔ گوڈنیک دیوتا۔

**آدِکار۔** [ن۔ مُول: آدِکار < س: آدھکار ]۔ ۱۔ اختیار۔ ۲۔ کُنہ قابل۔ کُنہ لگہ آسُن۔

**آڈَر۔** [ن۔ مُول: آڈر < انگ: آرڈر (ORDER)]۔ ۱۔ حُکم۔ فرمان۔ اِرشاد۔ ۲۔ اِجازتھ۔ اُگنیا۔

**آڈمبر۔** [ن۔ مُول: آڈمبر < س: آڈمبر]۔ بوڈ گرِ یول۔ عیال کُنیر۔ زیُٹھ بَروار۔ لوہ لنگر۔

**آڈُر۔** [م۔ مُول: آڈُر ]۔ رِیزمُت تہ زھیونڈمُت دَستار۔ اوگُر تھوگُر گونڈمُت دستار۔

**آذر۔** [ن۔ مُول: آذر < ع: آذر]۔ ۱۔ حضرت ابراہیمؑ سُنْد ناو۔ ۲۔ بُتھ گور۔

**آذری۔** ۱۔ "آذر ہوشنگ" سُنْد چیلہ۔ پارو۔ "آذر ہوشنگ" اوس ایرانک گوڈنیک پیغمبر۔ ۲۔ آذر سُنْد بنودمُت۔ آذر شِر

اُتھک (بَنوومت)۔ آذر ہوشنگ اوس
ایرانک دوٚیُم بادشاہ۔

آر ۔ [ن۔ مؤل، آر <ع : عار ] (۱) رَحَم۔ دَیا۔
اِنصاف۔ زَرِ زَرِ۔ (۲) گال، شَرَم۔
م : سِتے چھا موٚزوٗری کرِنِس آر۔

آرِ کوٚت۔ لاچار۔ بَشِن لایق (بُھز)۔

آرَمب۔ [ن۔ مؤل : آرَمب <س : آرَمبھ ]۔
گوڑ۔ شورُٕ۔ آغاز۔

آرَمب کَرُن، شورُٕ کَرُن۔

آرام ۔ [ن۔ سؤل، آرام <ف ، آرام ]۔ قرار۔
راحت، مَنبِج شانتی۔

آرام پَسنٛد۔ (ل۔ م)۔ آرامَس سیتی لوے
گوٚے تھوَن وول۔ یُس نہٕ کام کار کَرُن
یژھان آسہِ۔

آرام طَلَب۔ کاہِل۔ آرام پَسنٛد۔

آرام کُرسی۔ اَکہِ قِسمِچ کُرسی یَتھ پیٹھ اِنسان
پان ترٛاوِتھ ہیٚکہِ، شونٛگِتھ ہیٚکہِ۔

آرَج۔ [م۔ مؤل : آرج <س : آرَ ] گامہِ آر۔

آرائِش۔ [م۔ مؤل، آرائِش <ف ، آرائِش ]۔
پٲراو۔ سَجاوَٹھ۔ بَناو سِنگار۔ ساز (کَرُن)۔

آرائِشی۔ پٲراوُک۔ پٲراوَس لایَق۔

سَجاوٹُس لایُق۔ سازُک۔ بَناوِشِگاروُک۔

آرِ گور روزُن۔ ٹُکہ روزُن۔ کانٛزِل روزُن۔

آرِ ۱ [ن۔ مؤل : آر <س : ہار ] (۱) گیٖرِ
مَنڈُل۔ لوٚکَن ہُنٛد دایرِ بَناوِتھ وٕدہِ دِنی
روزُن۔ گول بَناوِتھ وٕدہِ دِنہِ روزُن۔
(۲) ہار۔ ہارِکی پاٹھی پَنَس۔ (۳) دُرمُت
کاتھ چھین۔ م : گوٚ گُجہِ آرِ بیٚترِ۔

آرِ کَرُن۔ (۱) دَمزِ دانٛگِنَن یا گوٚگجَن بیٚترِ
مال کَرِنی۔ دانٛک کَرِنہِ۔ (۲) لوٚکَن بیٚترِ
ہُنٛد گول آرِ کَرِتھ بِہُن۔ آرِ کَرِتھ بِہُن۔
گول دایرَس مَنٛز بِہُن۔

آرِ ۲ [ن۔ مؤل، آر <م : تامِل : آرِ کول]
بالہِ پیٹھہٕ وَسوٕنی یا پَلوٚ تہٕ وَلُو پیٹھہٕ
پَکوٕنی کول۔

آرِ بَل۔ آرِس اَنٛدی پَکھہِ جاے۔ آرِس نَکھہِ زٔمین۔

آرِ پَتھ۔ سۄ جاے یَپارِ یِپارِ آرِ
پَکان آسہِ۔

آرِ پَچھر۔ سۄ گام یَتھ اَنٛدی اَنٛدی آرِ آسَن پَکان۔

آرِ پَل۔ سیٚٹھا گوب تہٕ بَڈ کَنِی یِمہِ آرِس
مَنٛز آسان چھِنے۔

آرِ بَلِن پان چھاوُن۔ پھیٚشرایہِ دِنی۔

کٔنِین کٔلہٕ چھاوُن۔

آرِچ گٔنز آسُن۔ دفٕد آسُن۔ صحت مَنٛساسُن۔
تکہٕ آسُن۔

آرِ گٔنز۔ سوٗ گول گٔنز یا وَٹہٕ یتھ پٮ۪ٹھ آرِس
مُنز آسان چھُ۔ لاٗرِم۔

آرِ گاڑ۔ اَکھ گاڑ ذاتھ یُس تیز پکوٚنِس آرِس
مُنز آسان چھنے۔ آرِ گاڑ۔

آرِ گۄزرُن۔ تِہ شور یُس تیز پکوٚن آرِ کہ پانہِ
سیٖتی گۄڑھان چھُ۔ تِتھ شور یتھ تیز پکوٚن آرِ
سیٖتی گۄڑھِ۔

آرِ پار۔ [< س: آوَر + پار] آرِ کِ پٲٹھی
ہول ہول تہٕ سوٗے کینہہ ڈٕہِتھ نیوٗن۔
۲۔ اَپار پور۔ ہُمہِ اَندٕ پٮ۪ٹھ یتھ اَندس تام۔

آرِ وَل۔ اَکہٕ قٕسمُک شٕشس لیوٗ ذرگولاب
(یُس پانِ کھسان چھُ)۔

آرِ وَلہِ پوش گۄڑھُن۔ لٔبدرُن، لیٚدر پھیرُن۔
دَیہِ سیٖتی، فِکرِ سیٖتی۔

آرِ وَل گۄڑھنی۔ خوف یا صحت خراب گۄڑھنہ
کِنہ زردی پھیرٕنی۔

آرِ وونی۔ آرُک آب۔ یُس پۄز آرِ پٮ۪ٹھ اُزی۔

آرِ ہی۔ اَکھ ہی ذاتھ یُس آرن نِکھ کھسان
چھنے۔ اَکہٕ قٕسمُک پوش۔

آرِ ۳۔ نہ ہٹہ رلنہٕ۔

آرِ پور۔ [< س: آوارٕ + پارٕ ]۔ اَکہِ
اَندٕ پٮ۪ٹھ بٔیِس اَندس تام۔ آرِ وَر۔ اَپار
پور۔ سوٗرے۔ ژھِپنہِ وَرلے۔

آرِ ٹھنی۔ [ ن۔ مؤل، آرِ ٹھو < ؟ : آرٹھنی ]۔
وَنال۔ یُس باپار پن نِشس مال ٹُلہِ تہٕ
با قیمت کِنہٕ کرِ۔

آرِچ۔ مِہراب دار ڈاٹھ۔

آرِ چھ۔ [م۔ مؤل: آرچھ < س: آرکشن]۔
پٔجرہٕ نٔبرَ یا طیبہٕ نٔبرَ لیوٗ پَچھتہٕ پٔلوس
روزِ پھرٕ۔

آرِ دُن۔ [ن۔ مؤل، آردُن < س: آرادھن]۔
۱۔ پۄزا کٔرنی۔ تو تا کٔرنی۔ گوٗن گیوٚنی۔ ۲۔
رٔنزٕ وُن۔ ۳۔ لولہ، بیٚنزھ ژھنیٚتر کٔڈن۔

آرِ گب = اَڈ گب۔ [ ن۔ مؤل: آرِ گب ]۔ بیٚنہِ
ہٕنزٕ کسر۔ بیٚنہِ ہٕنٛس یا وونہٕ نِس اَندر کھ۔

آرِم، آرَم۔ [ ن۔ مؤل: آرم < س: آرامکہِ ]۔
سبزی بیتھر وونہٕ پدٕ اوٚن وول۔ ہاکہٕ وٲر بیتھر
کَمَاوَن وول۔ م۔ آرِ مینی۔

آرِم گوٗگج۔ اَکہٕ قسمٕچ وونہٕ گوگجہِ ذاتھ یُس

عام گو گُجو کھۄنہٕ میٹھ چھےٚ آسان ۔

آرِم وٲر ۔ آرِم باغ ۔ سۄ زمین یتھ آرِم سبزی
آسن وۄ وپداوان ۔

آرِم ہَنٛد ۔ آرِم وارِ ہنٛز ہَنٛد ۔ یہ ہَنٛد چھےٚ
ہَنٛدِ ذٲژِ منٛز خاص تہٕ مزٕدار مانٛنہٕ یوان ۔
اَمہِ علاوہ چھےٚ اَتھ بیٚیہِ تہٕ ذٲژ تہٕ ۔
م : مٲدان ہَنٛد تہٕ کوٚہ ہَنٛد ۔

آرِم ہاکھ ۔ آرِم وارِ ہُنٛد ہاکھ ۔ ہاکہِ ذٲژَو منٛز
چھُ ییہ خاص ہاکھ مانٛنہٕ یوان ۔ اَمہِ علاوہ چھےٚ
ہاکس بیٚیہِ ذٲژ تہٕ ۔ م ، ہاکٕ ، وارِ ہٕکہ بیٚترٕ

آرمینہِ کٔڑ مُچھ قصیرن دورس یانہٕ ۔ یہ
چھُ نمہِ ورِ وَنان ییلِہ کانٛہہ کام کرِتھ بناکھ
روزِ لس پتہٕ زِ ہیٚتہ تہٕ دِتہٕ اَمہِ مکشنرہ کینژھا ۔
(خاص کرِتھ ییلِہ تس پانَس برابری آسہِ) ۔

آرِوٲن ۔ [م ۔ مٔول : آروان < س : آرہ + ک ۔ وٲن]
کُنہٕ پشیجہِ کنہٕ (گرٛاٹہ کنہٕ ، پھہر کنہٕ ، پاژِ بیٚتر)
پھہرِ ہِ دِنچ کام ۔ پھہر ناوُن پھرِ شاوُن ۔

آرِوُن ۔ آرُن ۔ [ مٔول : آرد < س : آرتہ ] ۔
گرٛاٹہ تہٕ کھہرِ تہٕ کنہٕ بیٚتر پھہر بناوِنی ۔ پھہر
شاوُن ۔

آرُن ۔ [ ن ۔ مٔول ۔ آرن ] ۔ سُہ دِ ب بہٕ

منٛز ہٕانٛٹھر قلا کرنہٕ وِز ژرنہٕ چھُ تھوان ۔
۲) ناوِ نمک گۆد ییتھ منٛز ہمہٕ نٕچ چھُ تھوان ۔

آروگ ۔ [ ن ۔ مٔول : آروگ < س آروگیہ ] ۔
اَرِیہ ۔ اوٚر آسُن ۔ وادِ ذگہٕ روٗس آسُن ۔

آرے موہنٛجے تارے موہنٛجے ۔ گنڈن باتھ ۔ اکھ
شُرِ گنڈُن ییتہ منٛز شُرِ "آرے موہنٛجے
تارے موہنٛجے" وَنان چھُ ۔

آرتی = آرتھی ۔ [م ۔ مٔول : آرتی < س :
آراترکہ ] ۔ آرادنا ۔ دیہ پنٛدی گوٚن گیوٚنی ۔

آرٹ ۔ [ ن ۔ مٔول : آرٹ < انگ : آرٹ (ART) ] ۔
فن ، ہونر ۔ کلا ۔

آرٹِسٹ ۔ [ن ۔ مٔول : آرٹِسٹ < انگ : آرٹِسٹ
(ARTIST)] فن کار ۔ ہونرمنٛد ۔ کلاکار ۔
مُرزگر ۔ مُصوِر ۔ گیوٚن وول بیٚتر ۔

آردَن ۔ [ م ۔ مٔول : آردن < س : آرادھنا ] ۔
پوٗزا ۔ دیہ پنٛدی گوٚن گیوٚنی ۔

آردَن کرٕنی ۔ پوٗزا کرٕنی ۔ گوٚن گیوٚنی ۔

آرسَن پٹ ۔ [م ۔ مٔول : آرسَن پٹ ] ۔
کابہ تانٛن سوٚنہٕ سُنٛد اکھ سامانہٕ ۔

آریہ ۔ [ن ۔ مٔول : آریہ < س : آریہ ] ۔
۱) اکھ قوم یُس ہندوستانس منٛز آباد مُیُد ۔

۲۔ اُصیل۔ شُد پاک۔ ووتَم۔

**آریہ سماج**۔ ہیٚندٕن ہِندا کھ فرقہ ییٚمیُک بأنی سوامی دیانند سرسوتی اوس۔

**آزاد**۔ [صِفَت؛ آزاد<ف؛ آزاد<ژند؛ آ+زانہ=س؛ جانئہ]۔ سُہ یُس پیٹھ نہ بیٚیہ کُنہِ دباو آسہِ۔ یُس نہ بیٚیہ سنٛدِس اَتھس مَنٛز آسہِ۔ یلہٕ۔ کانٛسہِ تَل نہ۔

**آزادی**۔ [م۔ صِفَت؛ آزادی<ف؛ آزادی]۔ ۱۔ غُلامی نِشہِ مُوکلار۔ نجات۔ خودمُختاری۔ ۲۔ یلہٕ آسُن۔ مُوکجار۔ مُوکل۔

**آزار**۔ [ن۔ صِفَت؛ آزار<ف؛ آزار]۔ ۱۔ پٕژسنگ دود۔ ۲۔ تکلیف۔ ایذا۔ دۄکھ دود۔ روگ۔

**آزدرشُن (آدِ درشُن)** کأرِ ہتیس گُپھس مَنٛز بُتھ وُچھُن، ہیٚندٕن ہُندا کھ رَسَم۔

آزرَتھ، مازرَتھ کرٕنۍ۔ پٕژِس مازرَتھ کرٕنۍ۔

**آژار**۔ [ن۔ صِفَت؛ آژار<س؛ آچار] ضأبطہٕ پالُن۔ نیمہٕ مُوجب پَکُن۔

**آژارِ** [ن۔ صِفَت؛ آژارِ<س؛ آچاریہ]۔

۱۔ آژارِ وول۔ یُس رَژھہ رَژھہ آژارَس پیٹھ پَکان آسہِ۔ ۲۔ گوٗر ۳۔ شُر بٕرٛہمُن یُس ہوٚرِ دٕسُنٛد دان رٹہِ۔

**آژٕمَن**۔ [ن۔ صِفَت؛ آژٕمَن<س؛ آچمَنہ]۔ مَنٛز اَتھس آب ہیٚتھ تہٕ دَرمہٕ پٕژھی رٹِتھ چَوُن۔

**آژِھنُن، آژھٕوُن**۔ [ن۔ صِفَت؛ آژھ<س؛ آشریَہ ؟؟]۔ کانٛہہ چیز بیترِ اَزماونہٕ خأطرٕ گوڈنچہٕ کٕٹہِ اِستیمال کرُن۔ کترِ وِس بانَس پانہٕ بیترِ عزتی کورٕ زُلراوُن۔ بانہٕ لاگُن، وَرتناوُن، آڈراوُن۔ م؛ آژھنی۔

**آژھناوُن**۔ گوڈنچہِ کٕٹہِ وَرتناوُن۔ گوڈنچہِ پھِرِ اِستیمالس مَنٛز اَنُن۔ (بانہٕ بیترِ)۔

**آس**۔ [ صِفَت؛ آس<س؛ اَس ]۔ ژٕ آس تہٕ ژٕشیٚد تہٕ۔ ژٕ بَن تہٕ۔ م؛ سوٚکھی آس۔

**آسَن**۔ [ن۔ صِفَت؛ آس<س؛ آس+ک؛ اَن]۔ ۱۔ رَم روزَن برٛۄنٛہہ کُن۔ ۲۔ دیوٕ رَم چھِ۔

**آسَن وول**۔ دیارٕ وول۔ مالٕ وول۔ مالدار۔ یَس آسُن بَسُن آسہِ۔ بجا۔

**آسہِ**۔ (برٛۄنٛہہ کُن) روزٕ۔ (برٛۄنٛہہ کُن، بِنہٕ

**آءسوٗن**۔ سُہ یُس روزِ یا آسہِ۔ سُہ یُس رگہ نار

گُنہٕ خاص اُکس حالتس منٛز روزُن۔ شہ بَس
باضابطِ ووٚجوٗد آسُن۔

**آسُن** ۔ [ > س : آس ، (ویدِک) ]۔
بَنُن ۔ روزُن ۔

**آسُن بَسُن** ۔ مال دَولَتھ ۔

**آسُن باسُن** ۔ ٹلی باسُن زِ کینٛہ چھُ ۔

**آسُن چھُ ہیٚچھناوان ۔ آسُن چھُ منٛز چھاوان** ۔
دیار آسنہٕ سیتی چھنہٕ اُتھ وَتھ پِوان، نمپلرور
آسُن چھُنہٕ خجالتھ ۔

**آسُن گوٚ عارُق** ۔ ہار دیار چھینہٕ ژوٚر روزان
تَمِیُک اَثَر چھُ پیٚٹھے شان ۔

**آسِم کولیا موٗصُم چھُم** ۔ ییہ چھُ پَنٛنہٕ زنانہٕ ہنٛز
سادگی مُتعلق ہَزلِ سان کَنان ۔

**آسَن**[1] ۔ [ ن ۔ موٗل : آسَن > س : آسَنَ ]۔
(۱) بیٚٹھنہٕ جلے ۔ بیٚٹھنہٕ جاے ۔
پیٚٹھ ۔ سہ پَنٛنج یا ستر نُجہ فِرد بیتر یتھ
پیٚٹھ بِہنہٕ ۔ (۲) منٛڈُل ۔ پاجانگ شہ
حِصہٕ یُس منٛڈلس نِشہٕ آسان چھُ ۔ (۳) بیٚہنہٕ ۔
ژ رِکھ ۔

(یوگ) **آسَن**[2] ۔ (۱) یوگ سادنہٕ ورزِ بیٚہنُک طریقہٕ (۲) ہٹھ
یوگُچ ورزِش ۔

**آسَن پَٹ** ۔ بُرزا یہ بیتر ورزِ بیٚہنُک پلوٚ ۔

**آسنہٕ دار** ۔ ٹھوکر دار ۔ بیٚہنہٕ پیٚٹھ آسن ۔

**آسان**[1] ۔ [ موٗل : آسان > ف : آسان ]۔
سَہل ۔ ییہ نہٕ سخ آسہ ۔ ییہ نہٕ مُشکل آسہ ۔

**آسان پاٹھی** ۔ سَہل پاٹھی، کُنہٕ مُشکلہٕ وراے ۔

**آسائش** ۔ سوکھ ۔ آرام ۔ راحتھ ۔

**آسُر** ۔ [ ن ۔ موٗل : آسُر > س : آسُر، آسُری ]۔
اَکہٕ کَلیُک ناو یتھ کینہ میٚول مَصالَس
لگان چھُ ۔ سُرشِپھ گُل ۔

**آسُری بیٚول** ۔ آسُری کُلیُک بیٚول، ییہ چھُ
آنچارس بیتر لگان ۔ سُرشِپھ ۔

**آسُری موٚنٛڈ** ۔ آسُری کُلیُک موٗل (اَتھ چھِ
تھہلا یہ بَناوان)

**آسیب** ۔ بوٗتھ پرٛیتھ، ژھاے، جِن، اَتھرُف۔

**آسیب زَد** ۔ پرٛایہ لَد ۔

**آس پاس**[1] ۔ [ > ف : پاس + آس ۔
وَزنہٕ پرُژھی ]۔ لحاظ ۔ طرف ۔

**آس پاس**[2] ۔ [ > س : پارشوَ + آس ۔
وَزنہٕ باپتھ ]۔ آتی اورِ یور ۔ اندی پکھ ۔

**آستان/آستانہٕ** ۔ [ ن ۔ موٗل : آستان > ف : آستان
> ترند : آ + ستان > س : سشتان ]۔

۱۱ بزائد ، وُزِ۔ ۲۱ دَرویش پِٹنز روزِنۍ جاے ۔ زِیارَتھ ۔

**آسِر** ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آسَر > س : آشرٕیَہ > ہ ؛ آسرا ] ۔ ڈۄکہ ۔ شرٕیُنٛد ڈۄکہ آسہِ ۔ کارتھ ۔ شرٕیُنٛد اَتھ کمُس پیٹھ آسہِ ۔ چھِپَن جاے ۔

**آسمان** ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آسمان > ف ؛ آسمان > ژند ؛ اَشمَن > س ؛ اَشمَن ] نَبہٕ آکاش ۔

**آسمان ہاوُن** ۔ بہتَر پاوُن ۔ تَل گژھن ۔ ہار مانٕہ ناوُن ۔ (خاص کرٕتھ دَبر دَبہٕ اَنٛدر) ۔

**آسمانٕہ وُژھ بلاے خانۂ غریب کُجا اَست** ۔ اوپٕر یور چھہ مُصیبَتھ نٕے کَنٛس پِوان ۔ یوسہٕ بلاے سۄ بلاے چھےٚ اَنٛزٕ ہنٛزٕ غریبہٕ سٕے پِوان ۔

**آش ، آشا** ۔ [ م ۔ مؤل ؛ آش > س : آشا ] ۔ وۄمید ۔ سَتہٕ ۔

**آشاوِنٛد (آشاوَنت)** ۔ [س : آشاوَنتہٕ] ۔ یَمۍ آشا دار وۄشر آسہِ ۔ یمَن وۄمید آسہِ ۔

**آشاوان** ۔ یُس آشا دارِتھ آسہِ ۔ یُس آشا آسہِ ۔ یُس وۄمید آسہِ ۔

**آشہِ رَژھر** ۔ آش نہٕ آسنٕچ حالَتھ ۔ آشہِ رۄس آسُن ۔ وۄمید نہٕ آسنۍ ۔ نا وۄمیدی ہکائنہٕ ہُنٛد ڈۄکہ نہٕ آسُن ۔

**آشہِ رۄس** ۔ یَس نہٕ کانٛہہ وۄمید آسہِ یَس نہٕ کُنٛہ آش آسہِ ۔

**آشہِ گُل** ۔ شہ ییٚمی سُنٛد ڈۄکہ آسہِ ۔ یُس پٕنٛز سَتہٕ آسہِ ۔ م ؛ آشہِ گُژ ۔

**آشہِ وول** ۔ یُس آش آسہِ ۔ یُس وۄمید آسہِ ۔ یُس سَتہٕ آسہِ ۔

**آش بَرٕنۍ** ۔ وۄمید تھوٚنۍ سَتہٕ روزِنۍ ۔

**آش تھَوِنۍ** ۔ وۄمید روزِنۍ ۔ وۄمید آسنۍ ۔ آنٛچھ تھَوِنۍ ۔ کانٛسہِ پیٹھ بۄرژہٕ کرُن ۔ کانٛسہِ ہُنٛز سَتہٕ آسنۍ ۔

**آش دارِنۍ** ۔ کانٛسہِ ہُنٛز وۄمید تھَوِنۍ ۔ کانٛسہِ پیٹھ بۄر وُسہٕ کرُن ۔

**آش روزِنۍ مَوجوٗد** ۔ وۄمید پیٹھے چھےٚ زِنٛدگی دَرِتھ ۔ یِتام آش چھےٚ تۄتام چھُ دَم ۔ ۲۱ تہٕ دِپتھ گو ، کُنہِ نَتہٕ کُنہِ دۄہہ سَپدِ (کام سپد) ۲۷ (دورگہ) شہ روزِن مَوجوٗد ۔ شہ روزِن زِنٛدٕ یُس آشہِ گُل چھُ ۔

**آش روزِنۍ** ۔ وۄمید آسنۍ ۔ براٚنٛٹھہٕ روزِنۍ ۔ آنٛچھ روزِنۍ ۔

**آشنز، آشینز** - [ م - مؤل : آشنز < س : آشریہ ] - کولے - زنانہٕ - خانٛدارینز - گرواجنیٖ -

**آشہٕ جو** - [ ن - مؤل : آشہٕ جو < ف : آش جو ] - وُش کشابہٕ -

**آشرم** - [ ن - مؤل : آشرم < س : آشرمَ ] - ساذن، گوساہن ہُند مابٹھ، ٹھکانہٕ چھپن جاے بیتر -

**آشژر** - [ ن - مؤل : آشژر < س : آشچریَہ ] - تاجُب - حارانی -

**آشژر کرُن** - حاران سپدُن - حاران گژھن

**آشژری** - عجیب -

**آغاز** - [ ن - مؤل : آغاز < ف : آغاز = س : آ + گاہ ] - گوڈ - شوٗرُو -

**آغہٕ** - [ ن - مؤل : آغ < ترکی : آغا ] - مالکہ - زیٹھ - م آغہٕ بابے -

**آغہٕ بوڈ پہرس، نوکر بوڈ دوپہرس** - آغہٕ چھُ تیتہٕ پیٹھ کالس مالکہ پیٹھ کالس گرٕ آسہٕ تہٕ باقے ساری وَقتس چھُ نوکرے مالکھ -

**آغہٕ کران نیتھر تہٕ پرزُن نہٕ مازان** - آغس چھُ خانٛدرنہٕ دوپہٕ چھس ٹاکہ کران - بوڈ

نوٗ ہنٛزو چھُ خرچ کران تہٕ کانٛہہ ژورنزا دایا چھس ٹاکہ کران، اتہٕ ڈیہہ گو بِیس نہٕ کانٛہہ یِکبتیار آسہٕ تُسے چھُ یِکبتیارٕ وآلس ٹاکہ کران -

**آفتھ** - [ م - مؤل : آفت < ف : آفت ] - بلاے - تپاک - ژنٛڈ - مصیبتھ -

**آفس** - [ ن - مؤل : آفس < انگ : آفس (OFFICE) ] - دفتر -

**آفتاب، آفتابہٕ** - [ ن - مؤل آفتاب < ف : آفتاب - آف + تاب - پہلوی : تاپ - ژنٛڈ تاپہٕ - س : تاپہٕ ] - (۱) سِری ہو - رو - (۲) تاپھ - گاش (۳) اکہٕ قسمچ ترامہ نار (اتھ بازنٕس منز چھُ یہ لفظ ماد ) -

**آفتابس (سری یُس) ژوٗنگ ہاوُن** - ندانٕ وآلی ہے ہیچھناوتہٕ بہُن - تُس کیبتہٕ ہیچھناوتہٕ بہُن یُس سورُے زانان آسہٕ -

**آفتابک اکڈ** - شکل - سیٹھا حسین - خوبصورت - ماری موٗنٛد -

**آفتاب بالس بیہٕ وانٕن** - بُڈنہٕ کینزٕ مرنس نزدیکھ آسُن - بُڈُن - م : آفتاب ووت یو بالس بیہٕ دوٗہ درٕ وٕنگ یو دہابو لو! (وہاب حاجنی)

آفتاب پرست ۔ آفتابس پوزا کرن وول ۔
آفتابس خدا زانن وول ۔ سریس پوزن وول
آفتابی ۔ اَفتابی ۔ اکھ قسمچ آتش بازی ۔
آفرین ۔ [ن ۔ مؤل ، آفرین > ف : آفرین ۔ آ +
فرین ۔ ثَنہ ، فرینہ ، کمانُ پیپہ ] شاباش ، مرحبا ۔
آکار ۔ [ ن ۔ مؤل ، آکار > س : آکارہ ] رِپھ
بناوٹھ ۔ گرزی ۔ شکل ۔
آکاش ۔ [ن ۔ مؤل ، آکاش > س : آکاشہ ]
نَب ۔ اَسمان ۔ اَکھ توتھ ۔ پانژ و تتھو
مَنز اَکھ توتھ ( عناصر ) یتہ شَنی ونان چھ ۔
۱، یُس کنہ تَلیتھ نہ بہ سپدھا گاٹُل ۔ ڈوہن ۔
آکاشہ گنتھ ۔ وڈِتھ ہیکُن ۔ وُڈو کرُنُک طاقتھ ۔
سوٗرگس گژھن ۔ وُچھتھ گژھن ۔
آکاشہ گنگ ۔ اکہ تارکہ تنہ زلہ ہُند ناو ۔
آکاشہ وانی ۔ ۱، آکاش آواز ۔ آواز یوس
ہیرِ یِکہ ۔ ہیرم آواز ۔ غیبی آواز ۔
۲، آل انڈیا ریڈیوٗ ہس چھ آکاش وانی تہ ونان ۔
آکاش آسن ۔ تیز بوز وول آسن سپدھا
چالاک تہ گاٹُل ۔ یُس کنہ تَلیتھ نہ بیہ ۔
آکر کرُنی ۔ اذگرے تھوگرے کام کرُنی ۔ لاپروٲہی
کرُنی ۔ بلے دِلی سان کام کرُنی ۔

آکرن ۔ [ن ۔ مؤل ، آکر > س : آکار یہ + ک : اَن ]
کام کرُنک اَنمان ساوُن ۔ میٹھنتھ کرُنچ
ہال مُشنی ۔ سو دِلہ کام کرُنک عادتھ نہ
روزُن ۔
آکسی جن ۔ [ن ۔ مؤل ، آکسی جن > انگ : آکسی جن ۔
( OXYGEN ) ] ہووہس اَندر اکھ گیسک
ناو ۔ ہووک اکھ جزُیس جیوانن ہند زندہ
روزنہ باپتھ ضروٗرُوری چھ ۔
آکھ ۱ ۔ [ ن ۔ مؤل ، آکھ > س : آکار ] چھوکھ
بَلنہ پیتہ یُس نشانہ روزان چھ ۔ کُنہ چیزک
پَتہ کُن رُود مُت نشانہ ۔
آکھل ۔ ۳ آکھ وول ۔ یُس یا پنہ آکھ آسہ ۔
یُس کُنہ تھوکک نشانہ آسہ ۔
آکھ ۲ ۔ [ ن ۔ مؤل ، آکھ > س : آ + ک : کھ ]
۱، تہ وُوتکھ ۲، تمن آدُسہ ۔
آکھر چوٹ ۔ [ ن ۔ مؤل : آکھر چوٹ ] تلہ وانی
وانگک اَکھ حصہ ۔
آگر پچھن ۔ یا گر پچھن ۔ اکھ خیالی ڈیجہ وُن
جاناوار ۔ ( لوکہ ادب ) ۔
آگم ، (شاستر) [ن ۔ مؤل ، آگم > س : آگمہ ]
تنتر ( شاستر ) چھ مؤلہ کتابہ ۔

آگهي. [م. مؤل: آگهي < ف: آگهي] خبرداري.
ڄيب. ڄاڻپ ڏُڦ. ڄاڻ. واقفيت.

آگي. [م. مؤل: آگي < ف: آگاهي. آگاه + ي] پَتو. اطلاع. خبر. ڄاڻ.

آگاهه. [مؤل: آگاهه < ف: آگاهه. پهلوي، ژند: آڪاش. س: آڪاشه] ڄاڻو. ڄاڻ.
واقفيت.

آگاهه موڪل آهُن. نظر مان ڪجهه آهي. ڄاڻو خبر آهي. ڪانهه ڄاڻو ڪنهن بُرڌ ڏٺي ڄاڻو تنگ حيس آهُن.

آگهه راڻُ. [م. مؤل: آگهه راڻ] اڳه راڻُ يوسه ڪُلين نال ڇَهي ولان نه چار واڳ ڇڪ ڇهيوان.

آگُرُ. [ن. مؤل: آگر < پراڪرت: آگر. س: آڪر] سو جاءِ جيٽه پيلڇ ڪيتي نير. م: ڪولهه هُنڌ آگُر. نه جيٽه پيلڇ ڪانهه ڪنهن بيتر وڌاءِ آسه. ڪنهن هُنڌ مؤل.

آگرَ گُرَرَن. گوڏ پيڇي بوڏ آهُن. گوڏ پيڇي شوبه دار آهُن. م: وهڻ ڇپلي آگرَ گرزان.

آگ باگ. [ن. مؤل: آگ باگ < س: ڀاگ + وزنه باپڻه): آگ] تاڙتم. اوگ بوگ.

انداز. وارو پستار.

آگيا. [م. مؤل: آگيا < ه: آگيا < س: آجنيا. ڪ: آگنيا.] اجازت. حڪم. آگنيا.

آگيا ڏِني. اجازت ڏيڻ. حڪم ڏيڻ. ٻڌائڻ.

آگيا ڪرڻي. حڪم ڪرڻ.

آلته. [م. مؤل: آلت < پراڪرت: آرته. س: آراتر + ڪا] رتنه ٿانگو جه ڪله پيٺي آهوني. ڪانهه چينز بيتر ڪلس آهوني. (ڏيڻه ڪرڻ وڙ، پوٽرا پير وِڙ).

آلته ڪڍڻي. رتنه ٿانگو جه ڪله پيٺي آهوني. ڪانهه چينز دڪانه هُنڌ ڪلس آهوني.

آلو٢. [ن. مؤل: آلو < س: آ + لپ] ناد.

آلو ڏيڻ. ناد لائڻ. بُلاڻ. ڪڙڪه ڏِهه پانس ڪَن پهرن.

آلو هلو. ٻڌ نه صاف آواز. ڦهڙ ڪڙڪه.

آلو پلو. ڪنهن بانهه هُنڌ ويستار. ڏهن همسايَن پانه وائي ڪنهن باته آهي.

آلو نه پلو. پانه ونيه ڪانهه واهه يا توفق آهُن.

آلي زال پيون. لوڪٽ اُسته ڪره پيٺ پيون. لوڪڙ سي ڪره منڊ کهُن.

آلي ڪار. سه ليڪنڌ ڏسي ڪيتي ناڪاره ڪام ڪرنا وه پيه.

یَبنہٕ ڈُسی بیٚنے سٕتھۍ کانٛگرِ ووٚ کھُریبہٕ کرٕناونہٕ۔

۲. پوٚت پچھارٕ۔ وایِن وول۔

آلائِش۔ بلاوٕٹھ۔ رٕل۔

آلِ رَسوٗلؐ۔ رسوٗلٕ سٕندۍ اولاد۔ پیغمبرِ اِسلامؐ سٕندۍ اولاد۔

آلہٕ ۱۔ [ن۔ مؤل: آل < ف: آلہ < ع: آلۃ] اوزار۔

آلہٕ ۲۔ [ن۔ مؤل: آل < س: ہَل] الرباٗنۍ۔

آلہٕ پھیٛر۔ ہٕنٛز، ڈوٚتھ یا بٹہِ وغیرہ دوٚیمہٕ پھیٛر زمین وایُن۔

آلہٕ کونٛڈٕل، آرٕکونٛڈٕل۔ [ن۔ مؤل: آلہٕ کونٛڈٕل < س: آورَ + کُنڈلہ] ۔ گول رٕکھ یا گول نِشانہٕ۔ کانٛہہ ڈوٗم چیٖز بیٚترٕ۔

آلوٗن ۱۔ [ن۔ مؤل: آلہ < ک: آلو < س: آلہ + یا اس: آلولہ + ک: اُن / آ + لوڈٕ] کانٛہہ چیٖز بیٚترٕ کٕلہٕ پیٹھۍ نیرناوُن، پھِرناوُن۔ نرِ وایِنہٕ (اَنٛدۍ اَنٛدۍ)۔

آلوٗن ۲۔ [پراکرت: ہالاون < س: آلی نہٕ] ۔ ناو بال لاگُن۔ ڈٕوۍ کرۍ کرۍ کھور سٕتۍ ناو بٕٹھس کُن نیُن۔

آلِتھ۔ کانٛہہ چیٖز اتھو سٕتۍ کلس اَنٛدۍ اَنہٕ دٕ اَنٛدرٕ پھِرِتھ وُنٛدِتھ تھاوُن۔

آلوِتھ پالوِتھ۔ آلِتھ۔ آلوٕنہٕ وِرالوِتھ۔ کانٛہہ چیٖز کٕلہٕ پیٹھۍ پھِرناوِتھ وُنٛدِتھ ترٛاوُن۔

گٕلہٕ آلوٗنۍ۔ ماے لوٚتہ بابتھ کٕلہٕ پیٹھۍ نرٕ آلوٕنہٕ۔ اکہِ قسمُک بلایہِ لگُن ہیٚتھ۔

نرِ آلوٕنہٕ۔ کانٛسہٕ اَنٛدۍ اَنٛدۍ نرٕ پھِرناوُنہٕ۔ وُنٛدِتھ لگہٕ ٹنک اِشارٕ۔ لول ہاوُن۔ جان پان پُشراوُن۔

آلُٹھ، آلوٗژھ ۱۔ کام کوٚٹ کرُن تس نٕہ ووٚتھُن۔ کاہِنک عادت۔

آلِشۍ۔ [مؤل: آلِشہ < س: آلسی] یُس آلُٹھ آسہِ۔ یُس نٕہ وُدیوگ آسہِ۔ لُتھ رُستہ کام کرَن وول۔ کایِن کٕشَن وول بٕلیہِ زُو۔

آلِشۍ بوٗنۍ۔ کھرٕ وگژھون وٕتہِ اکھ بوٗنۍ۔

آلِشۍ لد۔ آلِشۍ سٕتۍ آلِشۍ برتھ۔ یُس سیٹھا آلُٹھ آسہِ۔ یُس کایہِ کٕشہِ آلِشۍ کھیوٚمُت۔

آلِشۍ مر۔ کھرٕ وُس نکھہ اکہِ جایہِ ہُند ناو۔ یوس آلِشۍ تہٕ کامہ ژُورَن بابتھ اُس۔

آلُٹھ ۲۔ یہِ چھُ اکھ رسم یتھ منٛز گنٛدرن گرٕ بیٚترٕ لوٚن والیِن نِشہٕ بارٕ سومبران چھِ۔

آلُڑھ تلُن ۔ گیوٗن وا آلو بُنٛد یا گنٛدن گرِ
ہُنٛد بوزن والین نِش گرٕ صتھ بانہٕ اَتھس
کیتھ ہیتھ ہار سوٗمبرٕ نیٖو ۔

آلوٗڑھ ۲ ۔ آلِڑھی ۔ [ن ۔ مۄل : آلِڑھ < س : آلسی]
کمزور ۔ کمزوٗری ۔ کاہِلی اثر سٕ آلو ۔

آم ۔ [ن ۔ مۄل : آم ] بُم سِپنہٕ ہیوٗہ
اَکھ کیوٗم یُس اٮ۪ندرٕ مَن مَنٛزٕ آسان چھُ ۔

آمہٕ ہٮ۪ٹھ ۔ اٮ۪ندرٕ مَن ہُنٛد سُہ حِصہٕ ییٚتہٕ آموجلے
کرٕ منٛز آسہِ ۔

آمہٕ پھوکھ ۔ سُہ پھوکھ یُس آم آسنہٕ سیٖتی یِڈ
کھسان یا آسان چھُ، یِہ چھُ ژۄری پاٹھو
شُرٕ ہن آسان ۔

آمہٕ تَپ ۔ آمہٕ بُخار ۔ آموسیٖتی کھۄتمُت تپھ ۔

آمہٕ ڈٮ۪شُج ۔ وُٹھہ مُٹھہ آمن ہنٛز پُھٹُج ۔

آمہٕ شاش ۔ سُہ پھُکھ یُس آم آسنہٕ کنی
کھسان چھُ ۔

آمہٕ کرٕل ۔ (ورگہ) : زاوُیُل اِنسان یا شُر ۔
کیہہ وال ہیوٗہ شُر ۔

آمہٕ کیوٗم ۔ آم ۔ بُمہٕ سِپنہٕ ہیوٗہ اَکھ کیوٗم
یُس اٮ۪ندرٕ مَن مَنٛز آسان چھُ ۔

آمہٕ لوٗڑھ ۔ آمہٕ گیوٗڈ ۔ اکھ اَکِس سیٖتی الہ وَلنہٕ

آمٕتی آم ۔

آم ۲ ۔ [ن ۔ مۄل : آم < س آ + ک : م ]
مےٚ نِش آو ۔ سُہ آو مےٚ نِش ۔

آمَد ۔ [ ن ۔ مۄل : آمَد < ف : آمد ] یِہ
اوٚرےٚ پیٚیہِ ۔ یِہ اورےٚ وُزِ ۔

آمَد رَفت ۔ [ن ۔ مۄل : آمَد رفت < ف : آمد و رفت]
یُن گژھُن ۔

آمَن ۔ [ م ۔ مۄل : آمَن < س : آمہ + ک : اَن]
پھکھ ۔ گانٛد، ہوٗزُن پھکھ ۔ اوم آسنٕچ
مُشک ۔

آمَن اَننی ۔ رگانٛد تلُنی ۔ پھکھ اَنُن یا سُخ
لیکہٕ پھوکہ ژارٕ ۔

آمَن نہٕ اَنُن ۔ عامس اَنٛدرٕ نہٕ اَنُن ۔ کھٹہٕ تھوٗن ۔

آمادٕ ۔ [ مۄل : آمادٕ < ف : آمادہ ] راضی ۔
تیار (کہنہِ کرنس پیٚٹھ) ۔

آمادٕ گژھُن ۔ مانُن ۔ (کُنہِ کتھہِ، کامہِ بیتہِ
پیٚٹھ) راضی گژھُن ۔ تیار گژھُن ۔

آمہٕ تاو ۔ [ ن ۔ مۄل : آمہٕ تاو < س : آمہ + تاپہ]
دزَن داغ ۔

آمہٕ دۄنٛد ۔ [ ن ۔ مۄل : آمہٕ دُند < س : آمہ +
دَنتہ ] ریٖچھر کٕتھ ۔ لود کٕتھ ۔

آمڑ کو کرٕ پتی گژھٕنی۔ اَندراٹ تھ کام بگڑٕنی یِنیٔ مت
چیز اُکھ گژھُن۔

**آمہٕ نٔے۔** [م۔ مؤل : آمہٕ نٔے < ک : آمُن + اے]
بگڑُن۔ خراب گژھُن۔ کھیٚون لایق نہٕ روزُن۔
۔ ہوٗژن ووہٕ تھٕن (کھینہٕ چیزٕ س) کھینہٕ چیزٕ س
مُشک وُژرہٕ مٕر۔

**آمہٕ ژُن۔** [ن۔ مؤل : آمُن < ک : آمُن + اُن]
(۱) ژھینہ تھ پینہ سیتی یتھس رنگ ڈلُن۔
لوسنہٕ سیتی یتھ سرسُن (۲) ہوٗژن، ہوٗژن
پھکہ ووتھُن۔

آمنیاک ٹوٗٹے۔ ییُس ہوٗ ڈ آسہٕ گژان۔ یہٕ کھہ پیٹھ لاگن وول۔

**آمہٕ ہل۔ آمہٕ ہال۔ آمہٕ ہوٗل۔** موہنیار (ستھ
تھر بیترٕ لگنہٕ سیتی) تیٖرٕ سیتی دگ ووہٕ تھنی۔
یہ دگ بیترٕ ییوس شیٖن یا سیٹھا تُرُن
پونٛچہٕ سیتی دٛنٛدن گژان چھے۔
آمہٕ ہل یٖنٛی ییتھ تیٖرٕ سیتی دگ ووہٕ تھنی۔

**آمُت۔** [ن۔ مؤل : آمت < س : آ + ک : اُمت]
(۱) کُنہٕ جایہٕ پیٹھ ووتمُت (۲) تُر وژامُت۔
نیتھ تازٕ تانٔے گلہٕ یا تُر آسہٕ وژامُت (بیوٗل
بیترٕ) پاکہٕ دژامُت۔ تیار گومُت۔

**آمُن۔** [ن۔ مؤل : آمُن < س : آمہٕ + گنٛدٕ]
ییر سیتھر یا کپُر دزنک مُشک۔

**آمُن اَژُن۔** (۱) سیٹھا لیکہٕ ژرارنہٕ یُتھ زنار ووتھِ۔
(دُپھو آمُن اَژنی نہٕ) (۲) گاسہٕ کھینے کھینے
زمین کھوٗد کرُن۔

**آمبر۔** [ن۔ مؤل : آمبر < س : آمہٕ + ک : یر]
اوم آسنچ حالتھ۔ پوٚپ نہٕ آسنچ حالتھ۔
نیٚوٗلے آسنچ حالتھ۔

**آمین پَنُن گنٛڈٕ گنڈُر۔** اَیزٕ رِے داٹھ۔ تیشتھ واٹھ یتھ
پیٹھ نہٕ بوٚزرُکِ آسہٕ۔ مُشکلی سان کُنہٕ کنتھِ اُزٕ مٕر
بڑابدی۔ کھانٛدرٕ کیس سلسلس منٛز کنتھ کیتھے
یازنہٕ تھٕ طٕے نہٕ دگنہٕ کیتھٕ گومُت۔

**آمٲنی۔** [م۔ مؤل : آمٲنی < ف : آمدنی < آمدن]
کمٲے۔ زی۔

**آم ڈام۔ آمب ڈامب۔** (آمب ڈامب) [ن۔ مؤل :
آم ڈام < ک : ڈامب < س : ڈمب + ک :
آم (وزنہٕ باپتھ)] ناپرہیز۔ شکرے نہٕ
کرٕنی۔ م : شکرے نٔے کرٕ کہ آم ڈام کرٕ کہ
بڑی دود تہٕ بلکہ نہٕ زنا اٹھ
(لل دید)

**آم ڈام کرُن** [مثل : آم ڈام کرُن] ناپرہیزی کرٕنی۔
پرہیزٕس پیٹھ نہٕ روزُن۔

شکرے نہٕ کرُن ۔ ۲۔ حیلہٕ بہانہٕ کرُن ۔ ٹال مٹول کرُن ۔

**آم کوٚٹھ** ۔ [ن ۔ مٔول : آم کوٚٹھ < س : آمہٕ + گھنٹہٕ ] ٹھیکہ یا ٹھیکن یا قدم بنیہٕ کڑُن نہٕ ینگن ۔ کوٚٹھو نہٕ بکہٕ نٕس دِیُنی ۔ کوٚنٹھی کمزور آسنی (دگہٕ برسن) دگہٕ برسن)

**آملُن** ۔ [ن ۔ مٔول : آمل < س : آمہٕ + ۔ لُن ] لاو پھکہ ۔ ہوژُن پھکہ ۔ اوم آسنچ مُشک دوٚد تہٕ آمہٕ گرُھن ۔

**آن** ۔ [ م ۔ مٔول : آن < س : آجنٔیا یا آگنیا ] بُجر ، تکٔزر ۔ حکم ۔ یختیار ۔

**آن مانٕنی** ۔ کأٹسہٕ ہُند یختیار مانُن ۔ بیٚیس ہٕنٛدِس بجُرس برژنہٕ کنہٕ بٔنی بار مانٕنی ، کلہٕ نوٚمراوُن ۔

**آن مأنی** ۔ اکھ اُکس یزتھ کرُن ۔ اکھ اُکہٕ سنٛز کتھ مانٕنی ۔

**آنَنٛد** ۔ [ن ۔ مٔول : آنَنٛد < س : آنَنٛدَ ] سیٹھا سوکھ ۔ سوٚرُور ۔

**آنَنٛدِ سان** ۔ مزٕ سان ۔ فراغتٕ سان ۔

**آنَنٛدِ گُن** ۔ سوکھے سوکھ ۔ سوکھ لوٚیُن ۔ م : آنَنٛدِ گنہٕ ٹاٹھ میٛثا نے ۔

**آنَنٛد بوٚگُن** ۔ سوکھ بوٚگُن ۔ مزٕ تلُن ۔ مزٕ ژھُن ۔

**آنَن فانَن** ۔ [ < ع : آناً فاناً ] ۔ یکدم ۔ وُچھان وُچھان ۔ بڑٕ ژٕس منٛز ۔

**آنٔے** ۔ [م ۔ مٔول : آنے < آنیشَم ] ۔ پیاز سوز بنچ رینتھ ۔ نوشہٕ کورِ ہٕنٛدِس پُرسنس پیٹھ ہوٚکھ ، اوٚدُر ۔ نقدٕ تہٕ بہس تٕرنٛد مالیٛن یا وأرِو سوزُن ۔

**آنہٕ مانہٕ** ۔ پھلہٕ چھانگرِ ۔

آنہٕ مانہٕ کرُن ۔ پھلہٕ چھانگر کرُن ۔ وتہٕ نہٕ لاگُن ۔ م : بتہٕ گژھ نہٕ آنہٕ مانہٕ کرُن ۔

**آنہٕ راسے بانہٕ راسے** ۔ لبلہٕ وأنی ۔ وچھ ژٕسیٹھے ۔ وُدن وان لاگُن ۔

**آنہٕ** ۱ ۔ [ن ۔ مٔول : آن < ہ : آنہٕ ] ۔ اکھ سکہٕ یٛمیک قیٖمتھ بڑٕ اُنٛزِ ژور پأنسہٕ ادس ۔ روپیہٕ ہُند شُراہٕیُم حصہٕ ۔ پوٚنٛڈ ۔

**آنہٕ** ۲ ۔ [ن ۔ مٔول : آن < ع : آن ] وِز ۔ ویلہٕ گرِ ۔ م : تمہٕ آنہٕ ۔

**آنی** ۔ [ < س : آم ] اوٚ ۔ اوٚکیٛا ۔ پوٚز ۔ آنکار کرُن ۔

**آنی آنی کرُن** ۔ اوٚاوٚ کرُن ۔ آنکار آنکار کرُن (ہٕزلہٕ سان) ۔

**آنب ڈاشب** ۔ وِچھو "آم ڈام"

آنٖبرِ ہاٗنٖبرِ - [ < وَرٛنہٕ پُنٛرٕٹھو - آنٛب + س: ہھرِم]
جَل جَل - ٹنٛٹھی ٹنٛٹھی - چارٕ رسان۔
آنٖبرِ ہاٗنٖبرِ چھا ژیٚنٛبرِ پیٚنٛز۔ چھاٗرٕ پیٚنٛز۔ چار اژُن۔
آنٖبرِ ہاٗنٖبرِ کھیوٚن - تھپہٕ تھوٚس کھیوٚن۔
آنٛپہٕ - [ن - مؤل، آنٛپ < س، آپ ] پھَل پھُلی بیتر ہِم جاناوار پَنٕنہٕ نیٚن بَچَن کیاپرِان چھِ۔
آنٛپہٕ وُنُن - لوکٕٹِس پَلالہٕ کرُن - پرٛوٗرِش کرٕنۍ۔
آنٛپہٕ مَنٛگُن - آنٛپہٕ مَنٛگنہٕ - ۱۔ جاناوار بَچہٕ سُند تونٛتھ واٗہرِتھ کھین مَنٛگُن - ۲۔ آن مانٛگنہٕ - ہار مانٛگنہٕ۔
آنٛپہٕ مَنٛگناوُن - (کھیٚنہٕ چیٚنہٕ باپتھ) چھپہٕ چھپہٕ کرناوُن۔ (وَرگہٕ پاٗٹھی) آن ہاٗرناوُن۔
آنٛپہٕ گَرٛٹھُن - بچاس تہٕ پھالہٕ مرٕ مَنٛز باگ میٚژر سَمنہٕ تہٕ الہٕ باگو واپنس قابِل نہٕ روزٕنۍ۔
آنٖبرِ تھاٗنٖبرِ - آنٖبرِ ہاٗنٖبرِ۔ تھاٗرِسان۔ چھاٗرِسان۔ چارٕ رسان۔
آنٛتَم روز - [م - مؤل، آنٛتَم روز < س: آنٛترَم + روگم < رُج - ] کھیٚنہٕ روگ، سو بیماٗری یمہٕ انٛدر بوچھ تہٕ بوچھ لگہٕ۔ (روز گیٚنہٕ بیماٗری۔ دٕ آنٛتَم اکیرِ انٛدرٕ مَنٛز ہنٛز توٗنکۍ گو آنٛتَم روز، آنٛدرٕ مَنٛز ہنٛز بیماٗری نہٕ)۔
آنٛتہٕ (آنٛتہٕ) - [مؤل، آنٛتہٕ / آنٛتہٕ < س: آنتہٕ ] - تَرٛہ تُنٛبلی۔ بٔڈ تھپر، بٔڈ تاب۔
آنٛتہٕ گَرٛٹھُن - (بٔڈ تابۍ کرِنۍ) تہٕ زہانڈُن یہِنز اکھس مَنٛز پیٚچھ ہیٚکرٕ۔
آنٛٹھہٕ وانٛٹھ - [ ں - مؤل: آنٛٹھہٕ وانٛٹ ] آنٛدرٕم، بوسس بیتر۔
آنٛٹھ - [م - مؤل، آنٛٹ ] کاہ ڈٕٹ، یِیر چھُ زٕری پاٗٹھۍ بیٚین لفظن سٕتۍ میلتھ یوان وَنٕنہٕ۔ م: آنٛٹھہٕ کھٔسُن۔ آنٛٹھہٕ یُن بیتر۔
آنٛٹھہٕ کھٔسُن - اَچھ ٹلُن۔ کاہ وٕچھرٕ تِل ٹھپکہ نیرُن - مَنٕس ہیٚن فکرِ کھٔسُن۔
آنٛٹھہٕ یُن - فکرِ کھٔسُن یِمس ہیٚن - اَچھ ٹلُن - کاہ وٕچھرٕ تِل ٹھپکہ نیرُن۔
آنٛچ، آنٛچھ - [ن - مؤل: آنٛچ < ہ/ ل: آنٛچ < س: ارٛدٕس ] بُدلہٕ - اِنتِقام - قِصاص۔
آنٛچ ہیوٚرُن - بُدلہٕ ہیٚوٗن - اِنتِقام ہیٚوٗن - قِصاص ہیٚوٗن۔
آنٛچار - [ن - مؤل: آنٛچار < ف: آچار ] سُہ چیٚز بیتر یُتھ کھیٚنہٕ باپتھ زِو کرٕ آسرِ کھورمُت۔
آنٛچار بُرُن - ۱۔ خُمب کھارُن ۲۔ کھیٚنہٕ باپتھ

کُنہٕ چیزس (مُجر، گوگجہٕ، گنڈس گازر بیٚنزٕ)
ژھوکہٕ کھارُن ۲ (ہیرنہٕ یاٹھی) بیٚیہٕ ٹھس
پیٹھ ٹھیوٗن ۔ کھیٚنے تہٕ کھیٚنے کرُن ۔ ۳) اُچھ
تھوُن ۔ ییٚژ کانس ٹلیتھ تھوُن ۔
**آنچار کھالُن** ۔ اَکھ اَکِس پیٹھ سُتھ برُن ۔
ژٕلیتھ برُن ۔ خُمبہٕ کھارُن ۔
**آنچار نوٗٹ** ۔ سُہ نوٗٹ یتھ منٛز آنچار برنہٕ
ییہ ۔ آنچار بریتھ نوٗٹ ۔
**آنچار نوٗٹ اَکِس گھوٗرت تہٕ بیٚنِس ہوٗت** ۔
بر چھ تھُنہ بیٚیٹھ ونان ییٚنچ سپدیتھ پانس
تام آسیہٕ ۔
**آنچھ مار** ۔ [ ن ۔ مٔوٗل : آنچھ مار < ک : آنٹھ
< س : آشٹ + س : مار ] لوکُٹ شُر ۔
کمزور شُر ۔ بیمار شُر ۔
**آنحضرتؐ** ۔ [ ن ۔ مٔوٗل : آنحضرتؐ < ف : آں + ع :
حضرۃ ۔ ] حضرت محمدؐ ۔ پاغمبرِ اسلامؐ ۔
**آں دفتر گاو خورد** ۔ سو کتھ مو کلییہ ۔ سُہ مامِلہ گو
ختم ۔ تُم ، تم گورِ گیہٕ دمہٕ کتھ ۔
**آنکار** ۔ [ ن ۔ مٔوٗل : آنکار < س : آم + کار ]
مانُن ۔ اۄکرُن ۔ اَدٕ کیا دُنُن ۔ یقرار ۔
**آنکار کرُن** ۔ مانُن ۔ یقرار کرُن ۔

**آنگن** ۔ [ ن ۔ مٔوٗل : آنگن < س : آنگنہٕ ]
کرٕ بڑو نہٕ کنیچ یا پتہٕ کنیچ زمین ۔
**آو ۱** ۔ [ ن ۔ مٔوٗل : آو < س : آ + ک : و ] سُہ
ووت یوٗت ۔ بییہ جایہ پیٹھ ووت ۔
**آوتھ پاوتھ** ۔ ییُن گژھُن ۔ آمد رفت ۔
**آون جاون** ۔ ییُنہ گژھُنک خرچہ ۔ ییِر
ییٚنس گژھنس لگیہ ۔
**آو آو** ۔ کانسہٕ ہنٛدِ ینک ۔ توٗن توٗن یا
شووے ۔ ییٚنک بہ توٗ ۔
**آو بیٚیٹھ** ۔ ییُن تہٕ بہُن ۔ بیٚیتھ بہُن ۔ ییُن
گژھُن (آشن) ۔
**آو جاو برابر ے** ۔ نفع نقصان برابر ے ۔
نفع نقصانک نہٕ کانہہ پرواے ۔ سوٗن
دوگُن نہٕ وُچھُن ۔
**آو جاو نہٕ بوزُن** ۔ پتھ بروٗنٹھ نہٕ وُچھُن ۔
کانہہ واپہ نہٕ کرُن ۔
**آو گو** ۔ بییِن ہنٛدِ یُن گژھُن ۔ پژھین ورژھین
ہُنٛدِ یُن گژھُن ۔
**آو نہٕ اوٗڑ گو نہٕ ڈوڈ** ۔ وُنہٕ سپُد نہٕ کہنی ۔
وُنہٕ چھُنہٕ کینہہ ۔
**آو ۲** ۔ [ ن ۔ مٔوٗل : آو ] اَکہٕ قسمُک

کِھ یُس دانِس وو تلٔنے چھِنہٕ دِوان تہٕ
نہٕ چھُ چاردٲیِن گاسہٕ بدلے لگان۔ اُو۔

**آوٕٹھ۔** [م۔ مؤل، آوٹ <س: آوِشٹہٕ]۔ آوٕرن، تھپھ گرٕھنی، رٹُن، تصرُف۔

**آوَرد** - [ن۔ مؤل، آورد <ف: آورده] - (۱) یوسہٕ کتھ نہٕ اَندرٕ وُز (۲) (تنقیدس منز) زورٕ زارٕ بنودمُت شار بیترٕ۔ مُ: آمد۔

**آوَن۔** (۱) نادِ ہٕندِ نمہٕ ژُکھرِ ہُنٛد زوٗد یتھ رز بیترِ چھِ گنڈان (۲) ریڈٕ باٹانگہٕ ہرُک منٛزِم گولُریتھ منٛز دُیہٕ چھُ چُستہٕ آسان۔

**آوارٕ۔** [مؤل: آوار <ف: آواره] دربدری لد۔ وَنہٕ راوُل۔ پریشان حال۔ یُس بلِ وَنہٕ وَنہٕ پھیران آسہٕ

**آوارٕ گرٕد۔** [مؤل۔ آوارٕ گرد <ف: آواره + گرد]۔ دربدری۔ دربدری لد۔ وَنہٕ راوُل۔ وَتہٕ وَتہٕ (بیکار) پھیرن وول۔

**آوارٕ گردی۔** دربدری۔

**آواز۔** [م۔ مؤل، آواز <ف: آواز <س: آوادیہٕ یا آواچ] (۱) صدا۔ کرٛکہٕ چکھ۔ (۲) ناد۔ آلَو

**آواگوَن (آواگمَن)**۔ [ن۔ مؤل: آواگوَن <س: آگمَن + گمَن مُ: آواگمنہٕ] (۱) زِین گرٕھن۔ اَتہٕ گتھ۔ پتہٕ گرٕھ۔ زیون مرُن۔ اَکہٕ زنمہٕ پتہٕ بییس زنمس ییُن۔ زنمہٕ زنمہٕ ییُن۔ پُنر زنم۔

**آواہَن۔** [ن۔ مؤل: آواہَن <س: آواہَن] ناد لایُن۔ بُلاوُن۔ پانَس نِش انُن (تمہٕ ساتہٕ لوان وَنہٕ بیٚلہٕ غائبہٕ بیٹھہٕ کانٛہہ پانَس نِش انُن آسہٕ۔

**آوِژار۔** [م۔ مؤل: آوِژار]۔ اُو کڈنہٕ نبِٛند۔ گوڈنیچ نبِٛند۔ لتہٕ نبِٛند۔

**آوٕر** [م۔ مؤل: آور <س: آورٕ]۔ (۱) ہینہٕ یُن۔ گیپہٕ گرٕھن۔ م: تَس گٔیہٕ آوٕر۔ (۲) سہ یوسہٕ گیپہٕ آسہِ گاٲمٕژ، وَلنہٕ آسہٕ آمٕژ، ہینہٕ آسہٕ آمٕژ (۳) کُنہِ کامہٕ لُج مٕژ ہوہٕ کیچ نہٕ۔

**آوٕر پاوٕر۔** گتہٕ گنٛڈر۔ کُنہِ منٛز ہینہٕ یُن۔ کلہٕ پھرنَس نہٕ وارا آسُن۔ ژرلہٕ نَس نہٕ وَتھ روزٕنی۔ م: تَس چھے آوٕر پاوٕر گاٲمٕژ کلہٕ پھرنَس تہٕ چھُس نہٕ وار۔

**آوٕر تہٕ واوٕر گرٕنی۔** آلنہٕ تہٕ وَلنہٕ یُن۔

**آوٕرن۔** [م۔ مؤل: آوَرن <س: آوَرن] (۱) گیپہٕ۔ گیپہٕ ترٛاوُن۔ وَلُن۔ (۲) آڈٕرن۔ کُنہِ کامہٕ لاگُن۔

آوٕڈرُن ۔ [ن ۔ مٔول : آوڈر < پراکرت : آوڈر < س :
آ + وٕز √ ] (۱) سورُے پانس تَل
تھوٗن ۔ موکل نہٕ تھوٗن ۔ گُبرس منٛز رٔٹن ۔
پنٕنِس یَختیارس یا پنٕنِس اَتھس تَل
رٔٹُن ۔ (۲) آوٕڈرُن ۔ کُنہِ کامہِ لاگُن ۔
آوٕریر ۔ [< س : آورِ + ک : ـــ یَر ] مصروٗفیَتھ ۔
کُنہِ کامہِ منٛز لگتھ آسُن ۔ پٕرٛتھ اَتھٕ وَلنہٕ یُن ۔
آوٕرینی ۔ [م ۔ مٔول : آورن < س : آورِ +
ک : اِنی ] زٕہنتا ۔
آورینہٕ بَل ۔ شُمشان ۔ سوٕ جاے یتِھ
مورٕدَن زالان چھہٕ ۔
آورینہٕ موٚنٛڈ ۔ تم زنٛنی موٚنڈی یم زٕہنتایہ
لاگان چھہٕ ۔
آوٕسَن ۔ [م ۔ مٔول : آوٕسن < س : اوسان ]
وُسی پینہٕ چھ حالتھ منٛز آسُن ۔ تیٚتھ
آسُن زِ کُنہِ نہٕ سانہٕ ہیکہِ یتھٕ لاینہٕ
یتھ ۔ گُذر یُمُت آسُن ۔
آوٕسن ۔ [ن ۔ مٔول : آوس < س : اوسان ] وُسی
پینس تیار آسُن ۔ ولبسرُن ۔ تِرٛتھ
حالتھ منٛز آسُن زِ کُنہِ تہٕ وِزٕ ہیکہِ وُسی پیتھ ۔
آوٕلُن ۔ آوٕلُن ۔ [ن ۔ مٔول : آولن < پراکرت : آولنہٕ
< س : آ + وَلنہٕ ] (۱) آبہٕ چکر ۔ وَسہٕ وِلنس
آبس منٛز کُنہِ جاے پیٚرگژاے کھینہٕ یِتی آب
چکرس منٛز آسُن ۔ (۲) ہَل نہٕ تیل پھیرُن ۔
آوٕلِنس منٛز ہینہٕ یُن ۔ (غمن نہٕ فکرن منٛز)
گُبر گژھُن ۔ وَلنہٕ یُن ۔ دوٕلابس پھسُن
یتِھ نیرُن کژُوٹھ باسہٕ ۔
آوٕر ۔ [ن ۔ مٔول : آور < پراکرت : آور < س :
آورِ ] (۱) کامہِ منٛز لوٚگمُت ۔ موکل نہٕ ۔
(۲) وَلنہٕ آمُت ۔ گیوٚرمُت ۔ ہینہٕ آمُت ۔
آوٕر گژھُن ۔ موکل نہٕ روزٕنی ۔ کامہِ منٛز لگُن ۔
کُنہِ منٛز ہینہٕ یُن ۔ گُبر گژھُن ۔
آویزٕ ۔ [مٔول : آویز < ف : آویزہ ] کانٛسہٕ تَل ۔
کانٛسہٕ پیٹھ پیوٚمُت ۔ کانٛسہٕ اَلوٚنٛد گوٚمُت ۔
م : سوٕ چھا کانٛسہٕ آویزٕ ۔
آور سٕوس تہٕ پاور سٕوس ۔ تَباہی ۔ وٕرانی ۔ ناش ۔
(یہٕ چھہٕ اَکھ وٕدٕ نَو) ۔
آہ ۱ اَکھا ۔ کیٚنٛژھا ، کانٛہہ (یہٕ چھہٕ اَکھ پوٚت لوٚگ)
م : گُراہ ، شُراہ ، ہیٚوٚنٛتاہ ، زٕرھاہ بیتر ۔
آہ ۲ ۔ [م ۔ مٔول : آہ < س : آہہ = ف : آہ ــ ]
دوٕش ۔ اِنٛہرایہ ۔
آہ سَر ۔ [ن ۔ مٔول : آہ سر < ف : آہ + سَر =

س ، شَرَہ ] دوٗکھہٕ لَدٕ سُنہٕ ووٗش۔
بَدُعا۔ ووٗہو۔

**آہ کاڑُن** ۔ ووٗش تراوُن۔

**آہ وزاری** ۔ [ م۔ مؤل : آہ وزاری
< ف : آہ وزاری ] ۔ نالہٕ تہٕ فریاد۔
وُدَن ہاکہٕ۔

**آہَٹ** ۔ لوٚنہٕ۔ وارٕ وارٕ۔ سوٚت۔ سوٚپ۔

**آہَم** ۔ [ مؤل : آہم دِک : آ + کھم < س :
آ + ک ، ہم < کھم۔ ] ژرآکھ منےٚ نِش۔
ژٕ آکھ میٚانہٕ ہاپھتہٕ۔
آہَم تہٕ اوٚ نلتھم کیٚاہ یمہٕ یِیےٚ تہٕ کھیٚاوہٕ ہم کیٚا۔
یہٕ چھِ تمِس ژٕنس مُتلق وَنان یُس
رُٹِنِسےٚ مول آسہٕ تہٕ دِنیچ آسہِس نہٕ
شینکھا کینہہٕ۔

**آیہٕ ہَم** ۔ ژٕ آکھ منےٚ نِش۔ ژٕ آکھ میٚانہٕ
ہاپھتہٕ۔

**آہَن** ۔ [ < س : آم ] اَدٕ کیٚا ، اَو۔
یہٕ چھُ بڑٕ دٔچہِ لوٗگ۔ م : آہَن ہا آہَن
سائے بینہٕ۔

**آہَن ہا** ۔ اَدٕ ہا۔ بوٚے ژٕعنتہٕ کانسہٕ مُردس
آنکارٕ وِزِ وَنہٕ یِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھِ بٔبہ
برابر مُردس تہٕ آنکارٕ پاٹھی وَنان۔ یہٕ چھِ
کُنہٕ کُنہٕ مُسلمان آنکارٕ پاٹھی زَنانَن تہٕ وَنان۔

۱ **آہَن بَنی** ۔ اَدٕ بَنی۔ بینہٕ بَرابَرٕ زنانہ
یِوان کانسہٕ آنکارٕ وِزِ وَنہٕ۔

**آہَن حَض** ۔ حَض چھُ حَضرَت لفظُک ژھوٚٹ۔
اَدٕ جَناب۔ اَدٕ حَضرتہٕ۔ ( یِہٕ تہٕ سان آنکارٕ
وِزِ مُسلمانَس وَنان ) ۔

**آہَن دیدی** ۔ آہَن موج۔ بینہٕ کھوتہٕ سیٚٹھا
زِچھِ زنانہ کُنہٕ کُنہٕ بیترٕ پیٹھ آنکار کرنہٕ وِزِ وَنان۔

**آہَن ساگ** ۔ اَدٕ ساگ۔ پانَس بَرابَرٕ تہٕ بینہٕ کھوتہٕ
زِٹھِس بَینہٕ تہٕ سان کُنہٕ پیٹھ آنکارٕ پاٹھی وَنان۔

**آہَن مہرا** ۔ مہرا چھُ مہاراج لفظُک
ژھوٚٹ۔ اَدٕ کیٚا مہرا ( یِہٕ تہٕ سان آنکارٕ
وِزِ بٹَس وَنان ) ۔

**آہَن ماج** ۔ آہَن دیدی۔ بینہٕ کھوتہٕ سیٚٹھا
زِچھِ زنانہ کُنہٕ کُنہٕ بیترٕ پیٹھ آنکار کرنہٕ وِزِ
وَنان۔

**آہَنی** ۔ اَدَے۔ اَدٕ کھیے۔ پانَس وُسنہٕ ،
پانَس بَرابَرٕ تہٕ لُس زنانہ سِتی تہٕ کُنہٕ کُنہٕ بینہٕ
آنکار کرنہٕ وِزِ وَنان یُس سِتی سیٚٹھا یاتیار
آسہٕ۔ مثلَن ماجِ سِتی تہٕ۔

**آہنوٗ/آہنوٗ**۔ اَدا۔ اَدٕ کھو۔ پانس برابر
تہٕ پَننہٕ کھوتہٕ ڈٕ سِٹھہ مَردس یُفزار کرنہٕ
وِزٕ وَنان۔ یِمہ تہٕ سان کانسہٕ زنانہٕ کُنہٕ
بیٹھ آنکار کرنہٕ وِزٕ وَنان۔

**آہن داغ**۔ [ف : آہن = س : اَیَہ + ف :
داغ = پرٛاکرِت ؛ داگہ] آہس شیٖشتر
زِھنی کرُن یُتھ بیمارس وَیہرُون گژھہٕ۔

**آہار**۔ [ن۔ مۄل ؛ آہار < س : آہار] کھین۔
کھین چَن۔

**آہار کرُن**۔ کھیوٗن۔

**آہو**۔ [م۔ مۄل ؛ آہوٗ < ف ؛ آہو] رُوسی
کٹ۔ ہَرَن۔

**آے¹**۔ [مۄل ؛ آئے < س ؛ آ + ک : ے]
(زٔم) وائی۔

**آے²**۔ [م۔ مۄل ؛ آئے < س ؛ آیُہ] وانٛس
زِنٛدگی۔ عُمر۔ زِہٕٹ عُمر۔

**آیہٕ پیوٗن**۔ زانٛکہ وانٛکہ وُچھتہٕ شُروٗشنٕز
وانٛسہٕ ہُنٛد اَنداز لَگاوُن۔

**آیہٕ دوٗر**۔ لٔشن لایَق۔ یُس سیٹھا وانٛس
آسہٕ۔ پوشہٕ وُن۔

**آیہٕ زٕ بوٗٹھ**۔ یُس زِہٕٹھ وانٛس آسہٕ۔ یُس
زِہٕٹھ عُمر آسہٕ۔ یُس وارِیاہ وانٛسہٕ آسہٕ۔

**آیہٕ سوٗت**۔ یُس زٕبوٗٹھ آسے آسہٕ۔ یُس زِہٕٹھ
عُمر آسہٕ۔ یُس وارِیاہ وانٛسہٕ آسہٕ (یِہ چھُ
پوان آہی کرِتھ وَرتاونہٕ ۔ )

**آیہٕ سوو**۔ (۱) یُس وارِیاہ وانٛسہٕ آسہٕ۔ یُس
وارِیاہس کالس زِنٛدٕ آسہٕ روٗزُن۔ یُس
زِہٕٹھ وُمر آسہٕ۔ یُس زِبوٗٹھ آسے آسہٕ۔
(۲) نِیر روٗگ، روٗگہٕ روٗس۔ اَفٕ تہٕ دوٗر۔

**آیہٕ گَیو**۔ ہُوَن کرِتھ پَتھ کُن روٗدمُت گُھو۔
دَپان چھِ یِہ کُلس مَنتہٕ چھِنے زِہٕٹھ عُمر آسان۔

**آیُربَل، آیُری بَل**۔ آے تہٕ بَل۔ وانٛس
تہٕ اَر پَر دَرپَر۔ (یِہ چھُ آہی بیتَرٕ کرنہٕ
وِزٕ وَنان، م : گرٛہ تَسنٛدے آیُری بَل)۔

**آیُردا**۔ [ن۔ مۄل ؛ آیُہ دا < س : آیُردا]
وانٛس دِیوُن کی۔ گَنٛڈِتھ وانٛس۔ عُمر
(زانٛکہ وانٛکہ مۄجوب)۔

**آے کانٛچھُن**۔ زِہٕٹھ عُمر مَنٛگُنی۔ سیٹھا
وانٛس پَرٕھنی۔

**آے لَبُن**۔ وانٛس پرٛاوُن۔

**آے ہُرُن**۔ وانٛس ہُرٕنی۔ وانٛس زِیٹھِنی۔
(یِہ چھنے آہی تہٕ)۔

(زُمہ رێشن، آے۔ سِٹھا زیٛٹھ داٗنس۔

**آٲبِس۔** [س : آ + ک: ــ یَس ]
١۔ بہ واٗژِس ٢۔ تس آیہ سو۔ داٗژِس
(بڑۆنٛہہ کُن)۔

**آیَس تان۔** [ن۔ مۆل: آیَس تان <س: آیہٕ + سِتھان]
کلیٛج تال۔

**آیکھ۔** [ <س: آ + ک: ــ یکھ ]۔ سو
آیہِ تمن نِش۔ تہٕ داٗژکھ میٛٹے نِش۔

**آیَندٕ۔** [ن۔ مۆل: آیَند <ف: آینده] بڑۆنٛہہ
کاُلی۔ بڑۆنٛہہ کُن۔ پیٛنہٕ واُلس وَقتَس مُنٛز۔

**آیا۔** [مۆل: آیا <ف: آیا] دِلیٖ۔ خبر۔
ٹلی کیہ۔ سنا۔

**آیہِ١۔** (آیَت) [ن۔ مۆل: آیہِ <ع: آیَة ]۔
قرآنِ شریفُک پوٗر جُملہٕ۔ وَقفہٕ ہاوُنک
نِشانہٕ۔
**آیَتے کریم۔** قرآنِ شریفُک پوٗر جُملہٕ۔

**آیہِ٢۔** [س: آیُہ ]۔ (پانَس) سِیدٕ۔
پَنٕنہٕ حِسابہٕ تھوٗومت۔ پَنٕنہٕ وارٕ وِستارٕ
تھوٗومُت۔ نِشانہٕ مۆجُب۔ نِشانہٕ۔
**آبہ آیہِ باگرُن۔** فرق کرٕنی۔ رائے کرٕنی۔
نصَب وَرناوُن۔ پَنٕنہٕ... وَتہٕ ہِنٛدین باگرُن۔

**آیہِ دار۔** دارُل ہتھیار۔ تیٛتھہٕ ہتھیار رٔتیٛ
اَتھَس اَنٛدر ہیٛکہٕ ییٛتھ۔

**آیہِ کرُن۔** ١۔ نِشانہٕ کرُن۔ پانَس سیدٕ تھوٗن۔
٢۔ پانَس کیٛتۍ تھوٗن۔

**آیہِ گژایہ۔** آمادٕگی۔ کیٛنہٕ کرنہٕ باپتھ تیاری
ترٛتھہِ حرکژ یمو سٟتۍ کیٛنہٕ کرنہٕ باپتھ کانٛسہِ
ہِنٛز آمادٕگی باسہٕ۔

**آیہِ ناوُن۔** سیدٕ راوُن۔ سیٛزٕ راوُن۔

**آیہِ وَن۔** آیہِ کرنُک کام۔

**آیہِ وُچھُن۔** نِشانہٕ وُچھُن۔ وُچھُن زِ پانَس
سیٛوٗد چھا۔ یہ وُچھُن زِ کمہِ حِسابہٕ چھُ۔

**آیہِ وُن۔** سیدٕ سیٛوٗد نِشانہٕ کرُن۔ آیہِ کرُن۔
پانَس کُن سیٛزٕ راوُن۔

**آیہِ تَن۔** [ن۔ مۆل: آیہِ تَن <س: آیہِ تَن ]۔
پیش کَش۔ پُشرتھ (تھوُن) کانٛسہِ
کیٛنہٕ کرَس کیٛتۍ یخیتار دیُن۔

**آیہِ تھُر، اَتھرِن۔** سو رزیو سہٕ ییٛنجہٕ سٟتۍ داگس
گرٕ دنہٕ تلی چیٛٹے گنٛڈنہٕ یِوان۔ مِتہٕ رٕز۔
جوترٕ مِتلہٕ۔

**آیِژار۔** [ن۔ مۆل: آیِژار <ف: آویز + ک: ــ ار]۔
آویزہٕ آسُن۔ ماتحت آسُن۔ بیٛیس ہِنٛدِس

أُٹھس تَل لوٗگُت آسُن ۔

آیہِ وَم ۔ [ >س : آ + ک : یہ + وَم ]۔ تۄہی آو ۔ مۆے نِش۔

آیِر ۔ [ ن ۔ مؤل : آیِر >ک ، آیہِ + اُر / >س : آبھیر ] شِکٲری ۔ نِشانہٕ باز۔

آیِرٕ ہاٹُر ۔ سُہ ہاٹُر یُس شِکار نہٕ آسہِ کران ۔ یُس گاڈٕ تہٕ جاناوار بیتر رٹِتھ گُذارٕ آسہِ کران ۔ وُسی پایہِ شِکٲری ذاتھ ۔

آیوٗت ۔ [ ن ۔ مؤل : آیت >س : آیُت ]۔ بٹھِیس تَل آسُن ۔ بٹھِیس تَل روزُن۔ بٹھیس تام آسُن ۔ بیٹھے سِنڈِس یِنحتیارس تَل آسُن ۔ پرآدین ، پانہٕ آیوٗت ۔ سُہ یُس پانسے تام آسہِ یُس کینہہٕ کرنَس مَنز آزاد آسہِ ۔ پانہٕ یِختیاری ۔

آیوو ۔ [ >س : آ + ک : یوو ]۔ سُہ واڑوو یور۔

آیوٗد ۔ [ ن ۔ مؤل : آیوٗد >س : آیُدھ ]۔ ہُتھی یار ۔ مارنگ سامانہٕ۔

آیبیے ، آیبیہِ ۔ [ >س : آ + بیے ]۔ تم واتِم ۔۔ ے

# أ

أبیدٕ[1] ۔ [ ن ۔ مؤل : أبید >س : أ + بھیدہ ]۔ بیٖنہٕ پرژھر ، بیٖنہٕ نہٕ آسُن ۔ پانہٕ نیار۔ دوٕ پرٲزی نہٕ بوزنی۔

أبیدٕ[2] ۔ [ م ۔ مؤل : أبید >س : أ + بھیدہ ]۔ تِمہِ رۄپیہِ یِمہِ میکھلہِ تَہرانہِ سِنڈِس بیٖکھیاہ تھالس مَنز تراونہٕ چھِنے یِوان۔

أبیدِ تھال ۔ [ >س : أبھید + یِتھالہ ]۔ میکھلہِ تَہرانہِ سُند بیٖکھیاہ تھال یتھ مَنز سُہ أبیدٕ رٹان چھُ۔

أبیدِ ویلہِ ۔ [ >س : أبھید + ویلا ]۔ أبیدٕ تراونچ وِز۔

أبیدِ تراونُی ۔ میکھلہِ تہرانہِ سِنڈِس تھالس مَنز رۄپیہِ بیتر تراونہٕ۔

أبی یار ، أبی یار ۔ [ م ۔ مؤل : أبی یار >ف + آب + ک ۔ یار ] سُنگ رُوٗدِ رُوٗدبیہ ہُند وَق ۔ سُہ وَق یِلہِ سُخ رُوٗدِ رُوٗدے آسہِ۔

أبلگه ۔ [ مؤل : اَبلَگ ]۔ ہوی یہٕ کوزمُت ، ہورٕ نہٕ گومُت ( چار ووسے نہٕ جاناوار بیتر)۔ نار موٗتذب ۔ یُس نہٕ تہذیب آسہِ (اِنسان)۔

اُپیل ۔ [ م ۔ مؤل : اُپیل ‹ انگ : اپیل appeal ]
(۱) کُنہِ فاصلس بَرخلاف عَرضی ۔ (یوسہ
فاصلہٕ کَرَن وٲلِس کھوتہٕ تھدِس حاکمس
دِنہٕ یوان چھےٚ ) (۲) سُہ کاکز یُتھ پیٹھ
یہٕ عَرضی لیکھتھ آسہٕ ۔ (۳) دَرخاس
م ۱ جَندہٕ خاطرٕ اَپیل کَرٕنی ۔

اُتَر ۔ [ ‹ س ۱۰ اُتَرَ : ] اُتھی جایہٕ
(یوس نظرِ تَلے آسہٕ ) اُتُر نس ۔ اَترٕ تھے ۔
اُتہٕ اَری بچھِ نے میانہٕ اَچھ مہٕ وُچھِنے ۔
یہٕ چھِ تبٕلہٕ دِنان ییلہٕ کانٛہہ کانٛسہٕ مَدد
کَرنہٕ بَدل سَختی اَندَر تراوِ ۔ یہٕ چھُ
سَدارامنس زَنانہٕ کتھُس اَندَر سَرِچ تراوِتھ
پیٹھ وَننہٕ آمُت ۔
اُتُرنس ، اُتہٕ نیے ۔ اُتہٕ تھیے ۔ اُتھی ۔
اُتِر نس ۔ اُتھی جایہٕ ۔ تَتھی جایہٕ یوسہٕ
خَبرٕ چھےٚ ۔

اُتھر ۔ [ م ۔ مؤل ۔ اُتھر ] (۱) اَکہ کیوٚم یُس
مُنٛلی پٲلو کھیوان چھُ ۔ (۲) سُہ یُس گِتھہٕ رتھ
رَتِھ وٲتِتھ آسہٕ ۔ پیوٚد ۔ م : سُہ چھُ اُتھر ۔
اُتھرٕ لگنی ۔ (مُنلس ، پٲٹس بیترِ) اُتھر
کیوٚم لَگُن ۔ وَرگہٕ : دوہٕ تہٕ دوہٕ گژھُن ۔
(دِوُس) ، یِرٕتھ گژھُن ۔

اُتھرِ بُرِی ۔ اُتھر کھیوٚمُت ۔ یُتھ اُتھرٕ لَجِمُت
آسہٕ ۔

اُتھرِ کیوٚم ۔ اُتھر ۔ اَکہ کیوٚم یُس پٲلوَن
دوہٕ تہٕ دوہٕ چھہٕ گران ۔

اُتھرِ ٹُکھ ۔ کُنہٕ پٲلوٚس اُتھرِ سِتہٕ گومُت گودِ ہیٚرٕ

اُتھرِ لَد ۔ (۱) یُتھ اُتھر لجِمُت آسہٕ ۔ یہٕ اُتھر
کھیوٚمُت آسہٕ ۔ (۲) وَرگہٕ پاٹھی : یُس دوٚرٕ
دِوان آسہٕ ۔ اَپُھری لَد ۔

اُتھو ۔ یُس یہٕ چھُ تُتھی ۔ وُچھو ‹ اتھ › تہٕ ۔

اُٹ ۔ [ م ۔ مؤل : اَٹ ] (۱) گیٖڈ (۲) سٹرک
یا ییرِک بیترِ بوٚڈ گیوٚڈ ۔ (۳) ژوپے ۔
اُٹ کَرٕنی ۔ ژوپے کَرٕنی ۔ بکہٕ وَٹہٕ شمتہٕ کانٛسہٕ
خَلاف روزُن ۔

اُٹل کَرٕنی ۔ اَڈہٕ وازِ سندکار کَرُن ۱ ۔ زوٗرِ دانٕہ نُن ۔

اُڈِ اُڈِ ۔ [ مؤل : اَٹ ‹ س : ہَٹ ] کھرکھاد ۔
جایہٕ جایہٕ تہٕ دٲشہٕ دٲشہٕ ، بھرناوی بھرناوی
(اَمنہٕ چھاوُنہٕ باپتھ) ۔
اُڈِ اُڈِ کڈُن ۔ (اَمنہٕ چھاوُنہٕ باپتھ کانٛہہ)
جایہٕ جایہٕ تہٕ دٲشہٕ دٲشہٕ بھرناوُن ۔
کھرکھاو کَرُن ۔

اُڈٕ اُڈٕ نیرُن ۔ وَتہٕ وَتہٕ مَنٛز چھاوَنہٕ یُن۔
بُٹھ ہاوُن لایق نہٕ روزُن۔

اَجی ٹَن ۔ [ن۔ مؤل ، اَجی ٹَن < انگ : ایڈجوٗٹنٹ (ADJUTANT)] (۱) نایب ۔ مَددگار۔
(۲) فوٗجک اَکھ اَفسر یُس کرنَیلس تہٕ جرنَیلس بیترِ مَدد چھُ کران۔

اَجدَر (اَچھدَر) [ن۔ مؤل ، اَجدر / اَچھدر < ف: اَژدَھا]۔ اَکھ قِسمُک بوڈ سَرپھ یُس بَڈین بَڈین جانورن نال وَلان چھُ تہٕ نیٚنگلان چھُ ۔ اَجداہ۔

اَچھ ۔ [م۔ مؤل ، اَچھ < س: اَکشہِ۔ پراکرت: اَچ چھ ]۔ وُچھنُک یَنٛدرے ۔
لویہ، (م: وُچھان وُچھان لوسَم لوسے)۔
(دُنشٕرِ رٮ۪وٕش)
چشمہٕ۔ جِسمُک سُہ اَنٛگ یَتھ سیٚتی وُچھان چھِ۔

اَچھن اَنہِ گوٚٹ گژھُن۔ کہینہ نہٕ بوزنہٕ یُن۔

اَچھن اوٗنگجہ ٹٲسہٕ ۔ ٹھُلۍ ژوٗنۍ۔ یورے زیر زیر دِتھ کانٛہہ ہُر ییٹھ داتناوُن۔

اَچھن بوچھہ۔ اَپز بوچھہ۔ مٲل آسنے کینہہ کھیٚنُک ہوٚس گژھُن ۔ ٹھُلۍ ہوٚس گژھُن۔

اَچھن برونٹھہ کُنہِ نہٕ زرُون۔ پانس نِش نہٕ ژالُن۔ پانس نِش نہٕ روزنہٕ دِیُن۔ پانس نِشہِ دوٗر کرُن۔

اَچھن پیٚچہ۔ سوٗن وۄہگُن نہٕ بوزنہٕ یُن تُھوکہ کاڈِین کھسُن۔ ہٮ۪یے ہِنٛدِ یزتُک نہٕ خیال کرُن۔ اَچھ پھیپریتھ گژھنہٕ۔

اَچھن پیٚچہ پھیٚشرُ۔ اَچھن مَنٛز نہٕ آب روزُن۔ بِلکُل بدلُن۔

اَچھن پیٚچہ پھیٚشر گژھُن۔ لِحاظ نہٕ روزُن۔

اَچھن پان کھارُن۔ پان شِگہ ناوُن۔ ٹھُلۍ لَگن اَدرُون اَنُن۔

اَچھن ٹرٹ دِنۍ۔ اَچھن ٹھوٚپ دِیُن۔
کُنہِ کُنہِ اَچھ ٹوٗنہٕ۔

اَچھن پیٹھ کھسُن۔ ٹکَن ہیٚنٛزن نظرن مَنٛز شِکُن۔ تبیٚتھ کینہہ کرُن زِ لُکَن ییہِ اَدرُون۔

اَچھن پیٹھ کھالُن۔ تبیٚتھ نوٚن نیرُن یا نوٚن کَڈُن یَتھ سیٚتی پھٹِتھ نیرِ دِشہٕ راوُن۔ شِگہ ناوُن۔

اَچھن ترٛیلِش۔ ہوٚس۔ لالچ۔

اَچھن زوٗن لگنۍ۔ اَچھ لوسہٕ مَنٛز ہِشہٕ باسنہٕ۔

أچھ بیٹھ نہٕ ژھُنے رٕوِنی۔ گینٛژر نہٕ ہینہٕ دِنی۔ کانٛسہِ بیٹھ نہٕ حرف ہینہٕ دیُن۔ کانٛسہِ ہُند سیٹھا خیال تھاوُن۔

أچھ پٔژ اَنٛتھ۔ أچھ ہُند ہیٚبر یُم کوٚن۔

أچھ پھٹہِ نہٕ۔ (۱) حادِثہِ سٟتؠ ٹوٗلؠ ہیٚبرہ پھٹتھ نیٚرِنی۔ أچھن لاے نیٚرِنی۔ أچھ نیٚرنہٕ۔ (۲) پرٛاران پرٛاران أچھ لوسنہٕ۔

أچھ پھاٹوِنہٕ۔ (۱) أچھ گٔنڈنہٕ۔ (۲) پرٛاری پرٛاری أچھ لوسناونہٕ۔

أچھ پھیری پھیری وُچھُن۔ (۱) ہیٚبرہ تہٕ ہیٚبرہ وُچھُن۔ (۲) آرٕ برزٕ ژشمو وٕچھُن۔ (۳) حارانی سان وُچھُن۔ حاران گٔژھتھ وٕچھُن۔ (۴) (ورگہٕ پاٹھی) ژِ نیتھ سبزی ڈٔرے روزِنی۔

أچھ پھورِنی۔ (۱) ٹاریٚن ہُند پھورُن۔ ٹاریٚن ہٕنٛز وٕٹہٕ وٕتھ۔ ٹاریٚن ہُنٛد وٕتہٕ کُن۔ (۲) قبل کرنچ نیتھ آسنی۔ پھیٚریٹ سوچنی۔

أچھ پھوکھ۔ أچھ سٟتؠ ہاوُن، أچھ سٟتؠ ژینہٕ وَن دِنی۔ ٹھاکھ کرنہٕ باپتھ أچھ ناٹھ ہاوِنی۔

أچھ پھیرنہٕ۔ لحاظہِ راوُن۔ لحاظ نہٕ روزُن، پرٛانہِ أچھ نہٕ روزنہٕ۔ أچھن منٛزٕ آب روزُن۔ (ورگہٕ) مرُن۔ مرن وِزِ أچھ ژھیپونہٕ۔

أچھ پھیٚژھ۔ أچھ پھیرنہٕ۔ ہمٛانہِ أچھ نہٕ روزنہٕ۔ لحاظ ژھینُن (تھوٚد رُتبہٕ یا پانٛسہٕ ٹھونٛگ بنُنہٕ کنی)۔

أچھ پھیٚر گٔژھُن۔ لحاظہِ راوُن۔ أچھن منٛزٕ نہٕ آب روزُن۔

أچھ پھیوٚر۔ (زہینہٕ ہیٚٹھ یا ہنہٕ گومُت) ٹارِس ہیٚٹھ داغ۔

أچھ تٔلی نیرُن۔ آنٛٹہِ نہٕ گھسُن۔ ٹور نہٕ ووٗتلُن۔ فکرِ نہٕ کھسُن۔

أچھ تٔلی بٕرُن۔ سُہ چیز بیترِ یس آنٛٹہِ کھسہِ یا ہیٚمہِ سٟتؠ ٹور ووٗتلہِ سیٹھا۔

أچھ تٔلی یُن۔ آنٛٹہِ کھسُن۔ ٹور ووٗتلُن۔ ٹارہٕ کھسُن سیٹھا باسُن۔

أچھ توورنہٕ۔ دیکھتی پاٹھی وُچھُن۔ تتھ کُنی ٹوٗلی ہیٚبر کڈی کڈی وُچھُن یتھ بیٹھ کھوژِ۔ أچھو سٟتؠ بیم ہاوُن۔ أچھ ترٛکراونہٕ۔

أچھ ترٕوٚ پیرٕنہٕ- أچھ دٕٹنہٕ- أچھ بنٛد روزنہٕ-
(خاص کرِتھ شُنلپوسٕنی)-
أچھ ہیمبرٕ- أچھن گاش کاٛمنہٕ گژھن یکاژ ہیمبر-
أچھ ہیمبوٚر- یُس یُس ہیمبرٕ آسن بیس نہٕ
بوزنہٕ آسہِ لِوان یُس نہٕ أچھن گاش آسہِ-
أچھ ہیمبنہٕ- (۱) کانٛہہ چیز وُچھنہٕ سٕتھ لاچار
گژھُن- ہوٚس بُڈُن- بُژُن- تمبلُن-
(۲) اَرٕ دُن یُن-
أچھ ٹارٕی- أچھن ہنٛدی نیٛبرِمی پردٕ-
أچھ ٹیٹہٕ وار (وٲرز) [م]- سۆل: أچھ ٹیٹہٕ وار-
< پراکرِت: اَچ چھ < اَکشہِ + پراکرِت
ٹینٹا + س: دِسار] پوٚتُس یتھ أچھ
ٹینٹہٕ گژھنہٕ-
أچھ ٹیٹہٕ وارس منٛز- (ل.م) أچھ ٹینٹہٕ
منٛز- أکس لحظس منٛز- أکس ژٕہس منٛز-
بلکُل کم وقتس منٛز- أکس برٕنٛزِس منٛز-
دُچھان وُچھان-
أچھ ٹینٛٹھ- (۱) زیٛچھ- زوٚل (۲) أچھ ہیٚنٛز
ہاوٕن- أچھ ناٹھ- (۳) سیٹھا کم کال-
أچھ ٹُونی- (۱) أچھ دٕٹنی- گوٚش دِیُن- بُتھہِ
باس دِیُن زَن نہٕ دُچھنے- نظر انداز کرُن-

(۲) مرُن-
أچھ ٹھیٛٹھ- أچھ دژامُت پھُٹُل- أچھ پھیٚٹُر
لاگے-
أچھ ڈَرس لگنہٕ- (۱) أچھ روٗزِتھ گژھنہٕ
(خاص کرِتھ مرنہٕ وِزِ)- أکی سیے طرفس کُن
وُچھان روزُن- مَرے گنٛڈِتھ روزُن-
أچھن نہٕ ٹیٹہٕ وار گژھن- تژہِ حالتہٕ منٛز
آسُن یتھ منٛز أچھ وُہری بیٹھے روزَن-
(۲) کانٛسہِ پراران پراران وُتہٕ وُچھان روزُن-
أچھ ڈَرٕ- أچھن ہنٛز تژہ حالتھ یتھ منٛز
نہٕ تمن ٹیٹہٕ وار نہٕ سیدِ یا کُنہِ طرفس پھیرا
(یتھ کُنی مرنہٕ وِزِ یا وُتاہ بیترِ ینہٕ وِزِ گژھان چھُ
أچھ ڈرٕ لگنہٕ- أچھ روٗزِتھ گژھنہٕ (خاصکر یتھ مرن وِزِ
مَرے گنٛڈِتھ روزُن- تژہ حالتہٕ منٛز آسُن- یتھ منٛز
أچھ وُہری بیٹھے روزَن-
أچھ داٗدٕ پٹہٕ- دوا پُٹ یا کپُر لاٹھ یُس أچھ داٗدِس
منٛز أچھن گنٛڈتہٕ ییٚہ-
أچھ داٗدی لد- یُس أچھ دود آسہِ-
أچھ داٗدی لد سندی پاٗٹھی (ژھانٛڈُن) (ل.م) تمی سنٛدی
پاٗٹھی یُس أچھ دود آسہِ- ورگہٕ، سُنٛخ حاجتھ منٛد
سنٛدی پاٗٹھی (ژھانٛڈُن) تھیٛپہٕ تھیٛپہٕ (کانٛہہ یا کینٛہہ
أچھ دِنٕی- چشمہٕ بد- ہینٛیس بد بیٹھ ...

وُچھُن۔ بێیِس وُچھنہٕ اَدرُون یُن تہٕ
تَس پیٹھ ناکارٕ اثر ترٛاوُن۔

أچھ دود۔ سُہ دود یُس أچھ کرِ۔ أچھ ہُند دود۔ أچھن ہٕنز بیمٲری۔

أچھ راوٕنہٕ۔ تیٖژھ کینٛہہ کرُن یێمہِ سیتی دوون مَنٛز دُشمَنُت گژھِ۔ کانٛہہ اَکھ بێیِس کرُن یێمہِ سیتی تہٕ یِنہٕ أچھ ہیکَن میلِتھ۔

أچھ راوٕنہٕ۔ تیٖژھ کینٛہہ سپدُن یێمہِ سیتی دوون مَنٛز دُشمَنُت گژھِ نہٕ لِحاظ ژھێنہٕ۔ اَکھ أکِس نہٕ سمکھُن لایق روزُن۔ تیٖژہ ژھێن گژھُن یتھ مَنٛزٕ أچھ ہیکَن میلِتھ۔

أچھ راوٕنہٕ۔ تیٖژھ کینٛہہ کرُن یێمہِ سیتی دوون مَنٛز دُشمَنُت گژھِ۔ کانٛہہ اَکھ بێیِس کرُن یێمہِ سیتی نہٕ یِنہٕ أچھ ہیکَن میلِتھ۔

أچھ ژٕٹنہٕ۔ لِحاظ ژٕٹُن۔ کانٛسہِ سیتی راوٕرُن۔

أچھ ژارِن گژھنہٕ۔ أچھ ڈارِن گژھنہٕ۔ أچھ کھوڈُن گژھنہٕ۔ أچھ وَسنہٕ (بُتھ کینی) شُس گژھُن۔ کمزور گژھُن۔

أچھ ژارٕری۔ أڈی جن ہێنٛدی گرٕیمَن مَنٛز ٹۄلی آسان چھِ۔ أچھ کھانکھر۔

أچھ ژٕہ ہمبوٗر۔ یُس أچھ کرِتھ یُس کوکارٕ پیٹھنٕ أچھ آسَن۔

أچھ کڈٕ أچھ کڈٕ۔ ژُدنہٕ وِز تیتھ کُنی تووٕرِ تووٕرِ وُچھُن زٕنتہٕ اَکھ أکِس ٹۄلی کڈِتھ نِن یێمِکہِ سان اَکھ أکِس بُتھ یُن۔

أچھ کڈٕنی۔ أچھ کورٕنی۔ کون کرُن۔ أچھ نِشہٕ کرُن۔

أچھ کانٛی جان وَتھ کانٛی نہٕ۔ نہٕ ڈیٖٹھ کو باپارٕس مَنٛز گژھنہٕ کھوٹھ کھوٹانے آسنی۔ یین دین گژھِ ٹھیکھ آسُن یتھ اِنسان بێیِہ نہٕ بُرٕ ڈیٖٹھہ کُن پَرٕ تہٕ پیٛارِتھ ہیکِہ۔

أچھ کانٛی کرٕنی۔ بدمامِلہ لاگُن۔ یین دینَس مَنٛز نہٕ سیوٗد ہُکُن۔

أچھ کٕٹٕر۔ تکلیف دِوُن أچھ اَندٕر زامُت کانٛہہ چیز۔ سُہ چیز یێمہِ سیتی أچھن ڈل ییہِ۔ (۲) ییٚیچ یا یێیٹرٕ پُش آسہِ۔ یہِ کینٛژا کھر۔

أچھ کوٗرنہٕ۔ أچھ گوٗلِ کڈٕنہٕ ننی۔ أچھ کھانکھرُد مَنٛز أچھ موکلہِ کڈنہٕ۔

أچھ کون۔ ڈیٖہی بوٗزٕنی۔ ہیٚتھُے نہٕ ہیکُن۔ أکِس ژٕوٗرتہٕ ہێیِس کم دیُن۔

اَچھ کوٗن ہَچھ کوٗن ۔ اَچھ کون ۔ ڈُبی بوڈی،
بُبُھوٗے نہٕ پَکُن ۔ اَکس ژوٗر نہٕ بنیس
کَمُ دیُن ۔

اَچھ کوٗن کرُن ۔ اَچھ کوٗن ہَچھ کوٗن کرُن ۔
تیٖتھ پَکُن یُتھ اَکُس سُنٛد خیال تھَوِ زِ تہٕ
ببیٚے سُنٛد پَروٲے کرِٕ زِ نہٕ۔ (زَنتہٕ اَکیے
اَچھ چھےٚ بیا اَکی طَرفہٕ چھُ بوزنہٕ لوان)

اَچھ کھوٗنکھُر ۔ اَچھ ژور ۔ سوٗ جاے یَتہٕ مَنٛز
اَچھ گوٗل آسان چھُ ۔

اَچھ کیٚھوٗن ۔ یَس اَنِہ اَچھ آسن یَس
مرزِ اَچھ آسن ۔

اَچھ گاش ۔ ١، اَچھَن ہنٛز روشنی ۔ اَچھَن
ہنٛد وُچھنُک طاقت ۔ ٢، ژوٗٹھ بیٛچھوٗ ۔
ژوٗٹھ شُر ۔

اَچھ گاش دیُن ۔ بارِ زان دِنی ۔ تالیم
دِنی ۔ لیکھنہٕ پرٛنہٕ ہیٚچھناوُن ۔

اَچھ گوٗل ۔ ژوٗل ۔

اَچھ لَگنی ۔ ١، اَچھ وَتھنہٕ ہنی ۔ ٢، بێنٛدرِ
زِبہٕ گژھنی ۔ زوٗل گژھنی ۔ ٣، نَظر لگنی ۔

اَچھ لاگنٕے ۔ اَچھو سٟتی اَکہ اَکس ڈیٚشُن ۔
سَنہٕ ہَرِ یَتہٕ مَنٛز زیٛادٕ اَچھو سٟتی ژوٗنہٕ

یہٕ ۔ دُشمنت ۔ شُنرُت ۔

اَچھ لال ۔ موٗنہٕ پھوٗل ۔

اَچھ لوسنہٕ ۔ (ہزاری ہزاری) اَچھ ٹھکنہٕ ۔ لیبہٕ
لوسنہٕ ۔

اَچھ مَنگنہٕ ۔ ١، گاش مَنگُن ۔ ٢، اَچھَن بوچھہٕ ۔

اَچھ مچھ لوٗتھ ۔ سَیر کرنے ۔ رِنہٕ کرُت وُچھنے ۔
اَمنی مانی ۔

اَچھ میلنہٕ ۔ اَچھ ہیٚل گژھن ۔ سَمکھن (کانٛسہٕ) ۔
دٲرگر: کانٛہہ ڈلیشتھ تَسُند لحاظ کرُن ۔

اَچھ ہیٚل گژھن ۔ یانہٕ نِیار گژھن) مٲے
محبت (اَسپدُن)، اَچھ میلنہٕ ۔

اَچھ ناٹھ ۔ اَچھ ہٕتی اِشارہٕ ۔ اَچھ سٟتی زیٖنہٕ دِن ۔

اَچھ ناٹھہٕ گرنہٕ ۔ ١، اَچھ ہٕتی اِشارٕ کرُن ۔ اَچھ ہٕتی
ہاوُن ۔ اَچھ سٟتی زیٖنہٕ وَن دِنی ۔ ٢، اَچھو
سٟتی ہاوُن زِ میٚیٚ چھُ تہٕ تۆرے چھےٚ نہٕ ۔

اَچھ نیٖک ۔ یَس نَجہٕ اَچھ آسن ۔ یَس نہٕ اَچھ
وُنیچھہٕ آسن ۔

اَچھ وٹنہٕ ۔ اَچھ بنٛد کرنہٕ ۔ اَچھ ٹوٗنہٕ ۔
(دٲرگر: مَرُن ۔

اَچھ وَزٕھ ۔ اَچھ وَزِٕ آسنہٕ ۔ اَچھ نہٕ بنٛد آسنہٕ ۔

اَچھ وَزٕھ تہٕ گاشہٕ رَژھ ۔ یہٕ چھِہ اَکہ وۆنیُم،

تہٕ گوٚ أچھَن نہٕ دَزٕنۍ آسنہٕ تہٕ کینٛہہ درٛینٛٹھۍ یُن۔
کاژ تیمبَر۔

**أچھ ووٕ تِلنی۔** سیر گژھُن۔ ٹوٗر ووٕتلُن۔

**أچھ ویٛوٗٹھ۔** یَس وٕیٛتھ أچھ آسن۔ بجہٕ ٹھہ جہٕ کَرِتھ۔

**أچھ ہَر۔** أچھ لَڑ اَے۔ آچھو سیتۍ ژُہنۍ۔ اَکھ أکِس أچھ تووریٚنۍ۔

**أچھ ہُنٛد منہٕ پھوٗل آسُن۔** سیٹھا ٹوٹھ آسُن۔

**أچھ ہِنے آسنہٕ۔** (ہِزٕلِسان) لوٕ کٕلے آسُن۔ (کوٗٹھبن) أچھ ہِنہٕ آنٛزی بَنُن۔ کاٹھی گژھُن۔

**أچھ بوٗوُن۔** کاَفی۔ "بیٚشوٗت زٕ یُتھ ٹوٗر ووٕتلِ نَلا گژھہٕ۔"

**أچھ یُن۔** تَلا گژھُن۔ سیر گژھُن۔ ٹارہٕ کھسُن۔

**أچھَروال۔** [ن۔ مؤل: أچھَروال < س: اَکشَر + ک: ار + س: آلہ] (۱) ٹارین ہُنٛدی وال۔ (۲) أچھَروالس سوٚمب۔ سیٹھاہ کم زرھا۔ موپلہٕ۔

**أچھَروال ٹوٗسی۔** أچھَروال ٹُسا وٕنۍ۔ ہیہٕ ژانُن۔ کھوٗژنہٕ ناوُن۔

**أچھَروالو سیتۍ تُلُن۔** سیٹھا قَدر کَرُنۍ۔ ضلیہٕ نہٕ گژھنہٕ دِیُن۔

**أچھَروالو سیتۍ گَنٛڈی کَٹھنۍ۔** کانٛسہٕ سَنٛز یِزٕت کَرُن۔ سیٹھا لول بَرُن۔ سیٹھا پیالِہ برداری کَرُنۍ۔ کانٛسہٕ ہِنٛز تہٕ بَرٛونٛٹھی وُچھُن۔

**أچھَروال وٕسنۍ۔** داد بیتَرِ سیتۍ أچھَروال ہیٚرتھ تِلنۍ۔

**أچھُل۔** وُچھِو "أچھیٛٹھ"۔

**أچھوٗت۔** (اُو چھوٗت) (ل۔م) یُس نہٕ چھوٗنہٕ پیہہٕ۔ یَس سیتۍ نہٕ ووتھنہٕ بیٹھنہٕ پیہہٕ۔ تِمہٕ ژار ہُنٛد ہِنٛتھ چھُہ آسہٕ آمُت دِنہٕ ہیُرکِن۔

**أدیب۔** [ؤل: أدیب < ع: أدیب۔] أدب تخلیق کَرن وول۔ لِکھاری، شاعر بیتَر۔

**أدی ہیٛبنٛوٗل۔** [ن۔ مؤل: أدی ہیٛل < ہ: آدھیلا < س: اَردھ ہرنہٕ] ڈمبرۍ۔ دیلہٕ۔

**أڈٕج۔** [م۔ مؤل: أڈٕج < س: ہڈہٕ + ک: لج] کَژٕ ژُج لوکٕٹ چھَل۔ ماز وَرائے جِسمُک اکھ سَخ حِصہٕ۔ تِمیُک کاٹھہٕ ٹُکرٕ۔

**أڈٕ جَن سوٗر کَرُن۔** سَخ چوب دِنۍ۔ سَخ لایُن۔

**أڈٕی جَن سوٗر گژھُن۔** سَخ تھکُن۔ زھینٛہہ پیُن۔

**أڈی جہٕ۔** (۱) کَژٕ ژُج چھَلہٕ (۲) جِسمُک نِشال۔ (۳) یِہ کانٛسہٕ مَرِتھ پَتہٕ کُن آسہٕ تروومُت — (م): تِموکِنہٕ ماَلِس ماجِہ ہِنٛز أڈی جہٕ تام۔

**أڈی جہٕ پَنٛزُل۔** ۔گکُز ژ (۱) یَس جِسمَس پیٚٹھ

سیٹھہٕ کم ماز آسہٕ ۔ زامہٕ ئل تہٕ زوٗکھنہٕ لیٛوٗز۔
بَس اُڈجہِ کَرٛنژٕ یوت موٗژیومُت آسہٕ
ہوکھمُت۔ م: تَس چُھنہٕ رَتھ یا ماز
کُنہٕ یوٗزی تون اُڈۍ جہِ پٕنژرِل۔

**اُڈۍ جہِ پھٹراوُنہٕ** ۔ اُڈۍ جہِ ژٕٹنہٕ۔ سَخ لایُن۔
سَخ ماردیُن۔ اُری ماری پھیشی کَرنی۔

**اُڈۍ جہِ ترٛنگُر** ۔ (١) اُڈۍ جَن ہنز رز۔ (٢) اُڈجہٕ
یا ژٕ موٗژیومُت، اُڈۍ جہِ کَرٛنژٕ یوت
روٗدمُت۔ ہوکھمُت تہٕ لیٛوٗز۔

**اُڈۍ جہِ کونٕز پچے، پَنُن آم نہٕ کاشہٕ** ۔ یہٕ
کَہاوَتھ چھ تمہِ وِزِ وَنان ییلہِ کاشہٕ پَنُن آستہ
کانٕسہٕ تارِ۔ نہٕ ڈیچھ گو باڑی چھےٚ پَننیے
تران۔

**اُڈۍ جہِ کَرٛنژ** ۔ اُڈۍ جَن ہُنٛد پِنجر۔ ورگہٕ:
سیٹھا کمزور، لاغر۔ یُس کوتاہے یوت
موٗژیومُت آسہٕ۔

**اُڈۍ جہِ کھونٛگُر** ۔ اُڈۍ جَن ہُنٛد کَرٛنژ۔ پُوٗرہٕ
کرٛنژ اکھ ٹُکر اُڈج۔

**اُڈِنی گُڈنی** ۔ [م۔ مؤل، اُڈِنی گُڈِنی < س: گھَٹنی +
ہوٗتہ صدا۔ ک: اُڈِنی۔] گرٛگ سامانہٕ۔
لوٗکٹ کھولوٗڈ۔ گرٛدیتھ۔

**اُڈۍ** ۔ ہوڈ (ڈگرۍ سنز)۔

**اُڈیٹَر** ۔ [مؤل: اُڈیٹَر < انگ: ایڈیٹر] شیرہٕ
ژارٕ کَرَن وول۔ ترتیب دِنہٕ وول (رِسالس
اَخبارس بیترِ) ایڈِٹ کَرَن وول۔

**اُڈیٹوریَل** ۔ [ن۔ مؤل: اُڈیٹوریَل < انگ:
ایڈیٹوریَل] سُہ مضموٗن یُس اُڈیٹرٕ سٕندِ
طرفہٕ (رِسالس، اَخبارس بیترِ) چھپہٕ۔

**اُذِیت** : (اُذِیتھ) م: مؤل، اُذِیت < ع: اَذِیت]
تکلیف ۔ دوکھ۔ اِیذا۔ عذاب۔

**اُر** [١] ۔ اُرِوِزِ زبہٕ زرہٕ کرنچ یا رِشرہٕ تلنچ آواز۔

**اُر** [٢] ۔ [م۔ مؤل: اَر < س: آرہ] اکہِ قسمُک
زٕہٕٹھ لٕنہٕ پیٛٹھ ستو کوٹین ہٕچھرہٕ چھ بناوان۔

**اُر** [٣] ۔ [م۔ مؤل: اَر] (١) ژوپوٗتھ، یتھ تہٕ رُم
یا تھل آسہٕ وٕزمُت۔ (٢) دادِ ڈگہٕ زٕژہٕ،
وُچھو اور تہٕ۔

**اُرِنی** ۔ [ < س: اَرُنہٕ (پُشپہٕ)] اکہِ
پوشہٕ کُلِج یتھ لیٛدرِ رنگہٕ پوش نیران چھ۔

**اُری نہٕ پوش** ۔ [ < س: اَرنیہٕ پُشپہٕ]
اکھ لیٛدر پوشہٕ ذاتھ یوس اُری نہٕ پوشہِ
کُلِج پھولان چھے۔

**اُری نہِ رَنگ** ۔ اُری نہٕ پوشُک رنگ۔

(بُس لیشوٗدٕر آسان چھُ) لیشوٗ دُرٕ رنگ۔
بُسہٕ، خاصکرِتھ بیمار تہٕ ٹھیکہٕ صحتس منٛز
نہٕ آسنہٕ کِنی بُس لیڈریر پانٛس پھیران چھُ۔

أرىٔ اَچھر۔ بولنچہِ تِمہٕ آوازِ یِمہٕ آسہٕ منٛزٕ روٗٹ
گڑھنہٕ روٗس ذیوٗہِ منٛزٕ تٔلہٕ تزاوِ سٟتی
کڈٕنہٕ یِن۔ سورنہٕ یِمَن وَرٲے چھنہٕ
"زری اَچھر" وَزان یا برٛوٗنٛہہ پکان۔
م، ا، ہ، ی۔

أرىٕ نہٕ مال۔ کٔشیرِ ہنٛز اکھ مشہوٗر شاعِر۔ یوسہٕ
پٹھان وقتس منٛز آس۔

أژدھا۔ [ ن۔ مۆل: أژدھا < ف: اژدھا ]
اُچھدٕر۔

أسِسٹنٛٹ۔ (أسِسٹنٛٹ) [مۆل: أسِسٹنٛٹ
< انگ۔ آسِسٹنٛٹ (ASSISTANT)]
نایب۔ افسرس سٟتی بِہِتھ کامہٕ وُستہٕ
افسر یا مدد گار۔

أسیر۔ [مۆل: أسیر < ع: اَسیر] قیدی۔
بانٛدی۔ بنٛد تھوٗومُت۔ رٹنہٕ آمُت۔

أسیسَر۔ [مۆل: أسیسر < انگ: اسیسر (ASSESSOR)] (جَجَس مدد کرنہٕ باپتھ)
فوجداری عدالتس منٛز لُکن ہنٛدِ طرفہٕ

ژٲری ہنٛی کینٛہہ زٕٹھی۔

أسىٔ[1]۔ [ < س: اَسہٕ ] ہم تہٕ ہم سٟتی
سٟتی چھِہ۔ سأنۍ۔ سٲنۍ سان ہم پیٹھہ چھِہ۔
"ہ" لفظُک جمع۔

أسىٔ[2]۔ [ < ک: اَس < س: ہَس + ک۔ ی]
اَرسۃ۔ اَسُن زِھنۃ۔

أسىٔ أسىٔ[2]۔ ۱۔ اسان تہٕ اسان ۲۔ خوشی
سان۔ گِنٛدان گِنٛدان۔
أسىٔ أسىٔ گرُس گژھُن۔ أسىٔ أسىٔ نیلہٕ گژھنہٕ
أسىٔ أسىٔ ہلی کانہٕ پھٹنہٕ۔ واریاہس
کالس اَسُن۔ سَخ اَسُن۔

أستٕرِکہٕ۔ [م۔ مۆل: أستٕرِک < س: اسنھا]
اَڈی جِر تہٕ سوٗر۔ بیترِس موردٕ زالنہٕ
پتہٕ پتھ کُن روزان چھُ۔

أشیر [ن۔ مۆل: أشیر] اکھ وون پوشک ناد۔

أش لپش۔ [م۔ مۆل: أش لپش < س:
اَشیشہ] اکھ بٔنٛیتُر۔ (جو تشک
اکھ لفظ)۔

أشمُج۔ کٔشیرِ ہنٛز اکھ گامُک ناو۔

أصیل۔ [مۆل: أصیل < ع: اَصیل]
خاندانی۔ ذاتٕل۔ بٔڈ گرٕ زامُت شریف۔

أصیلَن لار۔ شریفَن چھِ مُصیبتہ پیتے
آسان۔
أطلاس۔ [ن۔ مؤل : أطلاس <ع: أطلَس ]۔
أکھ موُل کپُر۔
أکِھ کُن۔ أکِس طرفَس کُن۔ أکِس أنٛدس کُن۔
أنٛدکُن۔ وُچھو اکھ لفظس تل تیر۔
أکِس أچھ سو رمہِ أکِس أچھ نلہِ تھوتھ۔ ا۔ دۄن
مَنٛز فرق گَنٛزرُن۔ ۲۔ زِ نظر کرُن۔
۳۔ زِ أچھ (کرُن) وُچھ اکھ لفظس تل تیر۔
أکھمہِ ژاپنہِ۔ زِسمہِ ژاپنہِ۔ ژکھ ژاپنی۔ أنٛدری
أنٛدری پھوشنی۔
أگن۔ [ن۔ مؤل : أگن <س : أگنہِ ]۔ ہوَن
(یا پوٗزا) کرنہِ باپتھ زالنہٕ آمُت نار۔
أرِش۔ [م۔ مؤل : أرِش <س : آتسی]
اکھ گل تہٕ تمٕیک بیوٗل۔ امِکِس
بیالس چھُ تیل لوان کڈنہِ۔
ألِشہِ پراگ۔ چھوٗمبتھ ألِشہِ کانٛڈ۔
ألِشہِ کرُٹ۔
ألِشہِ پھَل۔ چھوٗمبتھ چھاٛنتھ ژرامُت
ألِشہِ بیوٗل۔
ألِشہِ تیل۔ ألِشہِ مَنٛزِ کوڈمُت تیل۔

ألِشہِ ہٕنٛد تیل۔ سُہ تیل یُس ألِشہِ
آسہِ کوڈمُت۔
ألِشہِ کاٹھ۔ ألِشہِ کانٛڈ۔
ألِشہِ کانٛڈ۔ ألِشہِ کُلمٕنیک کاٹھ۔
ألِشہِ کوٗش۔ ألِشہِ بوٗس۔
ألِشہِ کرُٹ۔ نیٛک نیٛک کرِتھ ألِشہِ
کانٛڈ یُس چاروایَن تہٕ کھیتُن چھِ دِوان
تہٕ بورَس تہٕ چھِ پراجہِ بدل تراوان۔
ألِشہِ کھَل۔ تیل کڈِتھ ألِشہِ کنٛشک ووٗر۔
ألِشہِ کھَچ۔
ألِشہِ کھَچ۔ تیل کڈِتھ ألِشہِ کنٛشک ووٗر
یُس پتہِ گیٚن کھیوٗن چھِ دِوان۔
أرِش لاگنی۔ ژرُٹ لاگنی۔ اگادِ گرُزھن
تھچھے نہٕ تُلنی۔ پتے روزُن۔
ألِف۔ [ن۔ مؤل : ألِف <ع : الِف ] ۱۔ عرَبی
تہٕ فارسیُک گوڈنیُک اَچھُرُ۔ ۲۔ تمہِ
ٹیمبہٕ یمہ کأشِرِ ٹوٗہہ کَڈنہٕ چھِ یوان۔
ألِف وأنی۔ ألِف وأنی۔ سَنٛخ وَدُن۔
ألِف بے۔ [ <ع : ا ، ب ] فارسی
اَچھَر۔ اَچھَر۔
ألِف لأل۔ [م۔ مؤل : ألِف لأل <ع : الف + لیلہ ]
۱۔ عرَبی زبانی ہنٛزِ اکِہ مشہور دٔلیلہِ کتاب

ہُنْدِ ناو ، راہزورگہٕ ! زہٕپٹھ داستان ،

ذٔلیل ۔ زاہٹھ زاپٹھ ۔

**أَلِف لأَل وَنٕنی / بوزناوٕنی** ۔ پٕہنی

دادٕری کانِگر بوزناوٕنی ۔

**أَلِفِہٕ قَد** ۔ تھوٚد تہٕ زیبا قَد ۔

**أَلی یا آلِہٕ** ۔ اَکھ پوٚنتہٕ لوٗگ یُس وَق ہاوان چھُ ۔

م : تیٖلی ۔ کیٖلی ۔ بیٖلی یا تیٖلِہٕ ، بیٖلِہٕ بیترِ ۔

**أَلی أَلی پان کھارُن** ۔ وہٕٹھنس کَن کرُن سیٹھا

مازٕ لَدُن ۔

**أَلی أَلی مازٕ لَدُن** ۔ سَخ وہٕٹھُن ۔ أَلی أَلی پان کھارُن ۔

**أَلی تہٕ نہٕ ہٕلی تہٕ** ۔ ہُنرٕ تہٕ تہٕ اُپرٕ تہٕ ۔

**أَلی تہٕ گٔلی اَنٕنی** ۔ تَنگ اَنُن ۔ عاجِز اَنُن ۔ اَتھ وَتھ

نہٕ دِنی ۔ تنہٕ اَنُن ۔

**أَلی ٹَنٛگ** ۔ ٹَنٛگَن ہُنٛد لُوکُٹ قِسِم ۔

**أَلی عالَم شَلی عالَم** ۔ بیٚیِہٕ لوٗکٕ تہٕ پرٕ لوٗکک وِیُز ۔

یہٕ دُنیا تہٕ شُرٕ دُنیا ۔ یورِچ تہٕ

تورِچ آش ۔ دوٕ شونی زگتَن ہِنٛز وہٕمید ۔

**أَلی یا ٔلی** ۔ بیٚتھِہ تِنتھ ۔ اَکھ زٕنگی نَتہٕ بیٚیِہٕ زٕنگی ۔

**أَلکہٕ** ۔ [ن ۔ مٔول : أُلَک <س : اَلکہٕ] ۔

شُرٕ بہٕ ہِنٛزِ شَکلِہٕ کَنٛن لاگنک

اَکھ وُس ۔

**أَلکَن** ۔ اَکھ أَلکہٕ ۔ دوٕ یوٕ أَلکو مَنٛز اَکھ ۔

(وُچھو ؛ أَلکہٕ ، تہٕ) ۔

**أَلکہٕ ہوٚر** ۔ أَلکہٕ جوٚری ۔

**أَمیٖر** ۔ [ مٔول : أَمیٖر <ع : اَمیٖر ] ، ۱۔ دٕیار

وول ۔ دُنیا دار ۔ راز ۔ ۲۔ سَردار ۔ حاکِم ۔

**أَمیرِ کَبیٖر** (ل ۔ م) ۔ بوٚڈ أَمیٖر ۔ حضرتِ سیٖد

علی ہمدانی ، ہُنٛد لَقَب ، یُمن شاہ

ہَمدان تہٕ وَنان چھِ ۔

**أَمیرُل مُومِنیٖن** ۔ مُسلمانَن ہُنٛد خلیفہٕ ، بادشاہ ،

سَردار ۔ یہٕ خطاب چھُ گوڈٕ حضرتِ عُمرٕ

فاروقس دِنہٕ آمُت ۔ (ف ۔ آصفیہ) ۔

**أَمیٖن** ۔ [ن ۔ مٔول : أَمیٖن <ع : اَمیٖن ] ۔

۱۔ اَمانتھ دار ۔ اَمانتس راچھ کرن وول ۔

**أَمی** ۔ یُس وَنہٕ چھُ تَمی ۔ یُس نٔر کتھ چھِنے تَمی ۔

**أَمی راکَدَل** ۔ سِرینگرُک اَکھ مَشہوٗر کَدَل ناو

یُس گوڈٕ أَمیٖر خان جوان شیٖرٕ نِس

زمانس مَنٛز بَناونہٕ آو ۔

**أَنیکھ** ۔ [ مٔول : أَنیک <س : اَنیکہٕ ] ۔

سیٹھا ، حَد نِشاد ۔ اَنتھ رُوس ۔

**أَنٕبِیا** ۔ " نَبی " لَفظُک جَمع ۔

وار یاہ نَبی ۔ وار یاہ پَیغمبر ۔

أنجیر [ ن۔ مۆل: أنجیر < س: أنجیر ـ ف: أنجیر ]
اَکِ میوٕک ناو یتھ دوٕد ہیتھ نیران چھُ۔

أنٛدر ۔ [ ن۔ مۆل: أنٛدر < س: اَنتَرہ ]
أنٛدرم۔

أنٛدرِ چھل۔ أنٛدرٕمَن ہُنٛد چھوکہ۔ أنٛدرم پھُٹِتھ دژامُت ۔

أنٛدرِ وانٛٹھ۔ أنٛٹھِ وانٛٹھ۔ أنٛدرم تہٕ ڈومب بیترِ۔

أنٛدرَم ۔ [ ن۔ مۆل: أنٛدرم < س: اَنتَرم ] أنٛدرر

أنٛدرَم گَٹُن ۔ أنٛدرم ٹُکرِ۔ أنٛدرٕنک کانٛہہ اَکھ حِصہٕ۔

أنٛدرم لوٚٹھ ۔ أنٛدرم گیوٚڈ۔ یمَن أنٛدرمَن ہُنٛد گیوٚڈ یم نیبر آسَن دژامتی یا تِم أنٛدرم یم ہنجہٕ یِڈ أنٛدر وٕھتی آسَن ۔

أنٛدرم لوٚٹھر ۔ أنٛدرم گَٹ۔ وُچھِو (أنٛدرم لوٚٹھ) تہٕ۔

أنٛدرم نوٚر۔ أنٛدرم کُٹُن۔

أنٛدرمَن گرٛنٛد کرٛنۍ۔ کأنٛسہِ ہنٛدِس منٛس سام ہیٚنۍ۔ أنٛدرمَن شمارٕ ہیٚون۔

ٹٲنٛنۍ گوہ گَل تٲنٛنۍ کَڈِنۍ۔

أنٛڈ ۔ [ م۔ مۆل: اَنٛڈ ] کانٛژلین ہُنٛد اَکھ اوزار۔

أنٛز ۔ [ ن۔ مۆل: أنٛز < س: ہنسہ ] تھزگرَدَن کرِتھ اَکھ بَطخ ذاتھ۔ م: أنٛزِنۍ
(دارِکِنۍ) أنٛزأژُن ۔ تہٕ ک پأرُن ییٚنیچ نہٕ وۄمید آسہٕ۔ اوسے کینٛہہ تیار داتُن۔

أنٛز باو۔ أنٛزٕ زنگِہ ہُنٛد پیٹھِمُ حِصہٕ۔

أنٛز لوٚر، أنٛز بَرن۔ أنٛزِ سِنٛدِ اُڑنٕچ وَتھ۔ لَبہٕ یا دوٕسہٕ منٛز تیز جلے بیپأری اِلسان ہیٚکہٕ أنٛزِ سٕنٛزِ پأٹھۍ کأر نوٚمرِتھ اُزِتھ۔ بأغس یا وارِ عوٚکرُ۔ لوٚر بیپأری صِ رواے ہیٚکَن نہٕ اُزِتھ ۔

أنٛزہٕ گرَدَن ۔ أنٛزہٕ ہنٛزِ پٲٹھۍ وٚنیٚگِ تہٕ لوٚزُک گرَدَن۔ زیٹھ تہٕ زاوِ گرَدَن۔

أنٛز نیٚرُن ۔ نہٕ سٕپدُن بہرٕ نہٕ ژھٕنٛتھ آسہٕ۔ غیبی برکتہٕ سٕپدِنۍ۔ کمیے ژُور نیٚرِن۔

أنٛز وأر ۔ ژھنٛتہٕ رٕس دار أنٛزماز۔ أنٛز ژھٕٹِہ رٕس۔

أنٛزِم أنٛزِمہٕ۔ [ م۔ مۆل: أنٛزِم < س: اَنتِمہ ]

نوٗ ٹھس بِہ اَچھ اوٗنگج۔ (نوٗ ٹھس بِہ اَچھ سو اوٗنگج یِتھ سِتی کینہہ ہاوان چھِ۔

**أنزرُن۔** [م۔ مؤل: اَنزرد س: اَنتَہ +ک۔ ار] اَندواتناوُنج کام۔ نیٚلے کا سِلنج کام۔

**أنزراوُن۔** أنزرُن۔ اَندواتناوُن۔ نیٚلے بیتٕر موکلاوُن (فاصلہ دِتھ)۔

**أنزرُن۔** أنزراوُن۔ اَندواتناوُن۔ نیٚلے بیتٕر موکلاوُن (فاصلہ کٔرِتھ)۔

**أنزروٗن۔** ننہِ بیہِ أنزراوُن آسہِ۔ ننہِ کینہہ بیتھ پیٹھ فاصلہ کرُن آسہِ۔

**أنزیُم مُنزیُم۔** [ن۔ مؤل۔ اَنزمُنز س: اَنتَمہ+مَدھیمہ۔]۔ را مُنزیُم بور۔ یُس اوربور شیٚنچھ خبر آنہ۔ ہا مُنزوِ مہ دَرمیٚک۔

**أنگیٚٹھۍ۔** [م۔ مؤل: اَنگیٚٹھۍ س: اَگنہ+سٹھ]۔ اکھ خاص طریقک نہ گرتَک شیٚتُرو چوٗلہٕ یتھ پیٹھ رنان چھِ۔ دَم چوٗلہٕ، سٔگری۔

**أہرِ تھٔہٕر۔** اَتھ وتھ نہ دِنۍ۔ سبتھ۔ تھوس۔ رُکاوٹھ پادِ کٔرِنۍ۔ وِیسر آوتھ نہ کانہہ کام کرُنہ دِنۍ۔

**أہرِ تھٔہر کرِنۍ۔** سیٚتھ اَینی۔ تھوس اَینی۔ اَکہٕ وَتھ نہ دِنۍ۔

**أہلمز۔** [ن۔ مؤل، اُہلمز س: اَہلاد+مٹھ]۔ (راج ترنگنی) سری نگرہ کہ اکھ محلک ناو۔ کینٛژن ہُندِ کِنۍ چھُ یہ اَہلیاہ ہِندس ناوس پیٹھ او مُمت مگر "راج ترنگنی" مطابق چھُ پرون لفظ "اہلادِمٹھ"۔

**أہرتہٕ کٔہر کرِنۍ۔** ڈاڈ کرِنۍ۔ ثابت قدم روزُن۔

**أہوٗر، اوٗہوٗر۔** [ن۔ مؤل، اَدٔہر] پھل موچھوچھُن زِکوتاہ وہتھ۔ فصلک اَنداز کرُن۔ اوسط۔

**أہوٗر کڈُن۔** رَے کڈُن۔ اوسط وُچھُن۔

**أہوٗک، اوٗہوٗک۔** [ن۔ مؤل: اَہک س: اوش ٹمبک]۔ لوٗنٛ مہ گرٹہٕ ژلبہ ہنز مُنزِم کج بہتھ اَندی اَندی پیٹھم گرٹہٕ ژرکہ پھیران چھنے۔

**أہی ژنڈ۔** [م۔ مؤل، اَہی ژنڈ]۔ ہٹس بو یہ کنہ سِینٛج گوڈ شیٚج اُڈج۔

**أہربَل۔** کشیرِ ہنز اکھ جایہ ہُند ناو یِمنہ سبتھا تھزرِ پیٹھہ پانژ درؤسان چھنے۔

**أہر۔** ہا بتھ۔ تھٔر۔ بیم۔ بیمہ۔ خوف۔ پار۔

**أہر بیٖہناوُن** ۔ ہٲبۍ ژھوُن۔ ہیب ژھوُن۔
ہیم ژھوُن۔

**أہرُن** ۔ [ مؤل ، أہرٕ ] (١) ترٛ ہُرن ۔
گا برُن۔ کھوژُن۔ ہرٕ بیٹی گرٛ ژھن —
(٢) ژُھنڈُن (دار یا خونہ بیتر سٟتۍ)۔

**أہرُن** ۔ [ ن ۔ مؤل ، أہرٕ < ک : أہرٕ + اُن ]
(١) ترٛ ہرُن ۔ کھوژُن ۔ ترٛاس کھیوٚن۔
(٢) گرٛ بیٖن ، وُٹھنہٕ یُن ، کھرٕ نٕ گژھُن۔

**أہرٕ کرٕنۍ** ۔ کھوژناوُن۔ مُنہ بیٖہناوُن ۔
بےٚ ژھلنُن۔

**أے** ۔ [ < ف : اے ] ہے ۔ اى۔
أے زُوٕ یہ خوش کرٕی تہ کر۔ أرٕ زُوٕ ے
چھ پرٛ ژنہٕ کیٚنہ بُنہٕ ہیکان۔ سوُرٕ ے
چھ أرِس زُوٕس تام۔

# آ

**آبی** ۔ [ مؤل : آبی < ف : آبی ] (١) یتھ آب
آسہ۔ آب دار۔ ترٛ۔ سُہ زمین یتھ دانہٕ
آسہٕ بوٚوان۔ (٢) آبَس مَنٛز روزَن وول۔
آبُک۔

**آبی زمین** ۔ (١) دان زمین ۔ یتھ زمیٖنَس
دانہٕ وُونہٕ یِیہِ۔ (٢) سیٚکو مٕژ زمین۔

**آبی گاڑھ** ۔ [ < ف : آبی + س : گھاٹہٕ ]۔
(ل۔م) کولہٕ مَنٛزِ گاڑھس پیٹھ واتناوُن۔
سٔہل پاٹھی ۔ ہوٚد ہرٕ وراے ۔ طوالُت
رٔوستے۔

**آبی ہتھ** ۔ [ م ۔ مؤل ، آبِ ہَت < ف : آب + ع ۔
یَت (م : وَلدِیَت) ] أتِس پوٚز تہٕ
پوٚز یُن ۔ پاں اُس یُن ۔ زٕلُن ۔

**آبیانہٕ** ۔ [ ن ۔ مؤل ، آبیانہٕ < ف : آبیانہ ]
سُہ رقم یُس زمیندار آبپاشی باپتھ
سرکارس کُن نارن چھُ۔

**آپٕ زوٚٹ** ۔ کانٛدر زوٚٹ۔

**آتہٕ گج** ۔ [ م ۔ مؤل : آتہٕ گج < س : آدِتیہٕ + گلِریا
آدِتیہٕ + گھاج ] ۔ سِری نگرس پوٚر ی کنہِ
اکھ جایہِ ہُنٛد ناو ، اتھ اُسی برٛوٚنٛہہ آدِتیہٕ
گہا ' وَنان۔

**آتی ، یا آتی** ۔ [ < س : اِیتتہ ] جھرا ۔ صِرف (نظم یا نثر)۔

**آت گاڈ** ۔ [ م ۔ مؤل : آت گاڈ ۔ ] ۔ اکھ سفید تہٕ
لوکُٹ گاڈِ ذاتھ ، یِہ چھےٚ لوکچن لوکچن
کولن مَنٛز آسان۔

**آٹھی کمر** : یُن یُس کانٛہ شال کارخانس مَنٛز قلمہ

تہٕ ڈولُس چھُ زلاوان۔

**ٲٹٕج۔** [م۔ مٔول: ٲٹج (پراکرت، آٹہٕ+ک۔ -راج] آٹیگ مایہ۔ (ییٚلہِ ستنی واٹھ بیتر دِوان چھِ)۔

**ٲٹی پَن** - [ن۔ مٔول: ٲٹی پَن (س: آردھ+پرنہٕ] شراہہٕ پٮ۪ٹھ بَنٛد تھوٚنہٕ خاطرٕ کمبرس گنڈنہٕ پَن یا زاوِج رَز۔ کمبرس گنڈنک یونہٕ پَن۔

**ٲٹی رَز** - [م۔ مٔول: ٲٹی رَز (پراکرت: آٹہٕ+ س: رَجُو] گارِ وِگرِ (اُلمزی)۔

**ٲٹھ۔** [مٔول: ٲٹھ (س: اَشٹہٕ]۔ دہن کَم داہ۔ اَکہِ پٮ۪ٹھی سَتھ۔

ٲٹھَن وٕرِیَن پٮ۪ٹھ وٕہتہ تہٕ شیٹھَن وٕری پَن پوٚک سٕر ٮ۪ہہ۔ کٲنسہِ ہٕنزِ خوش قیٚسمتی مُتلِق وَنان۔

**ٲٹھِ شلیٹھ۔** [ (س: اَشٹہٕ+شرشٹ] زاںہہ کٲلی۔ اَز نہٕ پگاہ۔ کُنہِ دۄہہ۔ دُمرِ مُنٛز کُنہِ لٹہٕ۔

**ٲٹھ لوٗگ۔** (کنیٛک) اِٹھیٚشُم حصہٕ۔ اِٹھیٚشُم لوٗگ۔ یٮ۪تھ ٲٹھ حصہٕ گژھن۔ ٲٹھَن حصَن سوٗتی۔

**ٲٹھِ پوٗل۔** ٲٹھَن پلیٚن ہٕنٛدِ وَزنہٕ گوٚب یٮ۪تھ ٲٹھ پلہٕ نیرَن۔ ٲٹھَن پلیٚن ہٕنٛد پاداہ۔ (اَکھ پل یُس سیرُک پٮ۪نٛژُم حصہٕ)۔

**ٲٹھِ ترٛوٗک۔** ٲٹھَن ترٛکَن ہٕنٛدِ وَزنہٕ۔ ٲٹھَن ترٛکَن ہٕنٛدِ وَزنُک رٕسہ بانہٕ بیتر یُتھ اَنا جِکہِ ٲٹھ ترٛکہ واتَن۔

**ٲٹھِ روٗنگ۔** یٮ۪تھ ٲٹھ رنٛگ آسَن۔ ٲٹھِ قسمہٕ۔

**ٲٹھِ رٮ۪وت۔** (۱) ٲٹھٕ موس (۲) ٲٹھی ریٚتی زامُت۔

**ٲٹھِ زوٗنگ۔** (۱) یٮ۪تھ یا یُس ٲٹھ زنٛگہٕ آسَن۔ (۲) زوٗرٕ، تیز۔

**ٲٹھِ شوٗٹ۔** (۱) سُہ پلہٕ بیتر یٮ۪تھ پٮ۪نہٕ جرِ ٲٹھ شٹھ لَر آسَن۔ (۲) یٮ۪تھ ٲٹھ شٹھ دہن مول آسہِ۔

**ٲٹھِ شیٹھکاہ۔** [ (س: اَشٹہٕ+اَشٹکہٕ] راش ٹھول۔ راش نہٕ میلنہٕ۔

**ٲٹھ کوٗن۔** یٮ۪تھ ٲٹھ کوٗن آسَن۔

**ٲٹھِ کوٗنجَل۔** ٲٹھ کوٗن۔ یٮ۪تھ ٲٹھ کوٗن آسَن۔ یٮ۪تھ ٲٹھ طرَف آسَن۔

**ٲٹھ کھوٗر پٮ۪تھ۔** تیٚز زیٚن یٮ۪تھ دارِ ٲٹھ کھوٗری نیرَن۔

**اُٹھ کھور۔** ۱ شہ یا بہ بیتر یتہ شتر اُٹھ کھار اَناج بیتر وانہِ ۲ اُٹھن کھارن ہنْد وزن۔

**اُٹھ گوں۔** اُٹھ لٹہ، اُٹھ پھر۔ اُٹھن ستو ب۔

**اُٹھ لَبل۔** اُٹھ لوب۔ یتہ اُٹھ لبہ آسن۔ یتہ اُٹھ طرف آسن۔

**اُٹھ لوب۔** یتہ اُٹھ لبہ آسن۔ اُٹھ لَبل۔ یتہ اُٹھ طرف آسن۔

**اُٹھ لوَر۔** یتہ اُٹھ لر آسن۔ یتہ اُٹھ وار آسن (رز بیتر)۔

**اُٹھ نا۔** [illegible]

**اُٹھ وُہُر۔** (وانسہِ کِنہ) اُٹھن وُری ہُنْد۔ (چیز بیتر) یتہ اُٹھ وُری گاہے آسن۔

**اُٹھوِنی پہرن۔** راتس کہو دوہس۔

**اُٹھم۔** [م۔ مؤل: اُٹھم <س: اَشٹمی]۔ پچھک اٹھیُم دوہ۔

**اُٹھل۔** [م۔ مؤل: اُٹھل <س: اَشٹ + ک۔ ل] کینہہ دگر پنج کنی۔ کاجہ وٹھ۔ یُنڈر مو پلیج کنی۔

**اُٹھ تھموب۔** [ن۔ مؤل: اُٹھ تھمب <س: اَشٹہ + ستمبھ] ژٹ۔ پرنیوُمت، ژھیتوُمت تہ وجہ لاگی لاگی پلو بیتر۔

**اُچھر۔** [ن۔ مؤل: اُچھر <س: اَشکت + ک۔ اُر]۔ ۱ خط کڈنے گُر۔ ۲ تیار کرنے بیتر۔ کتہ نے تہ اَبیشے بیتر۔

**آخر۔** [مؤل: آخر <ع: آخر] پتہ اُس۔ پتہ۔ پتو لاکن۔

**آخر زمانہ** نیا نتس نزدیکھ وَق۔ یتھ زمانس منز نیا نتکو کیہن آسن۔

**آخر شانْد۔** مرنہ وزِ شانس کن شانْد (کرُن)۔

**آخر شانْد۔** مرنہ سر۔ مرنس تیار۔

**آخر شانْد پھرُن۔** بیمار (یس مرنہ سر آسہِ) شانس کن کلہ کرِتھ ساوُن۔

(ورگہ): کانسہ ہنْدِ پچنیج دہ سید تر او نی کانہہ مرنہ سر آسُن۔

**آخرت (آخرتھ)۔** [ن۔ مؤل: آخرت <ع: آخرت]۔ عُقبا۔ پرلوکھ۔ مرتھ بیاکھ دُنیا۔ توروک عالم۔

**آخرت سَرُن (سوَرُن)** عُقبا سوَرُن۔ پرلوکھ سوَرُن۔ دویم دُنیا برا ونہ خاطر پژر کامہ کرنہ۔

اٚخری ۔ [ سۆل ؛ اٚخری < ع : آخری ] ۔
پُتیٖمُم ۔ اٚنٛدیُم ۔

اٚدِن ۔ [ < س ؛ اَدھین ] ۔ کانٛسہِ تَل ۔
آویٖن ۔ اَبیٖاگتھ ۔

اٚدِر ۱ ۔ [ م ۔ سۆل ؛ اٚدر < س : آردٕرکہٕ ] ۔
عِیُل اٚدرکھ ۔

اٚدِر ۲ ۔ [ م ۔ سۆل ؛ اٚدِر < س : آردٕ ] ۔
(۱) اَکہٕ نَکھیٚنٛزٕک ناو (۲) وانٛہراتھ ۔

اٚدی ۔ اٚدِتھ ۔ [ سۆل ؛ اٚدی < س ؛ آدِ ؛ آدِتہٕ ]
یِنہٕ یا یِتھ کینٛہہ کال آسہٕ گومُت ۔
م : سُہ چھ اٚدی گومُت ۔

اٚدی پیٚٹھٕ ۔ اٚدِ پیٚٹھٕ ۔ اٚزی کینٛژ
کالہِ پیٚٹھٕ ۔

اٚدی شُتُن ۔ اٚدِ پیٚٹھٕ ۔ اٚزی
کینٛژ کالہِ پیٚٹھٕ ۔

اٚدی نَن ، اٚدی نَس ۔ اٚدی باگ ۔

اٚدٕیک ۔ یِتھ اٚزی کینٛژ کال آسہٕ گومُت
یِتھ کٕمے کال آسہٕ گومُت ۔

اٚدُرن ۔ ژالُن ۔ برداش کرُن ۔ وہترُن ۔

اٚدرِتھ ہیکُن ۔ (یار) ژالِنہٕ ہیکُن ،
ثُلِتھ ہیکُن ، وہترِتھ ہیکُن ۔

اُڈ ۔ [ م ۔ سۆل ۔ آڈ ] ۔ لارِ اَتھ ۔ اَلبانہٕ
ہٕنٛز تھٔپھ ۔ اَلبانہٕ ہٕنٛز سہٕ چھیہٕ یِنہٕ دانٛد
وایتہٕ وول تھپھ چھ کران ۔

اٚڈُر باڈُر ۔ [ م ۔ سۆل ؛ اٚڈُر باڈُر < س ؛
آردرٕ + وَزنہٕ پُرٛمی باڈُر ۔ ] ۔ اورُک
یور مِلناوُن ۔ وارِ پاٹھی یہ مِلناوُن ۔

اٚڈرن ۔ [ م ۔ سۆل ؛ اٚڈر < س : آردرٕنم >
ک ؛ اٚڈر + اَن ] ۔ (۱) اٚدرِن چیٖزن
ہٕنٛز مِلہٕ مِش ۔ رَل کرُن ۔ (۲) گوڈ ۔ آغاز
(دکنہٕ کامہٕ ہُنٛد) (۳) ترم چیٖز یا سہٕ مادٕ ہینٛیک
کانٛہہ چیٖز بنیومُت آسہِ ۔ سۆلہٕ تلیج
بَتا وُتھ ، خصلَتھ ، خمیر ۔

اٚڈراوُن ۔ [ ن ۔ سۆل ؛ اٚڈراو < س : آردرٕ +
ک ۔ اُن ] ۔ (۱) اٚدرِن چیٖزن ہٕنٛز مِلہٕ
مِش ۔ رَل کرُن ۔ (۲) گوڈ ، آغاز ۔

اٚڈُرن ۔ (۱) اٚدر اٚدِتھ مانٛڈ دِنی ۔ م : اورِ
اوس تٔمِس گوڈِ اٚڈُرن ۔ (۲) کینٛہہ کامہٕ ہیٚنُن ۔
م : بیٚیِس کام چھا اَکی وِزِ اٚڈران ۔

اٚڈز اٚڈ ۔ [ م ۔ سۆل ؛ اٚڈز اٚڈ ] ۔
ہوا آری ۔ وڈ ہوو ۔ لیکہٕ تھوکہٕ ۔

اٚڈٕیک ۔ [ ن ۔ سۆل ؛ اٚڈِک < س : آردہ + کہٕ ] ۔

نِصف فایدس پیٹھ چار ووے بیٚیِس
رَچھنہٕ خاطرٕ دِینہٕ مُت ۔

**اُڈِکہٕ دَر** ۔ اُڈِکس پیٹھ دِنہٕ وول ۔

**اُڈِکس پیٹھ دِیُن** ۔ کُکُر ، گاو ، تبٕوز ، گُرُ یا بیٚیہِ کانٛہہ چار ووے نِصف پیٚیہِ باگیہِ پیٹھ بیٚیِس رَچھُن دِیُن ۔

**اَرع¹** ۔ [ن ۔ مۆل : اَر<س : آرَ + کَہ ] اَکہِ میوٗک ناو ۔

**اَرکُج** ۔ سُہ لوکُٹ کُل یَتھ اَر نیران چھہِ ۔

**اَرع²** ۔ [م ۔ مۆل : اَر<س : آرَ + کَہ ] اَکہِ قسمُک اوزار ییٚمہِ سِتی جِلدٕ گر تہٕ ژَمرٕ گَنٛتس تہٕ والَس بیترٕ ترٛوپ چھہِ دِوان ۔ ژَمرٕ سُندٕ بشرٕ ۔ دَن کرٕنہٕ بشرٕ ۔

**اَرع³** ۔ [م ۔ مۆل : اَر<س : آ ورِ ] (۱) وُلنہٕ ٹُلنہٕ آسُن (زَرِ یا سَرپہٕ سُندی پاٹھی) ۔ آرٕ (۲) گاسُک یا بیٚیہِ کُنٛہُک وول (زُنٛٹس بیترٕ تَلہٕ تھونہٕ خاطرٕ) ۔

**اَرپاَر** ۔ تیتھہٕ وَلنہٕ یُن یا گیرُن یُتھنہِ بیا کہ سَہل پاٹھی ہیٚکہِ کیٚنہٕ کرٕنہٕ ۔ گیراو ۔

**اَرکرٕنہٕ بِہُن** ۔ اَلنہٕ وَلنہٕ یُن ۔

**اَرع⁴** ۔ [م ۔ مۆل ۔ آر ] ۔ گمہٕ ڈٕج ، گرٕس

بلنس تَلہٕ کَنہِ ڈَج آسان ۔

**اَرع⁵** ۔ سوٗنٛدٕرٕ دوٗد ۔ راتُک دوٗد یُس ژھکنہٕ مُت یا خراب گومُت آسہِ ۔

**اَرِژھہ** ۔ [م : مۆل : اَرِز<س : اَرچ ] موٗرٕ دٕ پسنٛدی ناوی دوٚ ہدٕش اَکٕس وُریِس پتہٕ تھوٗن ۔

**اَری ژٕ بٔرٕہیمُن** ۔ سُہ برٛیہمُن یُس موٗرٕ دٕ پسنٛدِ ناوی پتہٕ کھیاوی زِ ہن ۔

**اَری ژٕ ٹُور** ۔ اَری ژٕ پَتہٕ رَنگ بانہٕ ۔

**اَری کَش** [ن ۔ مۆل : اَری کَش <س : آرَ ۔ کرنہٕ = ف : کَش ] ۔ اَرکَش ۔ ٹِکرٕ چیرَن وول ۔

**اَرِزَر** ۔ [ن ۔ مۆل ۔ اَرِزر <س : آرتہٕ تا + ک : ۔ آر ] عاجزی ۔ ہیوٗمُت آسُن ۔ دُکھی آسُن ۔

**اَری زوے** ۔ [م ۔ مۆل : اَری زوٗ <ف : آرزوٗ ] کُنہِ بابتہٕ کزیشُن ۔

**اَری شٕنی** ۔ [م ۔ مۆل : اَری شٕن <س : آرِش ۔ ٹر ] کاری شُن ۔ داو پیوٗن ۔ مُصیبتہٕ یُن ۔ شاہمتھ ۔

**اَری کَٹِنہٕ تاری کَٹھ** ۔ نَترٕتھ ۔ بھینٛڈٕ بھیٚنہٕ

**اَرٕیُم پارٕیُم** ۔ [ن ۔ مۆل : اَرِم پارِم <س ...

+ پارٕ + ک - یُم] (۱) وٕول شول -
آنگُه پانگُه - اوٚر کٲشُر تہٕ اوٚڈ پارٕ یُم۔
(۲) چھلہٕ چھانگرٕ، (دگرٕ یرَسَن) -

**اَریُوٗ** - [ن - مؤل : آرِو] لَبہٕ پیٹھ کُن لَشَس
تَل تا کھُج۔

**اَزَرَن** - [م - مؤل ، آزَر] اَزَرٕ وِنہٕ سیٖتی کٲنٛسہِ
ہُنٛد بجَر گَنٛزراوُن۔ اَزَروِنہٕ سیٖتی مَنَس
مَنٛز کٲنٛسہِ ہُنٛز بجٲیی پھرٕنٛچ کٲم۔ دَزِنہٕ
سیٖتی کٲنٛسہِ ہُنٛدِ بجرٕچہٕ کَتھٕ تلنٛچ کٲم۔

**اَزَرَن گاَزَرَن** - (۱) دَ زرٕ دَنہٕ کِنہٕ بُلی کٲنٛسہِ ہُنٛد
بجَر تہٕ بجٲیی گَنٛزرَنٛچ کٲم (۲) بُلی
کٲنٛسہِ ہُنٛزِن کتھَن مَنٛز مُنٛزی ووٚتھُن۔

**اَزُرن** - [ن - مؤل ، آزَر] اَزَرٕ دِنہٕ سیٖتی کٲنٛسہِ
ہُنٛدرُت کرُت پھرُن۔

**اَزُرن گاَزُرن** - (۱) بُلی کٲنٛسہِ ہُنٛدِ
آسنٛچ لَبہٕ نٛچ کَتھٕ پھرنہٕ۔ کٲنٛسہِ ہُنٛد
اَزَروُن یُن۔ (۲) کٲنٛسہِ ہُنٛزِن کتھَن
مَنٛز بُلی دَخَل دِیُن، (دگرٕ یرَسَن) -

**اَزُرن تہٕ بَاَزُرن** - شٔرِ کَتیٖک لانٛچ تہٕ تنازٕ۔

**اَس (۱)** - [ن - مؤل : اَس (س : آسیہ]
چوٗنٛٹھ، بُھتھیک سہ حصہٕ یُس آری کھینہٕ

چَنہٕ یوان چھُ - موکھ -

**اَسَس آب یُن** - اَسَس پونی یُن یُنہٕ
چیٖزَس پیٹھ لوٗبُن - کانٛہہ چیٖز وُچھتھ
دِل تَنٛبلُن (خاصکرِتھ کھینہٕ باوٕ) -

**اَسَس پوٚس کھارُن** - پھیٖنہٕ کھارنہٕ
خوٚش کیٖتھ تلنی۔

**اَسَس پیٚنٛد دِنی** - زھوپہٕ کرناوُن۔
کَتھٕ کرَنَس کامِن گرٕنی۔

**اَسَس ٹروٚپ دِیُن** - (۱) کَتھ نہٕ کرُنی
دِنہٕ - (۲) زھوپہٕ گرِتھ رٔٹُن -

**اَسَس دَرَمُن کھُسُن** - سوٗل کھیٚنے
کھیٚنے مُنھٕ کِنہٕ یِنی۔ سَبزی کھیٚنے کھیٚنے
تٔمِچ کھُرگرٕ ھنی۔

**اَسَس کوٚٹا ژولو اٲہی پاٹھا دزٕ یو۔**
یِنلہِ کٲنٛسہِ کیٚتھ۔ واتہٕ نوو تیٚلِ چھُ سہ
پانٔے کٲم کڈان۔ ژٔھرٕ لوٗ اَتھو چھُنہٕ
کیٚنٛہہ اَنٛدان -

**اَسَس مَزِ تہٕ بُڈ دَزِ دَزِ** - تَتہٕ کھینہٕ
چیٖزَس مُتعلِق وَنان یُس مَزِ کِنہٕ جان
آسہٕ تہٕ سیٖتی کَم آسہٕ یا سیٖٹھَس کیٚت
مُضِر آسہٕ۔

**اٗسس مَنٛزٕ اَتھٕ تھوٗن۔** کھبوان نہٕ کھبوان روزُن۔ کھینہٕ کھنے کرُن۔

**اٗسس مَنٛز کَتھ شٹھنی۔** خوفہٕ سٟتی نہٕ کَتھ ہیکُن وَنِتھ۔

**اٗسہٕ بَب، اٗسہٕ بَب۔** (۱) (شُرس) زھوبہٕ کَرناوُنہٕ یا یَتھ اٗسس مَنٛز موٗمہٕ۔ (۲) اٗسس مَنٛز کاٗنسہٕ نابَد پھوٗل۔ اَپُرے نَسلا۔

**اٗسہٕ بَب نیرٕنی۔** (۱) شُری سُنٛد اٗسہٕ مَنٛز موٗمہٕ نیبَر نیرُن۔ (۲) کانٛہہ چیز اَتھس مَنٛز یِتھ اَتھٕ نَلہٕ گژھُن۔

**اٗسہٕ بوٗڈ۔** (۱) یَس بوٗڈ نہٕ کھوٗلی اٗس آسہٕ۔ (۲) گَلہٕ کَرُن دوٗل۔ گَلہٕ بوٗڈ۔ زِیادٕ نہٕ بَڈ بَڈ کَتھہٕ کَرُن دوٗل۔

**اٗسہٕ ببٲہ۔** زھوپہٕ کَرِتھ روزُن۔ کَتھہٕ نہٕ کَتھ نہٕ کَرُن۔ م: اٗسہٕ ببٲہ چھُے نا!

**اٗسہٕ پوٗ۔** کھینُک لالچ۔ کھینہٕ سے کُن یٔت آسُن۔ کھیٛلے نہٕ کھیٛلے۔ پانس کِنیٚ یٔت پوٗ۔

**اٗسہٕ پھکھ۔ اٗس پھکھ۔** اٗسٕچ بوٗ۔ اٗسٕچ بَدبوٗ۔

**اٗسہٕ زلوٗ۔ اٗس زلوٗ۔** اٗسہٕ مَنٛزٕچ زلوٗ۔ بَلہٕ بَلہٕ کَرٕنی زلوٗ۔ یَکوٲسی مَنٛز زلوٗ۔

**اٗسہٕ ژوٗٹ۔** (۱) سُہ یُس وُٹھ، زلوٗ یا اٗسک بیٚیہٕ کانٛہہ حِصہٕ زھیوٗمُت آسہٕ۔ سُہ یُس بَدصوٗرتھ اٗس آسہٕ۔ (۲) یُس نہٕ جان پاٹھی کَتھ آسہٕ پھوٗران

**اٗسہٕ ژھیوٗن، اٗس ژھیوٗن۔** وُٹھ زوٗٹ۔ یُس وُٹھ ژھیٚنی مِنی آسن، اٗسہٕ ژوٗٹ۔

**اٗسہٕ کَتھ۔** سُہ کانٛہہ تہٕ کَتھ یوس زیوٗپیٹھ آسہٕ تہٕ کُنہٕ نہٕ وِزِ مُلہٕ روٗرتھ ہوٗجب وَننہٕ یِیہٕ۔ (گَرزُن)

**اٗسہٕ لَڈُن۔** زیوٗ سٟتی وَنُن۔ اَندری نہٕ تھوٗن۔

**اٗسہٕ کِنہٕ آم کھارٕنی۔** پَریشان کَرُن یٔھوس اَنی پھیٖنٛڈ بھیشر لارٕنی۔

**اٗسہٕ مَنٛز نار نیرُن۔** تیزٕ کَتھ کَرٕنی بِلہٕ سٟتی شٕہہٕ بَرُن دوہِ۔ تیٚتھ کَتھہٕ وَنُن یِمہٕ سٟتی نار لَگہٕ۔

**اٗسہٕ نیچَر۔ اٗس نیچَر۔** نیٚک بالوکٕٹ اٗسس آسُن۔ لوکُٹ اٗس آسنٕچ حالتھ۔ کَتھَل نہٕ آسُن۔ زھوٗپ آسُن۔

**اٗسہٕ نٛیگ، اٗس نٛیگ۔** یُس نٛیگ یا لوکُٹ اٗس آسہٕ۔ یُس کَمے کَتھ بیتر کَراہ۔

بُس نہٕ ژرِ کینہہ کَرِ ژھوٚپ۔ لُس نہٕ ہکوٚتھی آسہٕ۔

**اُسہٕ نیوٗر۔** (گُپنَن) اُسَس لَتہٕ بیترِ نیرنہٕ۔(گُپنَن ہٕنز) اَکھ اُسہٕ بیمأری یَتھ مَنزٕ نہٕ زٕم اُسَس لَنہٕ آسنہٕ کِنی گاسہٕ بیترِ کھیتھ کَرِنہٕ ہیکان چھہٕ۔

**اُسہٕ ہَتھ۔** اُکِس ہُنَس لٔکَن ہٕنز زلوٕ ہُنَس لٔکَن ہٕنز کَتھ۔

**اُس پرٛاٹُن۔** اُسہٕ مَنزٕ تھپہٕ نیُن۔

**اُس تھوٚپ دیُن۔** (۱) (مامَس اَنٛدرٕ) اُکِس زَنانہٕ ہُنٛد بیٚیس زَنانہٕ اُسَس ہُنٛزِ ژج بیترِ تھوٚنہٕ سٕہ ژھوپہٕ کَرناوٕنی۔
(۲) لائیچ بیترِ دِنہٕ کانہہ کھَتِے کھیوٕناوُن۔ یا پانَس کُن کانہہ پھِرُن۔

**اُس چھیٚلِتھ (سُروِتھ) کَتھ کَرٕنی۔** سیٹھا تأظیمہٕ سان کَتھ کَرٕنی۔ ناجأیز یا ناشایان پأٹھی نہٕ بولُن۔

**اُس ژٹُن۔** نیرٕ بیٹھ ژأنگج ژھنٛنی۔ کَتھ بیترِ کَرٕ وٕنے کانہہ ژھوپہٕ کَرناوُن۔ کانہہ کینژ کھیوٕنے پَتہٕ رٹُن۔ کھیوان کھیوانے کأنسِ کھین بنٛد کَرُن۔

**اُس ژھیٹرُن۔** فاقہٕ چھٹراوُن یا کأنسہٕ ہٕنٛدِس مُرِنَس پیٹھ اوٚک وَق فاقہٕ چھٹراوُن تہٕ دُوَق ہیوٚن کھیوٚن۔

**اُس سُرُو۔** اُس کَرٕ صاف۔ تمیٖزِ سان کَر کَتھ (دُلَس پوان وَننہٕ لُس تہٕ آسہٕ وَنان ہیوٚنہٕ وَنُن پَزِ)۔

**اُس سُرٕوُن۔** اُس صاف کَرُن۔ حابسہٕ سان تہٕ تمیٖزِ سان کَتھ کَرٕنہٕ۔ ناشایان کَتھ نہٕ کَرٕنہٕ۔

**اُس وَہراوِتھ آسُن۔** (۱) کُنہٕ چیٖزٕچ تَژھ حالَتھ آسنہٕ زِ تَتھ پیٹھ پیٚیہٕ بٔنیہٕ تہٕ خرچ کَرُن۔ م : مَکانہٕ چھُس اُس وَہراوِتھ۔
(۲) کانہہ بَلاے ہُنٛزِ آسنہٕ۔ م : یَم چھُس اُس وَہراوِتھ۔
(۳) رِنہٕ خأطرٕ تیار آسُن۔ م : دُشمَن چھُم جابہٕ پاوٕرِس اُس واہراوِتھ۔

**اُس ہیُن۔** (۱) اُسیچ اَکھ بیمأری یَتھ مَنزٕ اُسَس لَتہٕ ہشہٕ کھسان چھنے۔ (۲) کانہہ کھینہٕ چیٖز ہُنٛزِ یُن۔ اَکِے سیٛن یا پے کھینہٕ سلَتی تَمیچ نَکہٕ ہَتھ گَژھنی۔

**اُس**[۲] ۔ [ < س : اُس ] دُوس لفظُک مادٕ

**اُشِند** ۔ [ ن ۔ مؤل : اُشِند < س : اُشوِنہٕ ] اَکھ

رٕنگ ناو۔ سُہ رٕتھ یُس باُدرِی ہیتھ ہٕنہٕ تہٕ کار نکہٕ برٕوٚنہہ چھُہ پوان۔

**اُشرواد** ۔ [ن ۔ مؤل ، اُشرواد <س : آشیرواد ] اٰہی ۔ رُت یُرٕھن یا کانچھُن۔

**اُشرٕ پتُر** ۔ [ن ۔ <ک ، اُشر + س : پیٚترِ کہٕ ] پٔنُن اٰسنہٕ پٔندی کڑن وول ۔ پٔنُن اٰسنہٕ دُشمنُت ورناوَن وول۔

**اُشرُن** ۔ [م ۔ مؤل ، اُشرُن <س : آشریہ + ک : ۔ اُن ] بٔنہٕ باہنہٕ آدیزگی ۔ وٚہیُن جاے چھپن جاے۔

**اُشرُن** ۔ کأنٕسہٕ نش یا کُنہِ جایہِ چھپُن ۔ روٗزی کماونہٕ خاطرِ کُنہِ مُلکس مَنٛز یا کُنہِ جایہٕ لبُن۔ کأنٕسہِ ہندِس سایس تَل یا کأنٕسہِ ہنٛزِ سَرپرستی تَل روزُن۔

**اُشرمُت** ۔ (۱) سُہ یُس نش پناہ آسہِ ہیوٚتمُت۔ (۲) سُہ مُلک یا جاے بیتر ییٚتنہٕ کانٛہہ روٗزی کماونہٕ خاطرِ بوٚسمُت آسہِ ۔ (۳) اُتھٕ بیہتھ کھوَن وول۔

**اُشناو** ۔ [ مؤل ، اُشناو <ف : آشنا ] رِشتہٕ دار۔ بٔند باندو ۔ پٔنُن۔ زانی کار۔

**اُشناو رُشناو** ۔ اَنگ اُشناو۔ اَوٚ اُشناو ، بٔند باندو ۔ اُشناو ببتر۔

**اُشناوگو اُشناو** ۔ (دیر چھِ ہزلہٕ پاٹھی وَنان) کھینہٕ چینہٕ سٟتی چھِ کانٛہہ اُشناو بنان۔

**اُشناوگوَ پاشناو** ۔ ہزلہٕ کٔنی اُشناوس مُتلِق وَنان یُس صرِف پنٕنہِ غرضہٕ خاطرٕ اُشناوی لاگان چھُہ۔

**اُشناوگوَ پوشناو** ۔ اُشناوِ سٕندِ سٟتی چھُہ ناو پوشان یا زِندٕ روزان۔

**اُشناوی** ۔ رِشتہٕ ۔ بٔشرُت۔

**اُفیِن** ۔ [م ۔ مؤل ، اُفیِن <ع ، اَفیوٗن ۔ ف : اَفیم ، اَپیوٗن ۔ س : اَہِہ + فینہٕ ] ترِیاق۔

**اُکھتھ** ۔ [ <س : آکھیانہٕ ] زانہٕ دوکھ۔ زانہٕ مانہٕ ڈامب۔

**اُکھتھ ماکھتھ** ۔ اَپزی پاٹھی۔ ٹھٹھٕ پاٹھی۔ پُزرٕ نہٕ۔

**اُکھی اُکھی کرُن** ۔ زانہٕ مانہٕ زپرِ دِنی ، کانٛہہ تُلُن۔ زانہٕ مانہٕ مُزراوُن ۔ کأنٕسہِ گیُنٛد گیُنٛد کرُن۔

**اُگرٕنگر** ۔ ژٕھ پارِی۔ ژٕھ وا پارِی۔ اَناہِ وَنٛد۔ پرٛنہٕ طرفہٕ۔ گامہٕ شہر۔

اَگرُن باَگرُن ۔ ۱) اَتھ رُن گَنٛڈرُن۔ اَتھ راوُن ٹےگرُن ۔ ۲) داد مالیہ۔

**آل** ۔ [م ۔ مۆل : آل <س : ایلا] گوڑٕ کلہٕ اَکہ مۆشک دار پھَل یُس مَصالَس لگان چھُ۔

**آلہٕ اَدرَکھ ہیٚوٚہ** ۔ نَفیس ، اَصل ۔ جان ، زبَر ، رُت ، سیٚٹھاہ رُت ۔

م ، شوٗنٛٹھ ہیٚوٚہ ۔

**آلہٕ سُپارۍ** ۱ ۔ آلہٕ تہٕ سُپارۍ یوسہٕ ہانٛزٕ وُنٛڈرَس سٟتۍ چھِ کھیوان ۔

**آلہٕ سُپارۍ** ۲ ۔ اَکھ گاسہٕ ذاتھ ۔

**آلُچ** ۔ [م ۔ مۆل : آلُچ <ف : آلوچہ] ژوٗک رَگلاسہٕ ( اَکہ میٚوٚک ناو ) ۔

آلچہٕ رَنٛگ ، آلچہٕ ہِنٛد ناس ، نیٖلہٕ رَنٛگ ۔ آلچہٕ آسان چھُ ۔ گۆڈٕ قرمزی رَنٛگ ۔

آلچہٕ کنٛج ۔ آلچہٕ کنٛج ۔ سہ کنٛج یا لوکُٹ کُل یتھ آلچہٕ نیران چھِ ۔

**آلی حافِظ ، عالی حافِظ** ۔ [ <ک : آلی + ع : حافِظ ] اوٗن ۔ گاشہٕ روٚس ایٚس نہٕ بوزنہٕ آسہٕ یوان ۔

**آلی کدَل ، عالی کادَل** ۔ [ن ۔ مۆل : عالی کدَل ] سِرینگرَس مَنٛز ویٚتھہِ پیٹھ اَکہ کدلُک ناو ۔

آلی کدلُک اوٚنٛد پوٚک ۔

**آلی کانٛنۍ داناہ ہوٚر** اَکھ نہٕ نیران ہرہٕ بٹیا کھہٕ اژان گرہٕ ۔ مانُن زانُن نہٕ آسُن ۔ یہٕ پریٚنۍ ناو آسٕنۍ ۔ دٔہن داہ وٕنہٕ آسُن ۔ م اکاہن گادراوٕنۍ ۔

**آلی گاڈ** ۔ [م ۔ مۆل : آلی گاڈ ] وُچھنٕ تَلہٕ جان تہٕ کھینہٕ تَلہٕ ۔ بنے مَنز اَکھ گاڈٕ ذاتھ ۔

**آلی مَشید (عالی مَشید)** [م ۔ مۆل : عالی مَشید <ف : عالی <ع : عال + مَسجِد] سِرینگرَس مَنٛز اَکھ مَشہوٗر مَشید ۔

**آلی واکھ** ۔ [ن ۔ مۆل : آلی واکھ <س : آشی + واکیہ] آہی پاٹھ ۔ ریٚٹھ پاٹھ ۔ خاصٕ پاٹھ ۔

**آلی ہائز** ۔ [ن ۔ مۆل : آلی ہائز ] ریٚزِسٹینس لمنہٕ باپتھ کوٚٹس کوٚرمٕت گوٚد ۔

**آمیزی** ۔ [ مۆل : آمیزی <ف : آمیز] لیکھنُک اَکھ طریقہٕ ۔ شِکستہٕ خط ۔ ملوٕنۍ لیکھُن ۔

**آمین** ۔ [ ن ۔ مۆل : آمین <ع < عبرانی : آمین] (دٔہ بہٕ خدایَس پتہٕ وَنہٕ یوان) خدایا تمہٕ سُند بہٕ دُعا قوبوٗل ، قوبوٗل اَمین ۔

**آمِلہٕ** ۔ [ن ۔ مۆل : آمِلہٕ <س : آملَہ ] .

ادبلہٕ۔ اکہٕ قسمُک میوٕ یُس درٛیس نگان چھُ۔

اَمی یام ۔[م۔ مؤل، اُمریام ‹س: آم + ک۔: ۔یام] بُرثرِ زنانہٕ ہُنڈ گوڈنُک من پھیرُن تہٕ گرانہٕ گژھن۔

اَنکھ، عَانکھ۔ [ن۔ مؤل، اَنک ‹ع، عین + ف ؛ ک، ۔] اَچھ سٕنٛز صاف وُچھنُک شیشہٕ۔ اَچھن ہُنٛد شیشہٕ۔

اَنکھ گرٕ، (عَانکھ) گرٕ۔ سُہ ڈیٛبہٕ بیتر یتھ مَنٛز عَانکہ تھوان چھہٕ۔

اَنی مانی۔ [ ‹س: اَنہٕ مان + ک۔ ی] سوچنٕے کرنٕے کتھہٕ واتنٕے۔ اَنکہٕ ژوٗ کنی بوت۔

اَنہٕ ۔ [ن۔ مؤل: اُن ‹ف: آیٖنہٕ] شیشہٕ۔ یُتھ وُچھنُک شیشہٕ۔ ٹُکر۔

اَنہٕ اَنٛدرِ۔ اَیرٕ سے۔ اَیرٕ وادٕ کرِتھ۔ اَیرٕ سے اوُتھ۔ بیرٕ چھِ تیلہٕ وَنان بیٚلہٕ کیٚنہہ ڈِنگ یا کرنگ اَیرٕ سے وادٕ ہیہ کرنہٕ۔

اَنہٕ پُوٹ۔ شیشہٕ پُوٹ۔

اَنہٕ پھُٹ۔ اَنہٕ کھنٛڈ۔

اَنہٕ خانہٕ ۔[ن۔ مؤل: اَنہٕ خان ‹ف: آیٖنہٕ + خانہٕ] شیشہٕ خانہٕ۔

اَنہٕ دار۔ سُہ دار یتھ شیشہٕ آسن جرِتھ۔ شیشہٕ جرِتھ یا شیشہٕ دار دار۔

اَنہٕ زانٛپانہٕ۔ سُہ زانٛپانہٕ یتھ شیشہٕ پٹی لاگنہٕ آسن۔ سُہ ڈوٗلہٕ یتھ شیشہٕ جرِتھ آسن۔

اَنہٕ کھپیٹھ۔ سُہ لوکُٹ شیشہٕ یُس نہٕ وِدِ ژکنہٕ کامہٕ ہُنٛد آسہٕ۔

اَنہٕ کھنٛڈ۔ شیشہٕ ٹُکر۔

اَنہٕ کھونٹھ۔ سُہ ڈیٛبہٕ بیتر یتھ مَنٛز شیشہٕ تھوان چھہٕ۔ شیشہٕ تھونُک ڈیٛبہٕ۔ (اگریزِ سن)

اَنہٕ گوٗر۔ شیشہٕ گرُن وول یا شیشہٕ بناون وول۔ شیشہٕ کنن وول۔ یُس شیشہٕ کنان آسہٕ۔

اَنہٕ مَنٛزٕ وُنٛن۔ اَنہٕ اَنٛدرِ وُنُن۔ اَیرٕ سے وادٕ کرُن۔

اَنہٕ واج۔ سُہ واج یتھ کژینکہٕ بدل اَنہٕ آسہٕ جرِتھ۔

اَنہٕ ہاوُن۔ ۱۔ لگنُس بیٹھ کھرنہٕ تہٕ تہٕ اَزس اَنہٕ مَنٛزٕ یا اَنہٕ اَنٛدرِ اکھ اکھ سُنٛد بتھ وُچھنٕچ رہنہٕ۔ ۲۔ اصطلاح مَنٛز کڈنی۔ کأتیہہ ہاوُن زِ نٛلہ یتھ کینہہ حُجّتھ سُہ

أنز (آنز) [ (س: آم ] اَدٕ۔ اَدٕکیا۔

أنپھ، آنپھ۔ [م۔ مؤل: آنپ ] بڑا انتھ۔ آش۔

أنپھ تھوٗنی۔ بڑا انتھ تھٕونی۔ آش تھٕونی۔ وہ مبید دِنی۔

أنتھ ۔[ن۔ مؤل: أنت (س: انتہ ] انٛد۔ أندِم جاے۔ حد۔

أنتھٕ رٕژھر۔ بےٚ اِنتہا۔ حدٕ ے نہٕ آسُن۔ اَنیکھ۔

أنتھٕ روٚس۔ حدٕ روٚس۔ اَنٛدٕ روٚس۔ یُتھ نہٕ انٛد آسہِ۔ سُہ چیز بیترِ ییٚمیُک انٛد لبنہٕ یِیہِ نہٕ۔

أنٹ، أنٹھ۔ [م۔ مؤل: آنٹ (س: اشٹی] ۱ میوٚس اَنٛدر بیالی گوٗلہ ۲ اَکھ اِنچ۔

آنچہٕ۔ میوٚس یا میوٚن اَنٛدر بیالی گوٗلہ۔

آنچہٕ تیٖل۔ سُہ تیٖل یُس کھالین چھِ کڈان۔

آنچہٕ مار۔ (ل۔م) یہِ وُنہٕ آنچہٕ مُنٛزٕ ے آسہِ نہٕ ماریتھ ژھنُن۔ ۱ دٔرگ: گوکُٹ مارُن۔ سُہ مارُن یُس نہٕ کُنہٕ گژھِ مُنٛزٕ ے آسہِ۔ م: یہِ گو آنچہٕ مار گژھن۔ ۲ نیٛنگ، یہِ وُنہٕ آنچہٕ مُنٛزٕ ے آسہِ۔

أنٹ (أنٹھ) کھیلنی۔ ترٛسُن۔ پشلُن۔ بوٚژُن۔ م: کُنہِ تام کھیلیِس أنٹھ، تہِ گو کُنہِ تام موٗٹھو۔

أنٹ (أنٹھ) مرٕنی۔ پنُن مطلب نیرِتھ تسلا گژھُن۔ پننِس برابری رٕنی۔

أنٹھ وٕٹھنی۔ ۱ ہار مانٕنی۔ نہٕ پوشنہٕ موکھ لٹاوُنی۔ ۲ (دٔرگہِ پاٹھی) مرُن۔

أنٹرن۔ [م۔ مؤل: أنٹر ] بٹیس لاینہٕ یا پٹہ یا ٹاڈنا بیتر کرنہٕ خاطر آیہ گراے۔

أنٹرُن۔ کانسہِ لاینہٕ یا پٹہ آیہ گراے کرٕنی۔ ٹاڈنا بیتر کرنہٕ خاطر کانسہِ راگُن۔ کانسہِ سیٹنر کرنہٕ یا پتہ موقس پرارُن۔

أنجاری، آنجاری [ م ۔ مؤل: آنجار ] ۔ کم ذاتھ۔ نیٖژی۔ کمینہٕ۔

آنجاری مانجاری۔ کمینہٕ۔ کم پایہ۔

أنچی وال۔ یُتھ اَکھ أنٹھ زیٛچھر یا کھجر آسہِ۔ م: أنچی وال کیٛل، أنچی وال پٹ۔

أنچ کار۔ [ن۔ مؤل: أنچ کار (س: آم کار ] آنکار۔ یقرار۔ واد۔ مانُن۔

أنچھ، آنچھ۔ [ن۔ مؤل: آنچ (س: ارچہ ] پھل۔ پاداش۔ اِنتقام۔ قصاص۔

أنچھ ہیوٚن، آنچھ ہاوُن۔ زکھ واتناوُنہٕ سیتھ

گتھ نکر تارٕنۍ۔ بدلہٕ ہیوٚن۔ قِصاص ہیوٚن۔

**اَنٛدی** ۔ [م۔ مٔول : آنٛدی < س : اَنٛدھکا ]۔
۱) گرد طوٗفان۔ سخ داو ۔ واو طوٗفان۔
۲) پھش پھیرُن۔

**اَنٛگر شاہی۔** شہ سکہٕ یتھ نہٕ کنہٕ کنہٕ تہٕ کھوٚٹ پییہٕ وٕنِتھ۔ صاف سکہٕ۔

**اَنٛکوٗن** ۔[م۔ مٔول، اَنٛکوٗن < س: اَنٛکنیم ]۔ اَٹھکل ۔ اَنٛداز۔

**اَنٛکھ** ۔[م۔ مٔول : اَنٛگ < س: اَنٛکہٕ ] گژھِتھ بُنٛد نِشانہٕ یُس کانٛہہ چیز پرزناونہٕ باپتھ کُنہٕ ہیٚتھ تراوان چھِ۔ اَنٛگ۔ یُس کنہٕ یمبرِس نِشانہٕ کھٔونہٕ باپتھ تراونہٕ چھُ یِوان۔ مٔوس۔

**اَو** ۔ [م۔ مٔول ، اَو < س: آ + وٕ ے √ ]۔ اکھ کُنہٕ ذاتھ یوسہٕ داں کانٛہن سیتۍ سیتۍ چھپٕنہٕ وتہٕ پداں تہٕ نینٛدرو ورِ چھپٕنہٕ کڈنہٕ یِوان۔

**اَوِش** ۔ [م۔ مٔول : اَوِش < س : آوِش ] تصرُف۔ پژاہ ۔ پژ گژھہ اَژُن۔

**اَوی شرلد** ۔[م۔ مٔول ، آوی شرلد ]۔ شہ یُس تصرُف آسہِ گومُت ۔ پژاد لد۔ یُس کانٛہہ پژگژھ آسہِ تنامُت۔ م : آوی شرلدنۍ۔

**اَوٕیل۔ اَیِل۔** [ن۔ مٔول : آوِل < س: آم + ک ... ال (م : بُٹِل۔ بیتر )] ۔ اوٚزہ ۔ زاوٚیل۔
م ۔ اُوٚج۔

**اَوی جار** ۔ اُژھر ۔ زاوی جار۔

**اَہی** ع۱ ۔[م۔ مٔول : اَہی < س : آشی ]۔ دٔیس رِژر مٔنگُن ۔ رِژر پرٔھن ۔ رُت کانٛچھُن ــــ دُعا یِہ خٲر۔

**اَہی پاٹھ** ۔ اَلی واکھ ۔ رِژر پاٹھ ۔ خٲر پاٹھ ۔ اَہی واد۔

**اَہی کرٕنۍ** ۔ رُت کانٛچھُن۔

**اَہی واد** ۔ اَہی پاٹھ ۔ رِژہ پاٹھ ۔ خٲر پاٹھ ۔ اَلی واکھ۔

**اَہی** ع۲ ۔ اکھ کُنہٕ یُس داں ڈورِ بِوان چھُ۔ وُچھو " اَو "

**اَے** ع۱ ۔ [ < س: آ + ک ۔ ے ]
تم آے ترٕنہٕ نِش ۔ وٲتۍ۔

**اَے** م۲ ۔[ < آوازِ ہیٚتھ یا آوزِ پژھو ' واے ' لفظس سیتۍ۔ ] واے ! داد ، دگہ ، دِزِ رنبر تھ ژلان )۔

**آٛیٖین** ۔[ن ۔ مٔول : آیٖین < ف : آئین ]۔ دوٚستور۔ ضابطہٕ ۔ قاعدہٕ ۔ قونوٗن (کُنہٕ اِدارُک )۔

# ا

اِبتِدا ۔ [ن ۔ مؤل : ابتدا < ع : اِبتِدا ]۔ گوڈ، آغاز ۔ آدٕن۔

اِبراہیمؑ ۔ [ن ۔ مؤل : ابراہیم < ع : ابراہیمؑ ] اَکھ پَیغمبر سُند ناو یُس خلیلُ اللہ، (یانے خُدایہ سُند دوس) ترٛچھ وَنان ۔

اِبلیس ۔ [ن ۔ مؤل : ابلیس < ع : اِبلیس ]۔ شیطان۔

اِبنُل وَقت ۔ [ن ۔ مؤل : ابنُل وقت < ع : اِبنُ الوقت]۔ (ل. م) وَقتُک پوتھر تہٕ ڈیٖشتھ گوٚو وَقتُک بَندٕ یا غولام ۔ یُس وَقتس سیتیٖ سیتیٖ بَدلِہ ۔ واو وُچھِتھ ناو ترٛاوَن وول ۔ موقعہ پرست ۔ تشیخ نال۔

اِبہام ۔ ۱. ڈلیتھ دَنُن ۔ نتہٕ پاٹھۍ نہٕ وَنُن ۔ ورٛشنتھ نہٕ وَنُن ۔ ماںنے کس عِلمس منٛز اَکھ صِفَت۔

اِتحاد ۔ [ن ۔ مؤل : اتحاد < ع : اِتّحاد ] ۱. سمٛنُن، یکٕٹ ۔ سمہٕ ژار ۔ رٕم ژار ۔ ۲. ہِشر ۳. ہلہٕ ژار ۔ سَمہٕ ژار ۔ ہِشر ۴. ہنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ ۔ آتہٕ تاتہٕ ۔ ہنٛگہٕ تہٕ منٛگہٕ دِکھنہٕ سَپدُن یا آسُن ]۔

اِتفاق ۔ [ن ۔ مؤل : اتفاق < ع : اِتّفاق]۔

اِثبات ۔ [ن ۔ مؤل : اثبات < ع : اِثبات ]۔ ۱. ثابِتھ کرُن ۲. ثبوت ۳. دوٗر بناوُن۔ ۴. آسُن ۔ موجوٗدگی (۵) آنکار ۶. عِلم تصوُّفس منٛز اکھ اِصطلاح ۔ م : نفی۔

اِثباتَن ۔ وجود پرٛاوِتھ ۔ ثابِتھ کٔرِتھ ۔ صحی پاٹھۍ ۔ پزِ پاٹھۍ۔

اِثباتِ وُجوٗد ۔ وجوٗدُک ثبوت (خودا. آسنُک ثبوت (خدایہ سُند) پزِ پاٹھۍ آسُن۔

اِجابت، (اِجابتھ) [م ۔ مؤل : اجابت < ع : اِجابت]۔ ۱. آنکار ۔ مانُن ۔ آنکار کرُن ۔ قبولیت، ۲. (حکیم کتھ) مادان نیرُن ۔ ۳. مانُن ۔ منظوٗر کرُن۔

اِجارٕ ۔ [ن ۔ مؤل : اِجار < ع : اِجارہ < ع : اَجر]۔ سأتُس ۔ ٹھیکہٕ ۔ ساری سیٚے پیٹھ یختیار ۔ شرکتہٕ روٚس یختیار۔

اِجارٕدار ۔ یُس سارِ کٕنۍ ٹھیکہٕ آسہِ ۔ یُس ساری سیٚے پیٹھ یختیار آسہِ ۔ پُورٕ یختیار وول۔

اِجارٕداری ۔ [م ۔ مؤل : اجارٕداری < ع:

اجارہ + ف ؛ داری ]- (۱) تجارتس
بیتر منز کانسہ اکس زلیس یا اداس
گنیک سالم حق آسُن (۲) دسگاہ
آسُن۔ (۳) ہیٹھوولی۔

**اِجازتھ** ۔ [ن۔ مؤل : اجازت < ع : اجازت
< ع ، جوز ]- منظوری ۔ رخصت۔
اگنیا۔

**اجازتَن** ۔ [ < ع : اِجازتاً ] اجازتھ
ہیتھ ۔ رخصتھ ہیتھ ۔ کانسہ پرٛژھتھ۔

**اجازتھ نامہ** ۔ منظوری ہُند کاکد ۔ پروانہ۔

**اجتماع** ۔ [ن ۔ مؤل : اجتماع < ع : اجتماع
< ع : جمع ] لوکہ جمع ۔ سیٹھاہ
لوکن ہُند اکسے جاے منز آسُن۔

**اجتماعی** ۔ [ < ع : اجتماع ] جماعتک ۔
یکہ وٹہ سارنے ہُند ۔ یہ شمتہ بنیوٚمُت
یا کرنہ آسہ آمُت۔

**اجرا** ۔ [ن۔ مؤل : اجرا < ع : اجراء ]۔
جاری کرُن ۔ حکم (دکُن) ۔ عمل درآمد
چلاوُن۔

**اجراے ڈِگری** ۔ [م۔ مؤل : اجراے
ڈگری < ع : اجرا + انگ : ڈِگری ]۔
ڈگری پیٹھ عمل کرنک حکم۔

**اِجلاس** ۔ [ن۔ مؤل : اجلاس < ع : اجلاس ]۔
(۱) جلسہ (۲) کچہری لگنہٕ۔ پیشی لگنہٕ۔
(۳) عدالتک کمرٕ۔ جاے یتِنہٕ منٛز آسہ عدالت کران۔

**اِحاطہٕ** ۔ [ن۔ مؤل : احاطہ < ع : احاطہ ] گنڈنہٕ
جاے ۔ گنڈنہٕ زمین۔

**اِحاطہٕ کرُن** ۔ طے کرُن ۔ حد کرُن۔

**اِختلاف** ۔ [ن۔ مؤل : اختلاف < ع : خلف ] بیون
راے ۔ ہشی راے نہٕ آسنی۔

**اِختیار (یِختیار)** [ن۔ مؤل : اختیار < ع : اختیار ]۔
(۱) یِختیار ۔ پانس تام کینہہ آسُن ۔ اتھس تل۔
اتھس اندر آسُن (۲) منظور تھوُن ۔ مانُن (۳) خوٗشی یا
یِختیار۔ (۴) یہ ہیتھ ہیکہ ۔ یہ ممکن آسہ کینہہ کرنک طاقتھ۔

**اِخلاص (یِخلاص)** [ن۔ مؤل ۔ اخلاص < ع : اخلاص ] ملے
موٚحبت ۔ میٛتری ۔ یِخلاص (۲) قرآن شریفک اکھ
سوٗرہ ۔ سوٗرتہ اخلاص۔

**اِخلاق** ۔ [ن۔ مؤل : اخلاق < ع : اخلاق < ع : خلق ]۔
وطیر ۔ رتٕ کرتوتھ ۔ شایستگی۔

**اِدارٕ** ۔ [ن۔ مؤل : ادارہ < ع : ادارہ ]۔
وُچھو ' ادارٕ '

**اِدرار** ۔ [ن۔ مؤل : ادرار < ع : ادللہ ] منتھ
زل ۔ زل کل۔

**اِدراک** ۔ [ن ۔ مؤل : ادراک < ع : ادراک

را تھدی تہ نا وِلی مالِہ ذیٹھنس مَنز
رَٹنی ۲. گاٹہٕ۔ عقل۔ بوزِ شوژ۔ زان۔
۳. اَندرِ نُم گاش۔ بوٗد۔

اِذا (اِیذا) [م۔ مٔول: اِذا > ع: اِذیٰ] دوکھ۔
تَکلیف۔ ضرر۔ نۄقصان۔

اِرن، اِیرَن۔ [م۔ مٔول: اِرن > ف: ایرَن]۔
شیٖشہ روٗسہ چیز یَتھ پیٹھ کھار شیٖشر
دَب چھ دِوان۔

اِرادِہ (یرادِ)۔ [ن۔ مٔول۔ اِراد > ع: اِرادہ]
خاہش۔ کَل۔ رائے۔ کیٛنہہ کرُنٕچ کَل
یا نیٚتھ۔ مُدا۔

اِرادی (طور)۔ قصد کرِتھ۔ یرادٕ کرِتھ۔
کَل کرِتھ۔

اِرتقا۔ [ن۔ مٔول: اِرتقا > ع: اِرتقاع]۔
ترقی کرٕنۍ۔ ووہنہٕ ژار۔ تھزرس واتُن۔
ڈارون سٕنٛدِس نظریہ پیٚٹھِ مۄجوٗب
تھزر ژٕ ذاتہٕ بنی میو منٛزِ وارِ وارِ ترقی
کران واتِتھ چھ۔

اِرتقائی۔ ترقی ہُنٛد۔ تھدنُک بڈنُک۔

اِرشاد۔ [ن۔ مٔول: اِرشاد > ع: اِرشاد]
حُکُم۔ فرماوُن۔ وَتہ ہاوٕنۍ (معرفتس منٛز)

اِسبراٹُچ۔ [م۔ مٔول: اِسبراٹُچ > ع: اِستنجا +
ک: ٹُچ] ہیٚنٛزِ پھوٗل یُس حاجتس
بہَن [illegible] لان چھ۔

اِسبند، یسبند۔ [ن۔ مٔول: اِسبند > ف: سپند،
اسپند] اَکھ قسمُک بیوٚل یتھ زالنہٕ سیٚتی
جان مُشک چھ نیران۔

اِسبند سوز۔ ترٛاٹھی بانہٕ یُس مجمرِ چالِہ آسان چھُ۔
تہٕ یتھ منٛز باگ کیٚنٛزِ ہش آسان پھٹے۔
اَتھ منٛز چھِ اِسبند زالان۔ اِسبند زالنُک
کیٚنٛزِ بانہٕ۔

اِسبدی ہار۔ [ن۔ مٔول: اِسبدی ہار]
مَتھمنٛک اَکھ دوا۔

اِسپنگہٕ۔ اَکھ کُچہٕ ذاتھ یتھ میٚتھ ہوٕ دٔنٛز چھ آسان
تہٕ لاجوٚرۍ ہش پھلے چھ نیران۔

اِستادٕ/یِستادٕ۔ [> ف: اِستادہ]۔ وودنہٕ
وودتھ دٔنہٕ۔

اِستری۔ [م۔ مٔول: اِستری > س: ستر]۔
گٔنڈی۔ لوٚہہ۔ پٔریس۔ شٔسترُ اَکھ
آلہٕ یُس گرم کرِتھ پلون پیٹھ پھٹھ کڈنہٕ باپتھ
پھرناونہٕ چھُ یوان۔

اِستدعا۔ [ن۔ مٔول: اِستدعا > ع: اِستدعا > دعو] عرض۔

**اِستعارٕ (اِستیارٕ)** [ن۔ مؤل : اِستعار <ع : استعارہ]۔ شاعری مَنٛز سو صَنعت یتھ مۆجوب کانٛہہ چیز کُنہِ کہِ ہِشِر کنہِ بیٚیہِ کانٛہہ چیز وَننہٕ ییِہ۔ م : لُٹایہ کیٛٹ گوٗشہ شیر (شیر لَفظ چھُ اِستیارٕ)۔

**اِستغاثٕہ۔** [ن۔ مؤل ؛ اِستغاث <ع : اِستغاثہ]۔ فوجدأری مُقدمہٕ۔

**اِستغفار۔** [ن۔ مؤل : اِستغفار <ع : اِستغفار] خۄدایس گونٛہَن مٲفی مَنٛگنی۔ توبہٕ، پٔرایسچِتھ۔

**اِستقلال۔** [ن۔ مؤل : اِستقلال <ع : اِستقلال] (۱) ژیٖر۔ صَبر۔ ضَبط (۲) پایدأری۔ دَرِ بر۔

**اِستنجا۔** [ن۔ مؤل : اِستنجا <ع : اِستنجا] طَہارَتھ۔ آب دَس۔ چھلہٕ چھوکہ یتھ شروٗژ۔ مٲدان ییِنہٕ پتہٕ صَفأیی۔

**اِستمال، اِستعمال، اِستیمال۔** [ن۔ مؤل : اِستمال <ع : استعمال <عَمل] کُنہِ چیٖزُک وَرتُن۔ کُنہِ چیٖزُک بَرتاو۔

**اِستقبال، اِستیقبال۔** [ن۔ مؤل : اِستقبال <ع : اِستقبال <قَبل۔]

کانٛسہِ برٛونٛہہ نیرُن۔ پیشوأیی۔ سۆاگتھ۔

**اِستیفٕہ۔** [ن۔ مؤل : اِستیفہ <ع : اِستعفا] نوکری ترٛاوٕنی۔ دَستبردأری۔

**اِسرار۔** [ن۔ مؤل : اِسرار <ع : اسرار] ہِرٕ کَتھ، ژوٗر کَتھ، تِمہ کَتھہٕ یِمہ نہٕ ساری نَے وَننہٕ یِن۔

**اِسرأفیل۔** [ن۔ مؤل : اِسرأفیل <غ : اِسرافیل] ژور وۄڈٕوِ مَلٲیکَو مَنٛز اَکھ مَلکھ یُس قیامَژ دۄہہ پوٗگ وایہِ۔

**اِسرأییل۔** [ن۔ مؤل : اِسرأییل <ع : اِسرائیل] (۱) حَضرتِ یعقوبؑ پٲغمبر سُند بیٛاکھ ناو۔ (۲) یہوٗدی سلطَنَت۔

**اِسلام۔** [ن۔ مؤل : اِسلام <ع : اِسلام <سَلم] مُسلمانَن ہُنٛد مَذہب۔ مُسلمٲنی۔

اِسلام آباد کھیٚیہِ وۄنٛلَن کیٚس وَرمُلہِ ژٔلکہ دوٗنس لَس۔ اَکی ہِندِ بَدلہٕ بیٛاکھ لَگُن۔ اُتھ نہٕ یِلا یہِ ژُت۔

**اِسم۔** [ن۔ مؤل : اِسم <ع : اِسم] ناو۔

**اِسمِ اَعظَم۔** [ن۔ مؤل : اِسمِ اعظم <ع : اِسم + اعظم]۔ (۱) دَیہ سُنٛد سارِوے کھۄتہٕ تھوٚد تہٕ بوٚڈ ناو۔ (۲) (تَصوٗفس مَنٛز)

اَکھ وُظیفک ناو۔

**اِسمِ شریف۔** [ن۔ مؤل: اِسمِ شریف > ع: اِسم + شریف] ناو۔ (ل۔م) شرف والہ ناو)۔ تعظیمہٕ سان ناوس وَنان۔

**اِسم دار۔** ناودار۔ خاندانی۔

**اِسپغول۔** [ن۔ مؤل: اِسپغول > ف: اِسپغول > ف: اسپ + غول]۔ اَکھ بوٗٹ یُس دواہس لگان چھُ۔

**اِشارٕ۔** [ن۔ مؤل: اِشارٕ > ع: اِشارۃ] (۱) ژھینہٕ وَن۔ ژھینہٕ دِنی۔ باسں۔ (۲) تصرف، اژھاے۔ تھپہ۔

**اِشارٕ دِیُن۔** ژھینہٕ وَن دِنی۔ باس دیُن۔ اَچھو تہٕ کھورو یا اَونگجہٕ بیترِ سیتی ہاوُن۔ کھوٗنی کل دِنہٕ سیتی یا زیرٕ دِتھ ژھینہٕ ناوُن۔

**اِشارٕ کرُن۔** ژھینہٕ وَن دِنی۔

**اِشارٕ گژھُن۔** پژاہ گژھن، اژھاے گژھنی۔

**اِشارٕ ہاوُن۔** ژھینہٕ وَن دِنی۔ اِشارٕ کرُن۔

**اِشاریت۔** [م۔ مؤل: اِشاریت > ع: اِشارۃ] (اشایری بیترِ مَنز) اِشارو تہٕ کِنایو سیتی ہاوُن یا باوُن۔

**اِشتعال۔** [ن۔ مؤل: اِشتعال > ع: اِشتعال]۔

ژُکھ۔ بھوشُن۔ کرُود۔ شرارتھ۔

**اِشتہار۔** [ن۔ مؤل: اِشتہار > ع: اِشتہار] لیکھتھ اعلان۔ عامس تام کانہہ کتھ واتناونہٕ باپتھ لیکھتھ کاکد۔

**اِسٹابیر۔** [م۔ مؤل: اِسٹابیر > انگ: سٹرابیری (STRAWBERRY)]۔ اَکھ میوٕ ذاتھ۔

**اِشٹام۔** [ن۔ مؤل: اِشٹام > انگ: سٹامپ (STAMP)] سرکاری موہر کرتھ کاکدٕ یُس دستاویزن سیتی تھونہٕ یوان چھُ تہٕ نوٹی ماگلی برنہٕ باپتھ۔

**اِشٹام فروش۔** اِشٹام کاکد تہٕ ٹِکٹ بیترِ کِنن وول۔

**اِشکال۔** [ن۔ مؤل: اِشکال > ع: اِشکال] (۱) فی، شکھ (۲) مُشکِل۔ کرُوٹھ۔

**اِصرار۔** [ن۔ مؤل: اِصرار > ع: اِصرار] بانڈیانڈ۔ کُنہِ کتھِ بیترِ پیٹھ ہٹھ۔ کُنہِ پیٹھ زور۔

**اِصراف۔** [ن۔ مؤل: اِصراف > ع: صرف]۔ فضول خرچ، بےٚحساب خرچ۔

**اِصطلاح۔** [م۔ مؤل: اِصطلاح > ع: اِصطلاح] کُنہِ علمُک خاص مانے دار لفظ بیترِ ——

تگنیاٹرک لفظ ۔ ٹیکنیکی لفظ ۔

اِصطلاحی ۔ ٹیکنیکی ۔

اِصلاح ۔ [ن ۔ مؤل : اِصلاح < ع : اِصلاح ]
(۱) ووستادن سُند بیٹھ کنہ لیکھتھ دیتمُت
بیتہ ژاٹھ نقل کران چھ ۔ (۲) شیرُن ۔
کرنی کرنی ۔ ٹھیکہ کرُن ۔ صحی کرُن ۔ (۳) وَتہ
اَنُن ۔ سیٹھراوُن ۔ ہوایتھ کرُن ۔

اِصلاح کرُن ۔ (۱) شیرُن ۔ کرنی کرنی ۔
ٹھیکہ کرُن صحی کرُن ۔ (۲) دار کاسنی ۔
ریش کاسُن ۔ ریش شیرُن ستھراوُن ۔

اِصلاح ہیوُن ۔ (۱) بیٹھ کنہ لیکھتھ ہیزن بیتہ
پتہ نقل کرنی زِ ۔ (۲) شیرناوُن ۔ ٹھیکہ
کرناوُن ۔ صحی کرناوُن ۔ (مضموُن بیتر) ۔

اِضافت (اِضافتھ) ۔ [م ۔ مؤل : اِضافت < ع :
اِضافت ] (۱) توُلُق ۔ واٹھ ۔ (۲) (گرٗمر)
اَکِس ناوس بیٹیس سیتی واٹھ یا لگاو ہاوُن
م : کتابہِ ہُند صفحہ ۔ (۳) صحت بدن
(ہُند تہ زیر (ـــِ) چھنے اِضافت) ۔

اِضافہ ۔ [ن ۔ مؤل : اِضافہ < ف : اِضافہ < ع :
اِضافۃ ۔ ہُریر ۔ ہُر ۔ ہُریمانہ ۔

اِضافی ۔ ہُریرِ متعلق آمہ ۔ م : ...

اِضطِراب ۔ [ن ۔ مؤل : اِضطِراب < ع : اِضطِراب ]
کُنہ کُن سیخ کَل ۔ کُنہِ چیزِ باپتھ بے چینی ۔

اِطلاع ۔ [ن/م ۔ مؤل : اِطلاع < ع : اِطلاع ]
شیٖچھ ۔ خبر ۔

اِطمینان ۔ [ن ۔ مؤل : اِطمینان < ع : اِطمینان ]
پننہِ جایہِ تسلا ۔ کانٛہہ کتھ بینِنہ دِلس ییتھ آسنہ ۔

اِظہار ۔ [ن ۔ مؤل : اِظہار < ع : اِظہار ] کانٛہہ
کتھ باوِنی ۔ نوَن کڈُن ۔ وَنُن ۔ باوَت ۔

اِفتِتاح ۔ [ن ۔ مؤل : اِفتتاح < ع : اِفتِتاح ]
یلہ ترٛاوُن ۔ وڈتھ ترٛاوُن ۔ شوٗرُ کرُن ۔

اِفشا ۔ [ن ۔ مؤل : اِفشا < ع : اِفشا ] واشگاف ۔
ننِنہ ۔ فاش ۔

اِفشا کرُن ۔ کُنہِ ننِنہ کرُن ۔ راز فاش کرُن ۔
کُنہ ظاہر کرنی ۔ واشگاف کرُن ۔

اِفطار ۔ [ن ۔ مؤل : اِفطار < ع : اِفطار ]
روز کھولنی ۔

اِفلاس ۔ [ن ۔ مؤل : اِفلاس < ع : اِفلاس ]
(۱) نادٲری ۔ مُفلسی ۔ غریبی ۔ واو ۔ ویرچھ ۔
(۲) آسُن (۳) تنگس ۔ عقلِ ناش ۔ دَرینہ ۔

اِقبال ۔ [ن ۔ مؤل : اِقبال < ع : اِقبال ]
(۱) بجر ۔ ڈیکہ بجر ۔ کھسہ وُن نصیبہ ۔

(۲) آشکار ۔ مانُن (جُرُم بیتر)۔

اِقبالِ جُرُم ۔ جُرمس آشکار کرُن ۔ خطا بَرسَر ہیوُن ۔ قوصوٗر مانُن۔

اِقتدار ۔ [ن۔ مؤل: اِقتِدار ‹ع : اِقتِدار] دَس گہہ ۔ اِختیار ۔ (حکوٗمتھ کرنک) طاقتھ ۔ مرتبہ ۔ قدر۔

اِل ۔ اَکھ پوٗت لوٗگ ۔ م : چھاٹِل تہٕ گاٹِل بیتر۔

الیاس ۔ [ن ۔ مؤل : الیاس ‹ع : الیاس] اَکِس پیٚغمبرٕ سُند ناو۔

اِلتماس ۔ [ن ۔ مؤل : اِلتِماس ‹ع : اِلتماس] عرض۔

اِلتوا ۔ [ن۔ مؤل : اِلتِوا ‹ع : اِلتوا] بٔنیس دوٚہس پیٹھ تھَوُن۔ ٹٕلِتھ تھَوُن۔

اِلحاق ۔ [ن۔ مؤل : اِلحاق ‹ع : اِلحاق] کٔنہہ سیٚتی میلُن ۔ کٔنہہ گنڈُھن ۔ مدغم سپدُن۔

اِلزام ۔ [ن۔ مؤل : اِلزام ‹ع : اِلزام] ہانژھ۔ ہانژھ ۔ توٗہمتھ۔

اِلہام ۔ [ن۔ مؤل : اِلہام ‹ع : اِلہام ‹لہم] مٔنیج موٗزٕنی۔ مَنس اوٗرے وُزُن۔ غائبہ منٛز مَنس اَندر کانہہ کتھ ییٚنی۔

اِمام ۔ [ن۔ مؤل : اِمام ‹ع : اِمام] (۱) مذہبی پیشوا۔ دپنک وٕ تہٕ ہوٗک ۔ ہرٕونہ پکن وول ۔ یُس پتہٕ نِماز پیمہٕ پرِنہٕ۔ (۲) تسبی ہٕندِ زیوٗٹھ، دانہٕ۔ دلیٖل اَکھس منٛز چھُ روزان تہٕ پھرِنہٕ چھُنہٕ پوان۔

اِمامت، (اِمامتھ) [م۔ مؤل : اِمامت ‹ع : اِمامۃ] اِمامہٕ سُنٛز کأم۔ نِمازٕ ہٕنٛز پیشوأیی۔

اِمام حسن ؑ۔ حضرتِ علیؓ سٕندی زیٹھی فرزند۔

اِمام حُسین ؑ۔ حضرتِ علیؓ سٕندی دوٚیمی فرزند یِم کربلاہس منٛز شہید سپدی۔

اِمام باڑٕ۔ ماتم سراے ۔ تأزی یہٕ گاہ ۔ سُہ اَستان یتیٚتہٕ مرثی کران تہٕ تأزی بہٕ تھَوان چھِ۔

اِمام زادٕ۔ (ل.م) اِمامہٕ سٕندی شُری۔ حضرتِ اِمام حسن ؓ، اِمام حُسین ؑ تہٕ تِہندی شُری مُری۔

اِمتحان ۔ [ن۔ مؤل : اِمتِحان ‹ع : اِمتحان] اَزمأیش ۔ پرکھاوُن ۔ سَر کرُن۔ وُچھُن زِ کوتاہ زانہٕ۔ کانٛسہٕ ہٕندِس ہیچھِ کِس سام ہیٚنی۔

اِمتیاز ۔ [ن۔م۔ مؤل : اِمتِیاز ‹ع : اِمتیاز] فرق ۔ تمیٖز۔ فرق (اَکھ اَکِس نِشہٕ الگ پأٹھی پرزٕناوُن ۔ ترأوِتھ کڈُن۔

**امداد** ۔[ن۔ مؤل، امداد < ع : امداد ]۔
اَتھ روٗٹ۔ مدد۔ پلزُن۔ جنسہٕ یا نقدی
ژنگی اَتھ روٗٹ کرُن۔

**امکان** ۔[ن۔ مؤل، امکان < ع : امکان ]
مُمکِن آسُن ۔ ہیٚکنی ۔

**اِملا** ۔ [ن۔ مؤل، اِملا < ع : اِملا ] (۱) رسمہ
خطہٕ موجوب لیکھُن۔ اَچھر ملوٗن۔ (۲)
عبارتھ یوسہٕ اَتھ وُرراونہٕ باپتھ کانٛسہٕ
لیکھناوان چھہٕ۔

**اِنسپکٹر** ۔ [ن۔ مؤل : اِنسپکٹر < انگ : اِنسپکٹر (INSPECTOR)] ۔ ماینہٕ
کرن وول۔ مُلاحظہٕ کرن وول ۔ شہ
اَفسر یُس کام آسہٕ وُچھان یا سام ہیتھ
ہیولن۔

**انتخاب** ۔[ن۔ مؤل، انتخاب < ع : انتخاب]
چُناو۔ ژارُ۔

**اِنتظار** ۔ [ن۔ مؤل : اِنتظار < ع ، اِنتظار ]
پرارُن۔ وتہٕ وُچھان روزُن۔

**اِنتظام** ۔ [ن۔ مؤل : اِنتظام < ع : اِنتظام ]
بندوبست ۔ پرٛبندھ۔

**اِنتقال** ۔[ن۔ مؤل اِنتقال < ع : اِنتقال]
(۱) اَکی ہشتز ژٕہتن بیٚٹھی سندس ناوس وٕرِ ج
کرُنی۔ (۲) مرُن۔

**اِنتقام** ۔[ن۔ مؤل : اِنتقام < ع : اِنتقام ]
بدلہٕ ۔ آرنج (ہیوٗن)۔ قصاص (ہیٚون)۔
بوٗزتھ (ہیوٗن)۔

**اِنٹرویو** ۔[ن۔ مؤل : اِنٹرویو < انگ : اِنٹرویو (INTERVIEW)] مُلاقاتھ ۔ کُنہ جاے
دَرخاس دِنہٕ پتہٕ تتہٕ کِس اَفسرس سٕتہٕ
مُلاقاتھ یُس تس ییمہٕ غرضہٕ چھُ ہیوان زِ
دَرخاس دِنہٕ وٲلِس سیٚتی کتھ کرتھ وُچھِ
تہٕ چھا عہدس لگہٕ ہار۔ بتھ کُنہِ
سوال جواب کرتھ قابلیت سرکرنی یا
کینہ ژٔرِ یاف کرُن۔

**اِنجکشن** ۔ [ن۔ مؤل : اِنجکشن < انگ : اِنجکشن (INJECTION)] (۱) پچکاری (کرٕنی) (۲)
دوا ییٚمچ پچکاری کرنہٕ ییہ۔

**اِنجن** ۔ [ن۔ مؤل : اِنجن < انگ : اینجن (ENGINE)]۔ (باہہ ، نایہ تہٕ بجلی
بیتر بنٛدِ زور) گاڑی چلاونچ مشین
کاتھہ بیٚیہ چلاونچ کل۔

**اِنجیل** ۔ [م۔ مؤل : اِنجیل < ع : اِنجیل

اِنجیل [ع : اِنجیل < یونانی اِیوگِلیان]
عیسایَن ہُنٛز مُقدّس کِتاب ۔ بایبل ۔

اِنجینئر، اِنجینیَر ۔ [< انگ : انجینیر (ENGINEER)] ہُنٛز کرِ کِہ کِیل کولِہ بیتر بناوَنٕچ زان کٲرِی تھَوَن وول ۔

اِنچ ۔ [ن ۔ مؤل : اِنچ < انگ : اِنچ (INCH)] اَکہٕ میٹر ۔ اَنٛٹھ ۔ فُٹُک بٕہیُم حِصہٕ ۔

اِنچ ٹیپ ۔ میٖنہٕ نُک بہٕپتہٕ یتھ اِنچ آسَن ہٲوِتہٕ ۔

اِنچارِج ۔ [< انگ : انچارج (INCHARGE)] یُس اَتھ کُنِہ چارج آسہِ ۔ یُس مَٹہِ کُنہٕ کامہِ ہُنٛز نِگرٲنی بیتر آسہِ ۔

اِنسان ۔ [ن ۔ مؤل : اِنسان < ع : اِنسان] مۆہنیُو ۔ مَنُش ۔

اِنسانَس گَژھِ آسٕنۍ خو ے تہٕ
پۆشُس بو ے ۔ مَنُش گو سُے
یُس جان تہٕ رِژ گون آسَن ۔ یتھ پاٹھۍ
پوش وُنی زٕ تھنۍ یِتھ جان مُشک آسہِ ۔
اِنسان چھُ پوشہٕ کھوتہٕ اُتھٕل تہٕ کُنہٕ کھوتہٕ
دوٗر ۔ مَنُش چھُ سٕٹھا آری تہٕ سبٕہٕ تا شُنٛگدِل
تہٕ ۔ زیٖرِ ہُنٛد تہٕ چھُ تہٕ دَکنَ ڈلَن
تہٕ دَرِ ۔

اِنسانی یتھ ۔ [م ۔ مؤل : اِنسانی یتھ < ع : اِنسانیت] اِنسان صفتھ ۔

اِنشا ۔ [ن ۔ مؤل : اِنشا < ع : اِنشاء] ۱۔ اَھیارتھ لیکھنٕ ۲۔ مضموٗن ، خط بیتر ۔ ۳۔ لیکھَن طَرز ، ترا ے ۔

اِنشاء اللہ ۔ [ < ع : اِنشاءاللہ ] ۔ یُس ے ییٚتہِ رُحن ، خوداے ییٚتہِ رُحن ۔ اوسے خوداے سُنٛد منظوٗر ۔

اِنشورنس ۔ [ن ۔ مؤل : اِنشورنس < انگ : اِنشورنس (INSURANCE)] بیٖمہٕ ۔

اِنصاف ۔ [ن ۔ مؤل : اِنصاف < ع : اِنصاف] عدل ۔ داد رَس واتُن ۔ رحم ۔

اِنصافی ، اِنصافی ۔ یُس اِنصاف یا آر بیہ ۔ یُس بِیہ سُنٛد نرزر گژھہ ۔

اِنعام ۔ (اینامہٕ) ۔ [ن ۔ مؤل : اِنعام < ع : اِنعام] کُنہٕ کامہِ ہُنٛز قدر زانٕنہٕ یہ کینٛژھا عطا یبہِ کرنہٕ ۔ (امتحانس یا مُقابلس بیتر مَنٛز) کامیابی پیٹھ اعزازُک نِشانہٕ ۔

اِنفرادیت ۔ [م ۔ مؤل : اِنفرادیت < ع : انفرادیت] فرد سٕنٛد خاص تہٕ بیون آسنٕچ خصوصیتھ ۔

اِنفرادی ۔ [< ع : اِنفراد] اَکِس زَنِس سٕتۍ خصوصیتھ ۔

ذاتی ۔ بیوٗن بیوٗن ۔ اَلگ۔

اِنقِلاب ۔ [ ن ۔ مؤل : اِنقِلاب > ع : اِنقِلاب ] ٹلیٚنُم ہیٚٹھ ۔ ژکرِ پھیٚرُ ۔ نِظام بَدلُن۔

اِنقلأبی ۔ اِنقِلاب کانٛچھن وول ۔ تبدیٖلی یَژھن وول ۔ ہٕتھی پھیٚرُ ۔ سرکش ۔ سُہ یُس سَماجی نِظامَس مَنٛز اِنقِلاب آسہِ یژھان۔

اِنکِشاف ۔ [ن ۔ مؤل : اِنکِشاف > ع : اِنکِشاف ] نَنُہ ۔ سِرَس فاش ۔ باوٕتھ۔

اِنکم ٹیکس ۔ [ن ۔ مؤل : اِنکم ٹیکس > انگ : اِنکَم + ٹیکس ۔ ] سو ژرج یوس عَلاوٕ آمدنی پیٹھ ہیٚنہٕ ییٚہ۔

اِنکار ۔ [ن ۔ مؤل : اِنکار > ع : اِنکار ] ژُمانُن ۔ نَہ کار۔

اِنکأری ۔ نَہ مانہٕ وُن (سُہ یُس) نکارس پیٹھ آسہِ ۔ یَب ہیٚنہٕ وول۔

# ای

ایثار ۔ [ن ۔ مؤل : ایثار > ع : ایثار ] لُکہٕ ہُنٛد رُت کانٛچھنہٕ باپتھ پانہٕ سَختی ژالنی۔

ایجاب وقبوٗل ۔ [ن ۔ مؤل : ایجاب وقبوٗل > ع : ایجاب و قبوٗل ] مُہرِ نہ مُہرأنۍ سُنٛد نیٚتھر منظوٗر کرُن ۔ یہ چھُ کھانٛدرُک اَکھ رَسم۔

ایجاد ۔ [ن ۔ مؤل : ایجاد > ع : ایجاد ] کانٛہہ نٔو چیز بیترِ بناوُن ۔ تیتھ چیز بناوُن یُس نہ برٛونٛہہ آسہِ۔

ایرأنی ۔ وُچھو ایرأنی

ایرأنی ۔ [ مؤل : ایرأنی > ف : ایرانی ] ۱۔ ایرانُک ایرانَس سیٚتۍ تعلُق تھوَن وول۔ ۲۔ ایرانُک روزَن وول ۳۔ ایرأنی زبان ۔ فارسی۔

ایرأنی قلَم ۔ [ن ۔] اَکھ قسمُک نَر کأنی قلَم۔

ایری پھیری وألۍ ۔ ٹیٚنٹھ والنی ۔ نَشہِ وألنۍ ۔ تیٚلہٕ دالنی ۔ ڈٕقر والنی۔

ایزاد ۔ [ن ۔ مؤل : ایزاد > ف : ایزاد > ع : زیادۃ ] ہُر ۔ ہُریمانہٕ ۔ ہُریم ۔ بڈرُن۔

ایشان (صاب) ۔ (ن) شیخ یعقوب صرفی سُنٛد مقبوٗل ناو۔

ایشوَر ۔ [ن مؤ ... شور > ف ...

بگوان ، خدا۔ دٕے۔

**ایکانٛت** ۔ [ن۔ مؤل : ایکانٛت < س: ایکانٛت] خلوکھ۔ لوٚب ، اَندکُن۔

**ایکہٕ دَنٛت** ۔ [ن۔ مؤل : ایکہٕ دَنٛت < س، ایکہ دَنتہ] گنپَت ، جیُن اکھ ناو ، گنیش۔

**ایکُت** ۔ [ن۔ مؤل : ایکُت < س : ایکتوٚ] پانہٕ وٲنی کُنۍ (اَکٕسُن)۔

**ایمان** ۔ [ن۔ مؤل : ایمان < ع : ایمان ]
۱۔ دَلیس پیٹھ پَزر۔ دینَس پیٹھ پَزر۔
۲۔ پَزر۔ دوکھہٕ نہٕ کرُن۔

**ایمان اَنُن** ۔ مُسلمان بنُن۔ خدایس تہٕ رَسولس ؐ پیٹھ پَزر کرُن۔ مُسلمانی ہِندۍ اَحکام پانَس پیٹھ مَنٛزِ ہینی۔

**ایماندار** ۔ [< ع : ایمان + ف : دار] دِیانتدار۔ پَزِس پیٹھ پَکَن وول۔ دیٖندار۔

**ایماندارانہٕ** ۔ ایماندار پاٹھۍ۔

**ایمانداری** ۔ دِیانت۔ پَزر۔ پَزُر۔

**ایمان کَنُن** ۔ بےٚ ایمٲنی کَرٕنۍ۔ اَپُز کَرُن۔ نہٕ کرُن یُس پَزٕ آسہِ۔ کَنہِ ناجائز ذٲتی اَپُز بَنُن دِین دَرم تراوُن۔

**ایمٲنی** ۔ ۱۔ ایمانک ۲۔ ایمانَس پیٹھ۔ پوٚز۔ یتھ مَنٛزٕ پَزر تہٕ اَپُز آسہِ۔

**ایٖنٛٹھ** ۔ [م۔ مؤل : ایٖنٛٹ < ہ/اُ۔ اینٹ]
۱۔ تاسہِ کہٕ اَکہِ رَنگُک ناتِیس سیزِ بِکوٹہ آسان چھُہ۔
۲۔ شُرِن مَنٛز بانٛٹن گنٛڈن وِزِ بانٛٹہٕ مارنَس وَنان۔

# إ

**إنٛہ** ۔ [ن۔ مؤل : إنٛہ < آوازِ بیٖچھ ] وُے واے۔ دادِچ دَگہِ ہٕنز آواز۔

**إنٛہ تہٕ إنٛہ** ۔ إنٛہ رارٕے۔ إنٛہَس پیٹھ إنٛہ کرُن۔

**إنٛہ ٹَنٛہ** ۔ ۱۔ اَدِیانہٕ ، آ انکار ، نکار۔
۲۔ بیرام ہٕنٛز إنٛہ رارٕے۔

**إنٛہ رارٕے** ۔ إنٛہ تہٕ إنٛہ کرُن۔

**إنٛہ ژنٛہ** ۔ بَلہٕ زَلہٕ۔ حیلہٕ بَہانہٕ رستہ۔ پِتہ۔

**إنٛہ ژنٛہ نہٕ بوزُن** ۔ ہیتھ نہٕ ہیتھ نہٕ مانُن۔ حیلہٕ بَہانہٕ نہٕ بوزُن۔ بَنٛنہٕ ہَنہٕ نہٕ ڈلُن۔
م : کُلی جوٗنہٕ بوزان إنٛہ ژنٛہ ، سِر حضار مَنگان پیٚنٛٹھ۔

نَرٕ بَیاکھ زھوٗٹ آسہٕ یا اَکھ زوردار تہٕ بَیاکھ کمزور آسہٕ۔

**اُک ہوٚنگ، اوٚک ہوٗنگ** ۔ [ن۔ مؤل : اُکھوٗنگ > س : ایکہ + اَنگہٕ] کَلَس اوٚک پلسے دود۔ اَڈِ کلگ دود۔

**اُل** ۔ اَکھ پوٚت لوٗگ۔ م : گاٹُل بیتر۔

**اُلٹاپُلَٹ** ۔ پھرٕ تھُر۔ تَلگ پیٹھ۔ چھلہٕ چھانگرٕ۔

**اُلفَتھ** ۔ [ن۔ مؤل : اُلفَت > ع : اُلفَۃ] پاینٛیار۔ ماے موٚحبَتھ۔ لول۔

**اُمَت** (ووٚمَت) [م۔ مؤل : اُمَت > ع : اُمَّۃ] ١۔ مانَن وٲلی ٢۔ پیغمبرِ اسلامَس سٕندی پارٕوکار۔

**اُما، (ووٚما)** [م۔ مؤل : اُما > س : اُما] پاروٗتی (دیوی ہُنٛد) اَکھ ناو۔

**اُن** ۔ اَکھ پوٚت لوٗگ۔ یِرِ چھِ ماوان ١۔ کامُنٛسٕ ہُنٛد۔ م : مامُن، رامُن بیترٕ ٢۔ کینٛہہ کَرُن، م : برُن۔ گَرُھن بیترٕ۔

**اُنگُرٕھ** ۔ [ن۔ مؤل : اُنگُرٕھ] شُمٲر وزار یَیمہٕ سٕتۍ ٹھین، شٔشتر بیتر ژٹان چھِ۔

**اُو** ۔ اَکھ پوٚت لوٗگ سٕنٛد، کُنہِ چیزُک بنَوُٹ م : ہیچھوٗ۔ مبنٛرِیوٗ۔ کَنٛترِیوٗ بیترٕ۔

**اُہرٕپوٗنٛد، اُہرٕپُنٛد** ۔ [> س : اَدرَہ + ک : ہُنٛد] رُژھا ہورگُن۔ اُہرٕپوٗنٛد ہیٚہَن۔ رَژھاڈلُنہٕ۔ اُکُن ہیٚہَن، اوٚری کُن ہیٚہَن۔

# اوٗ

**اوٗترٕ۔ اوٗترٕ** [ > س۔ اُترَ] ١۔ راتھ بروٗنٛہہ اَکھ دوٚہ۔ یِہ بروٗنٛہہ اَکھ دوٚہ۔ ٢۔ یِتھ کینٛہہ دوٚہ گَییہٕ۔

**اوٗر** ۔ اَکھ پوٚت لوٗگ۔ م : نَست پِستوٗر۔

**اوٗری نہٕ یوٗری** ۔ ١۔ زوٗنہٕ ٹھیکہ (آشن)۔ ناٹھپکھ۔ یِتھے ہیُوٚہ ٢۔ ڈوٗ لمُت۔ جلِن مَنٛزٕ نہٕ۔ ٣۔ ہیرانِ گیران۔

**اوٗسرکھوٗسر** ۔ رشیرنے کَرنے۔ کھُرِ لَد پاٹھی ہُرمُر کَرِتھ۔

**اوٗنی، (ووٗنی)** ۔ [> س : اوٗدنَہ] ہیرُو۔ پَٹیوٗ۔

# اوٚ

**اوٚبُج، اوٚبِج، اٹِبج** ۔ [م۔ مؤل : اذبِج/اٹِبج > س : اَبجا۔] اَکھ ژوکہِ سِنٛزِ ناو یُس پانے کھسان چھِ۔

**اۆبُرٕ۱** - [ن۔ مؤل: اۆبر < ع: اُبرُق یس: اُبھرک] اَکھ قسمُک مادٕ یُس زَن کانہٕ مَنٛزٕ نیران چھُ۔ اَمہِ چِن وَتَن یا تختَن پٔٹھ چھِ نیران شیٖشہٕ لاگٕھ ہوی وَرَق یِمَن اَپارٕ یَپور گاشس چھُ ترٛان۔

**اۆبرٕ تٔلِم**۔ اۆبرٕ لامُٹ چھَل۔

**اۆبرٕ چھَل**۔ اۆبرٕ ٹُکر۔

**اۆبرٕ دآر**۔ سۄ دآر یتھ شیٖشہٕ بَدَل اۆبُر لاگِتھ آسہِ۔

**اۆبرٕ زول**۔ اۆبرٕ رلَن ہُنٛد بَنیومُت اَکھ زآلٕ دار نَقشہٕ۔

**اۆبرٕ کانٛگر**۔ سۄ کانٛگر یتھ اۆبُر چھاوِتھ آسہِ۔ اۆبُر لاگِتھ کانٛگر۔

**اۆبرٕ مایہٕ**۔ مایَس سٕتۍ تیٚوومُت اۆبُر (دیٖلوٗن کَرنہٕ باپتھ)۔

**اۆبرٕ مۄنٛڈ**۔ مۄٹ اَکھ اۆبرٕ دٕتھ یتھ نہٕ سَہَل سان وَرَق تُلنہٕ یِن۔

**اۆبرٕ مۄچر**۔ اۆبرٕ وَرَنٛگ ہیوٗہ مۄچر۔ وَرگہٕ: زآوِژ۔

**اۆبرٕ مۄے** اۆبرٕ مۄیا۔ اۆبرٕ رَزٕھا

اۆبرٕ پیٛنٛشرا۔

**اۆبرٕ وَتَن**۔ بٔڈ اۆبرٕ رِل۔

**اۆبرٕ وَرَق**۔ اۆبرٕ وَتنُک اَکھ تَہہ۔ اۆبرٕ مۄنٛڈٕکۍ اَکھ وار۔ اۆبرٕ ڈٕبر۔

**اۆبرٕ ہَن**۔ تیٚتھۍ اۆبرٕ لۄٹ تاگٕ نِسرِتھ آسہِ۔

**اۆبرٕ ہَنا**۔ اۆبرٕ پیٛنٛشرا۔ اۆبرٕ رَزٕھا ۲

**اۆبُرٕ۲** - [ن۔ مؤل: اۆبُر < ف: اَبر/ اَبھر] آسمانَس پٔٹھ وُنَل ہیوٗہ باہ یٔمہِ سٕتۍ رۄد تہٕ شیٖن بیٚنٛزٕ ہیوان چھُ۔

**اۆبرس تَل**۔ اۆبرس دولہٕ۔ اۆبرس ژھایہِ۔ اۆبرس پَتہٕ کنہٕ۔

**اۆبرس ڈٕینٛگہٕ وٕہنۍ**۔ ۱۔ اۆبرُ ہُنٛز بیٚنٛزہٕ شمتھ یتھ مَنٛز مَنٛزٕ کوٗن گرٕزُن تہٕ تمہ پھُٹلی گرٕزنۍ۔ ۲۔ تہٕ سوچُن یہ نہٕ تُمنۍ تھی ہیکہِ۔

**اۆبراوُن**۔ اۆبُر کھارُن۔ اۆبُر کھسُن۔ تَب اۆبرٕ سٕتۍ وَلنہٕ یُن۔ اۆبُر واہرنہٕ یُن۔

**اۆبرٕ اۆبُر**۔ ۱۔ سأری سے آکاشس واہرنہٕ آمُت اۆبُر۔ زَبردَس اۆبُر [illegible] اۆبُر۔ اۆبرٕ زال۔ ۲۔ اۆبُرنہٕ تَجٔلۍ سۭتۍ تُلُن۔

دۆہے اۆبرٕ آسُن - م : یہ ر پھٹھ
ووت اۆبرٕ اۆبرٕ۔

**اۆبرٕ تلگ آفتاب۔** اۆبرٕ تلٕ دٕرامُت سِری یہ یا اۆبرٕس ژھایہ سِری بیہ۔

**اۆبرٕ ڈیوٗنگ۔** گوٚن اۆبرٕ ژ ژوٚٹ۔

**اۆبرٕ رِنگ** - اۆبرٕ ہینٛژا - اۆبرٕ ژھا۔ اۆبرٕ ہن - لوٚکٕٹ اۆبرٕ لمبکھ۔

**اۆبرٕ زال۔** ساٚری سے آسمانس اۆبرٕ نال وٚلتھ آسُن۔

**اۆبرٕ زانٛڈ۔** توٚن تہٕ ساٚری سے واہراونہٕ آمُت اۆبرٕ ٹیمہِ سیتی گاشس ڈِھی ژھیٚنے گژھہ۔

**اۆبرٕ ژ ژوٚٹ۔** نٔنِس نبٔس پیٹھ کُنے گوٚن اۆبرٕ ژکُل۔

**اۆبرٕ ژھاے۔** سۄ ژھاے یُس اۆبرٕ کہ سِری بُس ژھایہ روزنہٕ سیتی پٔتھرِس پیٹھ پیٚیہِ۔

**اۆبرٕ گُجر۔** سۄ گرٛٹ یُس سیٹھا کرِہُن یا سخ اۆبرٕ آسنہٕ کِنی آسان چھےٚ۔

**اۆبرٕ گاش۔** چھوٚت اۆبرٕ آسنہٕ کِنی آسمانک گاشرُن (رلاتھ کیٚنٛت)=

**اۆبرٕ گوٚٹ۔** سۄ گرٛٹ یُس اۆبرٕ آسنہٕ کِنی آسان چھےٚ۔ (دوٚہلِہ)۔

**اۆبرٕ لمبکھ۔** ژہیٹھ، ہوٚٹ تہٕ ڈکرٕ اٚل اۆبرٕ چھل۔

**اۆبرٕ مال۔** اۆبرٕ تنٛدٕل۔

**اۆبرٕ موٚنٛڈ۔** سخ رٕٹھ اۆبرٕ۔

**اۆبرٕ ہن۔** اۆبرٕ ہوے۔ کٔچ اۆبرٕ۔

**اۆبرٕ ہنا** - اۆبرٕ ہویا۔ اۆبرٕ ہینٛژا۔

**اۆبرٕن۔** اۆبراوٗن۔ اۆبرٕ سیتی وٚلنہٕ یُن۔ اۆبرٕ واہراونہٕ یُن۔ اۆبرٕ کھاٚرن ساۆبرٕ وکھٔسُن۔

**اۆبل۔** [ن۔ مؤل : اۆبل < اۆبجہ ہُنٛد ترٕ ]۔
(۱) اکھ ژوٚنچ سبزی یُس یہ پانٔے کھسان چھےٚ - اۆبزج۔ (۲) اکہ وَن پوٚشک ناو۔

**اۆپ۔** [ن۔ مؤل : اَپ < س : اَلپہٕ ]۔
لوٚت۔ لوٚت آسُن۔ یُس نہٕ سوٚن آسہِ۔ یُس نہٕ سٔمبر آسہِ۔ ژھچھ گژھِ۔ کم بانہٕ۔ یُس نہٕ دہلن ماہنہٕ آسہِ۔ م۔ اَپ۔

**اَپلن ہشنز ماجرِ نے پرٛسن ژرٛکین ہندی گرٕ کتھ کھٔسن۔** یہ جِھ کأنسہ بیقلس متلق ونان ژہتشن بیقلٔزی ہُنٛد چُھ چالاک تہٕ دانا اِنسان فأیدٕ تلان۔

اٚپس ڈۆلی مُشکل پیٛنی - ؤسی پایس ہیٚ
کینْہہ بنہٕ سۭتۍ چھُنس لوان - کانٛسہٕ تیٚوت
بنٛن یُس نہٕ ٹھیک، رٕٹن بانہٕ یا وۄپن بانہٕ
آسہٕ - م : چھُم چھیتھہٕ چھا کانٛسہٕ۔

**اۆت** - [مۆل : اَت <س : اَترٕ] - اور - اور کُن -
اَتھ طرفس - اَپارٕ -

**اۆتہٕ ٹھٕے** - اَتیٚ - اَتھی جایہٕ - اَتھی طرفس -
اۆرۍ - اَپارۍ -

**اۆتُھ** - اۆت - اَتھ جایہٕ - اور -

**اۆت کُن** - اَتھ طرفس - اَتھ اَندٕ -

**اۆت کُنۍ** - اَتھی (خاص) طرفس کُن - اَتھی
(خاص) اَنٛدس کُن - وُری کُن یوت -

**اۆچھ** - [ن - مۆل : اَچھ] - گاگرِ بٔز پنٛچ زۆل تاد -
اَچھ گور - بٔزمت گرٕ - تۆو مُت گور -

**اۆدر** - [ن مۆل : اَدر <س : آردٕر] - سزٕ بہ
دارسپال کُن - آبہٕ کھت یرہٕ کھمت
آسنہٕ - نَفہ اَدرٕ آسہٕ - م : اَدرٕ ر

**اۆدرٕ زٕٹ** - (١) اۆدر زچہٕ بُڈ - گُمہٕ بیٛتر
زۆتھرا ونہٕ بابتھ پٔرژن دَچہٕ پٕلو - (٢) یُس
پیٛتۍ روزِ - یُس لارِتھ گژھ - یُس
تھٕچھے تلیٛنہٕ -

اَدرٕ زٕٹ ہیٛوہ اَگاد گژھُن - تھٕچھے نہٕ تلیٛنۍ
لارِتھ گژھُن - پیٛتۍ روزُن -

**اَدراوُن** - تَرٕ ناوُن - وۆدٕ کرُن - برُن
(بانہٕ بیٛترِ سۭتۍ) -

**اَدرِ کنہٕ** - یتہٕ سنہٕ کنہٕ نقدٕ ہار - ایمہٕ کورِ
ہُنٛد وارِ ژۆگنہٕ پٔرۆگس یا پُدس دۆہس
پینٛژ سوزنہٕ یِنہٕ یوان) -

**اَدرِ کھٔل** - نۆکرے مُسلہٕ وٕلُن - سیٛتہٕ بیٛزی،
سپٕٹھ بے قدری - دۆرگتھ -

**اَدرِ سے موٕہر** (اَبدری ناقہٕ بہ بتھ موٕہرِ مُستبد کھنہٕ)
آسہٕ - ناوٕ حُکمٕ یُس لۆت جَل دِنہٕ وتیٛوت
جَل ہیکہٕ پھیرنہٕ نہٕ بتھ - یُس حُکم کُنہٕ تہٕ
پھیرِ بدلتھ ہیکہٕ - یُس تُلہٕ بتھ پیٛٹھ نہٕ کانٛہہ وسا
آسہ - وٕرگہٕ بہ نہٕ یکہٕ آسہٕ -

**اَدٕران** - وۆدرٕ گژھُن - برنہٕ ین - آبہٕ کُن
گژھُن -

**اَدرِیہ** - اَدٕ بہٕ سٕنہٕ بتھ - بِرِیہٕ -
اۆدٕ زٕن ہیٛوٕد - سۭتھ اۆدرٕ - بۆد
پاٹھی آبہٕ سیٛتی برِتھ - بتھ تھزٕ دِنہٕ آب
پٕتھ پیہ -

**اۆڈ** - [ن - مۆل : اَڈ <س : اَردھ

**اۆصوٗل** ۔ [۔ ۔ مۆل : اۆصوٗل < ع : اَصوٗل ]۔
تاٗیدہٕ، قونوٗن۔ تُہ طرٟیقہٕ یَتھ پیٹھ پَکُن
پیٚیہِ۔ کانٛہہ اخلاقی قاٗیدٕ۔

**اۆک** ۔ [ن ۔ مۆل : اَک < س : ایکہٕ = ف : یک ]۔
یَتھ اَکھ آسہِ۔ م : اۆک کَشَل۔ نہٕ دۆیِتھ
گوٚ یَتھ اَکی طرفہٕ کَشس آسہِ۔

**اۆک اۆک وارِ** ۔ اَکہِ اَکہِ ۔ اَکہِ پَتہٕ اَکہِ۔
اَکھ اَکھ کٔرِتھ۔

**اۆک اۆنٛگ** ۔[ < س : ایکانکی ]۔
یَتھ اَکُے اَنٛگ آسہِ۔ اَکہِ ایکٹنگ ڈراما
بیتر۔

**اۆک بۆر** ۔ (۱) تُہ بوٗر یا اَزمنچ جاے
بیٚیہہ مُنٛزِ اَکہِ بٔرِ اَکُے کھوٗر زاٗژ تِھ
ہیٚکَو۔ یا بیٚیہہ مُنٛزِ اَکہِ بٔرِ اَکسے
زٔنِس سوٗتی اَزمنچ وَتھ آسہِ۔ (۲) یَتھ
اَکُے دَروازٕ آسہِ۔

**اۆک پۆر** ۔ ترٕمٛنٛگ۔ یُتھ یَتھ اَکی سے
بہیرِس یا اَکیسے ٹیدرِس سوٗتی جاے
آسہِ۔

**اۆک پۆشرٕ** ۔ اۆک پاسہٕ کَشس کرٕنہٕ
...

**اۆک پور** ۔ اَکہِ کَرہِ۔ اۆک پاسے۔ اَکی طرفہٕ۔
م : اۆک پور وَرَج۔ اۆک پور ہیٚوٗ ہٹھمٕت۔

**اۆکتار** ۔ [مۆل : اۆکتار < ہ/اُ : اِکتارا ]۔
یکتار۔ سیتار یَتھ اَکُے تار چھےٚ آسان۔

**اۆک توپ** ۔ یَتھ اَکُے تاپھ دِنہٕ آسہِ آمُت۔
یَتھ اَکُے تاپھ آسہِ لۆگمُت۔ یِہ کیٚنٛژھا اَکی
پھرِ نارس تھٔونہٕ آسہِ آمُت۔

**اۆک توٗش** ۔ اۆگُن۔ یَتھ اَکُے تاہ آسہِ۔
اۆک بٔجَل۔ اۆک توہر۔

**اۆک توو** ۔ یَتھ اَکی لٹہِ تاو آسہِ دِنہٕ آمُت۔
اَکی تاوِ تۆومُت۔

**اۆک توہر** ۔ یَتھ اَکُے تاہ آسہِ۔ اۆگُن۔
اۆک توٗش۔

**اۆک ٹاسِل** ۔ یَتھ گٔنٛڈ ٹاس نیٚبرِ۔

**اۆک ڈُنٛدُر** ۔ یَتھ اَکُے ڈُنٛدر آسہِ۔ یَتھ
اَکُے دار آسہِ۔

**اۆک ڈُنٛدرِ مل** ۔ یَتھ اَکی طرفہٕ ڈُنٛدر
آسہِ۔ اۆک ڈُنٛدُر۔

**اۆک دۆل** ۔ یَتھ اَکُے دَل آسہِ دِیُتمُت۔
یِہ اَکی پھرِ مُنٛمُت آسہِ۔

**اۆک دۆر** ۔ یَتھ اَکی طرفہٕ بر آسہِ یا بوٗت

بَرِ یے دَت آسہٕ۔

**اۆک دۆہ** ۔ [ <س : ایکہٕ + دِوا ]۔
گرٛہ پَچھُک یا زُوٗنہٕ پَچھُک گوڑنیُک دۆہ۔

**اۆک رۆس** ۔ یُتھ کُنہٕ مَزا آسہٕ۔ یہِ بِنے
بَجَور تہٕ مَساکو وَراے آسہٕ۔

**اۆک زَنگَل** ۔ اۆک زَنگ، ۔ یُتھ یا
یُس کُنی زَنگ آسہٕ۔

**اۆک زۆنگ** ۔ یُتھ کُنی زَنگ آسہٕ۔
یُتھ اَکُے زَنگ آسہٕ۔ اۆک زَنگَل۔

**اۆک ژۆر** ۔ ووہُچ دان یُتھ اَکُے گَگ آسہٕ۔

**اۆک طرفہٕ** ۔ [ <س : ایکہٕ + ع : طرف ]۔
اۆک پاسہٕ ۔ اَکہٕ طرفہٕ۔

**اۆک کانُل** ۔ یُس اَکے کانٛی آسہٕ ۔۔۔
بیوقوف تہٕ کمزور۔ یُس نہٕ بار ہیکہِ
ژُلِتھ۔

**اۆک کَاشِ اَکہٕ** ۔ اَکہٕ دُہُک فاقہٕ لَدِیُس،
اَکہٕ دُہُک فاقہٕ آسہٕ۔ یُس اَکہ دۆہ
کینہٕ کھینَس آسہٕ گومُت۔

**اۆک گول** ۔ یُس دِلہِ منٛزٕ اَکی لٕیہٕ
کھین کھیٚیہٕ۔ یُس اَکُے کال آسہٕ کھیوان۔

**اۆک لَبان** ۔ کُنی لَبہٕ وول۔ یُتھ طرف
اَکِے لَب آسہٕ۔ یُتھ اَکُے طرف آسہٕ۔

**اۆک لۆب** ۔ یُتھ اَکِے لَب آسہٕ۔ کُنی
لَبہٕ وول۔ یُتھ اَکُے طرف آسہٕ۔

**اۆک لۆر** ۔ یُتھ اَکِے لَر آسہٕ (رَز بیتر) یا
یہٕ اَکِسے ہَٹَس یا اَکِسے داوِ پیٹھ آسہٕ۔
م : اۆک لۆر تُرُوٗٹھ۔

**اۆک تُرہٕل** ۔ یُس اَکِے تُر آسہٕ۔ یُتھ اَکُے
نۆر آسہٕ۔

**اۆک نۆر** ۔ یُس اَکِے نَر آسہٕ۔ یُتھ اَکُے
نۆر آسہٕ (مثلن قمیض بیتر)۔

**اۆک وار، اۆک وار** ۔ ۔۔۔
۔۔۔ اَکہٕ پھیرِ آسہٕ۔ اَکہ اَکہ کَرِتھ۔

**اۆک وُشِن** ۔ ۔۔۔
وار ۔۔۔ وَنان ۔۔۔ (دَگر بیتر)۔

**اۆک وور** ۔ یُتھ اَکُے وَر آسہٕ ڈیٚنٛٹُت۔
یُتھ اَکِے وُرٹھی آسہٕ دِژمُژ (رَز بیتر)

**اۆکُر ڈُکُر** ۔ اَکُے ۔۔۔ کُنہٕ زۆن۔ اَمہٕ سات وَن
وَنہٕ یِوان وُنُن آسہٕ ۔۔۔ پَچھ ۔۔۔ اَکُے۔
اَکُے بٲگہٕ یہِ کَرِتھ، صرف اَمہٕ بَتہٕ یوٚت

**اۆکُس بۆکُس** ۔ اَکھ شُرِ گِنٛدُن۔ یہِ ۔۔۔
شُری کھیل یُتھ اَندرٕ کِچھ ۔۔۔

پیٹھ پھرِتھ اَتھ ٹھَوان تہٕ کانٛسہِ شُرِ پِشنٛدر
پیٹھٕ شوٗر رٕوُرِتھ چھُ اَکھا " اڈکِس بۆکُس "
بیٚترٕ اَکھ اَکھ لَفظ وَنان گَرھان تہٕ اَکِس اَکِس
شُرِس اَتھَس اڈٕنٛگج لاگان یَس یِتُس اڈٕنٛگج
لاگِہ سُہ چھُ لَگان تہٕ پتھے پاٹھی بیٚیَن کٕرٕن
ہیوان .

**اڈکرِ ژکر ، ژکرِ ژکر** ۔ [ م ۔ مۆل : اڈکرِ ژکر <س :
ژکرِ+ک : اَکرِ ۔ وَزنہٕ پانٛتھ ] ۔ ڈکھہِ
یا ڈوکھ بیٚرتھ ژٕلنہٕ کِنہٕ وُستہ پیوٚن ۔

**اڈکھنگ** ۔ [ن ، مۆل : اڈکھنگ <س : اکگ+
اَنٛگ ۔ ] ۔ اَکی پاسہٕ کَلہٕ دود ۔ اَکِسے ہیٚنٛگِہ دود ۔

**اڈِگرٕ ٹھوکرٕ ، اڈِگرٕ ٹھوگرٕ** ۔ [ن ۔ مۆل : گرٕتھگرٕ
<س : اَگھت + وَزنہٕ بُڑھی دتھ گرٕ ' ] ۔
اڈٕنٹھرٕ کھونٹھرٕ ، بےٚ سوٚم ، بیتہ ہٕشرِ یا
سٕمہ بلیترٕ آسہٕ نہٕ ۔

**اڈگُن ^۱^** ۔ [ن ۔ مۆل : اَگُن <س : اَکہٕ + گُنہٕ <
ک : اَکِہ + گُنان ] اَکُے ۔ اَکھ ۔ یُتھ اَکِہ
زیادٕ تاہ بالکل آسَن نہٕ ۔ (م : زٕز ، پَن
تہٕ کَنہٕ بینٛزِ) ۔

**اڈگِنِس دوٚگُن** ۔ ژٕرِ کھوتہٕ تہٕ ژۆر ۔ زیادٕ
کھوتہٕ تہٕ زیادٕ ۔ ہٕرِ کھوتہٕ ہٕرٕ ۔

**اوٚگُن ^۲^** ۔ [ن ۔ مۆل : اَگُن <س : اَگُنہٕ ] ۔ داغ یا ریبہٕ ۔
اَگنہٕ پیٚنٛڈ ۔ ہُم کَرنٛچ پیٚنٛڈ ۔
اَگنہٕ پٕرٛاپُن ۔ ہونہٕ یہٕ نۆبدِک گورِ شنٛد
بوگ ۔ ہتو دِ شبشِر ۔
اَگنہٕ ٹیوٚک ۔ سُہ ٹیوٚک یُس ہٕوُنَس پیٹھ اَگنکِہ
سوٗرِ سیٚتی کَرنہٕ چھُ یوان ۔
اَگنہٕ گُٹھ ۔ سُہ ساتھ یَتھ پیٹھ ہَوَن پیہ کَرنہٕ (گریٖن)
اَگنہٕ کونٛڈ ۔ ہونہٕ کُنٛڈ ۔ ہُم کَرنہٕ باپتھ سٕنزِس
بَناونہٕ نارٕ زالنچ جاے ۔
اَگنہٕ مَنٛن ۔ ہُمہٕ نِک بانہٕ ۔ ہَوَن کَرنٛچ مَنَن
یا مَنقل ۔
اَگنہٕ موکھ ۔ سُہ یُس آسِس اَنٛدرٕ اَگن یا
نار چھُ ۔ وَرگِہ شِو ۔
اَگنہٕ تٕرٕ ۔ ہُونٛگ سامانہٕ ۔ تِم چیٖزِ یِم ہَوَنَس
پیٹھ نارس ہُمنہٕ یِن ۔

**اوٚلُت** ۔ [ن ۔ مۆل : اَلَت <ہ : آلتہٕ <س :
اَلکتہٕ ] ۔ غازہٕ ۔ یُتھ وَدہٕ زچار کَرنٛگ
اَکھ سامانہٕ ۔ رٕوج ۔ اَنگراگ ۔

**اوٚل گوٚل** ۔ [ن ۔ مۆل : اَل گَل ] چلہٕ ۔ بہانہٕ ۔

**اوٚم (کار)** ۔ [ن ۔ مۆل : اوم کار <س : اوم کار ] ۔
اومکار ۔ اَژھیٚنٛی آواز ۔ اَنا ہَد ۔ پرٕنَو .

**أذِ زرٕ** ۔ اَنِمن ہِشر تنٛدل ۔ اَنِمن ہُشد لأنہٕ آسن (بیٹھِمن وِزِ) ۔

**أذِ زھبلِن** ۔ زھبیبن ژھأر (اکہ کھیل یتھ منٛز کاشہ کھٹِتھ روزِ نہٕ باقے تِس ژھانٛڈنہ نیرن) ۔ أذِ چھپٕر ۔

**أذِ سأر** ۔ اَنہٕ گٕرِ یا أذِ بِسندرِ پأٹھی اَتھو سِتہٕ چیز ژھانٛڈنی ۔

**أذِ بِنٛز کو کرِ خہ دالِس خوالہٕ** ۔ یتھ نہٕ کانٛہہ تہٕ پُرسان آسہ ۔

**أذِ کٕتر** ۔ اکھ شُرِ کھیل یتھ اَنٛدر اکھ شُر چھِ ژِرِ منٛھنہ کِتہٕ کُنِ طرفس دأرِتھ دِوان تہٕ باقین شُرِین چھِ اَچھن تھوپ دِتھ آسان ۔ یُس یہِ کٕتر یتہٕ ژھانٛڈِتھ اَنہٕ سُہ چھُ زیبان ۔

**أذِ کھلہٕ** ۔ (۱) میننہٕ تولنہٕ وَرأے ۔ (۲) وُچھنہ کرنہٕ رٔستے ۔ (۳) اُنی مانی پأٹھی ۔

**أذِ گاش** ۔ کمے گاش ۔ گاشہٕ رُژھا ۔ گاشہٕ ہیوٚ نُنا ۔ نہٕ آسنس برابر گاش ۔

**أذِ لوٚٹھ** ۔ (۱) یتھ تھیم لگہٕ تہٕ ہیتہٕ ژان ۔ بے حسابہ لوٚٹھ کرُن ۔ (۲) ظُلم ۔ بے اِنصافی ۔ اَنیاے ۔

**أذِ لوٚر** ۔ (۱) موٚحتاجِ شُند سہارٕ ۔ یا ڈوکھ ۔ (۲) بٔٹے وانہٕ لوٚر گژھہ وِنی ۔

**أذِ لوٚرِ گلہٕ وِنی** ۔ أذِ کھلہٕ چوب دِنی ۔ مار دِیُن ۔

**أذِ مُشتہٕ** ۔ وُچھنے کرنے یا بُلہٕ کانسہٕ سِتنی بد سلوٚکی کرنی ۔ بُلہٕ کانسہٕ لایُن ۔

**اوٚن پٔیوٚن** ۔ اوٚن گژھُن ۔ گاش سوٚرن ۔ یہ چھُ ووٚہیوٚ نہٕ ۔ م : تُس اوٚن پٔیوٚن ۔

**اوٚن دانٛدرا اوٚرِ ساٗسس دانٛدس وَتھ یِیں** ۔ وَنہٕ ہاوِکس پانٛس گژھِ آسہ سُہ کیا اَنہٕ بیٚیس گاش ۔ یُس نہٕ پانس کیٚنہہ خبر آسہ سُہ کیا اَتھ روٚٹ کرِ بیٚیس ۔

**اوٚن سپنُن** ۔ اوٚن گژھُن ۔ بوزنہٕ نہٕ یُن ۔ اَچھن گاش نہٕ روزُن ۔ اَچھن نہٕ بوزنہٕ یُن ۔

**اوٚن کیا زانہٕ زگ تے پٔروٚن** ۔ یُس اَنٛدرِم گژھِ آسہ سُہ ہیکِہ نہٕ رنٛگس تہٕ کرٕتس، شکلس تہٕ دیکھ اَرس تمیز کرِتھ ۔ گاشدارے ہیکہٕ جان چیزرک فرق کرِتھ ۔

**اوٚن لاگُن** ۔ (ڈلیشنہ تِہ) نہٕ آنہٕ اَنزان لاگُن ۔ گوٚش دِیُن ۔

**اوٚنگج** ۔ [م ۔ سٕٹول : اوٚنگج < س : انگلی نفظک مادہ] اَتھ کیچن نہٕ کھور کس بروٚنٹھ بو پاٹژو حصو منٛز اکھ حصہ ۔ پنٛژگ اکھ حصہ ۔

**اوٚنگجہِ پاٹژم** ۔ زو کیچہ قریب ۔ ژھری اکھ ہاوِنی ۔

اۆنگل دِیُن۔ اۆنگج ہرس تام واتناوِتھ دٔزِہِ کہ اَنٕنی۔

اۆوَرکوٹھ۔ [ن۔ مؤل: اۆوَرکوٹھ < اِنگ۔ اوُوَرکوٹ] شہ بوڈ تہٕ زیادٕ کالرٕ دار کوٹھ یُس تیرِ بیتر مَنز پلَوَن پیٹھ جُھہ لاگنہٕ یوان۔

اۆہ۔ [< ہو ہ الفظ] دادِ ذکرِ وِزِ وُہر دالے کرُنج آواز۔

اۆہَر۔ [ن۔ مؤل: اۆہَر] ۱۔ اَنداز۔ تخمینہٕ میزان۔ اَوسط۔ ۲۔ مُشر۔

اۆہوک (وُہوک) [ن۔ مؤل: اَہک < س: اُشمَن + کپلہ] تلو مہ گرٕ تہٕ ژکھجہ پٹھ منزیم رکھ بنتہ اَندی اَندی ہیٹھمِ گرٕ تہٕ ژکھج پھبرِن چھنے۔

## اوٗ او

اوبروے۔ اوبروے۔ [ن۔ مؤل: اوبروے / اوبروے < ف: آبرو] یَزَتھ۔ یہ چھنے آہی۔ ییلہ کانسہ بجرتہٕ یزتھ بیتر ژنگنُن آسہٕ تمہ دِز چھہ وَنان — 'اوبروے'

اوپ ژوپ۔ [ن۔ مؤل: آپ ژاپ < س: آپ + چرو + آپ] گوڈ بچہ لٹہ دد شرس کانہہ کھینہٕ چیز آپراوُن۔

اوپ ژوپ کَرُن۔ شُرس دد ژٹھ کھینس آل کَرٕنی۔

اوت، یوت۔ [< س: یاوت] بٔنیہ نہٕ کینہہ۔ بٔنیہ نہٕ کانہہ۔ فَقَط۔

اوتر، اوُتر۔ [< س: اُتّر] راتھ برُونہہ اکھ دۄہ۔ یُو برُونہہ اکھ دۄہ۔ یُو برونٹھمہ دۄہہ کینہہ دۄہ برونٹھ۔

اوتر اوترے۔ حال حالے کُنہ کال گۄ تنہ۔

اوتر گنہ۔ اوترگنہ۔ تقریبن اوتر یہوے اوتر ہیوٗ۔ اوتر اوترے۔

اوترکنیک۔ تقریبن اوترک یہوے اوترک ہیوٗ۔ اوتر اوتر گئے۔

اوترک۔ اوُترک۔ اوتر بنٛومُت، اوتر سپُدمُت۔ اوتر پادٕ گومُت بیتر۔ کُنہ کانگ۔

اوتھ۔ [ن۔ مؤل: آتھ] ۱۔ ووٚدری کانگ

